یوٗنیورسٹی ہُند تحقیقی رِسالہ

# انہار

۲۰۰۴ء

# غزلُک فن

نِگران :— شفیع شوق

مجلس مشاورت

شاد رمضان
مجروح رشید
رتن تلاشی
محفوظہ جان



ایڈیٹر :
قاضی ظہور

کاشُر ڈِپارٹمینٹ، یوٗنیورسٹی آف کشمیر، سرینگر

# ترتیب

## سَرنامہٕ

# غٔزلُک فَن

غٔزل چھُ مشرقی زبانَو منز۔ فارسی، اردو تہٕ کاشُرس منز تخلیقی اَدبُک سارِوٕے کھوتہٕ شاندار اَدبی روایت تھاوَن واجیٚنز صنفِ سُخن۔ کایناتس تہٕ انسانٕنز زندگیہِ متعلق یِہ کینژھاہ تہٕ مشرقی زبانَن منز بہترین سوچنہٕ آمُت چھُ، اَدسہ مُتصوف اوس یا بیٚیہ کانہہ فلسفہٕ، تمُک مکمل ترجمانی چھےٚ مختلف دورن منز لیکھنہٕ آمتین غزلن منزٕ کرنہٕ آمٕژ۔ پرٛانیو غزلو منز چھِ اَوٕے کٕنزٕ تِمے شعر بہترین شعر زانہٕ یِوان یِمن منز فلسفیانہٕ نہجن سٟتؠ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ قریبی رشتہٕ آسہِ تہٕ تفکرانہٕ مزاج چھُ لہذا غزلُک سارِوٕے کھوتہٕ بوڑ وصف۔ پرٛانین عشقیہ غزلن منزٕ تہٕ چھِ تِمے شعر پوشہِ دِنہٕ اہمیت تھاوان یِمن منز عشقس سٟتؠ محض جسمانی عشقچ کتھ آسہِ نہٕ بلکہ آسہِ عشقچ کتھ تُکھ کُنہِ سری پٔچ یا زیرسطح انسانی پَرزَرٕچ۔ انسانی عشق چھُنہٕ غزلُک موضوٗع بَنتھہ ہیوٚکمُت۔

غٔزل چھُ تقریباً اکھ ساس وری پرٛانہِ جمالیاتی رُوشہٕ ہُند ترجمان فن۔ یِہ چھُ سُہ اکھ فن یَتھ منز کُنہِ بُنیادی تبدیلی ہُند کانہہ اِمکان چھُنہٕ۔ یِہ چھُ زبانہِ ہُندِ وَرتاوٕ تہٕ ہیٚتھ اعتبارٕ شعرٕ بندِ تہٕ قاعدٕ بند ..... "غٔزل گوو کُنہِ مُستند بحرِ تہٕ وَزنس منز پانژھ یا پانژٕ کھوتہٕ زیادٕ شعرَن

ہنز ہانکل ییمہٕ کِہن مصرعن اکھ تراوِتھ اکھ آیہٕ قافیہ (باضے ردیف تہٕ) رٔلان آسہٕ مگر گوڈنکہِ شعرٕکِہن
دوشوٕنی مصرعن آسِس کُنے ردیف تہٕ قافیہ"۔ ۔۔۔ امہِ انداز ہیٚکہٕ نہٕ ادبچہ بٔییہ کہنہٕ تہٕ صنفہِ ہند
تعریف گنڈتہٕ یتھ۔ اَوکِنہِ چھُ غزلُک فن تمام قسمہٕ چن انقلٲبی تبدیلین صریحاً مخالف تہٕ پرتھ دورس
منز چھُ لفظن ہُند معمولی ہیر پھیر اوک پاسہٕ تراوِتھ ہوی انداز قایم رُود مُت تہٕ بہترین کھوتہٕ بہترین غزل چھہِ
تمے گنز رتہٕ دیوان یمن منز کلاسکی انداز چ پختگی آسہٕ۔ غزل ستھ ہتھ وٕری پرون آسہٕ یا اَزکس
کانسہِ شاعرٕ سُند، اَتھ منز چھُ کُنے تیم عشقیہ۔ تیم سری موضوع تہٕ کُنہٕ زمانچہ زلوں حالی یا بے توازنی
پیٹھ تیم حزنیہ بیان۔ یہ ہیٚکہٕ نہٕ بٔییہ کینہہ آسِتھ تہٕ کیازِ غزل چھُ ترتھ اکھ صنف یتھ منز ہنز مندی ہُند
مظاہر شاعرٕ سُند بنیٲدی اصول آسان چھُ۔ سُہ چھُ غزلچ ساٚرے روایت نظرِ تَل اَنِتھ پننین پیٚشرون
تہٕ پننین ہم عصرن ہندیو غزلو نشہٕ کینہہ تھاہ بیوٚن بنن، کینہہ تھاہ نوٚو بنن کرُن یژھان، مگر کتھ
حدس تام ہیکہ کٔرِتھ؟ گنجایش چھس ترٚٹے زنوٚو بنن قافیو نوٚو بنن ردیفاہ ورتاوِ یا ژھارِ کنہٕ مقرر بحرِ منز کانہہ
تازٕ دم زحاف۔ اَتہٕ اور چھس نہٕ کانہہ باتھے۔ غزلچ فنی سختی چھس تیژ دشوار زِ اَکس غزلس منز
زترنے داد دنس لایق شعر وٕنہٕ وٕرلے ہیکہٕ نہٕ بٔییہ کینہہ کٔرِتھ۔

غزل چھُ مشرقی شاعری ہنز ژھے شاندار، ہُند بٲنی تہٕ باوقار صنف یژھ کلاسکی رقص
منز بھرت ناٹیم، یا کتھاکلی ہنزٕ صنفہٕ چھےٚ۔ تی چھُ کرُن تہٕ تتھے پاٹھی چھُ کرُن یہ یتھ پاٹھی پرانو
کوٚرمُت چھُ۔ وجہ چھُ یہ زِ کلاسکی رقص، کلاسیکی موسیقی تہٕ کلاسکی غزل ترٚنوٚے چھِ مشرقی شاہی
دربارن منز بارسس آمتی فن۔ ٹھُمری، بند تال، شر، مُدرا، مقام تہٕ خیال چھِ زٕ لِتھ فنی شکل
پرٛاوان تہٕ اکھ خاص قسمُک جمالیاتی حظ دِوان یُس گنڈِتھ موقعہ محل ژھاران چھُ۔ یُس

مخصوص فن شناسن ہندِ خاطر چھُ تہٕ یُس فرصت، فراغت، تہٕ خُشحالی وَرٲے کانٛہہ مطلبے چھُنہٕ
تھوان، تہٕ چھُ بہوٗد باسان ۔ فرصت، فراغت، خُشحالی ہِشہٕ نعمژ آسہٕ پرٲنین راژن، دربار
رٲیسن تہٕ تہندین رفیقن حاصل ۔ تمہِ رٕودی یہٕ کٕنی ۔ ازاگر یمن فنن کانٛہہ اہمیت چھےٚ سو
چھکھ یمیہ سرکٲری یا نیم سرکٲری اہتمامہ سپدن والین تقریبن منٛز، پانٛژھ سٹار، ستھ سٹار ہوٹلن
ہندین ہالن منٛز۔ یمیتہٕ اَزِ کی دولتی ٹکن راژن تہٕ رٲیسن ہُند بَرم قٲیم تھاوان مو کھ بدمست
سپدتھ رقص، موسیقی تہٕ غزل گوٗیی ہندی اوری چلان آسُن ہاضمہ باپتھ ضروٗری زانان یوان
چھُ۔ وُچھُن، بوزُن تہٕ سنن گوٚو چارہٕ گی ۔ قیمتی شراب چیتھ بدمست گژھن مگر معرفتگ
کلام یا تنگ دستی یا بےبسی ہندین موضوعن پیٹھ شاعری بوزان روزُن چھُ سانہِ زمانک
سارےوے کھوتہٕ بوڈ جمالیاتی ذوق ۔ امراو جان ادا، بازار، تہٕ پاکیزہ ہِشہٕ فلمہٕ تہٕ چلیہٕ اوے۔
اَز تہٕ چھِ یمن فلمن ہندی غزل بوزنی خاندٲنی وضعداری ہندی نشانہ ۔ جگجیت سنگھ سند
ہِتہٕ غمناک غزلن ہندی ریکارڈ چھِ عشرت کدن تہٕ ہوٹلن ہندی طرز وم حصہ بنیمتی۔

غزل چھُ محفل آرٲیی تہٕ مشاعرن منٛز روایژ ہستی اکھ روایت رٕودمُت ۔
اَز تہٕ چھُ یہ اکھ سمعی فن یتھ محفلن منٛز واہ واہ میلان روزِ ۔ یہ چھُنہٕ یرینٛچ شاعری یوسہ
رٲیسانہٕ فراغژ ورٲے تہٕ پرنہٕ یییہ یہے ۔ غزل پرن وول چھُنہٕ ووتی کہنی رٕودمُت ۔
دوٚن اگر تدریسی مجبوری کنہِ غزل کورسن تہٕ لڑکن پرناوُنہٕ یوان تہٕ چھُ، سوہ چھےٚ
اکھ مجبوری ۔ پرناوَن وول چھُ مسامُسا شعرن ہُند مفہوم ونِتھ ونان ژھٕ تہٕ شرن عشق و
عاشقی منٛز کیُتھ ہ ہے سراپا نگاری ہندی زاوی جار فکرِ تارتھ لطف تُلان ۔ یوٗز ہے

بوزوٕ تہٕ غزلس پیٹھ ہیکہٕ نہٕ امہٕ ورٲے بییہٕ کینہہ ونہٕ تہٕ یتھ۔ غزلس پیٹھ ہیکہٕ نہٕ تنقید سپدِتھے۔
صرف ہیکہٕ تفہیم سپدِتھ سُہ تہٕ بے پناہ تکرارٕ سان۔ تنقید چھُ سپدان ترٛٹھ شاعرِیہ پیٹھ یتھ منٛز
کُنہٕ قسمُک ساختی مسلہٕ آسہِ تہٕ سُہ ساختی مسلہٕ آسہِ تمہٕ تجربُک ساخت لفظن منٛز پیش کرنٕچ
کوٗشش۔ یِمن دول ہیکہٕ تتھ تجربس منٛز زمانی، مکانی، اکتسابی، مطالعاتی، تہٕ نجی متن ہندن
پیچیدٕ رشتن ہُند تجربہٕ کرِتھ۔

عروٗضی مطالعہٕ چھُ لازمی، مگر عروٗضی مطالعہٕ گوو نہٕ غزلُک تنقید۔ غزل چھُ دوہہٕ کھوتہٕ
دوہہٕ عروٗضی مسلے یوت برونٛہہ کُن انان۔ اکثر غزل گو چھِ نوٕی زحاف تہٕ نوٕی ردیف ورتاوٕنہٕ
باپتھ غزل لیکھان تہٕ غزلس پیٹھ کتھ کرن والی چھِ گوڈٕنیتھے عروٗضس پیٹھ تھپھ ژھنان یہٕ زانہٕ
ورٲے زِ دُنیاہُک کانہہ تہٕ عروٗضی نظام چھُنہٕ مکمل تہٕ نہٕ ہیکہِ دُنیاہُک کانہہ منطقی علم زبانہٕ
ہندین سارنے ورتاون احاطہٕ کرِتھ۔ غزل گوژھہِ نہٕ محض تیکنیکی مہارژ ہنٛز نمایش آسُن۔
اگر اتھ سنجیدٕ شاعریہِ منٛدی پاٹھی ہر زمانچ نمایندٕ شاعری بننٕ چھُ، تیلہِ چھُ اتھ عروٗضُک خیال
تھاوِتھ تہٕ عروٗضہٕ چہِ غلامی نشہِ آزاد روزُن تہٕ زندگیہِ ہندین بدلوون یِزرن تہٕ شاعرٕ سٕندین
لمحاتی احساسن، جذبن تہٕ تصورن اظہار دیُن۔

غزل یہٕ برونٛہہ کُن تہٕ لیکھہٕ تکیازِ شاعرن ہنٛز۔ نوٕ نوٕ یہٕ روزن یوان۔ شاعری
چھنے اکھ اہم پیشہ۔ تہٕ بیپاری ییلہِ زن شاعری اَزکِس بازرس منٛز۔ وسِتھ الیکٹرانک
وسیلن ہند ذریعہٕ عام لگن ہنٛز۔ ملکیت بنیہِ، شاعر ہنٛز شخصیت روزِ کھٹتھ۔ تہٕ یہٕ کنیزٕ تھاوِ
تہٕ پرانی پاٹھی نٕتس یا نوین سازس کھسہِ تی چلہِ بازرس منٛز۔ سرکاری مشاعر یا شاعریہِ

ہندی سرکاری کارگاہ تہٕ روزن مُنعقد سپدان یِتھ شاعر پوٚنسہٕ ٹانکی رٹِتھ موکھ غزل روزٕن
پرٛان ۔ کاہہ آسہٕ ہٕ کانٛسہ ہُند بوزان یا پرٛان ۔ تہٕ غزل روزِ توتہٕ جاری ۔

غزلس اگرٕ پرٛز شاعری، سو شاعری یوسہٕ کتابہٕ پیٹھٕ چھپِتھ شکلِ منز بے بدل آسہٕ، تہٕ
شاعر سٕنزٕ منفرد شخصیژ ہنز ترجمان آسِتھ بدلوٕنہٕ زمانٕکی ۔ مکانٕکی حقیقژ ہنز تہٕ ترجمان آسہٕ، تیلہٕ
چھُ اتھ یمن کینژن فنی اصولن ہُند پاس رٹھُن ۔

۱۔ غزل چھُ یمہٕ رٛنگی اکھ زبردست شعری صنف زِ امیک پریتھ شعر چھُ خودکفیل تہٕ
خودمختار آسان ۔ اَدٕ کنہٕ گژھہِ غزل گو پریتھ شعرس منز اکھ مختصر نظمہٕ ہُند میوٚ فضا تہٕ ساخت
پیش کرنٕچ کوشش کرُن ۔ یہِ چھُ تیٚلی ممکن ییلہٕ غزل گو پریتھ شعرس منز کاہنہ نوٚو تہٕ انفرادی
تجربہٕ پیش کرنٕچ کوشش کرِ ۔ مگر یہِ چھُ تیٚلی ممکن ییلہٕ غزل گو زندگیہٕ انفرادی اندازٕ کنہٕ تیار
بہٕ تیار منشور وَرٕ آے زانٕنچ کوشش کرِ ۔

۲۔ غزلس چھُ لامحال پانٕٹھی عروضُک زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ خیال تھاوُن، مگر غزل گژھہِ نہٕ
محض عروضی محاورٕ ہُند مظاہر بنُن ۔ عروض گژھہِ مخصوص جذبن، احساسن تہٕ تشبیہن
تابع روزُن ۔

۳۔ غزلس منز چھُ قافیہ ملزوم ۔ قافیہ چھُ شاعر سٕندِس ذہنس منز گیتھ احساس تہٕ جذبن منز
حرکت انان تہٕ سطحس تام واتناوان یُتھ یِم زانٕنہٕ ین ۔ مگر قافیہ گژھہِ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ
کارگر آسُن ۔ قافیک نوٚ بر گژھہِ نہٕ شاعرس وَتھ ڈالُن ۔

۴۔ ردیف اگر غزلس منز آسہٕ، جانٕے گوو ۔ مگر اکثر پرٛ کوشش ردیف والین غزلن

منز چھ یژ پاٹھۍ یہ سپدان زِ غزلک محض اکوے شعر چھ تمہٕ ردیفچ لگہارِی ظاہر کران یس تمی اکہِ شعر باپتھ چھ سہ ردیف بروتھٕ کُن آمُت آسان ۔ باقی شعر چھ شعر پتہٕ شعر لاگنہٕ یوان ۔ اَدِ کنہِ چھ ضروری زِ غزل گژھِ پتہٕ ردیفہٕ کِس حُسنس پیٹھ قربان گژھن تیٖلہٕ گژھِ سُے اکھ شعر تھاوُن یتھ منز ۔ سہ ردیف صحیح پاٹھۍ ورتاونہٕ آسہِ آمُت ۔

۵. غزلچ زبان گژھِ پرانہٕ وار زبانہٕ نِشہٕ آزاد گژھنۍ ۔ اَمہٕ باپتھ چھ ضروری زِ غزل گژھِ پتہٕ محاورٕ، ڈیچ، تہٕ روایتی تلمیح ورتاونس پتھ مٔنۍ ۔ غزلچ زبان گژھِ سوے زبان یوسہٕ شعرکہِ تجربہٕ باپتھ لامحال آسہِ ۔

۶ غزل گژھِ روایتی صفتی لفظ ورتاونہٕ نِشہٕ تہٕ پرہیز کرُن تکیازِ یم صفتی لفظ چھ معنیس محدوٗد کران ۔ صفتی لفظن ہُند معنے مفہوم گژھِ شعرک حاصل آسُن تہٕ زِ ذریعہٕ ۔

۷ غزل گژھِ نیم سری ۔ نیم عاشقانہٕ معنے یَو نِشہٕ آزاد گژھن ۔ اَتہِ چھنہٕ پرانِس غزل گوہو کانہہ تہٕ گنجائش تھاوِمٕژ ۔

۸ غزل گژھِ لحاتی زمانی ۔ مکانی حالژن یعنی "وٗنۍ تہٕ وُنکیس" کِس آسنس عکساونچ کوٗشش آسنۍ ۔ چیزن ہند آسُن تہٕ تِمن ہُند باہمی رشتہٕ گژھِ دیدمانۍ تشبیہن ہنز شکلہِ منز ۔ وُڈتُلن ۔ ضروری چھنہٕ تمن آسہٕ کانہہ مُروجہ استعاراتی یا علامتی معنی تہٕ ۔ یمن آسہِ ضروٗر کانہہ نہٕ کانہہ اہمیت تیٖلی تہٕ پھرن شاعر سُند توجہ پانس کُن ۔

۹ غزلک شعر گژھِ پتہٕ کنہِ صوٗرتِ حالس پیٹھ شاعر سُند بیان آسُن یتھ منز شاعر سُند کانہہ اخذ کرنہٕ آمُت نتیجہٕ آسہِ، بلکہ گژھِ صوٗرتِ حالکے ڈرامائی عکس

آسن۔ شعر گرِژھ غزلس منز رۄزتھ تہٕ اکھ آزاد، خود کفیل تہٕ خود کار شبیہی نظم آسن۔
غزلکس فنس پیٹھ گرِژھ یہ بحث جاری روزُن۔ تیلی چھُ غزلس کا نہہ مستقبل۔

شفیع شوق

ہیڈ آف دی ڈِپارٹمنٹ

اول فروری، ۲۰۰۴ء

## کاشُر غزلُک سفر

# کینہہ نٔو پَڑاو

پروفیسر رحمان راہی

کاشُر غزلُک سفر اَدیبہٕ پیٹھ ہتہٕ شروٗع مانون تخلیقی لحاظ چھُ اَمیُک گوڈنیُک اہم پَڑاو روٗسل میر باسان۔ روٗسل میر چھُ غزلس بییہِ ہوٚ صنفی اظہار بخشنہٕ باپتھ دٔگوٚنہٕ اقدام کران: اکہِ طرفہٕ یتھ غزلُک مقدوٗر مُطابق واتن وٚطیرٕ کٔن رِوٲیتی وَرتہٕ نیٚشہ مختلف تہٕ باوتھ کٔن اَدب گوٚب بناونٕچ کوشش کران۔ حاوی موضوٗع چھُ سُے سابقہٕ تَند بون تہٕ کلِ کَنہٕ ڈوٗن معشوق تہٕ سوے تنٛدِس عاشقہٕ سنز لولہٕ باوتھ، امارٕ ہٕنٛز آلوٕ، بے صبری کیو بے قرٲری تہٕ تٔمی سنز جذبٲتی وۄتھ، مگر اَتھ موضوٗعس نِسبتھ چھُ زوٗیہٕ بدلُن ہیوان۔ لولہٕ باوتھ ہندِس تہٕ امارٕ اظہارکس نِسوٲنی آیہٕ نرم، یَس صدا یے تہٕ دردِ ہٕتس لہجس منز۔ چھُم داہ تہٕ وولسا وتہٕ خوٚش بیٖن شگفتگی تہٕ وۄہلنہٕ ہیوان۔ چنانچہِ سابقہ زیٖنہٕ ساوِس تہٕ وگلَن ہار بیانس چھُ حُسنکہِ پھیٖڑ پھیٖڑ کرونہِ شوخ اندازُک تہٕ لولکہِ وۄہتھ واش کڈنُک تہٕ خود مستی تریہٕ مُند ہوا ڈلُن ہیوان۔

یہ گوو اکھ اقدام۔ دوٚیُم یہِ زِ صوٗرتھ کٔن تہٕ زبٲنی لحاظ چھُ روٗسل میرُن غزل

کلاسِکل فارسی غزلس نکھہِ ین بیوان ۔ وَرنٛکس رِوایتی میزانَس تہٕ لَیہِ لہراوس چھُ فارسی عروضکی تقاضہٕ پوٗرٕ کرنُک حِس بیوان تہٕ کل گَنان ، تہٕ تمہٕ ستی چھِنہٕ فارسی شاعری منٛز بیلہٕ پاکُھ ٹھ ورتاونہٕ آمتی مختلف باوژول ورتاونٕچ کوشش سپدان ۔ چنانچہ گرڑ تشبیہہ ، اِستعارہٕ تہٕ تلمیح بیتر چھِنہٕ فارسی خولہٕ خطِ نظرٕ گژھان ، تہٕ شبدٕ سرمایس منٛز چھِہ بسیار فارسی کیٚنہٕ عربی لفظ تہٕ ترکیبہٕ شامل سپدان ۔ شارگوئی چھِنہٕ اورچی وُزینہٕ علاوٕ نہٕ صرف محمودگامیتی پاٹھی شاعر بسنہٕ خودمُشارسوٗ ژُندی یہِ ہند باس دِوان بلکہٕ لفظن گنٛدن داجہِ خودا عتمادی یِہٕ تہٕ وودٕ استاد آیہِ تکنگری یہِ ہند گمانہٕ تہٕ گژھراوان ۔ مطلب یہِ زِ غزل چھُ فارسی چالہِ پیٚنہٕ مخصوص صنفی اِہار پراوان پراوان کاشرِ زبانی منٛز یِزنہٕ پاٹھی کھور ٹھیکراونی ہیوان ۔

میرس تہٕ مہجورس درمیان چھُ یکُن واریاہ ، مگر کاشرِ غزلُک ارتقا نظرِ تل اَنہٕ چھُ مہجوٗرن غزل مذکوٗرٕ سفرُک دوٚیُم اہم پڑاو باسان ۔ مہجوٗر چھُ عروضی لحاظٕ پیر نی رِوایتہٕ مزید مُسوار بناونٕچ تژھ کوشش کران یوٚسہٕ کمے پیٚہن خود بینہٕ تہٕ خودٕ وباسان چھِنہٕ ۔ ستی چھُ مہجوٗر یہِ منگیٚہ اُنیٚمن شارٕ صنف یوٗت ویوٗت کاشراونٕچ کوشش کران ۔ کاشراونٕچ یہِ عمل چھِنہٕ معشوقس تہٕ عاشقس اَندی کِہِ نظرٕ گژھن والیوگوشوگلہٕ اردٕ تہٕ تمہٕ منٛز پیٚیرن ہتھوٗرن والین ہندیو آلوٚو اطوارٕ دتلہٕ تہٕ بیٚنٕ ظہورٕ ہاوان تہٕ تشبیہو ، استعارو تہٕ تلمیحو وغارٕ وتلہٕ تہٕ بیٚنٕ باس دِوان ، تہٕ فارسی لفظٕ سرمایہِ نشہِ یوٗت ویوٗت دوٗل دِنہٕ شوٗد کاشرِ شبدراش ورتاونہٕ تلہٕ تہٕ ٹاکارٕ سپدان ۔ مہجوٗرس نِش وانتہ چھُ حُسنکہِ پھیڑٕ پھیڑٕ کھوتہٕ ژوٗرٕ تمہٕ چہِ نوٗزکیہٕ ہند تہٕ اَچھوٗرُک تہٕ دوٗرِ دوٗری تمبلادنُک

احساس گَنان۔ عاشقہٕ سُند خیال چھُ خابناکھ بَنان تہٕ تٔسند تخیُل رومان آباد جایوٚ تہٕ زُوٚلو پیٹھٕ وُچھان باسان، تہٕ کلٔم ہوٚانوا چھُ صوٗرتِ حالس شاداب، دُرایی تہٕ دلپذیر بَناوان۔ روٗسُل میرنی بَرجستہٕ شگفتگی چھےٚ مزٕہم مزٕ دَزٕن تہٕ وسِگلن پٕراوان' تٔسند جذباتی وۄسیاو چھُ احساسی تھمراے بنان، تہٕ باوژٕ حسابہٕ چھےٚ داد طلب ہوژٕ ہٲوی یہ کھوتہٕ زیادٕ کاشُر وَژنہٕ شاعر یہ ہنٕ بےٚ شوٚنک، ملایم تہٕ طراوت بخش موسیقی اہمیت پٕراوان۔

مہجوٗرنس غزلس منز چھےٚ اکھ خاص وقتہٕ موضوٗعی لحاظہٕ اکھ ووکھ ہش ووتھان باسان۔ ترَن گوو غزلس چھُ موضوٗعی وِہراو میلان۔ چُنانچہِ مداحیہ تہٕ لوٚکہ مارِمتہٕ علاوٕ چھِ وطنی معاملہٕ، قومی تواریخ، تہٕ سیاسی سماجی مسلہٕ تہٕ غزلہٕ باوژٕ ہندس وانگس منز واتان۔ اُتھ وِہراوس اَسی ریاستہٕ ہیرکیوٚ اندر مختلف سیاسی کیوٚ ثقافتی سوتھرن پیٹھ ووتلن وٲلی واقعاتھ تہٕ ذِمہ وار تہٕ ادبی سوتھرس پیٹھ اقبالنہٕ ہشہٕ شاعر یہ ہُند مُطالعہ تہٕ تہٕ ووتھ وٕنس آزادی آو تہٕ۔ مختصر پٲٹھ مہجوٗرنہٕ پیٹھ ہیوتُن موضوٗعی اعتبارٕ کاشُر غزل سہٕ موضوٗعی وِہراو دیدان پاٹھی شروٗع سپدُن یمی پٔتہٕ مختلف اندژھارٕ تہٕ مختلف رِچھ پٕراوی ۱۵

مہجوٗرس تہٕ آزادس پتہٕ بٔنیہِ غزلہٕ کہ حوالہ دینا ناتھ نادِم تہٕ ادِموکھ لازمی ذِکر کرنی زِنس بھیوٗرے نہٕ روٗسُل میرنی یا مہجوٗرنی پاٹھی کاسکل غزلکِس مروجہ اسلوٗبس کرٕ

۱۵ وُچھو محمد یوٗسف ٹینگ سُند تحقیق تنقید تہٕ۔

ظٕون۔ بلکہ اَوٚن تمیٚ کاشُر غزل عام استعمالچہِ زبانی منٛز۔ گۄڈٕ کِمے ہین ویٚدین نگر دلنواز انہارن
نکھہٕ تہٕ دوہ دِنہٕ کِس بلا واسطہٕ لہجس نزدیک، تہٕ بنوٚوُن غزل لولہٕ مکالمہٕ علاوٕ وٕلتھ ملچھ
نیم سیاسی گلن گراوٕن ہندِ تہٕ طنزُک وٚسیلہٕ۔ عروضی اعتبارٕ کوٚڈُن اکہِ لڑِ بےشونکی باُھٹ عام
رلواجہِ نِشہِ ڈٕلتھ یہِ قدم رُمسلمہٕ ارکانٕ عروضہٕ بدلہٕ ورتوٚوُن کاشرِس ورتنس ستیٚ رلہٕ ڈُن
دَباوی میٚنز طریقہٕ تہٕ مصرن ہندِ زھوچر زیچھر۔ نادمنین لیسلہٕ غزلن منٛز۔ چھُ فارسی غزلچہِ
موسیقیہِ کھوتہٕ زیادٕ کاشرِ لکہ شاعرِ یہِ ہندِ میولیہِ لہراو محسوٗس سپدان۔ یموزا ولیوٕ چھُھ
باسہِ نادمُن غزل شاید آیندٕ باپتھ ہنا ژوٚرُے ہین توجہس لایق۔

فارسی کیٚو اُردو آیہِ کلاسکل غزلچ مروجہِ ادبی زبان تہٕ اوٚسلوٗب بیان نظر انداز
کرِتھ عام ورتاوچ زبان، رلوایتی رسوٗمو روٗس طرزِ اظہار تہٕ کتھ باتھ ہند رسمہٕ ہین
بانیارٕ لہجہِ پانناوِتھ یتھ لولہٕ باوژ تہٕ طنز کاری یہِ نادمُن غزل مازیوٕ تموٗ لوٗب کالہٕ نہٕ
ڈٕسی موضوعی اعتبارٕ زیادٕ دِہراو، مشاہدٕ حسابہٕ ژُرمونوسی، واتنیارٕ کنٛز مزید وُژھ، رٔدی یہِ
حسابہٕ فریب شکنی، پرٕ دِجاکی تہٕ بےخوفی، تہٕ لہجہٕ کہٕ اعتبارٕ گوٚنہِ ٹلراوُن، کامتن پرٕ زووامتیاز
جدید کاشرِ نظمہِ ہند زاین وُچھان وُچھان۔ جدید آگہی یہِ ہند اَندرٕ پٕتیرِ سرگرِ شھن وول
ہوا چھُوان چھُوان تہٕ ناصر کاظمی ہندِ قبیلکی جدید اردو غزل بوزان یِراں کالہٕ پگاہ دریش
ینہٕ والی مختلف نوعن ہندی واقعاتھ، وارِ ی داتھ دوہ دہٕ نچہٕ تازٕ باس زبانی تہٕ طنز کار
لہجہٕ ڈٕسی توجہٕ طلب بناوان بناوان۔ حالاتن ہنٛز تبدیلیہِ ہند ظوٗن، رلوایتی لب لہجہٕ
کرِ نالگہارِ رُک نیب، تہٕ اَمِہ ظہٕ تہٕ نتیجہٕ برکرِ کاشرِس غزلس منٛز۔ رلوایتی کیو غار رلوایتی موضوعن

نِسبتھ بظاہر غار شاعرانہٕ لب و لہجہٕ ڈسی اکھ زیادٕے پانٔنیارٕ ترٕ بےٚ پھِرک اوٚسلوٗبہٕ بیان پھاتھلاونس منٛز۔ یُس کار کامِلن کوٚر تمہٕ کِنہٕ بنیوو تُسند غزل زیرِ تبصرٕ سفرُک اکھ نوٚن پڑاو۔ واقعہ چھُ یِہ بنیوٚو کیتھو علاوٕ بنیوو کامِلن غزلہٕ اوٚسلوٗب ترٕ تٔمسندِ ن زی حِس ہمکالن وقتک پھیر زیادٕ واضح پاٹھی زینتُک باعث، ترٕ رفیق رازٕ ترٕ فاروق نازکی ہوٗن تمہٕ وقتہٕ کیٚن وارِ یہن نوجوان کاشرِ ن شاعرن باسیوو حدٕ رُوس مہٕ موٚن، ترٕ تِھہٕ پیٚٹھ تہند ڈسی پارٕوی ترٕ واریاہ۔ البتہٕ سابقہٕ بیشتر ترقی پسند شاعر ترٕ ہندی پاٹھی روٗد مذکوٗرٕ زمانڈ کاس تنقیدک طنزٕ ک روجحان ترٕ کاشرِس غزلس منٛز گوڈٕ بیٚٹھے وقتی معاملن ترٕ اوحالن ہتی تیوٗت سیدٕ سیوٗد آور زامہٕ قبیلکی کیٚ اظہار اگرچہ گوڈٕ گوڈٕ تھپ کرِ و نٕ باسیے مگر ووٚنی چھِن تم بےٚ زوٗ ترٕ تاریخہ بندی سیدٕ نی ہیتی متی۔ خارجی اہمیژ کِنہٕ ہیکن تم وٕنہٕ ترٕ لایق قدر باسِتھ مگر داخلی موٗلہٕ چھکھ چھیو نیو مُتی باسان۔ وجہ یِہ مذکوٗرٕ روجحانس روٗد موٗلی ترٕ بیچید انسانی صوٗرتِ حالس ہتی کمے یہن رابطہٕ۔ تتھے پاٹھی ہیوکہٕ تتھ روجحانس ہتی وابستہ سیدٕ سیوٗد، اوٚک لرٕ ل ترٕ نظر ترٕ ل (TRANSPARENT) اوٚسلوٗب احساسی سوٗتھرس پیٚٹھ پوشہ ووٚنی شدتھ زٕ ژھرتھ، نہ فکری اعتبارٕ کِنہٕ جہتٕ ل سنز رس جاے شیٚرتھ ترٕ نہ تجربٔاتی رنگا برنگیہ۔

اَتھ پوٚت منظرس منٛز چھُ پیا اکھ غزل بنیہٕ اکہ بڑاوک باس دِوان یُس اُکس ناواضح کاینا تس منٛز۔ انسانی وجودکہ بُنیادی صوٗرتِ حالہ کیٚن مختلف پہلوٗن معاشہ آگہی یِہ ہندٕ گاشہٕ وچھتھ ترٕ جدید حساگہی یہ زامہٕ نبضہ وُپھرایہ ہنز۔ برکرتہٕ زینتھ زبرتھ

متواتر پٲٹھۍ موضوع بناوان چھُ، تہٕ تِمن پہلوٗن نِسبتھ سوال انگیز تہٕ فکر آشوب توٗژراتھ وۅتلاوان چھُ، یتھی سوال تہٕ توٗژراتھ یِمن بےٚ توٗژہ خوش گُمانیو تہٕ بےٚ بوٗنی آتش افزا آیو بجایہِ وُبوٗدرٕ تِمن واجِنہِ لہریا نزٲنۍ زامژ حالاتن ہنٛز تھٔہر ایہِ وۅدہان چھٕنےٚ یا کُنہِ المیہ احساسکۍ آوِلنی نژان چھِ۔ موضوعس پھاپھلاوَن دۅل تیز آبِ سونٛچ، بٔرٕمٕتیہ مُشاہدٕ، کھوٗلوٗ دِنہٕ دۅل احساس تہٕ باوَژہنٛز بٔسیہ تہٕ بے بدل موزوٗنیتھ۔ یمہ چھٕنےٚ کینہہ ناکارٕ خصوصیژ یِمہٕ مذکوٗرٕ غزلس اکھ مجبوٗر مگر وٕچھہِ وۅتھ رۅۍ یہ تہٕ لفظی بیانٛچ اکھ یہ ڈٲڈٕ زنہٕ تیر بہ ہدف کارگزٲری بخشان چھٕنےٚ، بامے سوٚ کارگُزٲری کوٗنہٕ باسہِ بعضے صوٗرژن منٛز ناموٗنوٗس، مشکل یا گوٚٹ۔ اَتھ ضِمنس منٛز چھٕنےٚ یہ کتھ شاید ژٔتس یاد تی لایق زِ بعضے چھِہنہٕ تخلیقی تقاضے کُنہِ شارٕ باوژ عوام پسند سوٚتھرس پیٹھ یِنہِ باپتھ یکدمے جاے تیٛرنہٕ دِوان۔ زیرِ تبصرٕ مزازُک غزل پٮ۪نہِ پٮ۪نہِ ترٲیہ گرٲیہ لیکھن والین ییم شاعر ہمسفر باسان چھِ تِمن منٛز چھِ مثالے راہی، فراقؔ، حامدیؔ، خیالؔ، شوقؔ، گُلشن مجید وغارٕ شامل۔ پوٚتس مذکوٗرٕ دۅن شاعرن ہندی کینہہ تازٕ ترٕ اظہار چھِ باسان زنہٕ تہٕ کُنہِ انٛگیٚٹی غزلس دٕس ٹُلان۔

کاشرس غزلس آےٚ پتۍ مِن الہ یلہٕ ژتجہن وٕرین دوران کینہہ مُنفرد شاعر باگہِ ییم اگرچہ کُنہِ نہٕ بٔڑا وکی نمایندٕ باسن نہٕ مگر تِمن چھٕنےٚ پنٕنۍ پنٕنۍ موضوعی تخصیص کیو بانگ بیوٚن بیوٚن رنگ۔ یتھین غزل وٕنن والیو منٛز چھِ پیٹھ سوٚتھرٕ یہتھ مثالے مغوب بانہالی رشید نازکی، ناظر کولگامی، مشعل سلطانپوری، رُوسُل پونپُر، ایوب بیتاب فاروق نازکی

حکیم منظور، غلام نبی گوہر، بی۔ ایم شاد وغارٕ۔

زیرِ تبصر سفرس دوران ووتلاوی پتہٕ میوٗ ووٗہو بپرِ ہو ورِ یو بیٚیہ اکھ توجہ
طلب پرٛاوِ کی آثار یمن قاضی غلام محمد نی تہٕ رفیق رازنی غزل آسہٕ ہاوان چھِ۔ رازُن
غزل چھُ اکھ طرفہٕ مجازی حُسنس عشقس سیتی وابستہٕ مختلف جذباتن وارِی داتن ہنٛد
اکھ تازٕ بالیغ داتن وطیرک تہٕ ساہ ردوار تجرُبن ہنٛد باس دِوان تہٕ بیٚیہ طرفہٕ کیٚترِ ہنٛدین
معاصر حالاتن تہٕ روزمرٕ معاملن ہنٛدی مختلف ونٛزِ وُلتھ غمناک کیٛو اندیشناکھ پہلوٗ
پیش کران کنہٕ کرب آمیز۔ فکری سٕنر یا معنہٕ پرور دیداگہی یہ (VISION) کھوتہٕ
زیادٕ اکھ میٹھ ڈگ للناوُن واجینۍ تخیّل انگیز۔ کیفیتھ تہٕ اکھ نیم روشن طلسماتی فضا
ووتلاوان، یتھ یوٚہے اکھ رٔمانی تھائیت تہٕ اسرارٕ ویٚنٛرٕ جارآنی کیٛو خوف یہ ڈٕرِ رتہٕ
نال وُلتھ باسان چھِ۔ رازنہٕ غزلک یہ رنگ درٛاو نوٚن کینٛہہ مثالہٕ دِچھ تازٕیا بہٕ
تہٕ ژیٚنٛ طرزِ چھِ تیز تیٛتھینہٕ کنٛ۔ کینٛہہ جذبہٕ کہٕ نیم نوٚن تہٕ وٕرِ گلن ہار آسنہٕ سیٚبہ، کینٛہہ
لہجہ چھِ پُس صدا یہٕ کنٛ تہٕ کینٛہہ بلاواسطہٕ بیانچہ فوری اثرانگیزی یہ کنٛ۔ مُناسب ترین
لفظ ژارٕ کرنہٕ کس اہم معاملس منز۔ باتہٕ ورتاونہٕ باوجود یتھ رفیق رازن بیٚنٛن لیلہ ہمکال
شاعرن ہنٛد توجہ اوٗ کنٛ تہٕ یانس کُن زِ تمی کر حکیم منظور نی یا کھٹی کلاسکل فارسی عروض
بانناونچ شعوری کوشش، تہٕ کیہنہ سٕرتازٕ (بلکہ سنگلاخ) زمینہٕ ورتاوُن کاشرِس منز
گوڈنچہ لٹہٕ۔ یہ اقدام باسیوو واقعی تحسین طلب، ڈٕن گو واتھ اقدامس رٔدجان
بناوِتھ ہرگاہ شارِ باوٕژ ہنٛد بُنیادی مقصد یعنی معنہٕ آفرینی گال کھاتس گژھتھ شاعری

ہیٚکہِ تگنٛگرٛی یہِ ہُند شکار سپدِتھ، تہٕ کُنہِ کُنہِ گوو تہِ تی، بلکہ باسیوو کینژن تقلید کرن والین ہِش زنہٕ شاعری محض عروض باقی تہٕ ردیفہِ قافیہِ تھٔرن چھےٚ تہٕ بس! حالانکہ اُسی ہیکون پٔنٕ غزل شاید ژٔدرمہٕ مون بنٲوِتھ ہرگاہ اُسہِ شاعر یہِ ہندِس یِہٕنس کاتِرس میٖرٕ نظامس تہٕ کام ہیٚنٛز تگہِ۔

رۄمٲنی ژھایِت تہٕ اَسرارِ وینژ حارٲنی ووتہٕ لاوُنس منٛز۔ رۄد قاضی غلام مُحمد رفیق رازس بیشتر وتےٚ تہٕ ہمقدم۔ وُن گوو قاضی چھُ اُکس پوختہٕ پیٚتھ کال پسند تہٕ یاداوری ہندی پاٹھی بیٚتہٕ سٕنہِ رۄمٲنی مزاجُک، مُستقل رۄمٲنی واتن وٕطیرمُک تہٕ رۄمٲنی ژوٚی یُک نقش بُہنادان، یِیلہِ زَن رفیق راز کیٚہنہٕ اَسرارٕ آہنگہِ کُھتھ کٔرِتھ تہٕ متین، قلندرن تہٕ جوگین ہندی غار عادی کارِ کرتوت ہاوِتھ یا باوِتھ بظاہر سِری شاعر یہِ ہُند ہیوٚ فضا ووبداونچ کوٗشِش کران چھُ۔ قاضی چھُ یُسلہِ پاٹھی تیر بہدف زبان ورتاوان یِیلہِ زَن راز اَتھ ضمنس منٛز۔ باربار زِڈ کِڈان باسان چھُ۔ قاضی چھُ انگریزی رۄمٲنی شاعرن ہُند تہٕ خاصکر یِتھ کولرج تہٕ ڈِلامیرُ سُند فانس یافتہٕ یِیلہِ زَن راز جدید اُردو شاعرن تہٕ خاصکر ناصر کاظمی تہٕ ابنِ انشاہس نِشہِ مُتاثر باسان چھُ۔

کاشُر شاعر یہِ ہُند تازہٕ ترٛاو حال چھُ یہِ زِ شاعر یہِ ستہِ دلچسپی تھاوَن والی یُسلہِ نوجوان چھِ غزل صنفہِ تمہِ آیہِ گلمال کٔرِتھ باسان زَن تہٕ تمن تمہِ وراے بیٚیہِ کُنہِ کارآمد شارِ ذاژ ہِند بیٚیی چھُ، تیوٗت زِ تمن چھُنہٕ وٕژنُک تہٕ ظون بیوان۔ وُن یِم غزل کالہِ بیگاہ چھیان یاکھن گژھان چھِ، تمو منٛز چھِ بیشتر تجربہٕ تہٕ تخیلہٕ لحاظہِ ژھوٚژی تہٕ

وقتی تہٕ بیانہٕ حسابہٕ ییٚنٛژی باسان ۔ بلکہ چھہ کیٚہنہٕ تمی آیہٕ عروضی تنگنگری ہاونہٕ سببہٕ باوٕژ
ہندیو محسوٗس شہونٛشہٕ محروٗم باسان ییٚمیُک ذکر ژیٚہہ کھنڈ پروٚہتہ سیٚرٕ ۔ تاہم ییٚمہٕ یہٕ
خوشوٗن اعتراف کرُن زگرٕ نہٕ ۔ کیٚنہہ کیمے سٕہی مگر کیٚہنہٕ جوان سال شاعر چھہٕ ضروٗریم موجوٗدہٕ
غزلس نہٕ صرف اکہٕ آیہٕ ییٚمہٕ آیہٕ زندٕ تھاونچ کوٗشش کران چھہ بلکہ چھہٕ غارٕ رلوٲئی موضوعی
گوٗشس وٕنہٕ کٕڈی کٕڈی اَتھ موٗل ہُراونس لگہٕ متی باسان، تہٕ تم گوٗش تخلیقی اعتبارٕ منٛز مٲنی
بُناونہٕ غرضہٕ موضوعہٕ موافق زبان و بیان تہٕ ابلاغکہٕ کیٚہنہٕ تازٕ وَل ورتاونچ پرژ کوٗشش
کران رٕمتے چھہٕ شاد رمضان، غلام رسول جوش، ع۔ ر۔ حاجنی، پریم ناتھ شاد، فیاض تلگامی
رنجور تلگامی، شہناز رشید، علی شیدا، اسماعیل آشنا، فاروق فیاض، پرتھناتھ بیتاب،
مجروح رشید، گلشن بدرنی، بشر بشیر وغارٕ ہوٚن کیٚنژن سوخنورن ہندی کیٚہنہٕ غزل
پٔرِتھ متی بابۆزِ متیم تولیہٕ منٛزٕ ران تہٕ نوٚو منظر ہاوان باسان چھہٕ تہٕ ییٚنہٕ دُسوار
باوٕژ ہُندہٕ تہٕ باس دِوان چھہٕ ۔ شاعری پچھے اہم تہٕ دلپذیر بنان ییٚلہٕ شاعر لسانی طور
پیٚنُن کانہہ انفرادی تجربہ باقے خوٚئیو علاوٕ کیٚنہٕ پاٹھی بُنیادی انسانی اوحالہٕ اکہ یا بییہٕ
پاٹھک اَتہٕ بناونس منٛز کامیاب سپدان چھُہ ۔ ییٚہے کوٗشش چھُے ہنگامی کتھن یا
واقعن کارگر تہٕ پوشہٕ وٗن واتناونہٕ عطا کران ۔ میٚے چھہٕ شاد رمضانُن واریاہ کلامہٕ
بوٗزمُت ییٚمہٕ کیٚنہہ مٕنے تس منٛز ۔ یہٕ ظوٗن ہناٚ ژورُے یہِن بدار سپدہٕ وُن باسیومُت
چھُہ ۔ وُن گوو میانہٕ مُطابق تہٕ زانکاری یہٕ ہندی حد ہیکن نوٚو دوٚہ تھٕوِنی شارشناس
ولیستارسان ژھنڈِتھ تہٕ ژٕٹھ ۔ اکھ کتھ چھُے زور دِتھ ونٛنہٕ لایق تہٕ سو یہٕ زٕ سأنی

دوہتھ وٕنی شاعر یوٚتاہ پٔننہِ تجربی وَہراوک تہٕ سٔنزوک اہتمام کرِتھ ہیکن تہٕ یوٚتاہ تم پننہِ زبان تہٕ پننہِ بیانک لیہِ لہراو موضوعہٕ لحاظٕ لامحال بناوَن تیوٚتاہ بنہِ سون غزل معنہِ افروز تہٕ آنند آیُت، تہٕ تیوٚتے ہیکہِ زیرِ تبصر شارٕ ذاتھ ازکس آشوب آمیز تہٕ انقلاب پسند زمانس منز پننہِ منفرد وجوٗدک جواز یادٕ کرِتھ تہٕ پنٕن لگہٕ ہارٕ ربہ باسناوِتھ۔

آخرس ییٚتھ کاشرِس غزلس منز وقہ لیمہ تمہِ نسوانی آواز ہنز ذکر یوسہٕ نسیم شفائی "دریچہِ منز رتھ" بوز ناوان چھے ، تہٕ رخسانہ جبیٖن ہٕنز ہ منزیٚ شہہ بدلاوِتھ۔ یہِ واقعہ چھ کاشرِ غزلکس تواریخس منز گوڈنیکے آسنہٕ سببہٕ ژوٗرُے ہیٚن قدر طلب باسان، تہٕ بخشییتہِ اکھ منفرد شارٕ صنف سانہٕ غزلہٕ کہٕ آیندہٕ کالہٕ باپتھ اکھ بارآورامکان۔ کاشرِس غزلس چھِے حالے سٔنیتا پنڈِٹ ناوٕ بیاکھ اکھ زنانہٕ سوخنور باگہٕ آمٕژ۔ امس چھ امتیاز زاہنز ن وُنیکتام چھاپ ہیرٕ مژن دوٚن سوٚمبرن منز چھ کلام کرِتھ غزلکے ہُند تعداد ژوٗر۔ کلاسکل آیہِ عروضی وُسوآری پرٛاوٕنیک کل تہٕ معاصر زندگیہِ ہُند ظوٗن، یمہٕ زٕ خصوصیژ چھے سٔنیتاہِ ہندِس غزلس توجہہٕ طلب بناوان۔ اہنز شاعری یہٕ ہرٕ معمول ہرگاہ سو نسیمنی پاٹھی پنٔن نسوانی وجوٗد بولناوٗن ہیٚچھ تہٕ نسیمنی شارٕ ہوٚز کھسہِ کھٕژ رٕتھ بیٚلہِ سو سٔنیتاہِ ہندی پاٹھی کوٚشِش کران روزِ زیادٕ زیادٕ عروضی موزونیتھ پرٛاونہٕ باپتھ۔

# کاشُر غزٕل

## اِبتدٲیی تجربہٕ

ناجی مُنور

یٔیلہِ کاشُر غزٕل تھٕہ ییٚو، فارسی غزٕل اوس یَتہٕ نس پوٗرٕ پوٗر شابَس بیٚہتھ۔ حافظ، سعدی شیرازی رحٕ صاب ہوٚن شاعرن ہٕند غزٕل اوس تیٲری تیٲرٕ راج تَنج کران ییتہٕ ییتہٕ فارسی زبان سمجھنہٕ اَس یوان۔ تمہِ ساتہٕ اوس اردو غزٕل تہٕ کمائس وۄتمُت۔ دِلہٕ ہنز رازدانہِ بیٚہتھ اوس میر تہٕ مرزا غالبُن غزٕل قرین ساری سے ہندوستانس بیٚہتھ حاوی تہٕ اُتھی منز آو کاشُر غزٕل بارَسس۔ مگر غزلچہِ شکلہِ تہٕ ہیٚژ ورائے اوس یہ خالص کاشُر غزٕل، اردوٕ غزٕلکی پاٹھی اَوٚن تہٕ اَمی فارسی بیٚہتھ شراب، ساقی، رند، محفل شمع پروانہ، کاروان تہٕ میرِ کاروان ہوی استعارہٕ تہٕ آرایشی لفظ پانس سیٚتی بلکہ چھ اکاتُر سوچ آد عرب، ایرانی قابیس منز تراوٕہ تہٕ اَمیک دَس تُل میر سعداللہ سعادتن (وفات ۱۲۳۴ھ) ییٚمی کشیرِ ہند مورخ آسنہٕ علاوٕ وارِیاہن فارسی کتابن ہنٛد مصنف چھُہ۔

کأشرِس منز چھُنہٕ لفظ غزل فاخر یا سعداللہ سعادس برونٛہہ کأنسہٕ ہنٛز شأعری منز نظرِ گژھان، یمہ دوشوٕے چھہِ کأشری ہمکال شأعر یِمو فارسی یس منز وار اہ کلام یِتھ کُن چھُ تژوومُت، فاخرن چھہ کأشرس منز تہٕ بیسیار نعت تہٕ منقبت وُنی ہِتی ووہن گوو تسنٛد غزل تہٕ چھہ اَسہٕ تام وومُت۔ یمن دوٕن شأعرن علاوٕ چھہٕ میر عبداللہ (وفات ۱۲۲۶ھ) ہندِس کلامس منز اَسہٕ غزلکی لوازمات نظرِ گژھان۔ میر عبداللہ اوس غزل چہ ہیٔژنش پوٗرٕ پأٹھی واقف۔ تمی چھُ پانہٕ تہٕ غزل وونمُت مگر فارسی یس منز۔ کأشرِس منز چھہِ تمی غزل چہِ شکلہِ وار اہ دینی نظمہٕ وُنی ہِتی۔ غزل لیکھنہٕ چہِ کوٗششہِ چھےٚ میر عبداللہ ہندی یِمہ ژھ سیدان۔

آمُت چھُ سُہ پانےٚ عالم چھُ بہانےٚ
روٗزِتھ چھُ نیہانےٚ عالم چھُ بہانےٚ
میانیٚ ہوی کس چھہِ دأدی بے زارٕ ہاگیاہ گےٚ
اوصاف کس وَنےٚ عالم چھُ بہانےٚ

یوٗت کرٕتھ تہٕ ہکوٗ گوٚڈنیُک کأشر غزل لیکھنُک تاج سعداللہ سعادتس کنٛڈِتھ۔ اصل کتھ چھےٚ یہِ زِ کٔشیر منز یمہ تہٕ فارسی غزل گوٚ شأعر وُتھی ہِتی چھہِ تمو چھُ کأشرس منز تہٕ کیہنہ نہٕ کیہنہ وَنہٕ نُک تجربہٕ کوٚرمُت۔ حتیٰ کہ غنی کشمیری سُند کیہنہ کأشر کلام تہٕ چھُ بیربل کاچرو ہندی مالی دیا رام خوشدلن بنہِ بیاضہِ منز رٹِتھ تھوومُت۔ یتھ حالہٕ روزِتھ یہٕ کتھ لیکھنی نامناسب زِ غنی سُند فارسی دیوان چھُ نہٕ غزلن ہُند دیوان بلکہ

متفرقہ شاعری ہنز سومبرن ۔ اَلغاًیہ چھِ مثنوی تہٕ زور ژور شار اکس ردیف قافیس منز آسنہٕ غزلٕچ صوٗرت لبان ۔ خوشدل ہندی جمع کرٕی متی غنی ہندی کاشر شارتہٕ چھِ یہے صوٗرت برونٹھ کُن انان ۔

یار ہنز وتہٕ پیٹھ ڈیکہٕ کنی ٹکی زے
ڈیکہٕ نے پکی تہٕ کرٕی زے کیاہ
ینہٕ تمی داہنری بتہٕ چون ڈیوٹھن
تہٕ تس ناہ بیب بزتھ چھے

غنی نین یمن شارن منز یوٗد وے غزلک مانہ ساد برموجوٗد چھُ مگر ہیتہٕ زنگی چھِ یم شعر کاشرس لکہ وتہٕ ونس قریب، بحرحال کاشرس منز چھُنہٕ ار داہم شتہٕ کس نصفس تام غزلک کانہہ نیب نشانہٕ بوزنہٕ یوان ۔ تہٕ یتھ پاٹھی چھُ کاشر یکس گوڈنیک غزل سعادت سندے مانُن ضروٗری ۔ سعداللہ سعادتن چھِ فارسی شاعری منز رنگا برنگ تجربہٕ کرٕی متی، تہندِ شاعری ہند بوڈ حصہٕ چھُ مثنوی ہند، یعنے بلاغ سلیمان چھُ کشیر ہند منظوٗم تاریخ، داستان گل وبلبل تہٕ چھِ منظوٗم داستان ۔ مگر غزل لیکھنس منز تہٕ چھُ تس کمال حاصل اوسمُت ۔ گل وبلبل مثنوی ہندیہٕ غزل وچھتو ۔ بلبل چھُ گل ہنز جدٲی بیٹھ غزل خاں سیدان ۔

| | |
|---|---|
| شوی از من جدا ای بے مروت | نترسی از خدا ای بے مروت |
| مرا از رفتنت جاں برلب آمد | ترا رو در سرا ای بے مروت |

نمی باشد چو ہجرانت جفائی ازیں رہ باز آ ای بے مُروّت

جنونم راب پا زنجیری کُن ازان زُلفِ دوتا ای بے مُروّت

جفا بر بلبُل باغ سعادت

روا باشد روا ای بے مُروّت

یُت کرِتھ بیٚنہِ فارسی شاعری ہنٚش اطمنان نہٕ بُوٚ تھےٚ چھُ سعادت کاشرس کُن ہیوٚرمُت یتھٕ پاٹھۍ بیشتر وٕ پرٕ زبانَن منٛز۔ لیکھن وٲلۍ پوٚتُس ماجہِ زیٚوِ کُن پھیران چھ۔ سعادت سُند اَکھ دٔستیاب کاشُر غزل چھُ غزلکۍ تمام لوازِمات پوٗرٕ کران۔ لفظن ہنٛز ژارِ چیٛت دُرست ترکیبہٕ، مطلع تہٕ مقطع، ردیف تہٕ قافیہٕ ساری لوازِمات دُرس طریقہٕ ورتاونس سٟتۍ چھُ سعادت واراہ شارٕ صنعژ تہٕ بیٚنِس غزلس منٛز ورتاوان مثالے واریاہن ہشن آوازن ہندی لفظ:

الف۔ گارُن گری چھےٚ یار کرُس گرِ گرے گتھ

پانَس نِشے چھےٚ جان وَندُس دَم بدم اے دِل

ب۔ اَکے لفظ واریاہَن معنےٚ ہَن منٛز۔ ورتاوان

گورن ژیے پوٗرنےٚ ناژ زیارت کرو گورن

ج۔ اَکِس مِصرس منٛز۔ اکی قافیہٕ ہِکۍ واراہ لفظ ورتاوان

چھُم نیوٗر وہ وُندک ژُور کُنک دُور اَچھن نوٗر

یمہ سار یے صنعژ ورتاوِتھ چھُنہٕ سعادت معنے ہس اَڈ کھشی کران بلکہ شارک حُسن معنے پوٗرٕت بناوِتھ ہُرراوان ۔ اَمہِ سُندیہِ غزل چھُنہٕ کُنہِ فارسی غزلک نقل بلکہ چھ اکا شرسونچک نتیجہِ ۔ مثالے نوٗم شار ۔

از مو للہ کھوٗل بر چھُ سفر بیٹھ سکھر کر
ییلہ کاوِ ژ موٗمیٚنِ ژےٚ موژ رُم اَدِ ل
گورن تےٚ پوٗرتے نار زیارتھ کرو گورن
کھوران کو وُچھک کھور مُتھ وار نم ادِ ل

سعادت سُند ہمکال بیاکھ فارسی شاعر چھُ فاخر، عطاء اللہ ہمہٕ سُند شاگرد فاخر اوس دوشوٗنی زبانَن فارسی تہٕ کاشُرس منز شار ونان ۔ تَسُندی نعت تہٕ منقبت چھ دِ دوشوٗنی زبانَن منز موجود کاشُرس منز چھ تَسُندی کیٚہن لوٗبہٕ وٕنی نعتیہ وژن قلمی نسخن منز موجود ۔ مثالے

| | |
|---|---|
| روےٚ چون قبلہ تہٕ محراب بُمے | دَمہ دَمہ سجدا دِمنا |
| روٗخ چون صفا و مروا چھُمے | حجرالاسود خال سیاہ |
| وَتھ چانی کعبہٕ تہٕ تھی کُن نمے | دَمہ دَمہ سجدا دِمنا |

یا شاہ غفوٗر تہٕ فاخرن چھِ اَکی ہے ووج مصرس بیٹھ لوٗبہٕ وٕنی وژن بیون بیون معنے ہن منز وٕنی متی ۔

| | |
|---|---|
| لوٗب چون آمو ہا شوٗبہ وٕنے | اُسی چون جمال وُچھنے آے |

قُربان لگہ ہوے سرتا پاے        نوزک بدنس سمیس سے متے
اُسی چون جمال وُچھنے آے        دِتہٕ اَسہٕ درشن ژٔنے کیاہ چھونے

عزیزشاہ ڈل ییمی سنز غزل تہٕ موسیقی ہنز موٹ بیاض ۱۱۹۹ھ منز مکمل چھنے سپزمژ، تمہٕ مطابق چھُ یہ مشہور غزل رُسل میرنہٕ بجایہ فاخرسند "یار لوگو سنگدل" عزیزشاہ ڈل چھُ محمود، رُسل میر، مقبول امرتسری بیتر شاعرن ہند ہمکال اوسمُت تہٕ یمنہٕ وقتہٕ کین سارنے شاعرن ہند کلام چھُن خوبصورت بیاضہٕ منز محفوظ کورمُت، توسببہٕ کیاز بھوہے رُسلین کلام فاخرسندِ ناوٕ درج اَتھ غزلس منز چھُ تیلہٕ گوڈنچہٕ لٹہٕ فاخرن فارسی غزلچہٕ ترکیبہٕ، استعارہ تہٕ تشبیہہ ورتاومژ۔ سنگ دل، غنچہٕ دہان، ہمہٕ کمان، مژہٕ تیر، رشک آہوے ارم، چیشمہ جودو، موے سال بیتر ترکیبہٕ ورتاوِتھ چھُ فاخرن کاشر غزل فارسی یس نزدیک اونمُت۔ ڈل صاب نہٕ بیاضہٕ منز چھِ تتھی تہٕ کیہنہ شاریم نہٕ مُروجہ رُسل میرنس کلامس منز درج چھِ مثالے

اکھ دمایتہٕ، سانہٕ روز ، یار وَنہٕ ہے زار، بوز
شام کورتھم نیم روز، ماہ تابانُک ــــــ قسم

یا

عشقہٕ دِلس مُشک بوے اَسہٕ نشے ہاو روے
بند کرُتھس موبہ موے موے میانگ ــــــ قسم

بیاضہٕ منز چھِ نشارن ہندی لفظہٕ تہٕ تمہٕ آیہٕ جرتھ زِ معنے ہس چھِ آسمان

زمین فرق پیوان مثالے ۔

کُلیاتِ رُسُل میر

سورمہ نازُک چھےٚ اچھن    سورمہ رٕوُدُم نہٕ وُچھن
خشمہٕ ہیتو ٹھک بُچھن    چشمِ مستانکُے قسم

بیاضِ عزیز شاہ ڈل :۔

سورمےٚ ناز چھےٚ اچھن    سور نہٕ رٕوُدُم تی وُچھن
خشمہٕ رستے چھُم بُچھن    چشم مستانکُے قسم

غزلک اَندُت چھُ بیاضِ منز یتھ کُنہٕ

عشقہٕ بیمارٕی آسہٕ یس زاہ نہٕ صحت آسہٕ تس
دیتھٕ فاخرو نہٕ کس عہدو پیمانکُے قسم

فاخرُن دوٚیُم غزل چھُ ورگہٕ پاٹھۍ نعتیہ غزل مگر ہیرٕی مس غزلس منز یوٚدوے فارسی ترکیبہٕ ورتاوس پیٹھ چھےٚ لُچہٕ، مگر یتھ منز چھےٚ کرتُو تام کاشرِ لفظو بغار بیۍ کیہنہٕ ۔

دورِ ڈیٖو ٹھُم نورِ ماہ زَن پورِ سامان اوس تے
رو درخشاں مو پریشاں خوش خراماں اوس تے
فاخر اندر اشتیاق سرودِ ناز سیم تن
پیرہن چاک از گریباں تا بداماں اوس تے

اُسی ہیکو یہِ کتھ وَنِتھ زِ فاخرے چھُ سُہ شاعر یمی وَٹ بچہِ ہیرِ منز غزل چھُ

گوڈنیتھ وونمُت۔ تہٕ زَن گو واکھ اکھ شار ژورَن حصن منٛز۔ باگرمُت تہٕ ژوٗرِم حصہٕ ردیف کٔنۍ ورتومُت ؎

اَزنے سہ یار ییہِ — میخانہٕ یَنٛنۍ دِیے
شرابِ وَفا پییہِ — پیمانہٕ چنیس باید
وۄلہِ یارٕ کرو سفر — زمینہِ اَسمانہٕ نبرٕ
ژھانڈون پٔنٛنۍ شہر — ویرانہٕ چنیس باید

یا

اے مہہِ سروِ قدمَن — قدمَن پأرۍ لگٲیو
نِگہے سوٗءے مَن اَفگن — وُچھنس پأرۍ لگٲیو

سأنۍ گیوَن والۍ چھِس تس ڈالِتھ لگےیوٗ گیوان

یِتھین کینٛژَن غزلَن منٛز چھےٚ وَتٕرٕچ تہٕ غزلٕچ ہیٔت رلاوِتھ، یِہِے شارٕ صنف بنے مرثیہٕ، یُس یِتہٕ والیو شاعرَو تہٕ ورتاومُت چھےٚ تہٕ یِتھٕ کٕنۍ بأتۍ زبانَن اردو یا فارسی کِس غزلس متعلق وَنہٕ چھُ یِوان زِ نومشق شاعرن ہنٛدِ خاطرٕ چھُ یہِ مشق کرنُک ذریعہٕ بنان تہٕ کوہنہٕ مشق شاعر چھِ غزل وٕنِتھ فنُک کمال ہاوان۔ فاخر تہٕ محمود گأمی تہٕ چھِ غزل چہ شاعری منٛز نومشق شاعر باسان۔ محمودن چھِ بأتۍ صنفن منٛز۔ سأری زورآزماوِتھ، مگر شعوری طور چھُن نہٕ زَنہٕ غزلس موزمتے، سُہ چھُ ایران کِین مثنوی نگارن ہنٛز زیادٕ متأثر، حافظ تہٕ سعدی یا خود جامی سنٛدِ غزلہِ ہنٛز چھُنہٕ تمہٕ استفادے

کوٚرمُت ۔ ووں گوو غ.لک مواد چھُن باضے مثنوی ین منز. یوٚر مُت مثالے مولانا جامی ہندِ غ.لک یہِ شار چھُن شیرِ یتہٕ ہندِ حُسنک بیان کرُنس منز. یتہٕ مثنوی منز. ورتووُمت

جامی :۔ چشم بد دوٗر خال بر رُخ تو
چوں سپندی بر آتش افتاد است

گامی :۔ شبان کیاہ خال تتھ برگ انارس
دٕزاں زن مرٕ ژھوٚل منز باگ نارس

محمۅدنِس کلامس منز چھِ اَسہِ زٕ ترٕ ژورے غ.ل وُچھان یِہ تم یِتھ تیسن وٕژن لیِہ قریب یوس چھِ اگہو نہ خاطرٕ ورتاوس چھِ روٗزمٕژ ۔ اَتھ برعکس چھُ غ.ل سنجید نو کتھ سنجی ہنز. شاعری آسان ییُس زیادٕ ترٕ پرٕنگ تہٕ پرٕتھ سہٕ نگ یہٕ حظ تُلنہٕ خاطرٕ تخلیق چھُ سپدان، اَییُک مطلب گوو نہٕ ہرگز زِ دٕژنس منز. ہیکہٕ نہٕ یرٕتھ سنجیدگی آسِتھ مگر گو ڈینُک مُدعا چھُ زِ وٕژن گرِتھ نٔٹن تہٕ نارِن بیٹھ کھسُن !

محمۅد گامی یِنہٕ کنِس کالہٕ باج، رُسل میر، مقبوٗل امرتسری، عبدالاحد ناظم، مقبوٗل کرالہ واری بیترٕ آیہٕ یوٚر سر وساماہٕ ہیتھ شاعری ہندِس کارزارس منز شہسوار بٔنِتھ، کیہنہٕ لگی محموٗدُن موندٕمُت مادان دوبارٕ سر کرنہٕ تہٕ کیہنہٕ لگی نوٚی نوٚی جہات ژھارنہٕ، رُسل میرن لیکھی دٕژن کیو غ.ل ۔ دو ہتپونی منز. روٗد سرس ۔ لُسند

غزل رۆد فارسی غزلس قریب اَسِتھ تہٕ کاشُرس لکہٕ گیوتس منز پننۍ مقام بناوان۔ تمۍ
چھ غزلس منز فارسی غزلچ چھا اہمیت تہٕ فارم پانہٕ نووُمت یُس تہٕ ہرگز کاشُر
خاطرٕ ووپرٕ چھ باساں۔ تہنٛدی ہمکال غزل گو شاعر چھ فارسی زبٲنۍ ہندی قافیہ
وَرتاوِتھ کاشُرس غزلس آویزہٕ بناوان مگر رسُل میرس ہکوہٕ یہ راہ تہٕ کھاُرِتھ۔

مَتہٕ روز دَماہ روزہٕ درِم چانہٕ لولرے

شرونہٕ دار سوہٕ ہنز ہنگر گرم چانہٕ لولرے

لب تشنہٕ چھس درباغ بہتھ سرو روانو

مے جوئےِ اشکہٕ آبہٕ برم چانہٕ لولرے

رسُل میرنس کلامس متعلق چھ ووُنی وارہ کیہتہ لیکھنہٕ آمُت، مگر اَمی زمانکۍ
تَنٛدٕ ستۍ بوج شاعر، مقبوٗل امترٛی، چھ وُنہٕ تہٕ اَوپوٗد۔ سہ چھ میانہٕ لکھہٕ کاشُر غزلکۍ
مرزا غالب، کشیر تبرٕ دوٗر روٗزِتھ مرزا غالبنۍ ہمکال تہٕ ہمسایہ آسُن ہیٚکہِ
لازمی من تنٛدِس کلامس پیٹھ اثر ترٲوِتھ۔ تنٛدِس غزلس منز چھ اَسۍ فارسی زبٲنۍ
ہندین اُستاد غزل گو شاعرن ہند میو دم خمہٕ تہٕ وُچھان تہٕ تمہٕ وقتہٕ کین اُردو
شاعرن ہنز جوٗیک دستی تہٕ۔ اکہِ طرفہٕ چھ سہٕ رسُل میرنین "تہٕ لولو" غزلن مقابلہٕ غزل
لیکھان تہٕ بیٚیہٕ پاسہٕ، فارسی غزلن ہنز بیچیدٕ زمینن تہٕ مانڈان۔ رسُل میرن "ہاردے
بھاو کھنا کن تہٕ لولو" یا "مسا لاے تیر مجگلنے تہٕ لولو"۔ چھ ووُنی تیتۍ عام گمتۍ زمین
بحرن منز۔ لیکھن چھ شاعرس شانس خلاف باسان مقبول امترٛی تہٕ چھ یتھی غزل

ییکھی متی نگر پرٚ دن تَل روٗزِتھ چھِ لُکھ بے خبر

عارٕہ متی زاروَن تَس تہٕ لولو      یارس عار اَنتَس تہٕ لولو

منصوٗر لاگِتھ منٕز نش نیر      اَن وَن بیٹھ دارس تہٕ لولو

پونیرٕنی پاَٹھی درٕمنز نارَس      پاَری سوتھ دٕزنَس تہٕ لولو

یا

اَستانہٕ گنجہِ مے دَشہِ لولو      مجلوٗنَس نامَشہِ لولو

کھوژان چھَس تَس مجلوٗنَس      میے کنہٕ دِل مانشہِ لولو

مس چیتھ تَنٕز یارٕی ہند      کَس وَنہٕ چھُم سے نشہِ لولو

یارس میانِس چھُس نا عار      نارٕ مئے گونٛدُم لشہِ لولو

مقبول امرتسرٕ ی یم غزٕل فارسی غزٕلَن ہنٕز پاَروی ڈٕلِتھ لیکھی متی چھِ، تمن منٕز چھُ شوٗرٕ تہٕ شوٗد کاشُر فضا لبنہٕ یِوان ۔ واوَس اَتھِ یارس گژھ سوزنہٕ، ہُمہٕ ہار نجر ستی تیر مجگان لاینٕ، اخل صحیح دَشہٕ ژَٹنہٕ شیرٕ بیٹھ ہیتھ یارس کرٕ نعمتہٕ نہٕ، ہشہٕ ترکیبہٕ وُچھتھ چھُ باس لگان زِ مقبوٗل چھُنہٕ بالہٕ اپارکِس فضہس منٕز بلکہ کاشرس منٕز شہہ ہیوان ۔

عشقہٕ موت یار وَے لَشہِ نارٕ زالِتھ عشقہٕ آتشہ گوم

مَشہِ کرٕ مئے ستم بیکسہ ترٕ آدِتھ تھاَو پشہ پَشہِ گوم

کیہتہ بند پیرِتھ برٕ اراں نوٗہس نشہِ کوٗ ہیوت تھَم دوٗر

شہہ ستی کن کُمی دشمن برٕی نَس وشرٕ نہٕ پرٕ دشہ گوم

یا

مَسا چھو لولہٕ مَس دِیت تھم رَسکے پاٹھی سوندرے بوٚمبرو

مسا روش، روشہٕ یکھنا پوش لاگے گوندرے بوٚمبرو

ژٕہ کس اغیارہٕ سے ستین لوٚگُے دل بے وَفا یارٕ ے

بہٕ چلانے ویرِ چھیس بیٹھِ شیرِ ہیتھ نعمٕژ ژھرے بوٚمبرو

اَمہِ زمانہٕ یم تہٕ شاعر کاشرِ س منٛز مشق سوخن کران چھہِ اَسی ہتی تم چھہِ اکھ اَکس نِش واقف اَسی ہتی۔ کینژن شاین تھٕنْد اکھ اَکس نِش واقف آسُن ظاہر سُپد مُت تہٕ چھُ اَکی سے زمینس تہٕ ردیف قافیس منٛز تھندی غزل وُچھتھ باس لگان زِ اکھ اَکی سُند کلام وُچھتھ چھہِ تم مُتاثر گمتی۔

فارسی غزلچہِ تشبیہہ تہٕ استعارہٕ سپیزٕ یمئے شاعرن ہندِ ذٕسی کاشرِ س منٛز مقبوٗل، زُلفن مارٕ وَنُن، دہانَ غونچہٕ، نستَن خنجر، ہونگہٕ سیب بیترِ۔ مقبوٗل ام تسٕرٕ ہندِ غزلک شار سہ

زُلف چھی دام بلا، ڈیشتھ پریشاں گوم دل
ترٕ اوی ہتی زَن مار بیچاں تابداماں اے صنم

رُسل میر:۔

چھی ذٕبھنی کھو دری ذٕ چھنی مارے مَتین کتین بُچھن
یار ظالم، مار دِنی دو مار بیچان اے صنم

شاہ قلندر چھُہ اَمہٕ زمینہِ ہندِس غزلَس منز زُلفن ہُند گرویدہ بلکہ معشوقہٕ سُندِ دہنہٕ شیرین سوخنَن ہند موت بَنان ؎

از دہن شیرین سوخن بوزِتھ گمتی گُلی سازو نے
بُلبُلن مٕتھ نالہٕ زٲری در گُلستاں اے صنم

عبدالاحد ناظمن تہِ چھُ اے صنم ، ردیف وول غزل لیوکھمُت مگر قافیہِ بدلاوِتھ، تو تہِ چھُ اکھ اکِس سُند اثر قبوٗل کرن ٹاکارٕ در نٕتھی گژھان ؎

رٕژھ پھٕلۍ وُٹھ ، موختہٕ پھٕلۍ دنداں ذِقن آسیب جاں
عشقہٕ بیمارن چھُ قند و سیب و عنّاب اے صنم

یِمَن سارِنٕے ہمکال شاعرن ہندن غزلَن ہُند کنو اس اوس محدوٗد میانی معشوق سُند سَراپا ، اَتھ منز یِیٚتہِ معنی آفرینی ہندۍ امکانات موجوٗد آسی تم چھِکھ بَرپوٗر طریقہٕ نٕنۍ کڈۍ متۍ ۔ وون گوو کہٕ کنہٕ ساتہٕ چھُکھ پننٕ ذاتی گُدرُن تہِ وشفہٕ پاٹھۍ اظہار کورمُت ۔ اُردو زبٲنۍ ہندۍ شاعرَ تہِ چھُ پانَس ستار یا باجہٕ وَنان یُتھ مضراب لگتھ کم نغمہٕ چھِ نیران مگر سانِس مقبوٗل ام تسرۍ سُند ین خیالَن ہنز اکھ چھِ بدل ؎

چنگ چھُم پان ، چو ستارٕ رگن نو روزِ صبا
راست آہنگ پیسر انداز خوش آواز ودہ لو

# غزل تہٕ کاشُر سٕ منز

# اکھ سفر

رفیق راز

وَنہٕ چھُ یِوان زِ غزلُک ابتدا گوو عربی قصیدکہٕ "تشبیب" ستی۔ تشبیب چھُ قصیدہٕ صنفُک گوڈنیُک تہٕ اہم حصہ یتھ منز قصیدہٕ نگار پننہٕ تخیلکی کارنامہٕ چھُ انجام دِوان۔ قصیدکِس اتھ حصَس یعنے تشبیبس منز چھنے شاعری ہنز کافی گنجایش۔ اتھ منز چھُ شاعر اتھ کھور وہرتھ تہٕ واش کڈِتھ مختلف موضوعات تہٕ مضامین غزلاوان۔ حُسنہٕ عشقکی واردات، دِلکی حالات، رندی تہٕ سرمستی، دنیہچ بے ثباتی زمانچ ناقدری، ذاتی تہٕ ملکی حالات ہیوی موضوعات چھُ شاعر تشبیبس منز۔ سیدِ سیود یا ورگہٕ پاٹھی غزلاوان۔ واریہو قصیدہٕ نگارو چھُ اخلاقی تہٕ حکیمانہٕ خیال ورتاوِ تہٕ باپتھ تہٕ تشبیبک سُہار نیومُت۔

وُچھوے تہٕ تشبیبہٕ چھُ غزلُک ابتدا باسان۔ تشبیب، نسیب تہٕ غزل

ہِشَن اصطلاحاتن ورتھنۍ کران چھُ سٕتہِ مہِ صدی ہجری منز۔ روزٕن وول شمس الدین محمد بن قیس الراضی لیکھان زِ تشبیبس منز چھُ شاعر پنٕنۍ ذاتی حال او حال باوان تہٕ نسیبس منز چھُ خارجی حوالو سٕتۍ رِوٲیتی تہٕ فرضی عشقُک تانہٕ کھالان۔ غزلس متعلق چھُ وَنان زِ یہِ چھُ "حدیث زنان وصفت عشق بازی با ایشاں"

امہِ سٕتۍ گیہِ اکھ بڑٕ غلط فہمی پاد زِ غزل چھُ زنانن سٕتۍ کتھ کرنُک اکھ وسیلہ یوس وارِہس کالس ادبین تہٕ نقادن پیٹھ وحاوٕ کرِتھ روُز تہٕ کینہہ چھِ وُنہِ تہٕ غزلس اَمی نظرِ وُچھان تہٕ ورتاوان تہٕ۔

وُچھوٚ تہٕ تشبیب      یہِ چھےٚ      نظمہِ اکھ صورت۔ یہِ چھُ غزلس سٕتۍ ہیتی لحاظٕ مطابقت تھاوان مگر غزلہِ نِش چھُ مزاجکی مختلف۔

قصیدکِس ابتدٲیی حِصس یعنے تشبیبس منز چھُ شاعر محبتچ داستان بیان کران تہٕ یتھ کٕنۍ چھُ شاعر اکِہ خاص قسمُک فضا پاد کران۔ اَتھ یعنے عربی تشبیبس تہٕ اَمہِ پیٹھ بارٕسس ینہٕ واجبن فارسی غزلِ منز۔ چھےٚ ہیتی لحاظہ کانہہ خاص فرق باسان۔ مگر مزاجہٕ لحاظٕ چھےٚ فرق صٲف باسان۔ یہِ فرق چھےٚ نہٕ محض نظمہِ تہٕ غزلِہ منز۔ بلکہ چھےٚ یہِ فرق عربچ تہٕ ایرانچ۔ عربی باشندوس صحراون منز زندگی بسر کران مسلسل سفر تہٕ آوارٕ خرامی اوس تٔمۍ سُند مسلک تہٕ تٔہنز مجبوری تہٕ۔ تَس اوس پرتھ دوہ نوٚ صورتحالُک مقابلہ پیوان کرُن۔ یتھ کٕنۍ اوس سُہ نوٚ نوٚ تجربو منزٕ گزُرتھ تہٕ حقیقتن ہُند تجزیہ کرِتھ کُنہِ نتیجس پیٹھ واتان۔

اَتھ خاص مۍ ازس ہیٚکہٕ ہے قصیدہٕ ہشی شعرٕ ذاتھ بَراہ ییتھ تکیازِ قصیدچھُ بُنیادی
طور استقرائی طریقِ فکرُک غماز۔ دٔریمہِ طرفہٕ اوس ایران قدیم کالہٕ بیٹھے اکہِ منظم
معاشرُک علمبردار۔ حالانکہ ایرانس منز اوس انفرادی عمل تہٕ وجوٗدس منز آمُت تاہم
اوس ییتیک فردکل ہُم پاٹھی سماجکس کُلس منز محض اکہِ پُرزِچ حیثیت تھاوان۔ اَدے
اوس سُہ انفرادی تجربہ سرِنہٕ باوجوٗد اجتماعی تجربے زیادہ کام ہیوان تہٕ یمنے نِشہِ
اخذ و اکتساب کرِتھ کنہٕ نتیجس واتان۔ فکرُک تہٕ سوچنٕ ترٛایہٕ ہندیہٕ استخراجی طریقُک
گو واتہٕ اَدے مقبوٗل تہٕ غزل بحیثیت شعرٕ ذات آیہِ اَتھ ماحولس بَراہ تہٕ گٔمُت وجہ
یہِ شعرٕ ذات چھِ فردس تہٕ سماجس جزوس تہٕ کُلس درمیان باہمی ربط آشکار تہٕ کران

تہٕ استوار تہٕ۔

ایرانس منز آس ابتدایہٕ بیٹھے بیا اکھ شعرٕ ذاتھ رایج ییتھ "چامہٕ" آسی ونان۔
چامہ اوس کاشُر وژنٕکی پاٹھی بیک وقت شاعری تہٕ تہٕ موسیقی تہٕ۔ زنانَن ہندِ زیوِ
وژنہٕ آمتی چامہ آسی زیادٕ پُراثر تہٕ پسندیدہ۔
یہِ کتھ چھےٚ دلچسپ زِسون کاشُر وژُن تہٕ چھُ شاید اَدے کنِی پُراثر تہٕ کیازِ
اَتھ منز تہٕ چھُ عشقُک اظہار زنانہٕ ہندِ طرفٕ سیدان۔ ایرانی "چامہ" تہٕ کاشُر وژنِچ
یہِ مشترکہ خصوصیت چھا محض اتفاقیہ کنہٕ وازِ وان تہٕ کاشُرِن اَتھ کامِن ہندی پاٹھی چھےٚ اَتھ بیہٕ کنہٕ تہٕ کاہنہ
توٲرٟخی داستان، چھُ بحث طلب بہر حال یمہٕ کتھ چھےٚ تحقیق طلب تہٕ یہِ چھےٚ ونٛکیس سون موضوٗع۔
ابتدائی فارسی غزل تہٕ "چامہٕ" چھِ منز زٔنگی اکھ اَکس سیٹھاہ نکھ لحاظ

چھُ غزل تشبیب بدلہٕ "چامہٕ" ہس ستی منسلک کرُن زیادٕ مُناسب باسان۔ غزل
چھِنے جذبہٕ تہٕ احساس چہِ بُنیادٕ پیٹھ ڈرتھ۔ جذبن ستۍ ستۍ چھِنے غزلہِ منز تخلیقی کارستانی
تہٕ موجوٗد۔ غزلہِ منز چھُ شاعر تخیلہٕ ستۍ جذبن تہٕ احساسن تہذیب تہٕ تزٔیین کران۔ غزلکہِ
تہذیبک یہِ عمل چھُ غزلکین تہٕ شوٗنی موضوعن ییتھے (آزاد رٔوی، یک رجحان تصوف
تہٕ عشق) منز موجود۔ فارسی غزلس منز چھا تھلیوا آزاد پسندی ہُند رجحان گوڈٕ پیٹھے۔
غزلس منز زاہد، شیخ، محتسب تہٕ واعظ بیترٕ طنزُک نشانہٕ بناونک وطیرٕ آیہٕ آزاد پسندی
ہندس اَتھی رجحانس تحتے بارسس۔ عام خیال چھُ زِ ایرانیو کوٚر تہٕ عربن ہُند تسلط ذہنی
طور قبول۔ چونکہ عربن خلاف کھُلم کھُلا بغاوت کرٕنۍ تہٕ آسہٕ سہل کتھا نہٕ اوس یہِ ممکن
لہٰذا ایمن ردعمل باوہٕ بایتھ نیوٗ تمو غزلُک سہارٕ تہٕ دِتُک یتہٕ آزاد پسندی غزلہِ
منز یوچھر۔ زہدس تہٕ پاکیزگی پیٹھ کٔرکھ زبردست طنز۔ یہِ چھُ یوان وَنہٕ
زِ ایرانی آسی قاعدن تہٕ ضابطن اندر روزنکۍ روادار، لہٰذا آسہٕ تِہنز غزل قاعدن
تہٕ ضابطن بیترٕ خلاف بیترٕ ریاکاری، فریب تہٕ تصنعُس خلاف اُسی۔ تِہندی
کنۍ آسی زاہد، ملہٕ، واعظ یمن صفتن یعنی (ریاکاری، فریب تہٕ تصنع) ہندی علمبردار
یتھ کنۍ لوٚب غزلہِ منز تِہنز آزاد پسندی جہار تہٕ وُچھان دُچھان گےٚ تِہندین دیوانن
منز ساسہٕ بدی شعر جمع یمن منز زاہد، شیخ، محتسب بیترٕ طنزُک نشانہٕ بناونہٕ آے۔
تہٕ امہِ کِسہے اثرس تحت آیہٕ اُردوٗ تہٕ کاشُر غزلہِ منز۔ تہٕ واریاہ شعر امی انداز لیکھنہٕ۔
غزلہِ ہُند دوٚیُم اہم موضوع چھُ تصوف۔ اَمکس ابتدا اُس تہٕ ارتقاس

متعلق چھنے واریاہ قیاس آرائی کرنہٕ آمژ۔

مثلن BROWNE چھُ پننہٕ کتابہ LITERARY HISTORY OF PERSIA منز۔ ژون نظرین ہند حوالہٕ دِوان ۱، تصوف چھُ دراصل رسولِ اکرم صلی اللہ علیہ وسلم سند ین ارشادن ہُند نتیجہ۔

۲، تصوف چھُ سامی مذہبس خلاف اکھ آریائی ردِ عمل۔

۳، اکھ بیٚیہ چھُ نو فلاطونیتکی اثرات۔

۴، تصوف بیوٚو ایران چہِ سرزمینہِ پیٹھ تھٕنہٕ۔

تصوف روٗدا ایرانی غزلس پیٹھ حاوی تہٕ کیازِ تصوف چھُ اکھ سُہ لطیف تہٕ روٗحانی سفر یتھ منز۔ کریچھرِ تہٕ چھُ نہٕ میچھرِ تہٕ یتھ منز جسمانی ذگ دود تہٕ چھُ تہٕ روٗحانی لُطف تہٕ۔

یہ ریٚتھ جز۔ ویس نیٚنہِ کلہٕ تہٕ آگرنش ژھینہٕ آسہِ گومُت چھُ پننس کُلس یا پننس آگرس منز۔ واپس شرپنہٕ باپتھ بےقرار روزان۔ بےقراری تہٕ اضطراری ہند یوہے سفر چھُ مُسافرس (صوفی، سالک) لطیف تہٕ پُر درد روحانی تجربو سٟتی مالامال کران۔ یمن تجربن زیو دِنہٕ باپتھ آیہٕ شاعرس غزلہِ منز۔ صنف زیادے یہن براہ۔

غزلہِ ہُند ترٛیم اہم موضوٗع چھُ عشق۔ "عشق" لفظ چھُ "محبت" تہٕ "لول" لفظٕ کھوتہٕ سیٹھاہ باگہِ بوٚرتھ۔ "محبت" گوٚو اکِس نفرٕ سند بیٚیس نفرس سٟتی پیار

کرُن نگر عشق چھُ اکھ وسیع کیفیت یتھ منز معشوق شخصی حیثیتہ بجایہ اکس عمومی حیثیتس منز اُبھران چھُ۔ عشقس منز چھِ ارضی صفاتو کھوتہٕ عمومی صفات زیادٕ ٹاکارٕ۔ غزلِ منز ییُس معشوق اُبھران چھُ سُہ چھُ اکھ علامتہٕ ہنز کآم دِوان ہرگاہ تہٕ آسہِ نہٕ تیلِ آسہے پریتھ غزل گو شاعرسُند محبوب تہٕ معشوق مختلف خولہٕ خط۔ حقیقت چھےٚ یہ زِ غزلہٕ ہُند معشوق چھُ مُشترکہ تہٕ مشترکہ ارضی صفاتن ہُند مالک۔ غزلہٕ ہندس معشوقس منز شخصی حیثیتہ بجایہ عمومی خصوصیاتن ہنز نموٗد چھُ غزلکہِ بُنیادی رجحانُک منطقی نتیجہِ۔ غزل چھےٚ پننہِ داخلیت پسندی باوجوٗد اکھ تیتھ آنہٕ یتھ منز زندگی ہند کلُہم نقش بوزنہٕ چھِ یوان۔ غزل گو شاعر چھِنہٕ تجزیاتی مطالعہٕ کرنُک قایِل بلکہ چھُ سُہ کایناتک مُطالعہٕ پننہِ اجمالی نظرِ ستی کران۔ اوے چھےٚ بڈٕ کھوتہٕ بڈٕ تہٕ زیٹھ کھوتہٕ زیٹھ کہانی تہٕ شعرس منز استعارکس روپس منز ظاہر سپدان۔ غزلہِ ہُند شاعر چھُ کم کھوتہٕ کم لفظ ورتاوس منز۔ اُنتھہ پنُن مافی الضمیر باوان۔ اُمی طریقِ کارُن کوٗر شاعر سُندسوٗرے جذباتی تہٕ احساسی

ردِعمل متاثر۔ اَوے کِنہٕ چھُنہٕ غزلہِ ہُند شاعر صداقت کِس تلاشس منز حقیقتن لوکٹین لوکٹین ٹکرن منز تقسیم کران بلکہ چھُ اکِس حقیقتس بنیس حقیقتس سیتۍ رلاوِتھ اکھ کُلہم تاثر پاداہ کرنٕچ کوشِش کران۔

بہرحال آزادپسندی ہُند رجحان تصوف تہٕ عشق ہِوین موضوعاتن للہٕ کھول کران واتان کاشرس منز تہٕ غزل۔ ڈسی یاب تحقیقہٕ مطابق ورتاو غزلہِ ہنز صنف کاشرس منز گوڈنچہِ لٹہِ محمود گامین۔ محمود گامی اوس فارسی خواندہ تہٕ تمۍ کر یہ صنف کاشرس منز متعارف۔ یہ چھُ سُہ زمانہٕ ییلہِ پوٗر کشیر ہُند تخلیقی زور وژنس پیٹھ آزماونہٕ اوس یوان۔ حیہ خوتہٕ ہند پیٹھہٕ محمود گامس تام آو وژن مختلف صورتن منز ورتاونہٕ تہٕ اظہارُک وسیلہ بناونہٕ۔ تصوفکۍ تہٕ عشقکۍ موضوعات آیہ وژنس منز یہ حسن وخوبی ورتاونہٕ۔

یتھ کنۍ مے ہیر کنہٕ بر ونٹھے وون زِ فارسی زبانی ہنز قدیم ترین صنف "چامہ" ہِکہ پاٹھۍ چھُ کاشر وژن بیک وقت شاعری تہٕ موسیقی تہِ۔

وژن لیکھنہٕ وِزِ اوس نہٕ کُنہِ قسمکین فنی لوازماتن پیٹھ زیادہ زور یوان دنہٕ بلکہ موسیقی تہٕ لیہ پیٹھ اوس زیادہ زور یوان دنہٕ باسے ورتاونہٕ آمتین لفظن ہُند اصل تلفظ چھُوکہ داوی تہٕ گژھہِ۔

اتھ چھُ شاید اکھ وجہ یہ زِ یہ زمانہٕ اوس نہٕ اُزک زمانکۍ پاٹھۍ لیکھہٕ پرہُند زمانہٕ۔ اکِس شاعرسُند وژن اوس دوٚیمین لوکن تام گیون مجلسو ڈسی واتان موسیقی

اُس ترسیلک واحد ذریعہ۔ یوٚہے چھُ وجہ زِ فارسی خواندا اَسِتھ تہٕ کوٚر کاشرِ بوٚ شاعروٚ فنی لوٲزِماتھ نظر انداز تہٕ بیٚنِ سورُے تخلیقی زور کوٚر کھ لیہ تہٕ موسیقی بیٚٹھ صرف یمہٕ ستیٚ روحانی تجربوٚ علاوٕ تہٕ تہٕ تہٕ شعر تجربہ تہٕ مجروح گیہٕ۔

یہ کتھ چھِنے حار تٔس لایق زِ محمود گامیس سیٹھاہ برٕ دہ نہٕ غنی کشمیری تہٕ شیخ یعقوب صرفی ہیٚن لیچھ فارسی یس منز غزلہٕ تہٕ غنی سٕنزٕ وغزلوٚ سٕتۍ سٚنٛٹھو لیوٚر فارسی دُنیا۔ یپلہٕ یموٚ کاشرِ بوٚ لیچھ کامیاب غزلہٕ کیا وجہ چھُ زِ محمود گامیس تام یا اَمہٕ پتہٕ تہٕ وارِیہس کالس دیُت نہٕ کاشرِ بوٚ تخلیق کاروا تھ کُن توجہ ہرگہ اور کُن توجہ کوٚر کھ تہٕ سہٕ اوس نہٕ قابلِ اعتنا۔ مثالہٕ بایتھ چھِ محمود گامی سٕنزٕ غزلہٕ پیٚش یمہٕ تمٕ سٕندٕ بن وژنن مقابلہٕ سیٹھاہ کم ورچھنے۔

کاشرِن ہندِ غزلس کُن توجہ نہٕ دِنُک چھُ شاید بیا کھ وجہ تہٕ سہٕ گوو غزلکی ساری فنی اصول آسی ٹاکار پاٹھۍ سرِ کھر کرنہٕ پتہٕ مقرر کرنہٕ آمتۍ یہنز پاسداری تہٕ پابندی کرنہٕ وراے ہیکہٕ ہے نہٕ غزل تخلیق سپدِتھ اتھ برعکس آسہٕ وژن لیکھنہٕ وِز یرتھ کانہہ پابندی۔ اَوے کِنۍ چھِنے کاشرس منز وژنہٕ اکِ کھوتہٕ زیادٕ شکلہٕ موجود تہٕ نہٕ گٔے غزلچہٕ ہیٚنزٕ نہٕ شکلہٕ منز تبدیلی کرنچ کانہہ کوشش وُنیک تام کامیاب۔ وژن اوس کاشرس منز ازس پوٚر لیوٚر براہ آمُت تہٕ اُتھی منز تُل محمود گامین جراٲت مندانہ قدم تہٕ لیچھن کیہنہٕ غزلہٕ یم غزلہٕ آیہٕ فارسی کس اثرس تحتہٕ لیکھنہٕ۔ مثالہٕ بایتھ نی توکھ اکھ غزلہٕ ہنٛدۍ یم شعر۔

اے دیدۂ بیدار دیدار می بینی
اے محرم اسرار دیدار می بینی

دُنیا چھُ زراعت وو بیول کر محنت

گوڈ سونتھ چھےٚ لوکچار دیدار می بینی

خُدی تہٕ مدی ترٛاو زان تہٕ پان مشراو

تُل پرٛدہٕ پنٕدار دیدار می بینی

یا بیٚیہ غزلہٕ ہندی یم کینٛہہ شعر۔

وَن تسے ویٚسیے زارٕ امشب

ان تتے لگہٕ ہس یارٕ امشب

ترٕ تَن لاگس یِنہٕ نس آغس

بلہٕ ہم لولہٕ بیمارٕ امشب

دمہٕ اکہٕ ییہٕ ناچھم مَنہٕ کامَن

غم غوصہٕ وَتھس سارٕ امشب

یِرٛتھہٕ ہش غزلہٕ پرٛتھ چھُ باسان زِ یم تخلیق کرنہٕ وِزِ چھےٚ محمودٕ گامین مقامی تقاضہٕ نظرِ تَل تھاوِ متی یعنے یم گرٛتھن تِتھے کنٛی گیونہٕ یِنہٕ یِتھ کنٛی عموماً وژن گیونہٕ آسہٕ یوان۔ غزلکی فنی لوازماتھ (یمن منز وزن اکھ اہم جُز چھُ) چھ کُلیتاً نظر انداز کرنہٕ آمتی۔ یمن دون غزلن ہندی نموُنہٕ مےٚ پیش کرٕ تمن منز چھُ ردیف قافیہ تہٕ ورتاونہٕ آمُت، غزلہٕ منز ہیئت تہٕ چھےٚ برقرار نغماتی انداز تہٕ چھُ موجوُد یتھ عموماً تغزل چھِ وَنان. بس اکے کمی چھےٚ یمن منز یمہٕ کنٛ یم غزلہٕ، غزلہٕ چھنہٕ ہیچھمٕتھ سوگے

وَزنِچ کمی۔ بہرحال محمود گامی ہنز غزل لیکھنہٕ سٕہ تہٕ تِتھ دورس منز ییلہٕ کاشُر فضا اَمہٕ باپتھ سازگار اوسُے نہٕ چھِ مُستحسن تہٕ کیازِ اَتھ زمانس منز اوس شاعرن ہندِ پور باوژبل یہٕ ڈِلِ زِ تہٕ وژن زِ نرہٕ مہتھ نیومُت۔

محمود گامی اوس غزلہٕ نِش واقف فارسی کہ ذریعے گومُت اَمہٕ کِسے اَثرس تحت لیکھِن یِم غزلہٕ تہٕ اردو زبانی تہٕ اردو غزلہٕ نِش اوس نہٕ وَنہٕ کاشُر شاعر واقف۔

ہا وَسی چھُم یار دودُے لالہٕ واتم سالہٕ اِمشب
ہا ژٕ رُوستے بالہٕ یارو بال کہنی سنمبالہٕ اِمشب

محمود گامی

یہٕ چھُ اکِ غزلِ ہند مطلع ہیتو امی غزلہٕ ہُندِ یہٕ بیاکھ شعر

تن نل تن ملا دو منہ کے اوپر منہ لگا دو
خُدا کے واسطے آج ہوں میرے نال اِمشب

اَمِ شعر تلہٕ چھُ نَنان زِ پنجابس سیتِ روزگارہٕ تہٕ معاش وابستہٕ آسنہٕ کِنی چھِ پنجابی تہٕ پنجابہٕ کی وساطتہٕ اُردو لفظہٕ تہٕ کینژہ شاعر ورتاوی مِتی۔ یِتھی شار پَرِتھ چھُ یہِ نَنان زِ غزل لیکھنہٕ وِزِ کاتیاہ غار سنجید چھِ سانی شاعر آسی مِتی تہٕ اَتھ صنفہٕ آسہٕ نہٕ سُہ لول بَران یُس وَژنہٕ باپتھ وقف اوس۔ یِتھی شعر پَرِتھ چھُ یتہٕ باسان زِ کاشرِن آسہ کینژن بازاری پنجابی تہٕ اُردو لفظن ہنز زانِ ضرور مگر میر، سودا تہٕ درد ہندی شعر آسہ نہٕ وُنہٕ یمن تام واتی مِتی۔

محمود گامی ہندِ ہے دورس منز۔ یا رژھ کھنڈ بروٚنہہ بہن چھ رُسل میر لاگتھ

اکھ باکمال تہ باہوَر شاعر یاد کرنہٕ هان ییٚس غزلس کُن سنجیدگی سان توجہ چھُ دِوان

تہ اَتھ لول بران یوٚدوے سُہ تہ وَژنکہ سیٚمِر نِش مکمل پاٹھی آزاد اوسنہٕ تہ کرِتھ تہ لیکھی تمی

کیٚہنہ کامیاب غزل یمَن منز۔ وژنک نغماتی اندازِ تہ اوس تہ عشقکِ اظہارُک بے شوٚنکی

اندازِ تہٕ فنی لوازماتن ہندخیال تہ تہٕ عروضی زاوی جارن ہُند صلس تِہ تھوٚنہٕ آمت۔ کاشِر رُسل میرن

اَسہے صرف غزلکِن کُنُے توجہ دیُت مُت۔ کاشر غزل آسہ ہے کرتام بنین رنگن پیٹھ کھڑا گومُت تہ اَسہ تام

آسہے کرتام اکھ باگہٕ برژر ریوایتھ وا تہٕ م۔ یارُسل میرس ہوی بٔنیہ تہ کیٚہنہ شاعر آسہن

اَتھ دورس منز۔ یاد گامتی یمو کاشرس غزلس استحکام آسہ ہے بخشمُت مگر قدرتس اوسنہٕ

تہ منظوٗر۔ کاشرس منز گیہ امہ یتہٕ لیعنے کنوٗہمہِ صدی ہندس دوٚیمس نصفس منز وارِیاہ

شاعر یاد یم تخلیقی لحاظہٕ زبردست باصلاحیت آسی موضوعی لحاظِ تہ آسی تہٕ یم چند چھِکی

کیٚہنہ۔ یِہند موضوٗع اوس تصوف تہٕ عشق۔ یم غزلکین ترین اہم موضوعن منز شامل

چھِہ۔ غزلک ترٛیم اہم موضوع چھُ آزاد پسندی ہتہٕ۔ زوٚش یمیک تفصیلی ذکر مے

گوڈے کوٚر۔ مگر افسوس یمو منزٕ اکثر آسی یاتہٕ وِدٛمی یا یم خواندمٕ شاعرن چھ آسی صوفی شاعر ونان۔ یمن شاعرن منٛد چھُ

فہرست زیوٗٹھ، رحم صاب، نعمہ صاب، شاہ قلندر، شمس فقیر، وہاب کھار،

احمد بٹوارُی، واز محمود بیتر۔

یمن بروٚنہہ تہ گے کیٚہنہ صوٗفی شاعر یاد تہ یمن پتہ تہ گے کیٚہنہ صوفی شاعر

یادٕ۔ یمو سارِوے بنو و بتنہٕ اظہارُک وسیلہٕ وژُن۔ یمو منز۔ کرٕ کینہٕ شاعرو

غزلہٕ منز صنف تہٕ ورتاوٕچ کوشش۔

مثالہٕ پاٹھی:

چھینس منز حبشی لال سیا انوارِ دل

گاشہٕ کے گدا مہٕ لالن گاشس بنیا وگھار دل

وُچھ مے لیلیٰ عین مجنونن شام و صُبح سوزِ درون

موے زنجیر منز راو کر ردیتھ دیدارِ دل،

نار گوڈنم منقلے کلہٕ جانے گوم سوٗر

منہٕ میانہٕ ہا متیو کتہٕ لوگیوٗرس موٗ دور

آو لنے ولبہٕ آیوس چھو نس داے سوٗ دوٗر

کھوت موسیٰ کوہ سنگرِ جاے رٹنم کوسہٕ طوٗر

یم چھہ احمد بٹوارن ہٕ دو لو غزلو منز۔ نمونہٕ رنگی کیہنہ شعر۔ شعر پرتھ چھُ باسان زِ ورنہٕ ورِ آے چھُ غزلکین تمام لوازماتن ہند پور پور خیال آمُت تھونہٕ۔ موضوع لحاظہٕ چھہ یم باگہٕ بُرتھ تہٕ سنجیدہ تہٕ۔

احمد بٹوارِی چھے نظم "نے" تہٕ وُنی منز۔ یہ نظم تہٕ چھے غزلکس قالبس منز آمژ لیکھنہٕ۔ نظم چھے زبردس تہٕ روحانی تجربن ہند اکھ آیشار زنتہٕ رواں دواں باسان۔

نظمِ منز چھنہٕ وحدت خیال بلکہ چھےٚ یہ نظم ریزہٕ خیالی ہنز سنکار۔ ریزہٕ خیالی چھےٚ غزلٕچ خصوصیت۔ یہ نظم "نے" تہٕ بنہٕ ہے اکھ کامیاب غزل ہرگاہ یہ اکس وزنس منز گنڈتھ آسہے۔ اَتھ نظمِ چھُ عنوان آمُت "نے" دِتہٕ یوس وزان چھےٚ مگر اندر چھُ لفظ "نے" وارِیاہن جاین مختلف طریقو ورتاونہٕ آمُت تہٕ امیک صوتی تکرار چھُ پرن والس محوِ حیرت کران۔

عشقہٕ نے دردہٕ نے دید نے لاگنے نے نے نے
وجعلنا من الماءِ کُل شیءٍ حی چھُم حیات لامکانس
وَنحنُ اَقرَبُ مِن حبل الوَرید دروجودکنزچ نے
الفقرُ فخری وَالفقرُ مِنی گُدرِتھ چھُم فقیرَس
نیہٕ منز بُڈنے چھُم حیاتچ نےتس سوا بیٚیہٕ کانہہ نے
سیہ پوش ظُلمات کَمہٕ رنگہٕ رنگنے چھُم حیاتی حیاتس
آب آبن چھووتس کم چھا دنے یُس آسہٕ بُڈ بالگنے
دوزخہٕ منز نیر چھا وجنچ نے سلطانِ اذکارس

بہرحال رُسل میرس پتہٕ موزنہٕ غزلہٕ کانسی یموموزنہٕ تموکرِ تہٕ غزلٕچ حق ادا ئی یو تام مہجورنہٕ آزادنہٕ دزا یہ۔ وونی اوس سُہ زمانہٕ ییلہٕ فارسی علاوہٕ اُردوہچ دارتہٕ اَکس گامُت ییلہٕ کاشرِ ن خواندہٕ شاعرن اَکس فارسی علاوہٕ اُردو غزلہٕ تام تہٕ رسائی حاصل۔ وونی کُرکاشُر یو شاعرو غزل لیکھنچ شعوری تہٕ سنجید کوشش تہٕ یہ کوشش گے واریاہَس حدس تام کامیاب۔ غزل لیکھنچ یمہٕ کوشش کرِ ہٕ صرف مہجورن تہٕ آزادن بلکہ

اَس یمِن ڈھینٛ کھووِری بیٚیہِ تہٕ کیٛہنہ تہواند شاعر یموٗ غزلس اکھ استحکام دیُت یمِن شاعرن
منٛز چھِ اسدمیر، مقبول شاہ کرالہ واری، غلام نبی دلسوز، عزیز اللہ حقانی بیتر ناو ہیٚنس
لایق۔ یموٗ شاعرو ویچھ کتھ تہٕ سان غزلہٕ۔ چونکہ یمن برونٛٹھ اَس نہٕ کاشرِس منٛز غزلہٕ رلوات
پایدار تہٕ مضبوط لہٰذا روٗدی یہنٛز غزلہٕ منٛز تہٕ فنی سقم۔ (اتھ کتھِ کڈو انشاءاللہ بیٚنِس
مضموٗنس منٛز واش) مگر یہٕنٛد بجر چھُ یہ زِ یموٗ کریہٕ والیٚن شاعرن ہنٛدِ باپتھ غزلچ
اکھ باگہٕ برزٕ تہٕ پایدار رلوایت فراہم۔ ہرگاہ نہٕ یم آسہٕن تہٕ، ٤٧ پتہٕ نٛیرن والی
شاعر نادم، فراق، کامل، راہی تہٕ عازم تہٕ آسہٕن نہٕ کامیاب غزل گو شاعر۔

وُچھوے تہٕ یموے شاعرو بکناوِ کاشرِس منٛز غزلک پنٛژ رلوایت برونہہ۔ یموکر
غزلہٕ نہٕ صرف فنی لحاظہٕ شیرپار بلکہ موضوعی لحاظہٕ اُونکھ اتھ منٛز۔ وُسجار۔ یم تمام شاعر چھِ
تعلیم یافتہٕ۔ یمَن چھےٚ اُردو، فارسی ادبس ستیٚ ستیٚ انگریزی ادبس تام تہٕ رسائی۔ یمن
روٗدی نشر واشاعتکی جدید وسیلہ تہٕ دستیاب۔ دُنیہچن مختلف ادبی تحریکن ہُند بیو وِ یمن
پیٹھ مختلف دورن منٛز اثر تہٕ یموکورِ یہ اثر قبول تہٕ۔ امہ ستیٚ کس ووت دِداری تہٕ کس فایدیہ چھُ الگ
بحث مگر اکھ کتھ چھےٚ ٹاکارٕ زِ امہ ستیٚ ووت کاشرِس ادبس کُلہم پاٹھی فایدہ۔ اکھ گےٚ کاشر نظمہِ منٛز رلوایت
مضبوط بُنیادن پیٹھ وسوار تہٕ بیٚیہ گےٚ کاشر غزل نٕنین رنگن پیٹھ کھڑا۔ ترقی پسند دورس منٛز لگھ کامل، راہی تہٕ
فراقن کیٛہنہ بہترین غزل یہنٛز پذیرائی عوامی سطحس پیٹھ تہٕ پنٛز تہٕ ادبی سطحس پیٹھ تہٕ۔

ییٚتِن چھےٚ یہ کتھ تہٕ وننس لایق زِ یمن شاعرن لر لوٗر اَس شاعرن ہنٛز بیا کھ
اکھ چھو کھ سرگرم عمل۔ رسا جاودانی، مرزا عارف، میر غلام رسول نازکی تہٕ فاضل کشمیری

چھ ناوہنس لایق ۔ کاشر غزلہِ استی کام بخشنس منز چھنہٕ یہند دیت کم کیہنہ ۔ یم اُسی اردوٚ غزلہِ ہِرلواُیتۍ ہندی پاسدار ہٕ تہٕ یہ پاسداری نِنہاوِ یموٚ کاشرِس منز تہِ ۔ رسا تہٕ نازکی آسی اردوٗس منز تہِ غزل بیتر لیکھان ۔

موخصر وَنو یہ زِ وُہمہِ صدی ہندین آخری شیٹھن وریہن منز ۔ واُرِ کاشر غزل تھہ مقامس پیٹھن اُردوٗ غزل تمہِ وِزِ اَس یِیلہِ غالب نموٗدار سپُد ۔

نادمن لیکھی کم قلیل غزل مگر کامل ، راہی ، فراق تہٕ عازمن لیکھی واریاہ غزل ۔ یم زِ وشوے گے ۱۹۴۷ء پتے نموٗدار ۔ اَدبی سفر کس شروٗعس منز ے گے یم ترقی پسند تحریکہِ منز گرفتار ۔ امہِ تحریکہِ اوس گوڈے اردوٗ زبانی ہندین لِکھارین نال ووٚلمت ۔ یہ چھے حارانی ہنز کتھ زِ یموٚ شاعروٚ یم غزل اَتھ زمانس منز تخلیق کٔری تمن پیٹھ اوس نہٕ ترقی پسندی ہُند تیوٚتھ اثر یوٚتاہ یہنزن امہِ زمانچین نظمن پیٹھ اوس ۔ امہِ زمانچہِ یہنز نظمہٕ آسہٕ سیٚدِ سیوٚد ترقی پسندی ہنز ترجمان مگر غزلہٕ آسہٕ لطیف عشقیہ جذبن تہٕ احساسن ہنز ترجمان ۔

دوٚیمہ طرفہٕ آسی نازکی ، رسا تہٕ فاضل کشمیری ترقی پسندی ہند شورِ شرِ نش تھٔک کُنی لاتعلق یتھہٕ کُنی اُردوس منز جگر ، فراق ، یگانہ ، سیماب تہٕ شاد عظیم آبادی امہِ تحریکہِ نِشہِ مُچھہِ رٔٹِتھ تخلیقی سرگرمین منز مست آسی ۔

یِیلہِ اُردوس منز ترقی پسندی ہُند زور پھُٹ تہٕ کشیر منز تہِ پھُٹ اَمیک زور مگر شاعرن ہنز تخلیقی سرگرمی روٗز جاری ۔ سَتہٕ شیٹھکس ڈلہس منز ۔ چلیے یہ

اُردوس منز جدید تیچ تحریک یتھ تم تحریکہ بجایہ رجحان وَنُن زیادٕ پسند ائی کران۔ اَتھ رجحانس تحت گئے برصغیرس منز کیہنہ بہترین غزل گو پادٕ یموا کھ طرفہٕ میر تقی میر بازیافت کوٚر تہٕ اَڈ بو بنوو بێیہ طرفہٕ غالب ہنز تقلید کرِتھ پننُن شعری لہجہ زیادٕے ہہن ورد ارتہٕ تیچ دار۔

کأشرِ ن اوس تہٕ بێنِس پتھ کانٛس منز۔ کانہہ میر تقی میر یا غالب یمی سُند احیاے نو کرِہن۔ مجبورن بیوہ وسانین شأعرن (یم ووٚنی پوختگی ہنز۔ وأنسہٕ وأتی ہیتی آسی) اُردو والین ہنزِ تقلید کرٕنی۔

اَتھ دورس منز تہٕ کرِ یموٚ شأعرو بہترین تہٕ تھکی۔ لایق غزل تخلیق تہٕ ہنٛد یہ تخلیقی سلسلہٕ چھُ وُنیکَ تام جأری۔ مثالہٕ دِنہٕ ستی گژھِ یہ مضمون خواہ مخواہ طویل۔ پرتھ شأعر سندی زٕ زٕ شعر چھِ بطورِ نموٗنہ پیش تاکہ اندازٕ لگہِ زِکُس کتھ رنگس منز اوس لیکھان۔

نیرہا سنیاسی لاگِتھ یارٕ سُند پئے ژھارہا
پھیرہا گامن تہٕ شہرن بال تس پتہٕ لارہا

○

کیا زانہٕ صُحکُ واو بُلبُل کیازِ چھُ نالاں
سُلہٕ آدُسلی دژاو سہ داماہ دِنتھ گو د

مہجور

سازڈہکس شُبی ژے سون وَنۍ یہ کیاگیٚ فَن
دوٗر ژِھکِھ ہیوٗ چِھکِھ وَنن نوٗرٕ ہَبرٕ ژٕ ڈی مشالی یے

آزاد

للے محبتچ کمندِ ملکِ خُدا شکار کر
روزِ محبتچ کتھا سوز دِلس مہ عار کرٕ

دیپوٚمَس یہ دِ ہتُل دوٗیم چھُیا تاب
دوٗنمُ اِرنی تہٕ بوزمُ لَن ترانی

رسا

دِلس منز چانی تعشوقن کرٕم جاے
سَرس منز زنۍ لوٗگ نیلوفرس آے

رٕگَن رٕگَن سٕرٕ ہیہٕ رُمن رُمن تیٚہٕ رسِل نظر ہیتھ حسین پیٚمبر زل
یہ میون شوٗدلۍ دبجور بوٗمبر کرے تہٕ کوتاہ نکار کرِ ہے

دینا ناتھ نادم

سانیٚ کتھِ کرِ دلۍ کلہٕ والَن
بیالَن اَچھِ ہِیر بیاس کُن

**مرزا عارف**

رُم گیُم شیٖسس بگر گوو بابہٕ میون
ساقیا وُٲیتھ رَٹیا جانانہٕ میون

**فاضل کشمیری**

ساقیا پیٚیے میانہِ توبکی ٹکر میخانس اندر
منتشر گٔے کیہتہ رٕ کیہنہٕ پھُٹ عاٲرٕ بیمانس اَندر

جانشیٖن دٔو پھٔم رٕ کوٚر تھٔم لاابالا کو جہِ پھیُر
بے دخل کوٚر تھٔس پٕوٚتسورِ متھوُتھ پانَس اَندر

**امین کامل**

شُہلی خیال دِکا غَن أندرِ چھُہ لوگمُت زٕکھ
بُتھِس تھٕس پھٕچے گٔمتٕ زٕنی جگر جگر چھُہ دَزان

وُہرِ یہِ سِر ساَوی قضا کو جہِ اَنِر جایہِ گَنِر
یُس اکھا زٲد سُہ توٚن دٔرا ونہٕ تیتھ شہرس منز

تُہُند یِہ سونہٕ ہوا چھُم رُمس رُمس تیلان
یِہ باس کس چھُ مےٚ دِتمُت اما کرِ وار شاد

یُسےٚ لۆان چھُ سُہ پلنےٚ زمانہٕ ساز بَتان
اُتَس چھُ اَنہٕ زُرِس نےٚ کُلِس کتاب دِوان

غلام نبی فراق

راہی ہوا تِہ زاگِ چھُ جوسوس اَس وَتھ
وعلیکمس نہٕ وار تہٕ کَتھ باتھ کرِ زِ کیا

وِشال نیوٗل سمندر بےٚ شونک سوٚنہٕ ہی تاپھ
مےٚ خاب وُچھ راہی آیہٕ میانہٕ آنگنٕ ژاکھ

رحمن راہی

وجوٗد میانہٕ ژٕنےٚ چھےٚ اَز تہٕ ام تَک ہاوِس
چھُنےٚ تہٕ کیانہٕ چھُ ظُلماتھ اَز تہٕ وَہرِ زال

ترٛشھ تِہ لوان اَس زَرتھ شیٹھےٚ رنگن منز
اکھ برانی چِٹھیا چانی یتن دارِم راتھ

مظفر عازم

یِمن شاعرن پننے گۍ شاعرن ہنز۔ اکھ زیٹھ چھوکھ تیار۔ فہرست چھُ زیوٗٹھ مگر ناوہٕنۍ لایق چھِ کرٕنۍ تام۔ قاضی غلام محمد، غلام نبی خیال، سنتوش، ناجی مُنور، مشعل سلطانپوری تہٕ مرغوب بانہالی یِموٕ بخش غزل صنفس بێیہِ ہن استحکام۔ اَمہِ بَرٕتہٕ گۍ واریاہ شاعر پادٕ یِموٕ غزل صنفہِ منز طبع آزمائی کٔرتہٕ غزلہٕ سرمایس منز۔ کوٗرکھ مِقدارٕ لحاظٕ کافی ہُرٕ ہُر۔ اَتھی ستی چھُ یہِ وَنُن ضروری زِ حامدی کاشمیری تہٕ حکیم منظور یِم اندٕ بیٹھے اُردوہس منز لیکھان آسی پھیرٕ منز کاشرس کُن تہٕ کٔرکھ بہترین غزلہٕ تخلیق۔ یِمیتے یوت تہٕ بلکہ کٔرکھ پننۍ شعری مجموعہٕ تہٕ چھاپ یِمن ادبی حلقس منز کافی پذیرائی حاصل سپز۔

پاگل کٔرتھہَن سارٕی لوٗکھ
رُت گوو دوٗرکھ راتو راتھ

حامدی کاشمیری

گراہِ ماراں وَزھاہِ سَرٕکَن پیٹھ
گۍ زٕہتھ جاہِ جاہِ سَرٕکَن پیٹھ

تَس کیا چھُ تَس حویلی پننۍ شیشہٕ خانہٕ ہش
تس کیا چھُ بُج تہٕ داو گلِبن میانۍ پار بُج

اُچھن اوٗش ہوٗکھتھ خوٗنِ دل برٕتہٕ آو
سُنٛتھ زیوٗ مُنٛزر دوہٕنی نوٗوُے قرتہٕ آو

حکیم منظور

۱۹۷۰ء یوکُن یِم شاعر پاد گےٚ تہٕ زیادٕ ہٕن لیوٚکھ غزل تِمن منٛز چھِ ناد ہٕنٛس لایق شفیع شوقؔ تہٕ رفیق رازؔ۔ الگ الگ شاعرن ہنٛز مولہٕ آنکون کرٕنی چھُنہٕ یتھ مضمونس منٛز ممکن نہٕ چھُ مضمونٕک یہِ مدعا البتہٕ ییلہِ کُلہم کاشُر غزلہٕ ہنٛز کتھ تہٕ اَمکہِ صورتِ حالک ذکر تلوٚکھ چھےٚ موزان یِمن سٕتن شاعرن غلام نبی فراق، امین کامل، رحمان راہی، قاضی غلام محمد، حکیم منظور، شفیع شوق تہٕ رفیق رازؔ۔

رحمان راہی سٕنٛد تخلیقی وُسعار تہٕ اظہارٕچ ہونرمندی چھےٚ زیادٕ ہٕن یِہنٛز نظمہٕ منٛزے ٹاکارٕ تہٕ تِمہٕ تیران غلام نبی فراقؔ صابن یوٚدوے واریاہ غزلہٕ چھےٚ لیچھمٕتہٕ تہٕ کرٕتھ تہٕ چھُ یِہنٛد باوُتھ باقے شعری صنفن منٛز با گرتہٕ یوان۔ یتھ روٚد امین کامل، قاضی غلام محمد، حکیم منظور تہٕ رفیق رازؔ یِہنٛزٕن تخلیقی سرگرمین ہُنٛد مرکز چھےٚ غزل۔ یِہنٛز سارے ہونرمندی چھےٚ غزلس پیٹھے خرچ گرٕتھ ہان یِہنٛد تخلیقی سفر چھُ وُنہٕ جاری (ماسوائے قاضی غلام محمد مرحوم)

یِموٚ کوٚر یِتنہٕ یِتنہٕ رنگہٕ غزلہِ منٛز موضوعی وُسعار علاوہٕ اَتھ منٛز آہنگک تہٕ لیہہ ہُنٛد ضابطہٕ بند تنوع تہٕ پادٕ۔ یِموٚ کٔر کاشرِ غزلہِ منٛز سوٚ لے پادٕ یوس کاشرِ موسیقی سٕتی ہم آہنگ تہٕ چھےٚ تہٕ عروضی نظامہٕ نِش چھِنہٕ الگ تہٕ کینہہ سہ

کینہہ شعر چھِ نمونہٕ بَاپتھ بیٚیش ؎

اُچھ گےٚ یِتنہٕ ہوٚل گوٚ دُے ترٕ ہوٚر
پرٚون زوٚل اوس حیوٚن گوٚ زھنہ کھُنٛن

| قاضی غلام محمد

**قاضی غلام محمدؐ**

مشر ووتھما اَدِ پأری لگے
یَینہٕ أہٕ لبَن منز نظرِ گرشھے

**حکیم منظور**

سورُے آب اسمانَن کھور
پانس تھووِ نہٕ قطرِ تہٕ لور

ہیرِ مس پورَس لوٚگ ییلہِ نار وُڈس کرُ رأچھ
پڑھ اکی یَرٕ تس یَرٕ تس آبہٕ ٹُٹس کرُ رأچھ

**امین کامل**

بے سبب ٹأری ڈُدِم خاب وُچھاں راتھ گیمَ
تارکن ناوتھواں زُونہِ رَٹاں راتھ گیمَ

بہار یوٚک نہٕ اگر جانِ ترٛاوِ گرٛا یہِ مے کیا
گلالہِ داغِ جگر ہیتھ چھُ جایہِ جایہِ مے کیا

**رفیق راز**

اکھ دَما بیوٚڑھ مے نِش آرِ پلس ییٛڑِ تہٕ ووٚنُن
پوٚت نظر دی نہ یہِ ڈُری یاو مے ووٚنمس نہٕ کہنی

رفیق رازؔ

آسُن چھُ میون زیُوٗڈھ بِسیہِ غم نہٕ آسنُک
بادام چشمہٕ والہِ منٛے کُن تے وُچھکھ تہٕ کیا

وُنکِس تہٕ چھُ غزلُک سفر جارٕی۔ واریاہ نُوٕی لیکھن والی چھ غزلہِ منٛز طبع آزمائی کران۔ یِم چھِ شعوٗری کوٗشِش کران زِ غزلہٕ ہندی ساری فنی لوازمات گژھن پورٕ گژھنہٕ۔ یِمن چھُ احساس زِ غزل لیکھُن گوٚو تلوار دارِ پٮ۪ٹھ پکُن۔ ہرگاہ یِتھے سرازیری گےٚ۔ غزل گژھِ غزلکہِ دایرٕ نبر۔ یِمن چھُ یِتہِ احساس زِ غزلہِ منٛز چھنہٕ نظمہِ ہندی پاٹھی ہیٔتی لحاظٕ کُنہٕ قسمِچ تبدیلی کرنٕچ گنجایِش۔




غلام نبی ناظر

"اخلاقن ہُند حُسن ہیٚچھو شاعرن نثرِ تہٕ حُسنِ عملُک
قوٗنوٗنہٕ ستۍ بنأویُکھ تہٕ مضبوٗط تہٕ موٗسیقی ستۍ کرِیُکھ
تمِ مکمّل معلوٗمات کرِو حاصل۔ زَنہٕ تہِ چھُونہٕ دُنہِ
پننِس منزلِ مقصوٗدس تام وأتی متی تہٕ تمِہ کِہ
راوُنک چھُو خطرِ دربیش۔"

( ملفوٗظات کونگ فوزی المروف کنفیوشس

علمِ عروض چھُ پابند شاعری خاطرٕ عموٗمن تہٕ غزلہٕ ہندِ خاطرٕ خصوٗصن لازمی۔ اَکس

جان شاعرس اگر شعر گوٗیی ہندی واریاہ وصف تہٕ آسن تمہِ باوجوٗد چھُ عروٗضچ زان آسٕنۍ

تٔمِسنٕدِ خاطرٕ ضروٗری اگر تِتھ آسیس تہٕ سو چھیس اکھ کمی۔ طبیعچ موزوٗنیت چھےٚ خدایہٕ سُند

دیت۔ اگر کانٛہہ شخص امہِ ستۍ مالامال تہٕ آسہِ تہٕ وَزن دار شعر وَننس پیٹھ آسہٕ تَس پوٗرٕ

پوٗر قدُرت تہٕ حاصل تورتہٕ اگر کُنہٕ وقتہٕ شیٛہی ہیکہٕ تہٕ سَپدِ تھ زٕ اَکی سے غزلہ یا نظمہٕ

منز ہیکُن مختلف مصرعہٕ بحرن منز آسِتھ تہٕ سُہ ییہٕ اکھ نوقص تہٕ عاب گنٛزراونہٕ۔ اگر تِتہٕ

سپدِ ہٕ تورتہٕ چھُ علمِ عروٗض ستۍ زان تہٕ آسنہٕ کنٛہ غلطی ہُند امکان باقے روزان۔

عروٗض چھُ سُہ علم یمہٕ کہ ذریعہٕ کلام وزن دار یا بے وَزن پرٛزناونہٕ تہٕ

پرکھاونہٕ یوان چھُ امہِ علمہٕ کہ برکتہٕ چھُ وزنس پیٹھ توبوٚ پرٛاونہٕ یوان تہٕ شعرن

منز پانہٕ وانٛی سومبرتہٕ بےٚسومبرتہٕ رٔژرتہٕ ناکارٕگی محسوٗس کرٕنی تہٕ نثرس

تہٕ نظمہِ فرق کرٕنی سہل گڑھان۔ وزن دار طبیعت تھوَن والہٕ تہٕ چھِ کُنہٕ وِزِ وَتہٕ

ڈلان تہٕ عروٗضہٕ ستۍ چھُ شعرُک وزن بدس یوان۔ یِہ چھُ شعرکہ وزنکہ تہٕ آوازِ

ہندِ ہِن ہُند اکھ آیین۔ اَمیک مقصدے چھُ زِ کلام گژھہٕ صحیح وزنس تہٕ بحرِ

منز آسُن۔

امہِ علمک ایجاد کرن وول کُس اوس تہٕ یتہٕ کمی کیاہ ہُرکرتہٕ ترمیم

کوٚرُس ہٕ کتہٕ کوٚت ووت؟ تہٕ چھکاونک چھُنہٕ یِہ موقعہ۔ صرف چھُ یِہ یاد تھوَن

ضروٗری زِ موسیقی یا ترنم تہٕ لےٚ چھےٚ شارچہِ بُنیاد پیٹھ تہٕ شعر چھُ پانہٕ عروٗضہٕ

بُنیاد پیٹھ قایم، اَمی ترنُّمہٕ خاطرٕ۔ اَوکِنۍ چھُ شعرُک ترنُّم، یُس نہٕ عروضس لازم ملزوم۔

عروض چھُ وزن دار پابند کلامس سیتۍ تعلّق تھاوان یتھ منز غزلہٕ علاوٕ قصیدٕ، مثنوی تہٕ رُباعی بیتر شامل چھِ تہٕ غزلہٕ ہنٛز شکل تہٕ صورت، ورتاو تہٕ اثر، شوٗب تہٕ شان، معنویت تہٕ ہیٔت تہٕ تعمیر تہٕ وزنُک چھ عروضہٕ کِہ ورتاوکی مُحتاج اَمی سیتۍ چھے اَمِچ انفرادی ہیٔت قایم تہٕ حد بند۔

## عروضچہِ چھے مختلف لَنجہِ:

**① بحر** یعنے شعرچ زمین تہٕ وزن یُس دٔہن رُکنن ہندِ تکرارٕ یا ترتیبہِ کِہ برکتہٕ دہرس کھسان چھُ اَتھ چھُ اَمہِ خاطرٕ مُقرر کرنہٕ آمتیو دایرو منز کانہہ دایرٕ آگُر آسان۔ اَتھی چھِ ونان بحر۔ بحر چھے شعر تو پنٛژ تارٕ تہٕ اَمچ رُکن چھِ اَمکی پرمانہٕ۔

② رُکن چھِ ذاتی داہ یمن منز زٕ چھِ پانژھ حرفی تہٕ آٹھ چھِ سَتہٕ حرفی یمن پیٹھ زحافُک عمل تہٕ چھُ سپدان تہٕ سالم بحرو علاوٕ چھکھ ہیٔت بدلتھ مزاحف بحر تہٕ بنان۔ ذاتی داہ رُکن چھِ یم:

1۔ پانژھ حرفی، فعولُن، فاعلن = ۲

2۔ سَتہٕ حرفی: (ا) مفاعیلُن، مُس تف علُن، فاعلاتُن = ۳

(ب) فاعِ لاتُن، مفعولاتُ، مُس تفع لُن = ۳

(ج) مفاعِلتُن ، مُتفاعِلُن = ۲

کُل میزان = ۱۰

عرُوضہ والیو چھ حرفن ہنزن حرکژن تہٕ سکوٗنن ہنز بُنیاد پیٹھ پانژ

طریقو یمن ہنز باگرن کرمژ تہٕ یمن چھِ شعرکی اولم جزٕ ونان۔

۱. سبب خفیف (لوٗت سبب) : یہ چھُ دُحرفی لفظ یمِک گوڈ حرُف مُتحرک تہٕ دوٗیم ساکن چھُ آسان۔ مثالے :۔ کُل ، گرٕ ، سِپ ، "فع" وزنس پیٹھ۔

۲. وَتہِ مجموع (یکوٹہِ گنڈ) یہ چھُ سہ ترٕحرفی لفظ یتھ گوڈنکی زٕ حرف حرکژ دار تہٕ ترٕیم حرف ساکن آسان چھُ مثالے :۔ نظر ، کُتے ، کرِژر بیترِ "فعل" وزنس پیٹھ۔

۳. وَتہِ مفروٗق (ژھینہِ گنڈ) : یہ چھُ سہ ترٕحرفی لفظ یتھ منز م حرف ساکن تہٕ اندن ہندی زٕ حرف مُتحرک آسان چھِ۔ مثالے :۔ توٗتہِ ، دانہِ ، ڈُگرٕ ، یاسرکہ بیترِ "فاع" وزنس پیٹھ۔

۴. فاصلہِ صُغرٰی : (کم دوٗرِ) سہ ژٕحرفی لفظ یمکی گوڈنکی ترے حرف مُتحرک تہٕ ژٕیم حرف ساکن آسہِ۔ مثالے :۔ کہٕ کھوٗٹ ، وَسہٕ وٗن ، برٕگو۔ یِم خمٕ بیترِ "فعِلُن" وزنس پیٹھ۔

۵. فاصلہِ کُبرٰی (زیادٕ دوٗرِ) : سہ پانژ حرفی لفظ یتھ گوڈنکی ژور حرف

متحرک آسن تہٕ پتہٕ م حرف آسہٕ ساکن ۔ مثالے :۔ بچہٕ بٔرن ، چھلہٕ وٕدل ، بیتر
" فعِلتن " وٕزنس پیٹھ۔

یِم داہ رُکُن ذاتی یا اصلی چھ تِمن ہندی ہم وٕزن لفظ چھ یتھ پاٹھۍ:۔

۱ ۔ فعوُلُن = بہارس ، گلستاں ، سمندر ۔

۲ ۔ فاعلُن = تازٕگی ، سوزِ دل ، یوزِ ہے ۔

۳ ۔ مفاعی لُن = وفاداری ، گلاپن تل ، سلامت چھُس ۔

۴ ۔ مُس تف عِلُن = شرمندگی ، جودُوگری ، اے دلبرو

۵ ۔ فاعلاتن = باعنوانو ، بالہٕ یارس ، وارٕ ونتس

۶ ۔ مفاعِلتُن = بلایہٕ لگے ، یہٕ پیالہٕ برے ، ملالہٕ چھُیا ۔

۷ ۔ مُتفاعِلُن = یتہٕ راوٕہم ، یتہٕ سون ہے ، مٕلہٕ مایہٕ چھُم

۸ ۔ فاع لاتن = جانِ جاناں ، وادٕکوٗ زٕنم ، موختہٕ مالا ۔

۹ ۔ مَفعولاتُ = کوٗت کوٗت واتہٕ ، دلبر آسہٕ ، پوشن ژھایہٕ

۱۰ ۔ مُس تفع لُن = وُزناوِ ہے ، کن تھاوِ نا ، پرٕ زناوِ کرٕ ۔

## ③ سالِم بحر

یِمہٕ کِنہٕ رُکنَن منز نہٕ کانہہ تبدیلی سپدی یمہٕ آسہٕ :۔

مثالے :۔ مفاعی لُن ، مفاعی لن ، مفاعی لُن ، مفاعی لُن

(دوٕ یہٕ لٔڑ) یہٕ چھے بحر ہزج مثمن یعنے اٹھ رُکنی سالِم ۔

مثال۔

| وۄلوٗ ہا با<br>پھولِن گُل گتھ | غ واتو نو<br>کرِن بُلبُل | بہارُک شا<br>تمے ساما | ن پیدا کر<br>ن پیدا کر |
|---|---|---|---|
| مفاعی لُن | مفاعی لُن | مفاعی لُن | مفاعی لُن |

۴ **دأیرٕ** بحرٕ چھےٚ دأیرٕو منٛز ترٛان۔ تِم چھِ یِم:۔

۱، مُتفق، ۲، مُجتلبہ، ۳، موتلِف، ۴، مُختلف، ۵، متوافق یا مُشتبہ

۶، مُتعکس (یہ دأیرٕ چھُ سانہِ شأعری سٟتۍ متعلق نہٕ۔ مُتعلق یٟمیک تعلّق چھُ صرف

عربی شأعری سٟتۍ)۔ یوٗنانی منٛز لۄن)۔

یِم ژھ دأیرٕ منٛز چھےٚ کیٚنہہ بحرٕ نیران۔ ساریےٚ بحرٕ یِمہٕ چھےٚ تِمہٕ چھےٚ کُل

ژتووٕہ۔ مگر تِموٚ اندرٕ چھِ میانہِ تحقیقہٕ مُطابق صرف ۱۳ بحرٕ یِمہٕ زٕن سألِم (اَٹھ

رُکنی) یا مزاحف یا مسدّس (شُرُکنی) بیترٕ سانہِ شأعری منٛز یاتہٕ چھِ کیٚنہہ

ورتاونہٕ آمتۍ یا اَمہِ کِس مزاجس تہٕ لہجس سٟتۍ رَلوٗنہٕ آسنہٕ کِنۍ ہیٚکن سانہِ غزلہِ

منٛز ورتاونہٕ یتھ۔

تِمہٕ بحرٕ چھےٚ یِمہٕ، یِمہٕ زٕن میانہِ تحقیقہٕ مطابق کأشِر شأعری خاص کرٕتھ غزلہِ سٟتۍ

ہشر تھاوان۔

۱، بحرِ ہزج، ۲، بحرِ رجز، ۳، رمل، ۴، وافر، ۵، کامل، ۶، مُتقارب،

٧، مقدارک ۔ ٨، طویل ۔ ٩، عریض ١٠، بسیط ۔ ١١، وسیع ، ١٢، مدید ۔
١٣، عمیق ۔

یموٗ متہٕ کرٕو اکہٕ دایرٕ یعنے مجتلبہٕ منٛز یٕمن واجبین ترٛن بحرن ہنٛز ٕن سالم بحرن ہنٛز مثالہٕ یا نموٗنہٕ پیش ۔

١، بحرِ ہزج سالم (اٹھ رُکنی) :- مفاعی لُن ،مفاعی لُن ،مفاعی لُن ،مفاعی لُن

شعر :

مےٚ تیٚے وُچھمکھ یموٗ چیشموٗ ژٕے بیوٗ ٹھُے ناڈیاں اوٗسکھ
دلوارس پیٹھ نموٗ ستین خبر کیا کیا کھناں اوٗسکھ

راز

تقطیع :

| مفاعی لُن | مفاعی لُن | مفاعی لن | مفاعی لن |
|---|---|---|---|
| ڈیاں اوٗسکھ | ژٕے بیوٗ ٹھُے نا | یموٗ چیشموٗ | مےٚ تیٚے وُچھمکھ |
| کھناں اوٗسکھ | خبر کیاہ کیاہ | نموٗ ستین | دلوارس پیٹھ |

٢، بحرِ رجز :- مُس تف علُن مُس تف علُن مُس تف علُن مُس تف علُن

(دوٕ یہٕ لٔکہٕ)

شعر :- موچھ منٛز بہٕ لچھ افسانہٕ ہیتھ دڑ ایوس گاشہٕ چہٕ ژھایہٕ تٕلی
واوس لیوٗ کھُم ناوس ٹھہرکہٕ دوٗپ جگرپاتس ژھیوٗ تمُ

تقطیع :۔

| مُس تف عِلُن | مُس تف عِلُن | مُس تَف عِلُن | مُس تف عِلُن |
| --- | --- | --- | --- |
| موچھِ منز بہ لچھ | افسانہٕ ہبتھ | درایوس گا | شہٕ چہٕ ژھایہ ٹلی |
| واوس لیوٗکھُم | ناوس ہٹھر | کنہٕ دوٗپ جگر | پانَس ژھیوٗنُم |

۳۔ بحرِ رمل ( اَٹھ رُکنی (مُثمن) سالم )

فاعِلاتن فاعِلاتن، فاعِلاتن، فاعِلاتن ( دوٕ یہ لٹہٕ )

شعر :۔ آفتابن تام للنومُت چھُ کھوٕنہٕ دیوانہٕ چونےُ

یادُ چھُن گوٗژھ روت ژھایَن تَل چھپیو افسانہٕ چونےُ

۴۔ تقطیع :۔

| فاعلاتَن | فاعلاتن | فاعلاتن | فاعلاتن |
| --- | --- | --- | --- |
| آفتابن | تام للنو | مُت چھُ کھوٕنہٕ دے | وانہٕ چونےُ |
| یادُ چھُن گوٗژھ | روت ژھاین | تَل چھپیواَف | سانہٕ چونےُ |

اَمہٕ علاوٕ یمہٕ بحرٕ چھہٕ تھہٕ منز سالِم، مسدّس، مربع (اَٹھ رُکنی، شہٕ رُکنی، ژُرُکنی)

تہٕ مزاحف بحر چھےٚ تمہٕ چھےٚ وَاریاہ۔ تمہٕ وُچھیو کھ تہٕ انشاء اللہ جلدے چھپنہٕ یینہٕ واجنہٕ

کِتابہ منز۔

بیٛنِہ یِمہٕ کیٛہنہ کُتھ تہٕ مسلہٕ بیٛیہِ تہٕ اَتھ سٟتؠ وابستہٕ چھِ مۆختصر پأٹھۍ کرو تِمن متعلق
تہٕ کتھ۔

**۵۔ زحاف** اگر شعرٕکین رُکنن منٛز۔ کانٛہہ تبدیلی یا پھیر ورق سپدِ مُت آسہِ۔
یعنی کانٛہہ حرکت ڈلہِ یا کانٛہہ حرف گژھہِ محذوٗف (کھیٛنہٕ یِیہِ) یا پتہٕ بروٛنٛٹھ گژھہِ
تہٕ تتھ چھِ زُحاف وَنان تہٕ سُہ رُکُن یَتھ پیٹھ زُحافُک عمل سپدِ مُت آسہِ سُہ
چھُ مزاحف گژھان۔ راوِتہٕ یِوان تہٕ سو بحر یتھ پیٹھ مجموعی یا جُزوی طور زحافُک
عمل سپدِ تھ چھِ مزاحف بحر وَنان۔ یِم زُحاف چھِ وارِیاہ رنگہٕ آسان تہٕ
اکِس سالم بحرِ چھِ وارِیاہ مزاحف بحر یا مسدّس (شہٕ رُکنی) مربع (ژٕ رُکنی)
بحر بنان بیترِ۔

**۶۔ تقطیع :۔** یعنی ٹکرٕ کرٕنی۔ عروٗضی اصطلاحس منٛز۔ چھِ حرکت دار تہٕ ساکن حرف
عروٗضی وزنہٕ مطابق ٹکرٕ کرِتھ ترٛاونہٕ یِوان یہِ چھُنہٕ ضروٗری زِ یِم آسن بامعنی۔
ویسے اَمیُک عمل ہو واسہِ بروٛنٛٹھ تہٕ۔

**وقف** ترٛہ حرفی لفظن منٛز سُہ حُرف یُس ساکن حرفہٕ پتہٕ یِیہِ۔
مثالے دود، شور، بوز، ناز بیترِ۔ (یعنی د، ر، ز، ز ترتیبہٕ سان)
اَمہِ علاوہ حرکژن تہٕ سکوٗنن متعلق آو بروٛنٛٹھے وَننہٕ۔
یہِ چھُ اکھ وسیع بحث یُس غزلہٕ ہندِس دٲیرس منٛز گوڈنیُک اہمیت چھُ تھاوان۔
اتھ چھِ بیمار پہلو نیران یِمو رے داتہٕ حتی الامکان ورتھناوِتھ تو سہ بروٛنٛٹھ کُن۔

# محمودٕ گامیُن غزل

**پروفیسر رحمٰن راہی**

محمودٕ گامی چھُ کاشُر زبانۍ ہُند اکھ زُمُت موٗمت ذہین، چشمہٕ ووتھ، احساس مند، جذبہٕ وول، حوصلہٕ ہوت، کُشادٕ دِلہٕ تہٕ سیٹھے لایقِ احترام سوٗخنور۔ یوٗژھن یِہ زِ کاشُر زبان گژھ شعرٕ سرمایہ کِنہِ بوٗت وِنیوٗت رنگ لبستہٕ تہٕ مالدار بنی۔ کوٗرُن یِہ زِ ووٗژُن ہشہٕ اکس پرانہٕ شعرٕ ذاتس بخشُن اکھ طرفہٕ لُکہٕ شاعری ہُندِ ستۍ رلہٕ مُون احساسک وِیگلُن دزُن تہٕ زیر و بم، جذبک وُشنیر تہٕ وُچھہٕ رائے تہٕ زبانۍ ہُنز لطافت تہٕ ترنُم تہٕ بیٚیہ طرفہٕ بناوُن وزُن ہیٚتھ بسیار طرح تہٕ شیرِن صدا، مثنوی نگارۍ ہِنۍ ڈیٚتھن ضابطہٕ پاٹھۍ کُن تہٕ متعدد مثنوی یِہ لیکھتھ ڈیٚتُن کہیں نۍ تہٕ مِقدارٕ حسابہٕ کاشِرِ شاعری ہند باگہٕ بَرُزُرک باس، کاشِر نظم کرٕنۍ بیٚیہ ہِنۍ وَتہٕ ہیٚتہٕ پاٹھۍ متعارف تہٕ ریختہٕ گوییہ گُلُن پرزنہٕ پاٹھۍ دِیس؛ تہٕ کینژن باکمال فارسی شاعرن ہِنزٕ فاصل پراوان کرٕنۍ کاشِر

شاعرِ یہ ہند آیہ سفر کِی کِہ نشانہٕ ثبت تہٕ آینہٕ بحر کہِ امکان روشن۔ محمود چھُ سون گوڈنیُک شوق سامان
شاعر ییمو کاشرِ شاعری فارسی زبانہِ ہُنٛزِ عظیم شاعرن ہٕنٛز لرِ لوٗر اِستاد و چھُ بنیُک خاوِن۔ یتھے چھُنہٕ ولہ اللہ متو وُو نمت :

چھُ کیاہ کم این زمان محمود گامی....

سُہ چھے از کاشرِ من مرد وہ ستاد

تہٕ محمودُن کلُہم ادبی کارنامہٕ نظرِ تل اَنِتھ چھُنہٕ ڈاکٹر شفیع شوقُن یہ ہنا مبالغہٕ ہوٚت بیان بے تو ژھ باسان
"زِ محمودَن واتنو وِٕتھِن مخصوص اسلوٗب تِتھ پاٹھۍ کمالس زاتھ اَندریم امکان باوُژ ہندی اَسی تمِ
وَرناوِن پانے تہٕ باقین کیٛتہ تھوٚوُن تہٕ امہِ رٕوس کہیں زِ تم روزَن اَتھی طرزس پیٹھ دِوان
یاد کھنے کران۔"

کلچرل اکادمیہ ڈٕسی چھاپ سپدی متس محمودُنس کلیاتس برادیمِ کاٗتین ہنز بے شمار
غلطیہ تہٕ چھاپ کرَن والین ہنز بے انداز بد وطیر گیہ اَکھ کُن تراوِتھ ہیکَن محمودُنہٕ فارسی دانیہ
تہٕ سوخنورانہٕ ووہ ستاد دِلہِ ہنز شہادت تسٕندی تِتھی ہوی شعر دِتھ یم تسٕنز۔ کاشرِ غزل گوٗیہ اکھ
لایقِ توجہ یوٚت منظر پیش کران چھِ :

حق چہ خوش طٰہٰ و یٰسٓ گفت در شانِ رسولؐ

من چہ خود را می ستایم منقبت خوانِ رسولؐ

مخزنِ جود و سخاوت ، مظہرِ اسرارِ حق

مطلعِ انوارِ سبحانی گریبانِ رسولؐ

آمد از امرش درختِ سیب بیرون پُر ثمر
نخلِ خُرما شد قدم فرسا به فرمانِ رسولؐ

آرزو دارم ہمہ تن سر شوم تا ہمچو گوی
رقص در میدان کُنم از زخم چوگانِ رسولؐ

باوجودِ فر فریدون با شکوہ دارا و جم
کمترین ہستند از قدرِ گدایانِ رسولؐ

سِدرہ و طوبیٰ بہ جنت گو چہ کار آید مرا
میروم در سایۂ سروِ خرامانِ رسولؐ

ذرّہ واری چون نہ رقصم زانکہ چون ذرّہ شوم
محوِ نورِ روئ چون خورشیدِ رخشانِ رسولؐ

یا یہ منظومہ:

آمد بہ چمن گُل بدنی ، موے میانی
آزادہ وشی بادہ کشی مست جوانی

در باغِ جہان قامتِ دلجوئ بلندش
شماد قدی ، سبز خطی سروِ روانی

آن تُرکِ قبا پوش نہ محتاجِ سلاح است
مژگان دو ابروش بُود تیر و کمانی

سرِ تاجِ شہان خسروِ خوبانِ جہان است
شیرین سخنی لب شکری سحر بیانی
محمودٔ تنہا است گرفتارِ کمندش
بر زلف و خط و خالِ وی آشفتہ جہانی

یہِ گوٚو محمودُن فارسی نعتیہ کلام ۔ تٔمۍ چھِ فارسی پأٹھۍ کینہہ غزل تہِ لیکھی متہ یم کلاسکل غزلہِ عموٗمی پٲٹھۍ تہٕ غالب موضوٗعی ہوٚس تۄہَس تہٕ طرزِ بیانَس متعلق تیٚس ہو ترمندانہ آہِژ یہِ ہُندیب دِوان چھِ مثالے یم کینہہ غزلہ شعر:

خوش باش و بمن باز و بیا تازہ دِلم ساز
ناسازم و بر سازِ شبِ سازو نے و ناز
سرسبز شوم سایۂ خود بر سرم افگن
قربانِ سراپائے تو ای سروِ سرافراز

یا یم شعر:

الحمدللہ یافتم آرامِ جانِ نازکی
آرامِ جانِ نازکی شیرین زبانِ نازکی
صد بوسہ بر پا دادمش بندِ قبا بکشادمش
آن دلبرِ جوزا کمر دارد میانِ نازکی

ہر گہہ خراماں می شود شمشاد دُنبالش شود

وہ وہ چہ زیبا می رُود سرو روانی نازکی

محمودؔ گامی غم مخور تشویش از دِل کُن بدر

ناگاہ می آید ببر آرام جانِ نازکی

محمودؔ نی فارسی دأنی تہٕ سوخنوراہ شوق سامأنی نظرِ تَل اَتھ بار سہے یہ اکھ عجیب
نے تہٕ اکھ سوال انگیز۔ واقعہ اگر نئے تمی فارسی شأعری ہنز۔ اکھ سیٹھاہے اہم شعر صنف یعنے غزل
تہٕ کأشر زبأنی بطورِ اکھ نادِر ڈألی بخشنہٕ آسہے۔ واقع چھ یہ ز محمودنس کُلیاتس منز۔ چھر تھئی متعدد
منظومہ یتھہٕ کینہہ ہیتی خصوصیتہٕ وُچھتھ تمن غزل ونن کانہہ بادگوٗی باسہِ ہہ تہٕ یٖیتن چھ یہ
اعتراف کرُن مُناسب باسان زِ ناجی منورن چھ محمودُن بوتاہ یوتاہ تہٕ رنگہ رنگہ کلامہ جمع
کرِتھ اکھ سیٹھاہے قابلِ تعریف کارنامہ انجام دِتمُت۔ تاہم چھے یہ کتھ تہِ مجبورن وننہ یوان
زِ چھپیومُت کُلیات پران پران یِیہٕ متیجہ گژھن۔ روٗس غلطیہ تہٕ تمکو واریاہ اَڈلیٖچر توس
تُلان چھِ تہِ چھ سہ بے تخصیص گُل تہٕ پریشان کران یمہ کِنی کُلیاتس منز۔ غزلس تہٕ وژنس
کانہہ زِھٹ کڈنہٕ ورأے کُنی کھبتر رکرنہ آمت چھنے۔ اکھ سہل تہٕ شِتہٕ وُنی صفن پیٹھ
ومراَدتھ کُلیاتک زیرِ بحث حصہ پرِن وأتس چھ پانئے انتہأیی کأوِش کرِتھ گوڈ متن
پوٗر پأٹھی دُرست کرُن یوان تہٕ پتہٕ اَدہ یہ فاصلہ کرُن یوان زِ کُنہ مخصوص منظومس
وَنوا وژُن کینہ غزل کِنہ مختلف شعر ذأژن ہُندرِ ل۔ مثالے یہ منظومہ:

یاد گیم ناد دِمے ہاے مَتیو لو          دِتہٕ وُچھان یَتہٕ یِیے ہاے مَتیو لو۔۔۔ الخ

کلاسکل فارسی رِوایتھ مانہٕ تہٕ اَتھ غزل تہٕ کاشُر آیہ ہیکوس نہٕ وَژُن وَنِتھ۔ منقولہٕ شعر مانہٕ ہون وَزنہٕ ہشر۔ قافیہ آہنگ تہٕ ردیفہٕ کُنُر وُچھتھ غزلُک مطلع مگر امہٕ شعرٕ بیتہٕ ییٚنہٕ وٲلۍ شعر چھِ بَدل بَدل قافیہٕ ہیٚتھ یوان بیٚلہٕ زَن گوڈنیکُے "ہاے متیو لو" ردیفہٕ چالہٕ کُلہم منظومس منٛز برقرار روزان چھُ تہٕ غزلُک بڑونت کران چھُ۔ یتھے پاٹھۍ چھُ یہٕ منظومہٕ تہٕ قابلِ توجہ:

جِلوٕ ہاوِتھ، تمبہٕ لاوِتھ ژٕ ولکھ ترٲوِتھ دِلبرو

ماہ روخسار ژٕ وٕرِ تھاوِتھ ژٕ ولکھ ترٲوِتھ دِلبرو...... الخ

اگر چھاپی صورژ کُن وُچھوس تیٚلہٕ وَنوس غزل۔ مگر اَتھ تہٕ چھےٚ غزلِچہٕ مُسلمہ رِوایژ نِشہٕ بیون کَڈن واجیٚنۍ اکھ خصوصیتھ یِہ۔ مطلع بیتہٕ ییٚنہٕ والہٕ پرتھ شعرکہٕ ابتدٲیی مصرُک گوڈنیک گوڈنیُک نصف چھُ قافیہ کِنۍ دوٚیمہٕ مصرکس گوڈنکس نصفس سٟتۍ رَلان تہٕ پرتھ ابتدٲیی مصرُک دوٚیُم حصہ چھُ دوٚیمہٕ مصرکس دوٚیمس حصس سٟتۍ ہم قافیہ نَنان۔ اَسۍ ہرگاہ یمے شعر چھاپی صورژ بجایہ بَدل آیہ قلمبند کروکھ مثلن یتھہ پاٹھۍ:

| | |
|---|---|
| جِلوٕ ہاوِتھ، تمبہٕ لاوِتھ | ژٕ ولکھ ترٲوِتھ دِلبرو |
| ماہِ روخسار ژٕ وٕرِ تھاوِتھ | ژٕ ولکھ ترٲوِتھ دِلبرو |
| گوکھ شیٖرینہٕ وعدٕ تھاوِتھ | فرہادو ڈانبلو |
| آب کوہس واتناوِتھ | ژٕ ولکھ ترٲوِتھ دِلبرو |

زوٗن تارکھ ژلہٕ ناوِتھ　　　آفتابے گاشرو
راتھ دوہ گوکھ دوٗر پاوِتھ　　　ژٕوٚنکھٕ ترٲوِتھ دِلبرو

ہی مالہِ گوکھ وعدٕ تھاوِتھ　　　ناگی رایے شششدرو
ناگہٕ بلہٕ آکھ تن ناوِتھ　　　ژٕوٚنکھٕ ترٲوِتھ دِلبرو

تہٕ بنیوو اکھ بظاہر غزل اکھ واقعی وٕژُن ہیٚرِ لحاظہٕ۔ یوٚہے حال چھُ بیٚیہِ تہٕ وارِیہن منظوٗمن ہُند۔

وہٕ نی ہیٚتون بیاکھ منظوٗمہٕ:

اَند نا یِتھ عشقہٕ بنایس تہٕ لولو　　　خندٕ مٲرنس کندِ زالیس تہٕ لولو...... الخ

نیٚبرِ ہیٚتھ چھےٚ اَتھ غزلچ ہش مگر وارٕ ژھیٚنتھ باسہِ تہٕ یہِ چھُ مزاژکنہِ تہٕ وانہٕ اکھ وٕژُن، اگرچہِ ہیٚتھ چھیٚنہٕ وٕژِنچ۔ شاید گرٕھِ تہٕ غلط اگر زٕ فی بأتھ وَنوس؟
امہِ نِشہِ مختلف چھُ بیاکھ منظوٗمہٕ یُس چھاپی صوٗرژِ کنہِ غزل باسیہِ مگر امکی ساری شعر چھِہ نہٕ صرف موضوٗعی تسلسُل رٔچھان بلکہ چھُ غزلہٕ رِوایژ برخلاف امیک پرتھ اکھ شعر یہٕ دیٚژِ تہٕ حُسنِ مطلع باسان:

ناوِ سأنس سوندرٕ درایے لو　　　مارٕ زُلفن چھےٚ ماران گرلیے یو
طاسہٕ ہیٚرِ ہیٚرِ آسہٕ بلایے لو　　　خاصہٕ پانس ماران گرلیے لو

تہٕ ییٚتھ چھِ لیکہٕ پأٹھۍ ترٕ شعر معنوی تسلسلہٕ ڈیٚسی تہٕ قافیٕ بندی یہِ کنہِ باہم مربوط بندن

ہنٕز صوٗرتھ پزٲوان باسان ۔ مثلن :

خوش پسند امیر بایے لو      سانہٕ ساماہ کرِتھ درایے لو
تاہٕ عاشق وٕلِکھ مایے لو      پیشوازن ماران گرایے لو

عشقہ مٔتے اشراف بایے لو      مشرب دِتھ شامن درایے لو
ستی ستی ہیتھ ژونٕز کیوٗدایے لو      موخرہ مائن چھِنے ماران گرایے لو

باغ نشاط چھُم کُتھ شایے لو      توت عاشق رٕنگہٕ رنگہٕ درٕلے لو
ہینی بیائن پوان چایے لو      مُس کھاسن ماران گرایے لو

وغارٕ

اَمہِ پتہٕ چھُ کلیاتس منٛز یِوان :

یارمیانیو مارکِن منٛز یان ہوٗو کھتی یٕرٕ نیا      تارکِن منٛز ماہ تابا مندٕ چھُوٗو کھتی یٕرٕ نیا ... اُلخ

اَتھ وارٕ ووٗن دِتھ باسہٕ زٕ اَتھ شوٗبہٕ غزل وٕنُن ہٕکیا زٕ اَتھ منٛز چھِنے کلاسکل فارسی غزلچ ہَیتھ تہٕ بُتھ ہوان تہٕ یہ چھُ موضوعی لحاظ تہٕ غزلچہٕ رسمی رِوایژ ہُند تقلید باسان ۔ اَلبتہٕ چھُ یہ تاثُر گژھان زِ زٕنہٕ کانٛسہٕ فارسی غزل لیکھن والی چھِنے کانٛسہٕ غزل لیکھنچ مُبتدیانہٕ کوٗشش کرمٕژ ۔ بیٛاکھ چھُ لفظن مُنٛدٕ ہم صداغوغایہ اَندری قافین ہنٛز بُکھُم اَمہِ کس غزلہ اَنہارس حدٕ رٕسی گوٗبی وُس لاگی کار دوگنیاوان ۔ مُسترادیہٕ زِ غزلس منٛز چھ

کیہنہ مِصرٕ یا مصرٕن ہندی حِصہٕ تقریبَن سرٕ ونٹ فارسی باسان۔ مثلن ع

درکمندِ کاکُلِ تو گو و دِلِ دیوانہ بند یا

سرو نازا پاکبازا شب بِبازی باکدام

یا " در تمنائے وِصالت" یا " بارقیبِ دیو سیرت" وغایرہ۔

بیاکھ اکھ منظومہٕ تہٕ چھُ پَننہِ نیبرٕ ی ہیئتہ ڈسی غزلُک گمانہ گسرا وان:

اَمہِ نوٗرِ ماہ روخسار ہاوِتھ ژوٗرِ نیوٗنم دِل

اَمہِ دوٗرٕ درشن دِتھ مے سورگچہِ حوٗرِ نیوٗنم دِل ۔۔۔ الخ

مگر اَمکی مختلف خط خال، موضوعک ہوا نواہ تہٕ باوژ ہُند انداز چھُ اَتھ وژنس نکھہٕ تہٕ اَنان۔

گوڈنیچھ چھِ پتہ ہم قافیہ لفظن ہنز۔ بیٖر بارے مطلبسے منز چھِ ژور قافیہ: نوٗر، ژوٗر، دوٗر تہٕ

حوٗر۔ بیٚیہ چھُ باوکھ سُند جنس کیٚو تسنز حیثیت یُن واٲس فتوٗ تُلان تکیازِ باوکھ چھُ اَتی

مُد تہٕ اَتی زنانہ بنان، تہٕ اَتی عاشق تہٕ اَتی معشوق۔ موضوع ینہٕ یہ غزل چھُ بظاہر غزل اَسِتھ

تہٕ غزلِکہ معروف مزاج نِشہ وارِیاہ دوٗر، تہٕ یہ دوٗر رُوچھُ ہُران بیٚیلہِ اَتھ منز منظرن ہنز تہٕ

ماحولچہِ عمومی صوٗرژ بدلہٕ اَچھ وَل، کِچھ بَل، شاگنس تہٕ ساگام ہشن جاین ہندی ناو ہیٚنی ہیٚنی

مخصوص کاشرِ اَندی پکیچ ذکر سپدان چھِ۔

یِی حال مانی تو کُلیاتس منز۔ شاٲل نیبرٕی صوٗرتہٕ کِنہِ غزل باسہٕ وِنہِ یِیسلہ منظومن ہُند

بیشتر چھُ غزلِچ تہٕ وژنچ ہِلہ مِش صوٗرتھ باسان تہٕ یہ ژیٖنہ ہَن دِوان زِ محمود گامیس تِتھ

اوس فارسی چال غزلِ ژنہٕ وُنی وُنی ٹھوٗلہٕ دژا مُت اَو درِے ماز ژھوٗل۔ مثالے نوم منظومہٕ:

(i) یِتھ نِتھ پانس نِشے مےٚ نو مِشتے ماے
بڑی بڑی چاو تھ شراب شیشے پیالن لٔدِ چاے ..... الخ

چھاپ چھُس غزل لگ ہیو مگر از تلہٕ وزُن نہ آسان۔ یمیٚتھ چھُس پرتھ شعرکِ دوشوے دو مصرعہ باہم قافیہ بند، زن تہ بیاکھ بیاکھ مطلع۔ بلکل تِتھے پأٹھی یِتھ پأٹھی بٔنِس اکس "غزلس" چھ:

(ii) گوم بیدادِ یارہ چونے چھُکھ بوزان زاری
دادِ چانے ووندھ چوٹمو سینہ زو تھم ناری .... الخ

ڈُن یتوٚن بیاکھ مثال:

(iii) گوم کوت معشوق نیرتھ بیوم ارمے یادتے
خستہ دل تس پتہ درایس اسہ لایس نادتے .... الخ

ہیتھ چھُس غزلچ ہش مگر از کِنہ چھ وزُن باسان، خاصکر تھاو سیبہ زاکھ چھ اندہ بیٹھ اندس تام اندری کیتھ پیری قافیو سیتی ٹیٹھ تہ بینہ چھُس گیون گرنہ اے لفظ بھورس تہ ژھوٹراوان زیٹھراوان، مثلن "پتہ" لفظس چھ پرُن پیوان "یاپتہ"، "دتے لفظس" وانے" تہ "لتہ" "لفظس" "ینشہ" وغارہ۔ یتھے پأٹھی چھے گیون گرنہ اے تشدید ورأے لفظس، تشدید تراو ناوان۔ مثلن "متہ" چھ بنان "متہٕ" تہ "اکے" بنان "اکےٚ"، وغارہ۔

(iv) یتامو بالہ یارو حال باوے
دتامو بالہ درشن کالی راوے ..... الخ

بظاہر غزل مگر دراصل وژُن۔ باوکھ وژُن آیہ زُنی تہ تَسندی ہاوس کیتھ تم ہاوس باونک

انداز تہٕ نِسوٲنی آیہ ، تہٕ رِستی قافِیَن پیٹھ قافیہِ یِم کٔنہِ ذہنی وُتشہِ یا وُچھوارٕ بجایہِ گیوٗن گتس

زیر دِوان چھہِ۔

(۷) ہَہ وٕیسی چھُم یارٕ دودُے لالہٕ واتم سالہٕ اِمشب

ژٕے رٕوٗستے بالہٕ یارو بال کٔہی سَنبالہٕ اِمشب ..... الخ

چھُنہٕ یہِ عروض کیٛو قافیہِ رٕدیفہٕ حسابہٕ غ۔ لک مطلع باسان مگر وٕژن رَنگہٕ مضامین تہٕ گیوٗن لہجہٕ دٕسی مُتاثر سَپدن دول شبدٕ پھور چھیسہٕ غ۔ لک پاے بَنتھان۔ ضِمنَن روزِ یہِ ژٕینہٕ وَن دِنی تہٕ شاید مُتاثر پیسے رِ محموٗدس نِش چھہٕ اُردوٗ کیٛو کاشرِ ریختہٕ ہُرِ یانہٕ کاشرس پیٹھ پنجابی ژھاے تہٕ شاید گوڈنچہِ لٔٹہِ ٹٔنیزان! ع خُدا کے واسطے اَج سون میرے نال اِمشب

غرض واریاہ منظومہ چھہِ یِم گوڈنچہِ پیٹھی پیٹھی نظرِ غ۔ ل باسان چھہِ مگر چھہِ مختلف خصوٗصیژو کِنہٕ ژٕکہِ گیوٗن لٔیہِ وِرِ وٕنہٕ وٕژن نَنان۔ مِثلن نوم منظومہ :

(vi) مے ڈٕے تٔمی پوچھنہٕ کارن سو خنہٕ کوٚژ تٔمی یارِ یے

بہٕ ڈٕے تٔمی آمہٕ تاوے زاجنس پرارِی پرارِیے ..... الخ

(vii) وَنتسے وٕیسی یے زارِی اِمشب

اَنتسے لگہٕ مَس پارِی اِمشب ..... الخ

(viii) یوٗت کیاہ ہوٗش چھے یا وُن جوش چھے

ہوش نیوٗ تھم گوشدار و یت آمو ...... الخ

(۱۷) موروش مسا روش ہیو مار مِتیو وے

کہو چھے ژٕے ژُسنک بوش ہیو مار مِتیو وے ..... الخ

کُلیاتِ محمودس منز چھِ کیہہ منظومہٕ یِمن صوٗفیانہ غزل وَنتھ ہیکو تہٕ یِم کم کاسہ فارسی اثرٕ ہاوِتھ تہٕ کیہہ معموٗلی کوتاہیو باوجوٗد رتی باسان چھِ۔ مثلے:

دمن منز۔ دمبدم کر حق پرستی

لمن گژھتھ تارسی برطاقِ مستی ..... الخ

محمودنس غزلس چھنہٕ وُنیکتام شاید کانسی پزنہ پاٹھی سام ہیژمژ تہٕ نہ سنئہ پاٹھی وَن دیمُت حالانکہ اتھ ضمنس منز چھِ باوُن لایق اکھ نوکتہٕ یہِ محمودنی یِسہٕ فارسی چالہٕ غزل چھِ احساسس زیرِ درِ یا تخیلس بیدار کرنہٕ یا ذہنس وُتش دِنہ واجنہ عملہٕ کھوتہٕ زیادٕ گیوٗن باسِتک کینہٕ سوکھ باسہٕ ناونچ ذمہٕ داری پوٗر کرنچ کوشش باسان۔ یہِ زٕ چھِ یہِ محمود نہ کلامُک غالب حصہٕ چھُ ژکہِ یا نٔٹس تہٕ ٹمبکنار یا ترنُم تہٕ تارِکھارنگ تلون ہیتھ تخلیق کرنہٕ آمُت گیوٗن، نہٕ۔ وَنوٗن آیہٕ یا ژنی چالہٕ ہرکہٕ تہٕ نہٕ تدرِ ہیٹہٕ تہٕ رتہٕ لیہ بوزناوُک داستان۔ گیونچ گنگراونچ یہِ خصوٗصیت چھےٕ سانہٕ لکہٕ شاعریہ ہندٕ تہٕ امتیاز، تہٕ سانہٕ کُلہم وَژن چالہٕ شاعری تہٕ اکھ مخصوٗص م۔از نجنئی واجنئی خصوٗصیت۔ کانہہ گوناہ گژھہ نہ ہرگاہ کانہہ صاحبِ نظر محمودس کٕھٹکہ نہٕ بجایہ مذکورہٕ مسنہٕ غزلی وَژنس وٗنی تو یا وَژنی غزلس اکھ مختلف، بےٕ نموٗنہٕ، نوترآشیدہ تہٕ منفرد صنفِ سوخن وضع کرنچ کوشش زانتھ موٗلو۔

عبدالاحد آزاد اگرچہ محمودس کاشرِ غزلُک مسلم الثبوت ووستاد قرار دِوان چھُ مگر
اُسہِ چھُ مظفر عازم پرزنہٕ پاٹھی زِ تٔمس پاوان زرِ برونہہ اَسی لوٗکھ وزنس تہٕ غزل وَنان۔ بلکہ ڈٔلو
اُسہِ ازکل تہٕ چھِ کینہہ ایڈیٹر اتھی ییرہ وہ تہٕ منز سوار باسان۔ اَمہ قسمچہ شاعر یہ ہنز گنگرائے
کرنچ یہ کردار ساز خصوصیتھ موٗلے مٔشراوتہٕ سبب چھُ اَمہ کِس شبدٕ بھورس تہٕ عروضی مینٔرس
تولس تبسیتھ کُنہِ تٔیتھ ردِ عمل تہٕ نظر گژھان یُس کأفی بحث طلب چھُ۔ امین کامل
چھُ کینہہ کال برونہہ یہ معقول سوال تُلمُت زِ محمود گامی یا رسول میرہوی شاعر چھِ بعضے تٔیتھ
فارسی کلامہ وَنان یُس عروضی اعتبارٕ کلاسکل فارسی شاعریہ ستی پورٕ پٔرٕ ہش تھاوان چھُ مگر تمے شاعر
ییلہِ فارسی جایہِ کاشرِ غزلہ لیکھنچ کوشش کران چھِ تمِ کیازِ عروضی سوقمن ہندی شکار سپدان؟ یہ
سوال چھُ پرزی اکھ توجہ طلب سوال۔ مے چھِے پننہِ بتر مُطابق "کاشر شاعری تہٕ وزنُک
صوٗرتحال" ناو پننہ اَکس کتابہ منز اتھ مسئلس دَل دِنچ اکھ ناچیز کوشش کرمٕژ۔ خوشی
ہنز کتھ چھِے یہ زِ وُنی کٔین چھِ یتھ محفلہِ منز متعلقہ موضوعس ستی گہرٕ دلچسپی تھاوَن وٲلی تہٕ
سوخن ورِی ستی عملی وابستگی تھاوَن وٲلی ساتی مستند عالم فاضل دوست بیٹھی۔ ہر گاہ
یم ژھن تم ہیکن بحثس منز شرکت کٔرتھ معاملہ کین مختلف پہلوٗوَن متعلق پنٕنی سوچ تہٕ
تجربہ باہم باگرٕ تھ۔ وٕنی گو وُ بحث گژھہِ زانکاری یہ ہند کاچھُن لایق تو دلہِ تہٕ بنتھ سپدُن
نہ زِ کانہہ بے حاصل علم فروشی یا محض گوٗل سکور کرنہٕ باپتھ کانہہ نامناسب مُدیا نہ۔
بحثس دوران گژھہِ یہ حِس ہشار روزن زِ زیرِ غور معاملہ چھُ سرگرم تخیل کامہ لاگتھ
عملن باریک بینہ ہنز۔ بینتہ بینتہ زٲلی دِنچ تہٕ رُژھ رُژھ ورژھنا وتھ مینچ تو لنچ

منگ کران ۔ اَسہِ سارِنے پرُزِ یہِ بُنیاَدی نوکتہٕ دَ پتہٕ ہاوکھ بناوُن زِ پتھِ بجٹ چھِ واریاہس
کانٛس چلہٕ ونی روزان۔ پتہٕ پتہٕ ستی توٚ پوٚظو نوٚ پتہٕ آگٔہی یِوٚ دٕ ی بدٕل بدٕل موڑ ژٹان پتہٕ تازٕ بتازٕ
سفر پڑاوان ۔

# چھکھ یوسفنہٕ انہارٕ

## رسول میرُن تغزُل تہٕ کأشُر تنقید

مجروح رشید

کأشرِس ادبی تنقیدس متعلق چھےٚ اکھ عام رلے یہِ گنیمژ زِ یہِ چھُ رواروی، ذاتی تس تہٕ یہٕ أنی ہتین نظرین لور۔ مےٚ چھُنہٕ بیتین تمَن دوستن ستیٖ مجادلہٕ لاگنُک کانہہ شوق یِم تِہنٕ کتھن بھہٕ چھِ دِوان تہٕ نہٕ چھُم یہِ برٛم زِ کأشُر ادبی تنقید کیاہ چھُ اسمأنی وُڑان۔ وُڑِتہٕ کِتھ پأٹھۍ؟ تمی زبأنی ہنز۔ ادبی قدر تہٕ تنقیدی معیار چھِ بُلند آسان یمہِ زبأنی ہُند ادب بذاتِ خود عظیم آسہِ تکیازِ مذکورٕ قدر تہٕ معیار چھِ تمہِ ادبس منز ٹاکارٕ آسان۔ مطلب یہِ زِ یُس ادب چھُ بنیٚ تنقیدی اصوٗل تہٕ معیار ہیتھ بارسس یِوان۔ یہِ چھےٚ اکھ زأنی مٕژ تہٕ مأنی مٕژ کتھ زِ یُس اہم ترین ادبی زبأنی چھِ عالمی معیارٕ کِ کٔرِتھ تامے

اُدیب تہٕ شاعر باگہِ آمتی یِموٚ پننیٚو رنگارنگ تہٕ مُنفرد تخلیقی صلاحیژو تہٕ گوناگوں تجربن ہنٛدِ بُچھار
ڈٲسی عظمت چھےٚ پراوِمژ۔

مےٚ چھُنہٕ یہِ کُنہہ ونُنس منز کانٛہہ شرم محسوٗس سپدان زِ اَسہِ کوٗرتہٕ ازتام تہٕ
کانٛہہ تیٚتھ عظیم شاعر پاد یُس اُکی عالمی سوٚتھرس پیٚٹھ بٔڈِس پایہٕ شاعرن ہٕندِ لرِ لوٚر تھاوِتھ موٚلوٗتھ ہیٚکون۔
سانہٕ شاعری منز چھ ضرور ہمہ پہلوٗ تہٕ زژہٕ تہٕ یِژ وِتظر گژھان مگر بد قسمتی کیٚنہ (یتھ منز خارجی حالاتن
ہُنٛد تہٕ دخل چھُ) ہیوٚکہ اَسہِ تیُتھ کانٛہہ تابناک شاعر پاد کرِتھ یُس سانٛہن ذہنن تہٕ منن
رنز ناونس پٮ۪تہ سٔتی سانٛہن شعوٗرس منوٗر تہٕ تحت الشعوٗرکین ظلماتن زوال کرنچ پوٗر پوٗر صلاحیت
تھاوان آسہِ ہے۔ اگر اَسہِ تیُتھ کانٛہہ کاشُر مُنار پاد آسہِ ہے کوٗرمُت تیٚلہِ آسہِ ہے سانہٕ تنقیدُک
لہجہِ تہٕ پایہ تہٕ تِتھے۔ تیٚلہِ بنیہ ہے تہٕ اَسہِ شاید لٔلہ واکھن تہٕ شیخ شرکینن موٚلوٗ تہٕ باپتھ سنسکرت
شعریاتس ژھانٛڈ دنِ۔ بلکہ آسہِ ہے پننی شعریات بارسس اُنمژ۔ یہِ چھےٚ وکھ کتھ زِ سانہٕ
اسلافو چھُ قدیم ہندوستانی جمالیاتس تہٕ شعریاتس متعلق زبردس بحث کوٗرمُت مگر یہِ تہٕ چھےٚ
اکھ حقیقت زِ تِموٚ چھِ پننی کاشری خیالات سنسکرت اَدبہٕ منزٕ حاصل کرِمتی۔ خار یہِ کتھ
اوٚکطرف ترٲوِتھ چھُ اَسہِ مانُن پیوان زِ سون تخلیقی شعوٗر چھُ لٔریٛتھ ازتام دوٚیَمِ زبانن ہنٛدِس
شعریاتس زیرِ اثر پرژھان آمُت۔ گویا اَسی چھِ یہِ کتھ ونُنس منز حق بجانب زِ لل تہٕ نُندریوٚش
تہٕ ہیٚکی نہٕ سانہٕ خاطرٕ ادبی معیارن تہٕ قدرن فراہم کرِتھ اگر تِموٚ یہِ کارنامہ پزی انجام چھُ دتِمُت تیٚلہِ
یِزِہ بہ تِمن لوٗکن ننہٕ استفاد کرُن یِمن اَتھ کتھ بیٚٹھ پرژھ چھےٚ۔ میانی کتھ چھُ پزر یہِ زِ
اَسی چھِ دوٚہے محتاج رُودی متی تہٕ ازتہٕ چھُ سون یوٗہے حال۔ سون اُزیُک تنقید چھُ انگریزی

تنقیدس وَتہٕ وُچھان ۔ یوٚہے چھُ وجہ زِ سأنِس تنقیدس چھےٚنہٕ اَز تام تہٕ بَنِنہٕ کانہہ نظریأتی اساس
فراہم سپٕز مژ یوسہٕ سأنی زٕ مینٛچ پأدٕ اوار آسِتھ تہٕ یَمِیٚن زبانَن ہٕندِس تنقیدس نِکھ آسہٕ ہے ۔ یَیلہٕ نہٕ
تیٚتھ ادبی بدس چھُ تنقیدچ نظریأتی اساس کٔرِتھ یِیہِ ۔ بہر حال سون نقاد چھُ مجبور تہٕ تہٕ لاچار
تہٕ تہٕ تَس چھےٚنہٕ دوٚیِمَن زبانَن ہٕند تنقیدی نُسخہٕ فأض حأصِل کرنس چارٕ ۔ سُہ چھُ یِمَن فأضن اَو
موکھ عام تخلیق کارن تام واتناوُن یژھان یُتھ تِم پننین تخلیقی صلاحیتَن زیادٕ رٕتی پأٹھۍ
وأقف ہیکَن سپدِتھ ۔

کأشِر شاعری ہٕند نقاد چھُ عموماً کُنہِ تخلیقُک جایزٕ ہیوٚنہٕ وِز عملی تنقیدس نِکھ
روزنٕچ کوٗشش کران (یِہ چھےٚ الگ کتھ زِ کُنہِ کُنہِ چھُ اَمہِ قسمُک تنقید یا تہٕ توصیفی آسان
نَتہٕ تنقیصی) ۔ بہر حال چھےٚ یِہ اکھ حقیقت زِ شعر موٗلوٚنہٕ وِز چھِ سأنِس ذہنَس منز مختلف
تنقیدی نظریہ کار فرما روزان ۔ شعر اَمہِ طریقہٕ کھوچِھ کھالنس منز چھُ بعضے لطف تہٕ یوان مگر اکثر
چھُ یوٚہے ہےٚنگ ہیوان گرٛزھن ۔ اَسہِ چھِ کینٛہہ شعر بڈٕ خوش کران مگر قدر سنجی کرٕنی چھےٚ اکھ کٔرِتھ
مسلہٕ بنان تکیازِ خوش کرنہٕ باوجوٗد چھےٚنہٕ یِتھی ہوی شعر تِمَن میزانَن پیٹھ پوٗرٕ پوٗرٕ وُتران
یِمَن سون تنقیدی ذہن تسلیم چھُ کران ۔

یِتھے ہیوٗ صوٗرتحال چھُ تمہِ ساعتہٕ تہٕ پأدٕ گژھان یَیلہٕ اَسۍ رسوٗل میرنہٕ شاعری ہُند
جایزٕ ہیٚنُک سنز چھِ کران ۔ نِزُس پیٹھ کُھسِتھ چھےٚ رسول میرٕنی شاعری بوزَن وأرِس منز وُر
وجدانان ۔ مگر یَیلہِ اَسۍ رسوٗل میرنہٕ کلامُک مُطالعہٕ تنہأیی منز کران چھِ ، اَسۍ چھِ تمہِ ساعتہٕ ژینان
زِ رسول میر چھُ خال خالے یِنہٕ شعرکہِ طلسمہِ سِتۍ سأنِس تخیلس محدود حدو منز کٔڈِتھ اَکِس وسیع

نہ کُشاد تخیُلی فضہِس منز۔ واتناوان۔ تِمۍ چھِ ضرور ہتہ بیٚنہٕ تہِ تھۍ شعر تخلیق کٔرِی متۍ یمن منز تِمی سُند تخیُل اُکس مخصوص تہٕ محدود حدس تام کارفرما چھُ۔

کاشُر ادبہٕ کِس طالبِ علمس چھُ تِمہِ ورِ ذہنس زیادے کھُریوان یِلہٕ سُہ رسول میرنہٕ شاعری ہندی عکس کاشرِ تنقیدکِس آنس منز۔ وُچھان چھُ۔ اکھ نقاد چھُ تس پاسہٕ فنکار مانان تہٕ بیاکھ چھُس محض اکھ رُت (MINOR) شاعر گنز۔راوان۔ مگر حقیقت کیاہ چھےٚ تتھ بیٚٹھ پزِ اَسہِ سنجیدگی سان غور کرُن۔

مُحمّد یوسف ٹینگ چھُ رسول میرنہِ شاعری تہٕ خصوصاً تمۍ سنزِ سراپا نگاری متعلق لیکھان۔

" میون عقیدہ چھُ یہِ زِ سراپا نگاری ہنزِ صنفِ منز۔ ہکون رسول میرُن کلام عالمی ادبکین مشاہیرن مقابلہٕ اعتماد سان پیش کٔرِتھ۔ رسول میرُن معشوق چھُ شیکسپیر سنزِ جولئٹ، کالیداسہ سنزِ شکنتلا، ہومرنِ ہیلنہٕ تہٕ حافظ شیرازی سندِس "معشوق چہارده ساله" ہندی بہترین خدوخال وُچھتھ صورتھ رٹان۔"

کینہہ وقت گژھتھ یوٚدوے ٹینگ صابن ژیوٚن زِ رسول میرس ہیٚکہ نہٕ شیکسپیرس ستۍ کانہہ نسبت اَستھ تہٕ کٔرِتھ نہٕ چھُ کُلیاتِ رسول میرُن دیباچہ" رسول میر اکھ پاسہ فنکار تہٕ باشعور زبان ساز" یُرِتھ قاری بین السطور ژینان زِ ٹینگ صاب چھِ رسول میرس پاسہٕ فنکار گنز۔راوان تہٕ خصوصاً یِلہٕ تِم رسول میرُن یُتھ ہیوٗ شعر پیش کٔرِتھ ع

در دورِ حسنت چشمہ وُچھتھ کاسہ گداچانی   خورشید تے جمشید ہیتھ چھی جام نگارو

وَنان چھِ اَمہِ زورِ بیانکی ہوی شعر ہکو کھ تہٕ اُسی آسانی سان فارسی تہٕ اُردوس

منز تہٕ وَنہٕ کڈِتھ۔"

وونی وُچھو رحمٰن راہی کیتھ پاٹھی چھِ ٹینگ صابس ستی اختلاف کران۔

"بحیثیت عقیدٕ آسی تن یہ خیال کوتاہ تہٕ قابلِ احترام مگر کلام میر نظرِ تل اَنتھ ہیکون

نہٕ یہ اکھ قابلِ اعتبار رائے گَنٛڑٲوِتھ تکیاز کیہنہٕ اونگنِش شمار شعر اَکھتہِ کُن تراوتھ چھے

رسُول میرنی سراپا نگاری اکثر صورژن منز۔ یاتے چھا رسمی تشبیہن تہٕ استعارن پیٹھ

قناعت کران لبنہٕ یوان یا ہرگاہ نیر تھے گرتھہ تیلہِ چھے کیہنہٕ ترتھ جاذب توجہ

شبیہہ گرتھ نوان یمن منز۔ قوت واہیچ نظر نوازی تہٕ چھے آسان مگر قوتِ تخلیق کیفیتھ

سازی چھکھنہٕ آسان"

اُمہِ برونہہ کنہٕ چھِ دونونی ہندی خیالات تہٕ دو نونی ستی اتفاق کرُن

چھُ ناممکن۔ وون گوو یہ چھے دوٚیم کتھ زِ اُسی چھنہٕ من حیث القوم کانسہٕ ہندِ دل بُھراوان۔

اُسی چھِ یہ پتھ کانسہٕ ہنز کتھ بوزتھ تمس مرحبا تہٕ آفرین وَنان۔ یوٚدوے امہِ قسمُک رُجحان

زندگی ہندین دوٚیمین معاملن منز سون معمول بنیومُت چھُ مگر ادبی معاملن منز تہٕ گژھی نہٕ

اُسی مُنافق ثابت سپدنی۔ یہ چھُس مانان زِ ادبس متعلق نظریات چھِ کُنہٕ کُنہٕ SUBJECTIVE

تہٕ آسان مگر کُلس پیٹھ چھُ یہ مفروضہ غار کتھ اَس چلان ٹینگ صابن تہٕ راہی صابن

دون متضاد رائین ہنز۔ باسان چھُ زِ ٹینگ صاب چھُ وَرتھہِ وانجہِ رسول میرس عالمی

پیمانک شاعر بناونک جتن کران تہٕ راہی صاب چھُس زِ نہٕ گلی ہتھر پیٹھ یون دِوان

داریتھ۔ رسول میرنہٕ کُلیاتُک مُطالعہٕ کرِتھ چھُ نَنان زِ سُہ چھُنہٕ بڑی عالمی معیارُک شاعر۔ یہٕ چھےٚ الگ کتھ زِ سُہ چھُ سون اکھ MAJOR شاعر۔ رسول میرنہٕ شاعری منز چھُنہٕ یِتھ پاٹھی تہٕ اکثر جاین تخلیقی وُڈوُک ستہ۔ نظر گژھان۔ سُہ چھُ ساینہٕ جذباتن تہٕ احساساتن ہنز تہذیب ضرور کران مگر تس چھُنہٕ سُہ تخیلی جرأت یُس اَسہ دُنیا ومافی ہا منز اُوتھ ہیکہ۔ تمی چھُ تخلیقی سفر ضرور کورمُت مگر بیشتر جاین چھُ "یہٕ سفر بےسفری بنیومُت"۔

ٹینگ صابن چھےٚ رسول میرس متعلق بیاکھ کتھ تہٕ وُنی ہژ یوسہٕ توجہ طلب چھےٚ۔ سُہ چھُ وَنان زِ رسول میرن کوٚر سانہٕ زبانی ہُند دامن فارسی لفظو، ترکیبو تہٕ استعاروستی مالامال تہٕ یِتھ پاٹھی کوٚرُن سانہٕ شاعری ہُند ہوا نوا تہٕ فضا یکسر تبدیل۔ یہٕ چھُ اَکس حدس تام صحیح زِ رسول میرن ورتاوی بڑہٕ تہٕ پاٹھی فارسی تشبیہ استعارہٕ تہٕ لفظ بیتر۔ مےٚ چھُنہٕ یتھن تم لفظ ترکیبہٕ تہٕ استعارہٕ وغارہٕ گنزر۔ راونُک کانہہ شوق تکیازِ اَسہِ سارِنے چھُ تمیُک کم کاسہٕ علم۔ سوال چھُ یہٕ زِ دِیدان زِ فارسی زبانی ہِندی تخلیقی وَل ورتاونہٕ ستی چھا خود رسول میرنہٕ شاعری کانہہ سوچھ ووتمُت کِنہٕ نہٕ۔ باسان چھُ زِ تس چھُنہٕ زیادہٕ فائیدہٕ ووتمُت۔ آیتہٕ ہن چھُ ضرور زِ تمی سِندِس لہجس منز چھُ جوٚرتھ یادہٕ گومُت تہٕ تمی چھُ کانٛہہ شعر کیہ لِیہٕ ہند گرفتہٕ نشہٕ آزاد کورمُت تہٕ کانٛہہ س شعرس چھُ واریاہ کالی اوبرگو بر نصیب سپدمُت۔ مےٚ چھُ یمہ کتھ ہُند اعتراف تہٕ تہٕ شرمندگی تہٕ زِ بہٕ چھُس نہٕ فارسی زبان زانان۔ مگر کینژن فارسی شعرن ہُند نثری ترجمہٕ چھُم ضرور اردوہس تہٕ انگریزیس منز نظر گومُت۔ فارسی شعرن ہُند محض نثری انگریزی تہٕ اردو ترجمہٕ پرِتھ تُس لطف مےٚ ہوس اَکس ادنیٰ طالب علمس آو

تمیک اظہار ہیکہ نہ لفظن منز بیان سپد تھ۔ یہ تہ چھے اکھ اہم کتھ زِ یُس شخص فارسی زانان آسہ سُہ ہیکہ زیادہ رتی پاٹھی یمن شعرن ہُند حظ تُلتھ۔ بیلہ محض شعرکہ خیالک نثری ترجمہ متاثر کرِ اصل پرِتھ کیاہ سپدِ !

مے چھ پروفیسر غلام رسول ملک صابن رسول میرس متعلق مانو گراف پرِتھ گوڈ بکہ پھر محسوس کورمُت زِ شعر اگر طاقتور آسہ سُہ ہیکہ محض پننہ idea ستی تہ پرن والس جود کرِتھ۔ ملک صابن چھ مذکورہ مانوگرافس منز انتہائی حدس تام غار جانب دار روزِتھ رسول میرنہ شاعری ہُند تنقیدی جایزہ پیش کورمُت تہ تمی ستر شاعری بیٹھ فارسی اثرس چھکھ ناقدانہ نظر تراومژ۔ پننہ وسیع مطالعہ چہ بنیاد ذ تہ فارسی زبانی ہنز عظیم روایژ ہندس پوٚت منظرس منز۔ بیلہ تمو رسول میر مو لوٚنچ کوشش چھِ کرمژ تمو چھ رسول میرنہ کم ورنہ تہ کوتاہیہ شدتہ سان تربیمژ۔ تمو چھ فارسی شاعری ہنز عظیم روایژ ہند پاس رچھان کینژن فارسی شعرن ہُند گوڈ اکھ انتخاب پیش کورمُت تہ پتہ چھکھ رسول میرنین کینژن شعرن تہ حافظ سندین کینژن شعرن ہُند تقابلی مطالعہ کورمُت۔ تقابلی مطالعہ چھ تمن بروٚنہہ ٹینگ صابن تہ مرحوم آزادن تہ کورمُت مگر ٹینگ صابن تہ مرحوم آزادن چھ یہ تقابُل محض خیالن ہند ہشر ہاونہ مو کھہ کورمُت۔ ملک صابُن تجزیہ چھ مولوٚن لایق تکیا زِ تم چھ اسہ دونوی شاعرن ہنزن خوبین تہ کوتاہین اَرزی منزٕ کران۔ امہ تقابلی مطالعُک اکھ بڈ خوبی چھے یہ زِ ملک صابن چھ رسول میرنی بہترین شعر ژاری متی تہ تمنے ہُند تقوُبل چھ حافظ تہ رومی سندین شعرن ستی کرنہ آمُت۔ سعدی، رومی تہ خصوصاً حافظ سندین شعرن یمہ

طریقہٕ استحسان کرنہٕ چھُ آمُت تمِہٕ سِتۍ چھِنہٕ یہِ کتھ ہرتی پاٹھۍ ذہنس منز۔ یوان زِ رسول میر چھُنہٕ پرٛنہٕ پاٹھۍ تمِہٕ پایک شاعر یِمہٕ پاکھ غالب یا حافظ چھِ۔ ملک صابن چھُ بێیس کتھِ کُن تہٕ اِشارٕ کوٚر مُت۔

"THE PERSIAN POETRY HE UNDOUBTEDLY READ SEEMS TO HAVE LEFT HIM UNTOUCHED. OF COURSE, HE SHARES HIS LYRICAL FERVOUR WITH THE PERSIAN GHAZAL WRITERS BUT THIS LYRICISM HAS ALWAYS BEEN AND CONTINUES TO BE THE MOST PROMINANT FEATURE OF ALL ORIENTAL POETRY AS IT IS IN ACCORD WITH THE SUBJECTIVELY ORIENTED EASTERN TEMPERAMENT. RASOOL MIR FOUND THIS LYRICISM IN HARMONY WITH HIS OWN GENIUS BUT BOTH ITS DEPTHS AND HEIGHTS ARE DENIED TO HIM."[5]

یہِ چھُ پوٚز زِ رسول میرنہٕ غنایہٕ شاعری منز چھُنہٕ سُہ سنبرتہٕ تھزر دٕرینٹھۍ گژھان یُس فارسی شاعری ہُند خاصہٕ چھُ مگر یہِ باس لگُن چھُ پۆژھے یِہُن باسان زِ رسوٗل میرنہٕ

شاعری پیٹھ کیا ہیوٗ وہ تہٕ فارسی شاعری ہُند مُلے کانہہ اُثر خار یہِ کیتھ اوٗ کطرف تراوِتھ یِمو
دوٗنی تِمن شعرن کُن یِمن ہُند تقوبلی مطالعہٕ کرِتھ تم اَتھ نتیجس پیٹھ واتی۔

رسوٗل میرُن شعر چھُ

کم جوٗگی، سنیاسی زاہد وٗلیے ــــــــــ رُٹی چانی زُلفن بنٛیہ خالن

زالن ماٗسی زالن وٗلیے ــــــــــ بوٗزِتھ عاشق زٕلیے وٕن

دوٗنی وُچھون حافظ سُند یہِ شعر تہٕ ملک صابنز رائے اَنوٗ ذِہنس منز

گماں مبر کہ بدور تو عاشقاں مستند

خبر نداری زِ احوالِ زاہدانِ خراب

رسوٗل میرُن شعر چھُ

در دور حسنت چشمہٕ وُچھتھ کاسہٕ گدا چانی

خورشید تہٕ جمشید ہیتھ چھِ جام نگارو

تہٕ پرِ تو دوٗنی حافظ سُند یہِ شعر

آں چشم جادوانہ عابد فریب بین

کش کاروان سحر بدنبالہ میرود

یِتھے پاٹھی چھ وارہٕ ہیٚن شعرن ہُند تقوبُل سُپدمُت۔ ملک صاب تہٕ راہی صاب
دوٗنوے چھِ یِتھ کتھِ پیٹھ متفق زِ رسوٗل میرنی شاعری تہٕ تخیُّل چھُنہٕ جلالہٕ سان وُڈُو
ہیکان کرِتھ بلکہ چھِ تِمی سندی اکثر شعر FANCY ہندی پروردہٕ۔ رسوٗل میر چھُ

زلفک تہٕ خالک اسیر شاعر۔ یوٚدوے تٔمۍ سُند عشق کرُن کیٚنہہ تقدس تہٕ پزاوان چھُ تہٕ کرٕتھ
تہٕ چھُ زنانہٕ حُسنک ویوٗر تمِن تٔمۍ سُند منزٕل تہٕ مُدعا۔ سُہ چھُنہٕ عظیم شاعرن ہندی پاٹھی
عشقس زندگی ہندین دوٚیمبن تجربن سمجھنہٕ تہٕ انزٕرۍ منزٕ گژھنہٕ خاطر ورتاوان بلکہ چھُ
زنانہٕ حُسن تٔمۍ سُند وُرن تہٕ وتھرن بنان۔ یہ چھُ پوٚز زِ یہ طریقہٕ کار چھُ تس زندگی متعلق
اکھ مثبت نظریہٕ دِوان مگر زندگی ہندی گوناگوں رنگ چھاوتہٕ یا محسوس کرنہٕ نِش
چھُس محروم تھاوان۔

اکھ عام راے چھےٚ یہ زِ رسُول میرن کوٚر گوڈنکہ پھِر کاشرس منز فارسی عروضک
تمِہ آیہ ورتاو زِ تٔمۍ سندین غزلن ہیٚکہ مکمل پاٹھۍ امہٕ عروضی نظامہٕ مُطابق تقطیع کرنہٕ یتھ مگر
سو چھُنہٕ کتھ۔ امین کامل صابن چھُ گوڈنکہ پھِر رسول میرنین کینژن غزلن ہند عروضی مُطالعہٕ
کوٚرمُت تہٕ ہاوِتھ چھُن دیتمُت زِ تمِن غزلن ہندی اکثر شعر چھِ پھٹان۔ کامل صابن
چھُ سون ظون ییٚمِس اہم کتھِ کُن تہٕ پھیرمُت زِ رسول میرنین فارسی شعرن منز چھُنہٕ یتھ ہیوٚ
صورتِ حال پاد گژھان بلکہ چھِ تم فارسی عروض کین میزانن پیٹھ پوٗرٕ پاٹھۍ وُتران کامل
صابن چھُ یہ اہم سوال تہٕ تُلمُت زِ کیا وجہ چھُ زِ ییٚلہٕ رسول میر سوٗرے شعر فارسی زبانی منز
وَنان چھُ تس چھُنہٕ وزن پھٹان مگر کاشرین شعرن منز چھُس وُشہ گژھان۔ سون صوتی نظام چھُ فارسی صوتی
نظامہٕ نِشہٕ مختلف۔ لہٰذا چھُ کامل صابنہٕ دَنُن مُطابق فارسی عروضُک مکمل ورتاو سانین
شاعرن ہندِ خاطرٕ لاشعوری طور ناقابلِ تقلید بنان۔ از چھِ سانہِ زبانی ہندی نامور شاعر
یمن مسلن پیٹھ سونچان مگر کلہم پاٹھۍ چھُنہٕ تم دُنہٕ کُنہٕ خاطر خواہ نتیجس پیٹھ واتیمتۍ۔

بہرحال چھُ رسول میر سانہِ زبانٕ ہند ہوٚ اہم ترین شاعر ومتہٕ۔ اکھ۔ سُہ اگراد بکہ کنعانک یوسُف چھُنہٕ مگر یوسفن اہنارچھُس ضرور۔

---

## حوالہٕ جات تہٕ نوٹ

۱۔ محمد یوسُف ٹینگ، رسُول میر [اُردو مانوگراف) سرینگر، کلچرل اکادمی ۱۹۶۰ء] صفہ نمبر ۱۶

۲۔ محمد یوسُف ٹینگ، کُلیاتِ رسول میر (سرینگر: کلچرل اکادمی ۱۹۸۴ء) صفہ نمبر ۵۸

۳۔ رحمن راہی کہوٹ (سرینگر: ۱۹۷۹ء) صفہ نمبر ۱۱۸

۴۔ رحمن راہی، اہنار (سرینگر: کاشُر ڈپارٹمینٹ کشمیر یونیورسٹی ۱۹۸۱ء) صفہ نمبر ۶۶

۵۔ غلام رسُول ملک، رسول میر [(انگریزی مانوگراف) نوٚ دِل: ساہتیہ اکادمی، ۱۹۹۰ء] صفہ نمبر ۲۸، ۲۹

۶۔ امین کامل شیرازہ (سرینگر: کلچرل اکادمی، ستمبر، اکتوبر ۱۹۸۰ء) صفہ ۴۵۔ ۴۶

۷۔ ڈاکٹر شفیع شوق صابٕن مضمون نادِر سخن گو شیرازہ (سرینگر: کلچرل اکادمی۔ اکتوبر ۱۹۸۶ء) پٔرِتھ نیرِ کینژن کتھن قٕت۔

# واز محمود کیاہ چھ غزل خوان سون

شاد رمضان

راز ہوز بس فاضِ ازل کیا چھُ تے
واز محمود کیا چھُ غزل خوان سون

واز محمودُن یہ دعویٰ چھا محض شاعرانہ تعلی کِنہ تیتھے ہیو غار شعوری عمل یتھ کُنہ
سائی اکثر صوفی شاعر پننین وژنن، نغماتی بانتن تہ بعضے نظم پارن تہ غزل ونان رودی۔
ییمیک وجہ شاید یہ ہیکہ اَستھ زِ کاشرس منز واژ بیشتر شعر ذات فارسی پیٹھ ین منز غزل صنف قبول عام
پرِدو ییمیک شعوری یا غار شعوری طور کاشرین شاعرن پیٹھ اثر پیون لازمی اوس۔
وون گو وہ یہ پرزِ چھُ ٹاکارہ زِ تم چھینہ غزل تہ باقے صنفن درمیان موضوعی کیوہیتی بِن
صحیح پاٹھی زانِتھ ہیکی متی یا وَتو زِ مقامی شعر ذاتھ وژن اوس تہندِ جذبن تہ احساسن
بے پھریک اظہارچ ضمانت تہ بعضے اتھ غزل وَنُن اوس فارسی اثرچ اکھ غار شعوری

عمل ـــــ اما پۆز واز محمودنہٕ کلہم کلامُک مُطالعہ چھُ اکھ توجہ طلب حقیقت بروٗنہہ کُن
انان زِ تَسُند یہِ دعویٰ چھُنہٕ محض اکھ شاعرانہٕ تعلی یا اتفاق بلکہ اکھ شعوٗری عمل یُس پانس تام
روایتی رِکھ ماندِتھ اکھ نوٚو تہٕ بدوٗن وَتھ تلاش کرِتھ اکس حسبہٕ ہُشیارہ تہٕ کامیاب غزلگو
شاعرس سٕتۍ مُتعارف کرناوان چھُ ۔ واز محمود چھُ کاشرِس غزلس فارسی غزلہِ کس کلاسکی
سوٚتھرِس پیٹھ واتناونٕچ اکھ شعوٗری تہٕ کامیاب کوٗشش کران ۔ باسان چھُ واز محمود چھُ
اکھ حساس تہٕ پۆرمُت لیکھمُت شخص اوسمُت یُس پننہِ روایژِ سٕتۍ فارسی غزلُک
تہٕ جان مطالعہ اوسمُت چھُ ۔ تَسنز زبان دانی تہٕ صنعت گری چھےٚ واز محمودنہٕ اُستادی
ہُند اقرار کرناوِتھ اکثر جاین کامیاب شاعری ہُندۍ دوان ۔ اوہند غزل چھُ پننہِ منفرد
تہٕ ساد روار لہجہ تہٕ مزاز برقرار تھوٚوتھ عام قاری ہندۍ رُم رُم پننہِ بیرونی ڈیہہ تھ تہٕ
واجنہِ لکہ لیہ تہٕ موسیقی سٕتۍ مدراوان تہٕ حساس قاری سُند ظوٗن پننہِ داخلی تجربن ہنز
فنکاری تہٕ رنگارنگی کُن پھِران شعرن منز۔ چھُنہٕ فقط تھہٕ پیمتن تجربن ہنز۔ یوٚہے گیہ تہٕ جذبن
ہنز۔ شدتھ کاڈِ کڈان بلکہ بے شونکی یا کٹی کیبتھ ڈرامائی صورتِ حال وۄتلاوِتھ دِلہ ہُرائیں
شعر طرح واش کڈان ؎

شوٗقہ چانہٕ اوٚنمے کتہٕ نےٚ توٚسے
کتہٕ نَس اَبسن وَر دِمہٕ یو
عشقہ متہِ یارو بہہ تہٕ رنگہٕ ناوے
اشکے بہ سمندر دِمہٕ یو

آغہٕ یکھناہ تہٕ بیٚہکھ منز۔ گوشن
باغہٕ کیٚن ناگن منٛز آب وُزہے

•

تیوٗ لگُل ہیوٗ عشقہٕ آتش منٛز نَنگُل جَل
جنگل منٛز زوٗل کرایے دِل اَتھ آس
تُتُن ہیوٚت بُلبُلو کیا شورِ غوغا
گُلن بادِ صبا ہیوٗ لو رلیتھ آس

•

تزرِ عشقہٕ گنہٕ منز ہے ہوٗ یان
زھرِ تمہٕ چے ژوٚٹ یہ گریبانہٕ سون

موضوعی اعتبارٕ چھُ وازٕ محموٗد اَکھ رِوایت پسند شاعر یمیٚن شاعری منز۔ کُلہم پاٹھی صوٗفی منزٕ ازٕچ صدائے بازگشت وونلان چھےٚ۔ اَما پوٚز تمی سندیٚن شعرن منز۔ چھیٚنہ یرٕ پاٹھی (کینہہ شعر ترااوِتھ) روٗحانی حال کیٚن سرٕ زمین ہیچیدہ تہٕ حاریتھ ووقلاوٕن والیٚن سری اسرارن تہٕ رموزن ہندی تجربہٕ میلان۔ یوٚدوے سُہ کنہٕ کنہٕ یتھیٚن صوٗفی زاوِی جارن زیوٗدِ نیچ کوشش کران تہٕ چھُ، اما پوٚز یتھیٚن شعرن منز۔ نہٕ چھےٚ (اکثر پاٹھی) وازٕ محموٗدنہٕ برجستہٕ بےٚ پھرٕ یک شاعرانہٕ اظہارٕچ تیٚہہٕ تہٕ جذبٕچ شدت ووسِنس یوان تہٕ نہٕ چھےٚ شاعر سندِ روٗحانی حالک یا مقامک صوٗرتِ حال تخلیقی دُبرائے گنگراوان

یاوَنوٚ یتھٕ کٔنٛز زِیتھۍ ہوٗ شعر چھِ داخلی تجربن تہٕ مُشاہدن ہنز تخلیقی دُبراے پزٲوٕنہٕ

بجایِ صوٗفیانہٕ تصوٗراتن ہندِ علمی اظہارٕک باس دِوان ۔

دَم رَٹھ پھولہِ ہمیوش بادِل بَنکھ باہوش

یِم موج دُچھ چیشمو دِل رِندہٕ زندَے تھوٚ

سَیِدَکھ یوٚد سُلطان گداہٕ ژٕ وندن پان

دوٚن عشقہٕ شہیدو دِل رِندہٕ زندَے تھوٚ

•

کیٛہنہٕ بے منز دُچھ مئے کیٛہتہٕ نے کیٛہنہٕ کے چوٗ شراب

کیٛہنہٕ کیٛہ خُمارِ نشے جامِ جَم نا محرَمے

•

دارَس یوٚد ہے ہا خلیلُ الرحمٰن

نارَس پھوٚلۍ گلزار اے زگاراو ولہٕ یوٚری

دوٚن گوو بعضے چھُ واز محموٗد سری کیفیژن تہٕ اسرارن ژٕ ہنتھ اَکس جلبہٕ ہُشیار

شاعرٕ ہندی پاٹھی زلو دِتھ کائنات کِس یِتھ ذرس یَژنہٕ داخلی تجربک تہٕ مُشاہدٕک

بے سوکھ صوٗرتِ حال ژینہٕ ناوِتھ مُترٔ تُلان تہٕ اکِہ اُنیکھ محشر ستانک ڈراما دیدمان

اُنان ۔

یِ وُ یارو دِل گوٚوو دیوانہٕ سون
دی وُنالے ہُے گوٚوو شُکرانہٕ سون

بظاہر چھُ شعر سیوٚد تہٕ ساد یتھ منٛز عام پٔرن والِس کانہہ فِکری یا حاٲران کرن
وول صوٗرتحال لبنہٕ یِیہ نہٕ۔ اما پوز بظاہر اتھ سیوٚد تہٕ ساد اظہارس دریر دِ چھُ انسٲنی
اَزلی بے سوکھ صوٗرتحالُک اکھ طِلسماتی ڈراما ووتلان، یمیُک مرکزی کردار کوسہ تام
سرٕی کیفیت زٕنیتھ کاینات کِس ذٔرس ذٔرس بتہٕ اگر کٕ زھبنہٕ گامتہِ ہستی بلہٕ زانتھ
یہِ پانہٕ زٕنیہِ مژ کیفیت محسوٗس کرنہٕ وِتھ دیوانہٕ بناوان چھُ تہٕ وٲنسہٕ وادُن ہُند یہُند
دَم پھُٹ احساس چھُ فرٕیاد یا احتجاجُک گرٕزوُن اظہار بتہِ شُکرانس بیٛٹھ اندوآتان
یُس اکہِ پاسہٕ سوٚدرٕنتہٕ زھبنہٕ گامتہِ قطرچ مجبوٗری تہٕ بےکسی تہٕ ہاوان چھُ تہٕ بٔیہِ پاسہٕ
یٔمِن زھبنہٕ گومُت وجوٗد سوٚدرُک اَزھِن حصہٕ زانتھ شادی یانہٕ کران چھُ۔ اَتِھ چھُ
مرزا غالبَن سُند یتھ ہیوٚ فکر انگیز خیال باوتھ کارٕی تہٕ ورتاو انسٲنی ذہنس بٔیہِ ہمَن مژ
تُلان تہٕ داوس لاگان۔

نقش فریادی ہے کس کی شوخیِ تحریر کا
کاغذی ہے پیرہن ہر پیکرِ تصویر کا

مجموٗعی طور چھُ واز محموٗدُن غزٕل پٔرتھ اَکس لولہٕ شاعر سُند گُمانہٕ سپدان یتہٕ
جُدٲیی ہنز کریٛتھ دگ، انتظارُک اضطراب، فریادن تہٕ نادن ہُند گرٕز، راوَن
تیوٚل تہٕ زھاندٕن عمل تہٕ وصلُک اِشتیاق باوتھ پرآوِتھ اَکس مُنتس عاشق

تہٕ تٔمِس محبوٗب سٕنٛد شبیہہٕچ تصویر دیدمان لیوان ۔ اما یوٗژ یہِ لول چھُنہٕ مجأزی بلکہ حقیقی تہٕ معشوق ماورأیی ۔ یہِ لول چھُ حبہ خوتوٗنہِ ہنٛدِ لولہٕ نِشہٕ مختلف تہٕ معشوق چھُ رسوٗل میرنِس معشوقس برعکس، یہِ لول چھُ ماورأی ییٚتہِ اَبدی پزرگارنِچ کل چھِنے۔ یُس جُزٕ تہٕ کُلُ کرِ وصلُک طلبگار چھُ، یہِ لول چھُ بعضے محبت الٰہی ہُنٛز خالق تہٕ مخلوٗق سٕنٛد وتی دوٗگنیار اَندوأتھ کِنٛزرِچ صدأے بازگشت بنان تہٕ بعضے عشقِ رسوٗل ؐ ہُنٛز تِہنٛدِ قدمن بوسہٕ دِوان تہٕ تِہنٛد گردِ پا ہُنٛزِن عشقٕچ خاش ہُنٛد خاکِ شفا زانان ؎

چاک زخم عشقُسے اَسہِ کیا دَوا

خاک راہ یارِ چھُے درمانہٕ سون

دیدنٕے منٛز آبِ حیاۃ النبیؐ

عید گاہن منٛز چھُسے شأدیانہٕ سون

•

کامہٕ دِد یارو ژامو عشقٕہ زر

جامن رنگ لاجوٗر دِمہٕ یو

قأییٚنہٕ تَن میأنی رَٹ شمع رویو

بالیٚنہٕ یہِ رواہٕ پرَ دِمہٕ یو

•

وِ دہ لو عشقو کیا چھُکھو دلدار مئے
جلو چانے گو وبخت بیدار مئے
حالِ منصوُر چھم بنیومُت یَتھ تَتےٖ
تالہِ پیٹھ چھم شرعچی تلوار مئے

•

کسو گُدریو ومیون ہیوٗ یارِ دوٗرے
یمی سمسارے وِہ لو مارے متیو
فِراقے چانہِ واز محموٗد ریوان
نبیؐ تاجدارے وِہ لو مارے متیو

پرزِچھُ یہ زِ زبان چھےٚ اظہارُک بُنیادی وسیلہ تہٕ اظہارِچ کھوٹ چھےٚ زبانٕی ہُند ورتاوَن ول تہٕ یوٚہے ورتاوَن ول چھُ عام زبانٕی تہٕ تخلیقی زبانٕی درمیان بیھرِ مشخص کران تہٕ چھُنہٕ شاعر یا ادیب کانہہ الہامی زبان ورتاوان، بلکہ سوے زبان یوسہٕ تِھمِہ عام تہٕ دوہ دنچہِ زندگی منٛز مُروج آسہٕ۔ اما پوٚز سُہ چھُ اَتھی عام زبانٕی تخلیقی گوٚن عطا کران۔ لفظن یِتنہٕ لغوی معنے منٛز ببر کڈِتھ، نوٚوی معنے دِتھ توٚہن سٕر حدَن ستی متعارف کران۔ تشبیہہ، استعارٕ تہٕ ترکیبہ گران۔ شبیہ تہٕ پیکر ووتلاوان۔ ردیفن تہٕ قافین ہنٛز ترتیب قایم کران۔ وِدیٚن گوو بعضے چھےٚ اکھ ترٛتھ رِلوایت قایم سپدان یتھ منٛز زبان، ترکیبن، استعارن تہٕ تشبیہن ہُند دوہراو تہٕ ہنٛز قایم

چھُ سپدان، یُس نہٕ صرف شعرن مٲزِس تہٕ مفہوٗمس منٛز یک رنٛگی پٲدٕ کرِتھ بعضے قٲری
سنٛدِ بأپتھ BORING بنان چھُ، بلکہ چھِنے نوٚن تخلیقی تجربن ہنٛز اِمکٲنی صوٗرت مُتأثر
سپدان تہٕ زبأنی ہنٛد باڈو چھُ شرٛہ کان۔ لل دیدٕ تہٕ شیخ العالمسٕ پٮ۪تہٕ چھُ کأشرِ صوٗفی
شأعری منٛز اَمِہ یک رنٛگی ہنٛد احساس بار بار گٲنان یِمہٕ کِنۍ احساس واز محموٗدس تہٕ
اوسُمت چھُ یِمہٕ کِنۍ سہٕ شعوٗری طور رِوٲیتی دٲیرس منٛز۔ روٗزِتھ تھے اکھ نوٚو رنٛگ دِنہٕ تلاوِچ
کامیاب کوٗشش کران چھُ۔ تٔمۍ زبان دٲنی تہٕ وَرتاوَن وَل چھُ اکھ نوٚو تہٕ سأدٕ دٕر
لہجہٕ ووٚتلاوِتھ کأشرِ صوٗفی شأعری منٛز۔ اکھ مُنفرد دمہٕ اٲز قٲیِم کرِتھ واز محموٗدنی شأعرانہٕ
شخصیت بِیٚیہِ ہِنٛن نیٚچھِناوان۔

یہٕ اوس اکھ شعوٗری عمل یُس نوٚن تشبیہن، ترکیبن تہٕ اِستعارن سِتۍ سِتۍ مٲری منٛد ن
تہٕ معنےدار ردیفن قافِین ہنٛد وَرتاو ووٚلسنُس اَنان چھُ۔ یِمن ردیفن تہٕ قافِین ہنٛد
وَرتاو چھُ نوٚو تہٕ سأدٕ دار یُس شعرٕ تجربس سِتۍ سِتۍ شعرٕ موسیقی تہٕ بوٗش کھالان چھُ۔ یِہنٛد
استعمال چھُ مُناسب تہٕ برمحل یِم خأرجی حُسن نیٚچھناونس سِتۍ سِتۍ دٲخلی تجربن ہنٛدی
اَژھن حصہٕ آسنکی دعوادار بنان چھِ۔ یِہنٛد استعمال چھُ نہٕ ہنگہٕ منگہٕ ہریانہٕ یا محض وَزن
ڈنجہٕ تھوٚنہٕ موکھہٕ باسان ؎

مدنو قدمن سرِ دمہٕ یو
وَدِہنا زُو زیرٕ درِ دمہٕ یو

آش چھم چپائی باشتہ یارو
گاش چشمن ہتہ زرد مہ یو

•

جاے عشقنی درسِ مکتب خانہ چھا
کراے عشقنی قصہ یا افسانہ چھا

•

ہتہ چانے ووٗنی بہ اَنَا الحق پرے
دِتہ فتویٰ مارنک یکبار مےٚ
نام نبیؐ رُت مےٚ لیکھی زم در کفنَ
تیُتھ مےٚ لیکھی زم یُتھ ییم درکار مےٚ

•

یار کوٗ درخیالِ دیگر چھُم
نارِ عشقن وصالِ جگر چھُم

•

پوٗر آتشِ عشق نرِ اَسہ گووکرِتھ
سوٗر واوَن تھووکتہ نیشانہ سون
یارِ دادے یارِ یارے گےٚ جگر          دارِ لوٗڈ ازٕ اَشکِ خوٗن دامانہ سون

•

مُدعا بوٗ خلعتِ آدم وُلِتھ آس
خُدا شاہد یہِ ہر گُلشن پھوٗلِتھ آس
چھیٚن در زیرِ درآو وازِ محموٗد
دِیٚن سر آبہٕ کیٚ واوس وُلِتھ آس

یوٗدوے کینٛژن نقادن ہُندِ یہِ خیال صحیح چھُ زِ بعضے چھِ کاشُر صوٗفی شاعری ہنر۔ موسیقی تہٕ ہم لفظن تہٕ آوازن ہند ورتاو شاعری ہندِس معنہٕ ساورس تہٕ تجربس دِدار واتناوان مگر یہِ وَنُن تہٕ چھُنہٕ شاید مبالغہٕ زِ بعضے چھُ یوٚہے صوتی آہنگ خارجی حُسن نیچھناونس ستی ہِتی شعر تجربچ داخلی کیفیت تہٕ معنہٕ ساوہ رقصاوان۔ مثالہٕ پاٹھۍ نیتون رحمان ڈارنۍ "شش رنگ" نظم۔ یتھے کنۍ چھُ وازِ محموٗد ننین شعرن ہُند سازِ ت تہٕ لفظن تہٕ آوازن ہند تکرار اُہند ین غزلن ہُند حُسن ووشلاوان تہٕ معنے وُبھناوان۔ لفظن تہٕ آوازن ہُندِ یہِ ہنر چھُ اُہنر۔ شاعری ہُند گہنہٕ، یُس نوٚ توٚشیٛنہہ وۄتلاوِتھ اوہُند جہرل اظہار دیدمان انان چھُ۔ گیٖتیٚ یوت نہٕ بلکہ چھُ زبانی ہندِ یہِ میوکھ تہٕ زُسیل ورتاو لکہٕ باتن ہُند مزاز تہٕ لے یاناوِتھ عوامی سوٚتھرس پیٹھ وازِ محموٗدنہٕ شوہرژ ہُند اہم تہٕ بامعنے حصہٕ اداکران۔ اوہند چھور ادن وول لکہٕ مزاز تہٕ ڈیٚھتہٕ نہٕ واجینۍ لے چھِنے پرن واَلِس تہٕ بوزن واَلِس حظ تہٕ سرور عطا کران ۔

یارِ یار باش آمے کاش اُٹیے
برنگہٕ آیِس گرِ تے درٕ آیِس

گڑ آکاش آمے گاش آمے لُٹی یے

بُجھینے تن آم گوہ ڈ عشقہ اُجدر

دُچھنے خاش آمے گاش آمے لُٹی یے

ناپن عشقی بشنہ ماتی گا جنس

پاپن ناش آمے گاش آمے لُٹی یے

کڑی تو مُبارک تہُی ہے سوندرو

بڑی تو ے آش آمے گاش آمے لُٹی یے

•

ژھایہ سونبلن مے تھو گولاب ویسی یے

پوشنہ نو لن رؤدے بتاب ویسی یے

•

ہا جانِ عزیزو وولہ گوڑ کرائیو

متہ لال جرائیو وولہ گوڑ کرائیو

پینہ شوہتہ پرائیو دوستو تہ رفیقو

بنہ نس تہ گیو لہمو وولہ گوڑ کرائیو

روہ پہ روہتہ انز ۔ وئے شرہ نی دارمن وئے

ژندنگ بہ گرائیو وولہ گوڑ کرائیو

## شہباز ایازو وَن محمود وازو
## شاہنامہ پرٛاَیو وہلہٕ گوٚر کراَیو

•

وازٕ محمود چھُنہٕ پننہٕ تجربن تہٕ احساسن ہنگہٕ منگہٕ نظماونٕچ کوٗشش کرٕتھ بارٕ والین ستی تھکھ دیُن یژھان، بلکہ چھُ مزازن شاعراو سمت، لیٚہندین تجربن ہندِ جذبک تہٕ اظہارک فنکارانہٕ میل اَکس جیسہٕ ہُشیار شاعرُ سند باس دِوان چھُ۔ تہٕندین تجربن ہنز رنگارنگی، تصوراتن ہنز طرحداری تہٕ اظہارٕچ تخلیقی قوٕ وَتھ چھیٚ کٔنہٕ کٔنہٕ جدید جلس آگہی ہند باس دِتھ اَزی کس شاعرس تہٕ تنبلاوان ؎

خلاے اندرے یار مےٚ ڈیشام
آبس ژاَنگو کمہٕ ژاَلی یے لو

•

شیرٕ ژٕ ہیو بسترس پیٹھ چھُس بیٚومُت
پرٕتھ شہارس منز بہٕ مُسافر چھُس

بقول مُنیر نیازی ؎

عادت سی بنالی ہے تم نے جو مُنیر اپنی
جس شہر میں بھی رہنا اُکتائے ہوئے رہنا

کینژن لُکن ہُند یہ وَنُن کہ حدس تام چھُ صحیح زٕ وازٕ محمودٕنس غزلس منز چھےٚ

داریاہَن جایَن عروضی خامیہ در ینٛھٹۍ یوان ، تہٕ سپد یتھ مقالس منٛز مثالہٕ نگی پیش کرنہٕ آمتین شعرن ہُند صحیح مَتن پٔری تھےٚ واضح ۔ ووٚں گوو ہرگاہ پٔرن وول موتی لال ساقی ہندین ترتیب دِتی متین "کأشرِ صوٗفی شاعری" ہندین دوٚن جلدن پیٹھےٚ اَچھ ٹوٗتھ اِکتفا کرِ تیٚلہِ چھُ وارٕ محموٗد کیا اکثر صوٗفی شاعرن ہندِس عروضی نظامس ستۍ تہٕ ستۍ شعر مفہومس پیٹھ تہٕ شک گنان تہٕ یوٚہے حال چھُ وارٕ محموٗدٕنہٕ شاعری ہُندِ تہٕ ، یِمہٕ ہنٛز شاعری ہُند مَتَن ساقی صابن (کأشُر صوٗفی شاعری ، جلد ۲) کینٛہہ شاہ جلد بازی منٛز ۔ تہٕ کینٛہہ شاہ فارسی لفظن تہٕ ترکیبَن ہُند مَتَن تہٕ معنے فِکرِ نہٕ ترنہٕ کِنۍ اکثر جایَن غلط پأٹھۍ ترتیب دِتمُت چھُ یِمہٕ ستۍ شعرن ہُند مَتن تہٕ معنے دوشوے مُتأثر گژھان چھِ ۔ اَسی نِمہٕ وکھ کینٛہن غزلن ہندی کینٛہہ شعر مثالہٕ نگی یِمہٕ سۍ کتھِ ہَنا واش نیر:

| ساقی صابُن ترتیب دِتمُت مَتَن | صحیح مَتَن |
|---|---|
| یوٗر آتش عشقہٕ سٕری اَسہٕ گوو کرتھ | یوٗر آتش عشق سٕری اَسہٕ گوو کرتھ |
| سوٗر واوَن تھوو کَتہِ نشانہٕ سون | سوٗر واوَن تھوو کَتہِ نیستانہٕ سون |
| دیدہٕ نے منٛز ۔ اَسہٕ حیات النبیؐ | دیدہٕ نے منٛز ۔ آب حیات النبیؐ |
| عیدگاہن منٛز تہٕ چھےٚ شادیانہٕ سون | عیدگاہن منٛز چھُسے شادیانہٕ سون |
| یوٗرہٕ نے منٛز ۔ نوٗرِ محمدؐ چھُتے | یوٗرہٕ نے منٛز ۔ نوٗرِ محمدؐ کیا چھُ تے |
| حوٗرہٕ نے منٛز ۔ یوٗر چھےٚ اَرمانہٕ سون | حوٗرہٕ نے منٛز ۔ بوٗر چھےٚ اَرمانہٕ سون |
| رازٕ ہونٛزِس فائضِ اَزلی کیا چھُ تے | رازٕ ہونٛزِس فائضِ اَزل کیا چھُ تے |

| ساقی صابُن ترتیب دیمُت مَتَن | صحیح مَتَن |
| --- | --- |
| وازہٕ محمود کیا چھُ غزل خانہٕ سون | وازہٕ محمود کیا چھُ غزل خوانہٕ سون |

یا

| ساقی صابُن ترتیب دیمُت مَتَن | صحیح مَتَن |
| --- | --- |
| کرٕی تو مبارک تہٕی ہے سوندرَو | کرٕی توے مُبارک تہٕی ہٕے سوندرو |
| برٕ توے آش آمےَ گاش آمےَ لُتیے | برٕی توے آش آمے گاش آمےَ لُتیے |

یا

| ساقی صابُن ترتیب دیمُت مَتَن | صحیح مَتَن |
| --- | --- |
| حد و لاحد ما چھِ کینٕہ ہا حدرَ ٹان | حد و لاحد ما چھُ کینٕہ ہا حد رَٹان |
| خواب خور عشقن دِتس زمرانہ چھا | خودِ یہِ عشق کعبہ یا بُتخانہٕ چھا |

# کأشرِس غزلس

## مہجورن دیت

پروفیسر غلام نبی فراق

وَنہٕ ہے ویٚسی بے وَفائی شیوہٕ دِلدار چھا
نازنینَن مہہ جبینَن قتل و غارت کار چھا

شاید چھُ یہِ مہجورُن گوڈنیُک غزل یُس تٔمی ۱۹۱۸ء اندر تحریر کوٚر تہٕ پتہٕ تہِ لوکچہِ کتابہِ ہندِس گوڈنکِس صفحس پیٹھ درج کرنوو یُس ستمبر ۱۹۳۰ء اَندر علی محمد کُتب فروش چھاپ کٔرتھ یتھ ۲۔ آنہٕ یا اُزیُک داہ پونسہٕ قیمت اوس۔ اَتھ ابتدأیی غزلس منز چھِ کینہہ غار مونوٗس لفظ تہٕ اِصطلاح، یِم نہٕ کأشرِ چھِ، وَرتاونہٕ آمتۍ۔ مثلَن شیوہٕ دلدار، بستہٕ گوودرخسہٕ جان تیغ باز، رزم ساز، ترکِ تاز، لب شکر، ماہ پیکر، غارت گر، کمان گر، تیرِ آتش بار، زہر بارِ ستم، الفار، داروے بیمار، اما پوٚز یمَن منز موجود گیہ

باوجود یوسہ کلہم لفظ ژارتہٕ زبان مہجورن اتھ منز۔ ورتاومت چھےٚ تمن ہند کلہم ہواتواتہٕ
تہٕ لفظ ژارتہٕ زبان ساری یکہ وٹہ سمبھ چھ اکس خوبصورت انحرافس شکلاوان
یتھ بنیٖ زبردس اہمیتھ چھےٚ ۔ یہ زبان چھےٚ واریاہس حدس تام شوید تہٕ عام فہم،
دلدار آرکاروغار چھ امہ غزلکی قافیہ تہٕ ردیف لفظ ’چھا‘ یُس سوابیح کام انجام دِوان
چھُ۔ کاشری اظہار چھ یمہ آیہ —

وَنہٕ ہے ویٚسی، دورِ لویٚمت حورِ تیرا، ژورِ تھوونس وار چھا
اَویزاں، تابہ داماں، زہر ژایاں قہر سان ہُٹ زلف،
سوٗنبُل ۔ سینہٕ سوزَن، عاشقن دِل شیہلن یامت وٚچھن،

ژھل کرِتھ ژوٗل ژورِ ہا شرٗل وٚنی دِس پرِ یے محل
بدٕ ڈلہٕ چھا، تیل بلہٕ چھا، باغ شالامار چھا
چھُس وَدَن زانتھ بدن رودُم مدن ژوٗل سرِ حلن،
یہ رنگ چھا یا درنگ چھا یا برنگ چھا کُتھار چھا؟
زاگ ہیتھ برتل گرِول وقتس برس اُل کران
ژور چھا مخمور چھا مہجور خوش گفتار چھا

یوٗدوے بیش کرنہٕ آمتی غار کاشری لفظ اتھ غزلس منز۔ کاشرِن اظہارن
ستی ایڈجسٹ سپدان چھنہٕ۔ تاہم چھُ مہجورنہٕ ڈسی یتھس ابتدائی غزلس منز تہٕ

پننیو کأشرِ لوٗ شارو سٟتؠ تمہِ تبدیلی ہنز۔ نِشاندہی سپدان یوٚسہٕ برونٛہہ ٲکِتھ، موکھ نیرتھ
تہٕ مزید کأشرِ اَوِتھ اَسہِ برونٛہہ کُن یِوان چھےٚ۔ بظاہر چھُ مہجوٗر اَمی غزلہِ بیٚٹھہٕ کأشرِ
شارٕ زبان شیرنٕی تہٕ سَنبالنٕی ہیوان تہٕ اَتھ تَموٗ جزیرو کِڈِتھ بٔڈِس سوٗدرس کُن نِوان
یِمَن جزیرَن اندر یہِ زبان پننیو مجبوٗریو کِنہٕ تہٕ حالاتَن پیشِ نظر فارسی زبٲنی نِشہِ
وٲقف عالِم شاعرو بٕھہٕ اَوِتھ بٕتھاوِمٕژ آس۔ حالانکہ سانیو صوٗفی شاعَرو اوس مَنٛزُ سعٕ
پَننہِ طریقہٕ اَمہِ ساتَن تہٕ جأری تھوٚوِمُت۔ تمہِ اَسی تمہِ ساتَن تہٕ پننہِ کتھہٕ عام لُکَن ہنٛز
زبٲنی منٛزٕ پیش کران یوٚدوَے اَمیک کلہم موضوٗع بدل کتھہٕ پیش کران اوس یُس
موضوعہٕ کِہ لحاظ بالا فطری یُس زیادٕ نزدیک اوس یا بالا فطری اوس۔

زبٲنی ہندِ حوالہٕ مہجوٗرُن یہِ کارنامہٕ چھُ برونٛہہ ٲکِتھ تہٕ مزید توٚن نیران تہٕ اہم
بَنان۔ وُچھان وُچھان چھےٚ کأشرِ زبان مہجوٗرنیو اَتھو جلدٕے سوٗ زبان بَنان یتھ عام
لُکھ شہرَن تہٕ قصبَن روزَن وٲلی بولان آسان چھِہ۔ وارٕ وارٕ گیہِ یہِ زبان کھٕر، اَمہِ
نوٚب اکھ لوٗشہِ وُن معیار، یُس کأشرِس یَنُن باسوٗ تہٕ یِمیٚ یِہ تہٕ آیندٕ کالس منٛز مزید لوٚچھر
نوٚب۔

یوٚسہٕ زبان محموٗد گامی یَن تہٕ رسوٗل میرَن وَرتاومٕژ آس وۄہٕ نٕی اَسی لولہٕ
شاعرَن تہٕ لولہٕ بأت لیکھن وٲلی شاعر قریب قریب تٕتھی دٲیرس اَندی اَندی نِژان۔
نتیجہ اوس یوٚہے زِ یہِ آس بیٚیہٕ توٗرٕ ژھ باسان، وِیدی استعارٕ تہٕ اظہار کوتاہ کال
دِہَن وُشینز۔ مہجوٗرنہِ ڈسی لوگ اَتھ دوٚہراوس اَند۔ یتھ شاعر عام طور لٲری اَسی

روُدی ہتی۔ بہ کرٕ اکھ سلسلس منز یہ صوٗرتِ حال شکلاونس منز۔ اکھ زٕ شالہٕ پیش۔ نی تون مہجوٗرنہٕ زمانہٕ کےٚ اکھ شاعر مجید میریُس تس بروہہ دُہ وُری زامُت چھُ تہٕ تس بروہہ صرف اکھ وُری رحمتِ حق سپدمُت چھُ۔ بوزی تو اُمی ہندی اکہٕ نمایندٕ وژنکی یم کینہہ شارٕ بند۔

زُلف زولانہٕ یک موکرِتھ جانانٕ ژوٚل مے

سرِتھ ہر سوٗ تُسند روٗ برِتھ نوٗرانہٕ ژوٚل مے

کھٔٹتھ زُلفِ سیاہ مار زٕ ٹھکوٗر تَس گرفتار

قدم رفتار گُفتار یدم نالان ژوٚل مے

چھ کس زُلفس نشے ماں گدا لُقماں سلیمان

چھِ حاراں کِتی سُلطاں کرِتھ دیوانہٕ ژوٚل مے

وُچھاں ہیجہ کار سوٗنبل بچھاں ما مارِ کاکُل

ہیچھاں گےٚ تاز بُلبُل کرِتھ دیوانہٕ ژوٚل مے

یہ چھُ سُے اسلوٗب یتھ کاشُر شاعری ہند طالبِ علم رِوایتی وَرتہٕ۔ یوتاہ یہ اسلوٗب محمود گامیس رسوٗل میرس تہٕ مثنوی نگارن نکھ چھُ تمی حسابہٕ چھُ یہ مہجوٗرنِس اظہارس دوٗر۔ حالانکہ یمَن دوشوٗنی ہند زمانہٕ چھُ اکوے۔ وُہمہِ صدی ہند گوڈنیک نصف۔

مہجوٗرنہٕ اَمی دوٗرک بیاکھ شاعر گوو پیر شمس الدین حیرت۔ ترٕ اُدی تو

تمی ہندِس اظہارس پیٹھ تہٕ نظر۔ یوٗدوے یم غزلکی شار چھینہٕ مگر یم کرن حیرت سُند اسلوٗب بدِ کدٕ ٹنس منز۔ ساٗنی دُرٚس رہبری۔

یہ موسم ابتدائے فصلِ گُل اوس
مُبارک فصلِ گُل اوس جام مُل اوس
یمبرزل آسہٕ گاٗمژ نیندرِ بیدار
گٲمتی ترٚہ عشقہ بوٗمبوٗر کرِتی بیمار
بیک سوٗ بلبلو مژ روومُت چین
گوٗمُت صحن چمن گلزار چین
بنفشو کو کلن کیا شانہٕ کوٗرمُت
زِ عنبر بُلبُلا دیوانہٕ کوٗرمُت
بہٕ سوٗ جلوہ گاہے نوبہاری
یوان از ہرطرف مشک تتاری

نی تون مہجوٗرن بیا کھ ہمکال گُل بکاولی ہُند خالق لسہٕ خان۔

دِل ثھِتھ کرِتھ مستانہٕ جانانہٕ ژٲلوٗہم
از خود کرِتھ بیگانہٕ رندانہٕ ژٲلوٗہم
لازم چھینہٕ از مجلسِ عشاق ژلُن دوٗر
قایم کرِتھ از عشق خود سوزانہٕ ژٲلوٗہم

اے شاہِ خوبان سایہ گنجگ ترووتھ دردِل
یتھ باغِ آبادس کرِتھ وارانہ ژٔ ڈلتوہم
لسہٕ خاں دِل وجان کرِتھ یادِ خدا چھے
اے ماہِ کنعان کوٚت منے راحتِ جان ژٔ ولتوہم

یمن تریشونی موہنہ شارن ہنز۔ ساختگی چھنے کرِتلے یہندِ م۔ ازگ پیٚتاہ دِوان
تہٕ فارسی یس اصل کتھ تام واتہٕ نس منز۔ ہر ژرہبری کران۔ یمو شارو واتہٕ ناوی اسی یتھ
ٹاکارِ ہرس بیٹھ زمین منز۔ چھ حسنک سے تصور تہٕ سوے سرایا نگاری تہٕ محبوبات
خصلت یوسہٕ کاشرس منز۔ خاص کرِتھ فارسی زبانی بیٹھ واژ۔ محمود گامی سند وقتہٕ
بیٹھ مہجورنس تیس تام کمی کیاکور اتھ سلسلس منز۔ تتھ ووچ دِین چھ ووہ نی غارض ذری
اہم تہٕ ونہٕ نس لایق کتھ چھنے یہ زِ مہجورن اوٚن اتھ روایتی اسلوبس منز۔ اکھ پوشہ ون
تہٕ صحت مند انقلاب۔

یہ اَس زبانی ہنز۔ کتھ ییمہِ باپتھ بہ مہجورنی مندید اکھ ژشار بیش کرنی
موزون زانان چھس۔

وٚنتھ شوریا متھ وا وحسنس موج تلتھ گوو
اظہار تی کوٚر زلفچہ تھراہ ونے کیا
پوشہ تہٕ چھند ریمہ مس ول وناں چھنے واو
داماہ میون ییمہ چھول تس زانہ قرار آسیا

نار ہیتھ آو یہ گُل سوزِ جِگر ہیتھ بُلبل
ژاے درباغ کرِتھ وارِ تیاڑی ساڑی

۷ یِمبرزَل لاجنس داوس گیس حاڑان یُہ نہ کیا
دِپان چھس صُبحکس واوس بہارس شبنمس وَنہ کیا

بیاکھ اہم کتھ یوسہ وَنہٕ نس لایق چھےٚ چھےٚ یہ زِ اُمی بنوو کاشُر غزل اصل معنےٚ یس منز۔ کاشُر۔ اُمی اَنی اَتھ منز۔ یا نہ بطورِ علامت نہ بطورِ اظہار تُوہر۔ بر پوٗر انداز منز کٔشیرِ ہندی شیینہ بال، ڈل، نشاط شالہ مار، تیل بل، عیش مقام، نسیم باغ، وولر، توارِیخی مقام نہ توارِیخی شخصیات۔ مثالہ چھےٚ بے شُمار مگر یہ کرِ ینِتھ صرف اکس بیٹھ قناعت۔ رسول میرن اوس یِہ نِس اکس شارس اندر محبوبس کُن مُخاطب سِپدِتھ وَوٚن مُت۔

شرمندہ کرِ تھس آفتابو قندہارچ زوٚن

مہجوٗرن ییچھنہٕ اَتھ ستی مفاہمت کرِتھ۔ تمی کر بیننس میرس ییمہٕ آیہ گژھاو۔

شہبادی میراوس یادکراں قندہارچ زوٚن
تس کو نہ ژنیس آس بیواں ژندہارچ زوٚن

بیاکھ اہم کتھ یوسہ تمی کاشرس غزلس دِژتھ ووتو اسی لول۔ یہ لول چھُ ییمی زمینہ بیٹھُک لول۔ یہ چھُ سُے یُس اِنسان اِنسانس ستی ورتاوان چھُ۔ یہ چھُ مختلف تمہ لولہ نِش یتھ ساٚنی صوفی شاعر نہ روٗماں پسندوو کھنےٚ کران چھِ۔ مہجوٗرن یہ لول چھُ

اِنسانَس سٕتۍ تعلق تھاوان۔ اَتھ منز چھِنہٕ بالا فطرت کَتھ کنہٕ تہٕ نظر گژھان۔ اَتہٕ چھِنے اِنسانَن ہندۍ پاکھٕٹۍ گژاوگژاو تہٕ سپدان، آدنچہٕ کتھ تہٕ یاد یاد پاوہٕ یِوان۔ وعد وفائی ہُنٛد ذکر تہٕ سپدان، اَتہٕ چھِ تَمن طمعن تہٕ ہمسوَن ہُنٛد ذکر تہٕ سپدان یِم اَتھ لوٗسَس بقرار کران چھِ۔ اَتھ لوٗسَس اوس محموٗدَن تہٕ ونُو مُت تہٕ رسول میرن تہٕ لول بوٗز مُت مگر اَتھ تہٕ دیُت مہجوٗرَن تَمَن مقابلہٕ کاشُر مزاز تہٕ کاشُر پہچان۔ رسول میرنِس محبوٗبس چھِنے زری تا قٲنی بر سر۔ مگر مہجوٗرنِس محبوٗبس چھِنے سوٚ تہٕ بتہٕ تالہٕ رزٕ تہٕ تِم خاص قسمکۍ دور تہٕ یِمَن یہ شوٗبہ دار تالہٕ رزٕ ڈنجہٕ تھوٗنَس منز بکار یِوان چھِنے۔ یہ لول چھِ تَمہٕ خستہٕ خالی نِش تہٕ باخبر یِوسہٕ ظالم زمانہٕ کیٚو اَتھو اَتھ کرنہٕ آمٕژ چھِنے۔ یہ چھِ وولسنہٕ یتھ کَتھ منز۔ توٚ کُن تہٕ اِشارٕ کران۔ اُمس چھِ احساس زِ بہٕ چھُس استحصالُک شِکار تہٕ کرنہٕ آمُت۔ یہ لول چھُ بَیہٕ اکہٕ پھِر دِلہ دز نفظن منز تمیُک ذکر تہٕ کران۔ اُمس چھُ احساس تہٕ شعوٗر زِ بہٕ چھُس کسبو تہٕ ہونر و، دانائی تہٕ گاڈٕ جارٕ نِش یرٕژھیون کرنہٕ آمُت۔ اُمس چھِ تَمہٕ جبرک تہٕ تھوک تہٕ اندازٕ یِمٕ زمانَن اُمس سٕتۍ روا تھوٚومُت چھُ۔ اَتھ پزرس بیِشِ نظر چھِ یہ روماں پرور آسنہٕ تہٕ حقیقت پسندی نِش تہٕ واقف۔ شاعری منز چھُ مہجوٗر یِمَن ناہموار چیزَن ہُنٛد تذکرٕ کران۔ اما پوز شاعر چھُنہٕ اَمہٕ نِش قنوطی بدبین یا بدخاہ بنان۔

لڑناوُن ژھا یہ بھاوَن زاہنہٕ تہٕ کرتہٕ اوَن یہ لول

پوشہٕ کھوتہٕ چھُم زیادٕ آوُیل جانہٕ کھوتے یرٕژھ ملول

پَس چھ قارٕی تہٕ یِم شارٕ پٔرِتھ پانَس منٛز اکھ دَرٕ بَر پادٕ کران۔ اَتھ ستی تہٕ چھُ تَس زندگی ہنٛدی مزیٖد رنگ تہٕ یاد روزان ہٕ تہٕ یتھٕ پٲٹھۍ چھُ مہجورا کہ طرفہٕ یتہٕ اہم شاعر آسنُک باس دِوان۔ تہٕ بیٚیہ طرفہٕ تتھۍ بسیار پاسَل سوال تہٕ بیٖش کران یِم سانٛس سونٛچس اکہ تہٕ بیٚیہ طریقہٕ وکوٚدرٕ تکھ اسہ بیٚیہ سوکھ تہٕ بناوان چھہ۔ اَمہٕ حوالہٕ کرٕ بہٕ یہٕ شعر پیش۔

بھوٚج بہارس منٛز ییٚمبرزٕل کارتکہ پھوٚل کونگ پوش
دَنہٕ ووٗنی کیا راوٕ روو ہرٕ دن تہٕ سونٛتن کیا سنبول

یا

کالہٕ وٚنمس یتہٕ حُسنُک اکھ نموٗنا ہاوتَم
صُبحدم ییٚلہٕ مالہٕ پھوجہٕ دیُت نُم جوابا گول موٗل

مہجور چھُ شاید سُہ گوڈنیُک جدید کاشُر شاعر یُس ییٚمہٕ پرٕ زَنش شعوٗری طور واقف چھُ زِ انسانہٕ سنٛزٕ زندگی منٛز چھُ چانس (CHANCE) تہٕ اکھ اہم رول ادا کران تہٕ انسانس اکہ بالہٕ کھالِتھ بیٚیس بالس والان۔ اَتھ چانسس منٛز چھُ شرٕ تہٕ خار تہٕ۔ اَتھ نوزُک لمہس یتھٕ چھینہٕ انسانس پرٕ بتہٕ ساعتہٕ قودرت روزان یوٚدوے سُہ کوتاہ تہٕ گاٹُل آسہ۔ یتھۍ ہوی وِہہ چھ یمن شارن ہنٛدی سبب بنٛتے متہٕ۔

دوٚنیم متے چانہٕ مارنُک اوسُم تہٕ کانہہ خیال
بے اختیار گینٛزٕ اکہٕ نیرِتھ تبرٕ گیٚم

یِتہٕ چھُ اکھ پزٕ زِ انسان چھُ باضے جبلتَن ہندِ ذریعہٕ پننین ارادن بے ارادٕ عملہٕ سیتۍ اظہار دِوان تہٕ اکہِ طرفہٕ انسانہٕ سنز مجبوری کُن اشارٕ کران تہٕ بیٚیہِ طرفہٕ عقلستانس منز اُژتھ کرِتاں کمی ہند احساس کرِتھ کلہٕ دِنان۔ یِتھ شارس منز چھُ تمۍ ازلی کلِس کُن اشارٕ یِتھ انسان تسخیر کرنہٕ باپتھ جتن کران چھُ۔ بوزِو تۄ غزلہٕ شار۔

طوطس چھُ ہیچھناوان کتھ وۄستاد محنتہٕ سان

وَنہٕ منز چھُ ہیچھناوان کُس وَنہارِ محبت

مہجور چھُ باضے تمۍ تکلیف دِیُہہ سوال تہٕ پانس منز پانسے پرٕژھان تہٕ یِتہٕ انسانی سماجس منز ادریور نظرا دِتھ پتہٕ خیرتیگ تہٕ سوچان تہٕ وانِس سماجس کُن پھیران۔ یہِ کرُن چھا فنکارس شوٗبان کِنہٕ نہٕ سُہ چھُنہٕ یِتھی میون سوال۔ بلکہ چھُس بہٕ یہِ وَنُن یژھان زٕ مہجور اوس شاید گوڈنچہِ پھِر کاشرس منز امہِ اسلوبہٕ یِتھین سوالن پیٹھ سوچان۔ پرِیو تۄن یہِ شار

بے ہوٗدٕ آسہٕ ہن شاخ گُڈۍ متۍ میانۍ دکا غن

آیہِ باچھ تبر تیز تھلِتھ سرٕ بسر گیم

مہجور چھُ دلہٕ کِہ حوالہٕ انسانہٕ سند تمہٕ کلچرنش تہٕ واقف آسنک ثبوت دِوان یِتھ پیٹھ کمہٕ نے کاشرین بولہٕ شاعرن کم از کم شار وَنان نظر روٗ ترہٕ چھنے۔ دپان چھُ۔

میانہٕ کُنہٕ کتھِ چھےٚ نہٕ باور رحمہٕ نش چھکھ بے نیاز
صاف وۄن مے معاف کرِ زِ بہٕ چھکھ زِ دلہٕ کنہٕ پلیس وول

یِم شار ونان وٕنان یِیِ سہٕ مجبوٗلس تعریف تہٕ کرُن بہان چھ سُہ چھ حقیقت پسند افسانہٕ نمایی کام ہیتھ تخلیقی زبانی منز۔ یِتھی ہوی شار تہٕ پیش کران۔
لولہٕ افسانہٕ چھ مہجوٗرن زبان کر شیرین
دردن آسہٕ کرِ یا نالہٕ و زاری یاری

چھ صُبحس بتہٕ چھِلتھ پوشن ژلان شبنم چمن تراوِتھ
یِتھس دردس نہٕ لوٗسن کُن وُچھتھ اتھ راوِنس ورہٕ کیا
یِتھی ہوی شار بوزان آسہٕ یِیہٕ اکھ پھِر میانی گوڈے وٕنِم زِ کتھ صاف پیٚیہٕ م یِتھ منز مے وٕنیو وِ زِ مہجوٗرن بوٗڈ دیٚت چھُ تمی سندِ سہٕ باشعور قدم یُس تمی کاشرِ زبان کاشراوِنہٕ بایتھ تُل تہٕ یِتھ منز۔ تس جان کامیابی تہٕ حاصل پیٚیہٕ تکیازِ تس یِیہٕ گیوٗی خاص کر بیشتر شاعری امی زبانی بٕنِتھ لولہٕ نغمہٕ۔ نوٗن قافین تہٕ ردیفن منز۔۔ کتھا یتھ پانہٕ مہجوٗرن دس تلمٕت اوس۔
کاشرِس غزلس ستی کرِ نو مہجوٗرن مزاح طنز۔ تہٕ ایرنی تہٕ ملاقات۔ یوٗدوے امہٕ قسمکین شارن ہند تعداد کم چھ تاہم چھ یِتھی ہوی شعر روایت چہ کو ندِ منز۔ ییٚر تھ پٕنٚنی تاثیر داری برقرار تھاوِتھ قارِیس واریاہ کیہنہ یاد یاوِتھ اسناوان تہٕ

تہٕ بوٚلہٕ کتھن واقف تہٕ کرناوان۔ وُچھتو مہجوٗرن کتھ پٲٹھۍ چھنے رواتیس کأم ہیتھ خوٗبصورت اندازس منز۔ اکھ پرٛزرتوٗن کوٗڈمُت خوٗبصورت مِزاح کامہٕ لاگتھ۔

کیٚہنہ خام طمع رام کرِم کھنڈٕ پھلبو ستۍ
ہاوِتھ خُدا کیٚہنہ سادٕ دِل دیواہ بناوِم

اَمہِ علاوٕ تہٕ چھہٕ اُمی سماجن تہٕ اَتھ سماجس منز روزن والین اِنسانن ہٕنز ن مختلف ناکارٕگین تہٕ غلط سوٚنچس پیٹھ طنز کوٚرمُت۔ اَتھ منز چھہٕ مِزاح تہٕ تہٕ اَیمنی تہٕ موجوٗد۔ نی تو کھ مثالے یِم شار۔

کیا چھے ژٕ ئے کمی خط و خالس بال وگو پأس
ژٕ تہٕ کامہٕ دِو یا یوٗسفِ کنعان بنکھتا

یا

بیم ناک صوٗرت دوٗرِ ہاوِتھ لوٗکھ لرزاوتھ
چُھکھ شیر قالیس شیرِ نیستان بنکھتا

یا

ہتہٕ زاژ اَستھ کیا زٕ بنکھ خواہ مخواہ کأشر
تُرکی، بخأری، کأبلی افغان بنکھتا

اگر اَسی تِمہٕ سارے خوٗبی تہٕ خصوٗصیژ کأشرِ غزلہٕ ہٕنز حارج کرد کھ

اکھ نہ پرٛدُن ژھرٕ سیدٕ پادٕ۔ ورگہٕ پاٹھۍ ونواٮ۪س زامی تَلہٕ چھُ مہجورن تمن کوشش
ہُند انداز کرُن آسان سیدان یمہٕ تمہِ کاشُر غزل جدید تہٕ مارٕ موند بناونس منز کامیابی
سان انجام دِتۍ۔ یمہٕ نٮ۪ کوشش منز چھُ اَمہِ سند باگہٕ لوٗرُت دیُت ژھایہِ گٔژھ
کران ۔

# فنِ غزل تہٕ رسا جاودانی

پروفیسر مرغوب بانہالی

کٲشِرِ نوِ غزل گوٚ پیٚمِتیٚنز کانٛہہ اُمید افزا آواز موجوٗد آسنٕکہ باس لگنہٕ باوجوٗد چھےٚ مجموٗعی صوٗرتِ حال سیٹھاہ پریشان کُن ۔ امہِ کنہِ ییٚن تہٕ یہِ مقالہٕ پرنہٕ برٛونٛہہ فنِ غزلکیٚن بیشتر بُنیاٰدی تقاضہٕ نظرِ تَل انِنۍ تہٕ کرنہٕ باپتھ ییٚژٕ لیوٚن مقالہٕ برٛونٛہہ میانۍ یہِ غزل یوٚرہٕ توجہ سان ییٚتہٕ مشہوٗر شعر شناس ٹینگ صاٮ۪بن "منشورِ غزل" ہیوٚ کانٛہہ عنوان تھوٚنہٕ ییٚنک تجویزٕ تہٕ ییٚتِس چھُ کوٚر مُتہٕ زاٰنی توٚمےٚ کُراتھ رٕتِس تجویزس پذیراٰیی تہٕ غزل چھےٚ یہِ :-

| | |
|---|---|
| تُل پرٛتھ خامَن جامِ غزل | دُلمُت توٚہ انجامِ غزل |
| یم دِلہٕ کعبس مٕلہٕ اَزان | تِمہٕ وےٚ گوٚنڈ احرامِ غزل |
| جیوٚن چھےٚ دیُن اَتھ خونِ جگر | ہیوٚن چھا سہلےٚ نامِ غزل |
| اتھ منز نٕنۍ تشنچھ کتھِ توہین | ییٚتھ وٕنہٕ شرونی ابہامِ غزل |

سَتھ گُلشن ہیتھ در دامن    رَتھ چھ کھسان الہام غزل
یمہ تھرٕ وُچھ ادراکہٕ تیٚر    تمہ تہٕ یوان دردام غزل
عربی جذبہ تہٕ عجمی لے    لبہٕ ناوان کتھ بام غزل
بیتم زلیخا ذاتس منگ    جلوہٕ دِیی گُلفام غزل
رَتہٕ ژانگین بَن دَرزٕ ونی زٕبو    نٕتہٕ چھے بٕلی سرسام غزل
دوہ دِ کوٚل فرہادے چھ کھنان    ژٕتہٕ کھن، لَب انعام غزل
عشقے پٔرٕتھ گیہٕ منز اَنہٕ گاش    بَس چھُ دُتے پیغام غزل
گٔتھ دِنہٕ شمعس یوٚنبر واتی    یہ چھُ مرغوبُن شام غزل

---

کأنسہِ شاعر سند فکری اظہارُک تہٕ فنی شعوٗرُک تعارُف پیش کرنہٕ باپتھ یا درجہ مُتعین کرنہٕ باپتھ یِیہٕ اولین ترجیح تہٕ بُنیأدی اہمیت تس َن تخلیقن منز گیٚتھ فنکارانہٕ دٕبوہارس دِنی تکیازِ یہے وٕبوہار چھ زبأنی ہند سِیُد مُت تخلیقی ورتاو تہٕ قأبلِ شناخت بناوان تہٕ کلیُم اظہارُک بدوٗن اظہار یا شاعر سُند مُنفرد اسلوٗب تہٕ بارسس انان۔ اَمایوز یوٚخہ کارانہٕ اظہار آسہٕ کُس صورتس منز چھے تمَن غیر جانبدارہٕ مُخلصانہٕ رأین تہٕ خاص اہمیت حاصل سِیدان یم زیرِ مطالعہ شاعرس مُتعلق رٕتھو شعر شناسو وِزِ وِزِ پیش کرٕتھ شاعر سند تخلیقی شخصیتہٕ کین خاص پہلوٗون کُن توجہ پھیرمُت آسہِ۔ اَمہِ لحاظہٕ ہیکَن نہٕ سُلہِ گرٕ پیش کرنہٕ آمٕژ تم رایہِ محض یہ وٕنتھ نظر انداز کرنہٕ یِتھ ”زَلگلے وقتوں کے ہیں یہ لوگ اُنہیں کچھ نہ کہو“۔ تکیازِ تہنٛد ن رأین

منز چھے اُستادانہٕ تہٕ رہنمایانہٕ بصیرت پانے پننہٕ اہمیت محسوس کرناوان۔ رسا جاودانی ییٚس متعلق چھپے مےٚ اَمہٕ قسمچہِ وارِیاہ رایہِ تَتھ مونوگرافس منز پیش کرمٕژ یُس ۱۹۹۳ءیس منز ساہتیہ اکادمی چھاپ چھُ کوٚرمُت۔ ییٚمہِ نَس ییٚژھ بہٕ رسا ہٕندِس فنِ غزلس متعلق پروفیسر سید محی الدین قادری زور تہٕ پروفیسر عبدالقادر سروری ناوکین دوٚن مشہور اُردو ادیبن بٕنیہِ امین کامل تہٕ محمد یوسف ٹینگ ہوٚن دوٚن مشہور کاشرٕ ادیبن ہنز۔ اکھ اکھ رائے پیش کرنس پیٹھ اکتفا کرُن۔ مگر تِہ کرنہٕ بروٚنٹھ چھُم اکھ کتھِ کُن اشارٕ کرُن تہٕ ضروری باسان زِ چھُس یِمن پان پُشرتھ آمتہٕ عنوانہٕ کہ حوالہٕ پننہٕ ییٚمہِ لوکٕٹہِ موکٕٹہِ مقالُک باڈو صِرف رسا ہنزن کاشرٕ غزلن تام حصار بند کرُنک مُکلّف زانان ییٚمہِ کِنہٕ مےٚ تِہندٕ اُردو غزلہٕ کیو نظمہٕ خواہ مخواہ تہٕ مُچھِ ترٛاوِنہٕ یِین۔

خبر یہ کتھ کانٛہہ سنجیدٕ نقادن تہٕ محققن باسہِ قابلِ بحث اگر بہٕ پننہٕ غیر جانبدارٕ تہٕ ادبی دیانتدارٕ ہُند کانٛہہ دعویٰ کرنہٕ ورٲے پیٹھے بانہٕ ییٚمہِ کتھِ ہُند انکشاف کرٕ زِ قبولِ عام لبن والی یم زٕ ٹھی شیرین کلام تہٕ نازُک خیال غزل گو شاعر وُہمہِ صدی ہندی صفِ اوٚلکہٕ شاعر گنزرنہٕ ییٚنس لایق زانہٕ چھِ یوان تِمن اندر چھِ مشرقی شعری جمالیاتہٕ کس تناظرس منز سارِوے کھوتہٕ بوٚڈ ماہرِ فن، نوکتہٕ شناس تہٕ نوکتہٕ سنج ناو خواجہ عبدالقدوس رسا جاودانی سُند یُس شہرِ سرینگرچہِ ٹیکسالی زبٲنۍ نِشہِ سیٹھاہ دوٗر آسنُک احساس تھونہٕ باوجود غزلہٕ اندر زبٲنۍ ہُند اعلیٰ پایہ تہٕ اُستادانہٕ تخلیقی ورتاو بارسس انان چھُ تہٕ یُس غزلہٕ منز داخلیت ڈرامائیت بٕنیہِ خود کلامی ہندی بیشتر تقاضن ملحوظ تھونہٕ رٕنگہٕ رسول میرُن سارِوے کھوتہٕ

رمز شناس شاگردِ رشید بنیتھ مہجور، آزاد، فاضل، عارف، نادم، صمد میر تہٕ احد زرگر
ہوٚن ناماوار ہم عصر شاعرن ہندِ کھوتہٕ کہیا جبہٕ ہشارتہٕ محتاط باسہٕ زنگی عظیم اُردو غزل گو
میر تقی میر سند ییمہٕ شعرک عملی پیکر بنیتھ ووتلان چھُ زِ ۔

گیہ عمر در بندِ فکرِ غزل ۔ سو اس فن کو ایسا بڑھا کر چلے

غزلِ ہندِس فنس ووتھیو دِتہٕ بایہِ خوٚنِ جگر چہٕنکی تقاضہٕ پوٗرٕ کرن وول رسا چھُ بالغ نظر
شعر شناسو نشہٕ جغرافیائی طور دوٗر آسنہٕ زنگی بنیتھ پانس کوہِ قافہٕ پتہٕ ہینہٕ آمت اکھ یکہٕ پھٹ
پوشنوٗل تہٕ اکھ یچھ وٕنہٕ پھوٗلمُت گُل لالہٕ زانان اوسمُت ۔ اَتھ احساس تحت چھُنہٕ رسا فقط
پرٕزھ باکھ زھتنس مجبوٗر گومُت زِ ۔ منس لٕے رسا گو وُنیتھ چون آو ونس منز مگر بوزِکس خوشنوائی۔
بلکہ چھُ سُہ "بوزکُس" ہیوس استفہام تحت فنِ غزلس سٕنیہ پاٹھی سُنیتھ ہکن والین ہُنز کمی ہُند تہٕ
ماتم کران ییتی چھُ رسا مخلص تہٕ ماہرِ فنِ تنقید نگارن ہندِ بوز تہٕ تہٕ کن دارنہٕ ییتی تخلیقی فنکار
سُند فن تھزِ لبیتھ ہکنک سُہ نظریہ تہٕ ایڈورس کران یُس کشیر ہندی بہلہِ پایہِ فارسی غزل
گو شاعر غنی کشمیرن یمن لفظن منز بیش چھُ کوٗرمُت آسان ۔ استماعِ دوستان آوردہ ام سخن
پردہ ہای شعرِ ماجز پردہ ہای گوش نیست + سُہ چھُ بالیغ نظر، فن شناس تہٕ غیر جانبدار
نقادن پیٹھ زِ تہٕ وٕنہٕ وُچھان تہٕ تہندٕ وٕسی پایہِ ووتل کُجن لگن کلہم تخلیقی عملہ باپتھ باعث
آزار وکلفت زانان ۔ چنانچہ چھُ ونان ۔

زھینہٕ گومُت رسا دِین کتھ گُذارے، زالِ کوتاہ بینیہِ لولہٕ آزار ینہٕ چانہٕ پھولہِ ہن پوش
تس وارے، بارے یکھنا سونیٖے ۔ رسا چھُنہٕ اُردو زبانی ہُندٕ اکھ رُت غزل گو آسنہٕ زنگ

تہٕ قلم ووس منز امہِ قسمچہِ محرومی یا عدم توجہی ہنز شکایت کران۔ تکیازِ تتہٕ چھ اُمس کشمیر یونیورسٹی ہندِ اُردو شعبکہِ ہُند سربراہ سلہ گرِ فنچہ پوختہ کارٕ ی وَژھ وأنجہِ قدر دان بنے متی آسان، تموٕ منز چھ اکھ پروفیسر عبدالقادر سروری آسان یُس غزل گو رسا پندِ فنکارانہٕ جودتک اعتراف یتھ پاٹھی کران چھُ :۔

" یتھ زَن طبیعتھ برابری چھ وَنان سو برابری چھنے رسا جاودانی یس ژکہِ غزل صنفہِ ستی۔ اتھ صنفہِ منز چھ تَسندِ طبیعتکی جوہر پرزنہٕ پاٹھی ژُن دراہتی، رسا ہس چھنے غزلگوئی اندر ژھوچہِ بجر ورتاونس منز سیٹھے برابری تہٕ خوشی محسوس گرشھان، ییٚنس بے تکلف اظہارس منز چھ رسا میر تقی میر سُند ہیوٗ اثر یادٕ کران"۔ پروفیسر سروری ہند امہ بیانک پزرکو تاہ چھُ رسا سٕند کاشرِ غزلگوئی منز تہٕ موجودٕ وُچھنہٕ باپتھ ییٚنیہ اُسہ رسا سُندسٕ عظیم کاشرِ پیشرو میر شاہ آبادی اُردوکس تس یکتا میرس بدلہٕ ذہنس منز تھوون یس تندِ عظمتک اعتراف غالب وَرگہٕ پاٹھی یہ دِنتھ چھُ کران کہ " ریختہ کے تم ہی استاد نہیں ہو غالب ۔ کہتے ہیں اگلے زمانے میں کوئی میر بھی تھا"۔ رسول میر ذہنس منز تھوٚو تھے ییٚنیہ اُسہ اُردو مثالو بدلہٕ رسا سٕند ژھوچن بحرن منز۔ بار سٕس آمژن پرژھن کینژن غزلن سٕتنہٕ پاٹھی سَنُو :۔

مثال نمبر ۱ دِلس منز چانی تعشوقن کرِم جاے

سرس منز زِتتہٕ لوگ شیلو فرس آے

وِلو عشقو پرٛزلوٛ بِہ آفتابو

منے پرتو چون چھم کاسان غنچ زھاے

قدم ڈاجاو رسہس گاڑ جارن

روزنُ داماہِ عشقس رُود برجاے

مثال ع۲

گرِ دزاد کمہِ تانی ترٛایے لو لو

اَسہِ گئیہ کمُ کمُ رایے لو لو

کم خواب چشمے وِتھِ تھوٛ بہ تراوس

کمخواب قد ہجہِ جایے لو لو

بزونٹھ گوٛد رسول میر نازین چالے

موٛت رسا گوس پوٛت زھایے لو لو

مثال نمبر ۳ ،

یہ مثال چھنے شاعرسٛز ڈرامائیت بنیہ سوٗچھ کرالنہ مشہور وٗشچ

ھش مکالماتی پوختگی ہِ محسوٗس کرناوان ۔

دوٗپُن وَند ہم تڑ کیا دوٗ ہمس جوانی

دوٗپُن پتھ کُن منے دوٗ ہمس زندگانی

## دپیوٚمَس پرٛ دہٕل دِدٕتھم چھُیا تاب
## دوٚتھم اَرِنی تہٕ بوٗزُم لَن ترانی

پروفیسر سروری چھُ یِتہٕ لیکھان "زرٛساہنٛ ن اُردوٗ غزلن ہنٛز دٔزیم اہم خصوٗصیت چھےٚ یہِ زِ تِمَن منٛز چھےٚ روٗمانیت کم تہٕ حکمت یا غور و فِکر کرنٕچ دعوت زیادٕ باسان" اُردوٗ نقادٕ سُندِ یہِ اِستِناج یا برآمد کوٚرمُت نتیجہٕ چھُ رٕساہنٛ ن کاشرِ ن غزلن منٛز تہٕ اکھ اہم خصوٗصیت آسنہٕ رنٛگی درینٛٹھی یوان مِثلَن اَتھ سِلسِلس منٛز تہٕ کیہنہٕ مِثالہٕ:

مثال ع۱ یِمہٕ ٹکہٕ درج ڈرامائیت وٲلِین شعرن ہنٛدس تسلسُلس منٛز بوٗزِو:۔

| | |
|---|---|
| کتھا کرتم دوٚ ندس گرٕتھ ہم ستھا میٚے | وَندے سرٛ ہیٚتھ کرٕ تہٕ سرگرانی |
| اَتھو گرٕتھ واتناوُن عاجِزس خارٛ | تہٕ چھا جمعِہس یِہ خرچاوکھ زبانی |
| مثال ع۲ دِلدارِ دِل آزار مہٕ بَن کرمہٕ تغافُل | گُلرُوے اَتھ خار مہٕ بَن کرمہٕ تغافُل |
| بےٚ فیض اےٚ زردارِ دولت وا تناوی رنٛج | برٛ گنٛج ہرگز مار مہٕ بَن کرمہٕ تغافُل |
| یا اےٚ رٕسا اکھ حرفہٕ کرِ زن عاٰلم دِل گمٕ | نہٕ صاحبِ گُفتار مہٕ بَن کرمہٕ تغافُل |
| مثال ع۳ دٕ دوٗمہٕ جبینو مہٕ کرکھ اَدائی | تشبُن نازنینن چھنو بے وفائی |
| زِدِل بستگی رٕستگاری چھےٚ حاصل | مہٕ یِرتھ عشقنے زالہٕ ہرگز رہائی |
| اَچھن منٛز کرُس جاےٚ ہر خوٗبروین | بکار آیِنس آیہٕ آینٕچ صفائی |

غزلچہِ فنکاری ہُند کمال چھُ یہِ زِ وُچھتھ تہٕ محسوٗس ییدان زِ اخلاقیچ۔ دینٕچ تہٕ انسانی قدرن ہنٛز کتھ گرٕتھ تہٕ محض وعظ خوانی بنِتھ تِمچہِ زٕھوچہٕ مِثالہٕ چھےٚ رٕسہس نِشہِ یِم صوٗرتہٕ

لبان ء ا

| | |
|---|---|
| وَنان زاہد سیٹھاہ رَد بد شرابس | حقُل نا ئُسک ہ غم پر سر آبس |
| کرِ می مابنیس سوداگری ناو | خُداجنّت ہِکنیا کارِ ثوابس |
| ۷ رَچھان ہُو دُس تُوے پر تھ کانسہ مُندِل | دِلن اندر چھِنے اُخر جلے جائی |
| دِلچ صائی تُسے تو چھے وِرد خوانو | خُدایس خوش پیا پھِرے جائی |

خواتین وحضرات یہ چھُس فارسی اکھ پُرورد آسنہ کِنہ مولانا رومی ہِندس یتھ مستورس

پیٹھ سودِلہ عمل کران ز۔

۷ خوشتر آن باشدکہ سرِ دلبران گفتہ آید در حدیثِ دیگران۔

اُردوٗ زبانی ہِند دوٚیم پہلہ پایہٕ شعر شناس تہ نقاد پروفیسر محی الدین قادری زور

چھُ رساجاوِدانی ہِنز۔ اُردوٗ غزلگوئی ہِند حوالہ لیکھان

ووٚمتے چھِنے رسا جاوِدانی ہِنز وَنظمو کھوتہ کہیا زیاد تِہنز غزلہ پسند پوان۔

اُمی ہِنزِ غزلہ چھِنے شوز رچ تہ سلاست اُتہٕ داری کران۔ بحیثیت مجموعی

چھُ رساہِنز غزلگوئی منز میر دردتہ مصحفی ہندِ کلامک رنگ وو تلان۔

مِتے چھُ باسان زِ اگر رسا اَتھی رنگس منز لیکھان روٗدتیلہِ ہیکہِ سُہ اُردو

شاعری اکھ زبر اضافہ کرنک باعث بنِتھ۔ پیٹھ پُس اِمتیازی مقام

رساہس کشیر ہِندس موجودہ پُرز لوٗنس دورس منز۔ ییتہِ کین اُردو شاعرن

اندر حاصل چھُ تیلہِ ہیکہِ سُہ تھکن لایق تہ جاوِدانی بنِتھ ۔"

۱۹۶۱ ء ہس منز پروفیسر زور نی یہ رائے چھنے رُتھنین کاشرِ ن غزلن ہنز حوالہ تہ قابلِ پذیرائی تہ معتبر باسان۔ مگر یہ تہ چھ رُتھن مطالعہ محمود گامی تہ رسول میرنہ مشترکہ روایتہ کس تسلسلس منز کرُن لازمی باسان۔ بلکہ چھ رُسا کمالِ فن کاری کام ہیتھ پننین غزلن منز محمودنہ سہل ممتنع تہ رسول میرنہ فارسیس ہندس حسین امتزاج تہ بارسس انان یُس معیاری کاشر غزلہ ہنز لسانی روایتک فطری ارتقا محسوس کرناوان چھُ۔ مثلاً محمود گامی ہند یتھ سہل اظہارکس تناظرس منز رِ ع کرسا میون نیائے انذے ماری منزے مدنوار و نیلہ رسا یتھ پاٹھی بوس ژھانڈ ھناوان چھُ۔

۱۔ ء خبر چھنے نارٔ نے پٔھے عالم ونٔن کیا کنو بوزتھ تہ اتھ چھکنا سنٔن کیا

ہیٹھاہ آوُں چھ رِشتاہ ون دِلن منز کران لمہ لم ژھچھ آمین یٔن کیا

۲۔ ء یہ ماگ سوتھ تہ پھاگنس منز۔ اگر سہ میون ٹوٹھ یار ییہ ہے

منے لولہ باغس گولاب پھولہ ہن سلیئے یہن زٔن بہار ییہ ہے

۳۔ ء کرِ یٹھ عشقن بیقراری بیقرارس چارہ کیا

یار نیلہ گو و دور نیرتھ انتظارس چارہ کیا

امی آیہ چھنے رسا ہس نِشہ فارسی آمیز باسہ ہی اکس غزلہ رسول میرنے لولہ دلو ہار پھانجھلاوان۔

مثال ء ۱ دِ یسے سہ گلفام یاد آم یاد آم خوش و خوش اندام یاد آم یاد آم

شہباد اچھ دلہ روزم تیسنز کل لولا بہ سوگام یاد آم یاد آم

یامتھ رسا ہندی دِلہٕ زار بوزِم یکبار کیاہ تام یاد آم یاد آم

مثال ۲

منٛز اُوتھس جانانہٕ ژٕے کریاد بیہِ بو ژھکھ ازٕ وفا بیگانہٕ ژٕے کریاد بیہِ بو

بَرِمیانہٕ ژماژ اکھ بد رمانہٕ سیٹھا گوس اے درد کے درمانہٕ ژٕے کریاد بیہِ بو

بازارِ مصرس منٛز گیس آوارٕ زلیخا اے یوسفِ کنعانہٕ ژٕے کریاد بیہِ بو

مذکورٕ غار کاشرِن تہٕ اُردو نقادَن مقابلہٕ یِمو کاشُر پُوادِ بو تہٕ شاعر دَزیری ہینِ مگر پَزٕ دِلہٕ رسا جاودانی ہندِ فنی اِمتیازک اعتراف کورٕ تِمن منٛز چھُ امین کامل، محمد یوسف ٹینگ، مشعل سُلطانپوری۔ موتی لال ساقی، ناجی منور، شفیع شوق، رسول پونپر، منشور بانہالی، پرمی رومانی تہٕ اسیر کشتواڑی خاص پاٹھی ناوہٕنس لایق۔ تہندٕ ن رایہٕ ہُند عکس ہاوُن چھُنہٕ وُنہٕ کینہٕ ممکن۔ البتہٕ خالصتاً غزلگوئی ہندِ حوالہٕ یِن یِمو منٛز وہ دوٚن ژوٚرَن ہنٛز رایہٕ طالبِ علمَن ہندِس تدریسی ضرورتس تحت سرکرد ہیِن ہندس یتھ اجلاسس منٛز تہٕ بطورِ خلاصہٕ پیش کرنہٕ۔ رایہٕ آسن تہٕنٛز۔ مگر تِمن رایَن پذیرائی کرن وول یا اینڈورس کرن وول منتخبہٕ مواد آسہٕ مِیون۔ مثلاً محمد یوسف ٹینگ چھُ ۱۹۸۴ دِکس اُردو شیرازس منٛز درج پننس مقالس اختتامیہ دِوان لیکھان "عبدالقدوس رسا جاودانی سُند سلسلۂ نسب چھُ عزت دارن ہنٛدِ رَلان۔۔۔۔ تسُند جسدِ خاکی چھُ کرتام تَسُند رشکِ جنت وطنچہ مِٹہٕ منٛز۔ واپس شرفِ پمت۔ اما پوز تسُند فنکہٕ کوٚ ستورِ نافع خوشبوے چھے کاشرِ زبانہِ تہٕ کاشرِ تمدنَچ اکھ لافانی پَزر نتھ یتیمژ۔۔۔۔ یِم عزت دار

رسا بندی ہم نشین چھِ سعدی شیرازیؔ، حافظ شیرازیؔ، امیر خسروٗ، مرزا غالب تہٕ علامہ

اقبالؔ بیتر....“

بہ یژھ ہٹینگ صابنس یتھ ترتیبس منز شامل صرف گوڈنکین دون عظیم ترین فارسی

غزل گو شاعرن ہند صنفِ غزلس متعلق اکِس اکِس شعرُک مفہوم فارسی نثرس دوہ کھوتہ دوہ

دوٗر سپدن والین عزیز سامعین کن کرن۔ عالمی سطحس پیٹھ اوّلین عظیم اُستادِ غزل

مانہٕ آمت شیخ سعدی چھُ فنِ غزلہ کامیابی تہٕ پوختہ کارانہٕ باوتھ قرار دِوان یوس

بُلند خیالی ہندس اوبرس ژھرِ دامانہٕ واجینہٕ آوار وُنُل بنِتھ دِیہ نہٕ، بلکہ یوسہ اتھ محسوس

خیالکہ اوبرہٕ بناوہٕ علاوہ اُتھی دردمندی ہنز ڈگ باگرن وول پُرسوز ناگ تہٕ بناوِتھ ہیکہ۔

وَنان چھُ

زِ خاطرم غزلِ سوزناک روی نمود — کہ در دماغ خیالِ منِ اینقدر می گشت

یتھ پاٹھی ”خیرالجلیس کتابؔ“ لفظن پیٹھ مشتمل تہٕ ہٕندی ہندن ژہن منز لبکارگن وول بہترین

ساتھی اکس پرژ کتابہ قرار چھِ دِوان۔ تتھے پاٹھی چھُ حافظ اکس پرژ غزلہ تھیتھ یارِ دلقرار

قرار دِوان یُس اکہ لٹہ میٹھہٕ بتہٕ اُتھواس زانہٕ ژٹان چھُنہٕ بلکہ یُس پرتھ پُر آشوب

دورس منز اکہ خمار آورس طرِ ہندی پاٹھی اکھ مشالی ساتھی تہٕ رفیق بے دغل آسنکُ

ثبوت دِوان چھُ۔ حافظنی لفظ چھِ یم — درین زمانہ رفیقے کہ خالی از خلل است

صُراحیٔ مے ناب و سفینۂ غزل است۔ ”سفینۂ“ لفظکہ حوالہ چھُنے اعلیٰ پایہِ غزلگوئی

منز بسو صلاحیت تہٕ موجود آسان یوسہ یمہ بھوسہ تار دِتہٕ زنگی ناوِ نوح تہٕ قرار ہیکہ دِتہٕ

یتھ شاید چھُ رسہٕنہٕ غزلگوئی منز۔ یہ گوݨ موجوٗد آسنُک باس ناجی مُنورس تہٕ شفیع شوقس تہٕ لوگمُت آسان۔ تویے چھُکھ لیوٗکھمُت "رسہٕس چھُ غزلکمِ ازک پوٗرٕ پوٗرٕ شعوٗر اوسمُت۔ سُہ چھُ غزلہٕ کِس پرٛتھ شعرس معنیک تہٕ تاثیرُک اکھ الگ خودکفیل شعری وجوٗد زانان نہٕ زِ قافیک تہٕ ردیفُک اکھ بہانہٕ۔ تمُ ہندی واریاہ شعر چھِ مکمل شبیہہ ووتلاوتہٕ کُنہٕ شاہکار بنے متی۔" رسا جاودانی ہنز کاشر غزلگوئی ہندی واریاہ امتیازی پہلو چھِ ناقدن مزید توجہ دِنُک تقاضہٕ کران۔ مثلاً اکھ عام ہیو پہلو چھُ یارس کُن مخاطب سپدنُک پہلو یا تس سٟتی بے تکلف کتھ باتھ کرنُک پہلو۔ محبوٗبس دِنہٕ آمتین رسول میرنین فارسی آمیز دلبند، دل آزار، دل آرام ہیوٚن ناوَن ہندی پاٹھی تخاطبکی فنکارانہٕ تقاضہٕ تہٕ آداب ژِھتھ۔ مثلاً رسا ہندِن یِتھین لفظن منز۔

<table>
<tr><td>ع جلن لنکھیا کِنہٕ جانانہٕ لولو</td><td>نامہٕ شوٗبی کمیوٗ عنوانہٕ لولو</td></tr>
<tr><td>حُسنِ سیرت چھُ رسہٕس چون محبوٗب</td><td>خط و خالس چھُنہٕ دیوانہٕ لولو</td></tr>
</table>

یا

<table>
<tr><td>ژٕ بیگانہٕ لوگُتھ بہٕ دیوانہٕ چونُے</td><td>ژٕ یہٕ پرواہ نہٕ میونُے بہٕ پروانہٕ چونُے</td></tr>
</table>

یا

<table>
<tr><td>میانِ مُٹھیو ژٕ میانے دِلبرو</td><td>ہولہٕ گژھہٕ سو لولہٕ چانے دِلبرو</td></tr>
</table>

معنوی سطحس پیٹھ یمہٕ آیہٕ رسہٕن کاشرِ غزلہٕ ہُند بادٕ کُشادٕ تہٕ وسیع بناونُک اہتمام کوٗرمُت چھُ سُہ تہٕ چھُ مثالی باسان۔ اتہٕ چھُنہٕ غزلگو شاعر حبہ خوتوٗنہٕ تہٕ ارنہٕ مال

ہشن بہلہ پایہ وژن وَنَ واجنین ہند رسمی بولچہ کتھ کران بلکہ چُھ انسانی زندگی ہندین غزلکہ قلمہ و نبہ زانۂ آمتین روزمرہ پیش یینہ والین معاملن تہ پزنہ پاٹھو ترجمان بنان۔ مثلاً اکھ اخلاق آموز نگر سیٹھے سیود ساد تہ معصوم سماجی فرد بنتھ یتھ پاٹھو:۔

نہ رأفت شفقت نہ مہر و اُلفت نیوو آخر یہ کیا زمانس؟
چھے بولہ ہنشہ از زمین خالی کران یہ چھس گراوا آسمانس

فساد باپتھ اگر چھے مسجد نفاقہ باپتھ اگر چھُ مندر
تنتھ چھ ہم پیالہ رندساری یکوگژھو اُسو شراب خانس

اگر دِلس آسہٕ شوقِ منزل گژھان چھ آسان تمام مشکل
غبارِ راہ چھا غبار خاطر؟ ملالہ گژھہ میر کاروانس

دِپیوم رسہس دِ سوز تر آوتھ پیام کینہ وَن نصیحتاہ کر
یہ مامے زونُم مگر تقاوتھ سیٹھاہ چھے رِندس تہ وعظ خوانس

اُمی سے آزاد منش تہ زندہ دل رِندس کُنہ نظر چھُ بحیثیت اکھ غزل گو کاشر زبانی ہند اکھ ممتاز غزل گو شاعر امین کامل وُچھان۔ تی بوزناوان ہمہ بہ یہ مقالہ ختم کرنک اجازت:۔ رسا صابنہٕ شاعری پیٹھ ورژھناوتھ کینہہ ونک چھنہ یہ کانہہ موزون موقعہ۔ امایوز یہ وَنُن چھُم ضروری باسان زِ موزری تہ رسلی لفظ، سیدی تہ صاف خیال تہ خوش لوُن انداز بیانے یوت چھنہ یہنز شاعری ہنز خصوصیت بلکہ چھُ اتھ منز تغزلک روح تہ کاشرین ہندِ دل تہ رقص کران۔ یم چھ پرانین رِوایتن تہ نوین

تجربن دوہ نوِنی نرِ آہوان ۔ اَوِکِنِز چھُہنہٕ یہِنٛدِ یہٕ دعویٰ کانہہ شاعرانہٕ تعلی بلکہ اکہِ پزرُک

اظہار :— ؎ اے رسا جُز آفرین وم حبا

اَتھ کلام دِلنشینس کیا وَنے!

# غزلک شاعر

## دیناناتھ نادمؔ

ڈاکٹر محفوظ جان

دیناناتھ نادمؔ چھُ سُہ قدآور تہٕ جہٕژل کاشُر تخلیق کار یُس پننہٕ منفرد اسلوب ہیتھ کاشرِ شاعری نوٚو روح بخشاں چھُ۔ یہِ چھےٚ الگ کتھ زِ امس پیٹھ چھُ مہجوٗر تہٕ عبدالاحد آزادُن اثر نمایاں۔ تاہم چھُ نادمؔ پننہٕ شاعری ہنٛز مانہٕ سٲوِ آسنچ حیثیت پانہٕ مانی زاوانہٕ

ازتام کٲتیاہ اور کیوٚر کی ژھین دِنہٕ اَسہِ یوٚت آے

اَسہِ زانی ساری پننی بار نی زن اَسہِ وچھ تلہٕ زاے

جاناوار چھِہ بیوٚن بیوٚن باعث کُن سوٚ رُ چھکھ کُنی چھکھ تال

اَسہِ کوٚر فاصل سترس یہِ زِس روزُن تالی نال

نادمؔ چھُ تتھ وقتس منٛز کاشرِ شاعری لول بران ییٚلہِ کشیرِ منٛز ترقی پسند تحریک ظٲہِر سپدِ تِھ آس۔ ترقی پسند تحریک آس ظلم و جبر تہٕ جاگیرداری خلاف علم بغاوت۔ غار انسانی اخلاق، قدرن ہنٛز پامالی، انسانی اقدارن ہنٛز ناہمواری تہٕ قوم بے اعتنائی ہندی

موضوع تہٕ چھہٕ نادمنہٕ شاعری ہنز زینت بنیمتی۔ یوٚدوٕے نادم رومانی شاعری ہتی ابتدا کران چھُ مگر تمسُند سورُے لوٚکچار گُذرِلوٚ کاشرِ ن پیٹھ ظلم وجبر وُچھان وُچھان۔ سُہ چھُ کاشرِ ن ہُند مُصیبت بدِ کڈِتھ، یِہندِس فردس فردس جدوجہد کرنُک سبق دِوان۔ سُہ چھُ یِمَن ہم وطنَن یِمَن شارس مایہٕ ذریعہ پاہ یِمَن کوٚٹھن پیٹھ ووتھنُک درس دِوان تہٕ یِمَن مشکلاتَن ہُند ازالہٕ کرنُک تلقین کران ؎

ووتھُن چھُم

ووتھُن چھُم جنگُک سازسامانہٕ لاگِتھ

کرنی کتھ گرس منٛے پروانہٕ لاگِتھ

تہٕ دیوانہٕ لاگِتھ

پنُن خوٚن دِتھ چھُم وُطن سنٛولہٕ ناوُن

منٛے چھُم تازہٕ یاوُن

منٛے چھُم تازہٕ یاوُن

منٛے چھُم تازہٕ یاوُن

نادم چھُ یِمَنس انٛدی تکھس بوچھ کاسنہٕ باپتھ تھزر تہٕ ژھرٹ کران۔ فاقہٕ ہتس، ظُلمس تہٕ وڈدارس خلاف بغاوت کرنُک نادلایان تہٕ اُمِسُند حال تہٕ خاب چھُ ترقی پسندی تہٕ جدید نتیجہ ہنٛزِ منز۔ اَڈرِتھ بوچھ، بیگاری تہٕ بیماری ہندی سوخن باوان ؎

اَسہٕ گیہٕ ازتام صُبحکی بڑانٛتی یوٚتام مکھ ووت مندنبن شام

یہ اوس حالاتن ہُند تباہ کُن صورتحال یُس زِ نادم سُنٛد انتہائی مُتاثر دِتھ سۄ لوگ بے یار و مددگار تہٕ مظلوم عوامس دِل دِہی کَرِ کَرِ فکر تارنہٕ زِ ظلم و جبر کِہ تہٕ ناموافق حالات گژھن ضرور اکہِ نہٕ اکہِ دۄہ دوٗر تہٕ پایہ پرجائی ہُند دور ییہِ بارسس، مگر ۱۹۴۷ءکی حالات تہٕ خونین واقعاتو کوٗر تُہُند دِل سٹھاہ مغموم تہٕ مایوٗس۔ یَمیُک نتیجہ یہ دراو زِ نادمن تُل بے وایہِ قلم تہٕ لوگ سام اجییتس، فرقہ پرستی تہٕ جاگیرداری خلاف بلا خوف و خطر ینٛن قلم آزماونہٕ تہٕ لوگُن ہِنہٕ واتہٕ وَنُن سہ

ودِتھ باغِ کُکلی کوکوکَرِ کَرِ جَل تہٕ قُمری مَہٕ ناوتے

وُچھی سونتکہِ واوک ہوہو آمُت باغہٕ ییر وُزِ ناونے

ودہِ زیر دِمواز طوفانس مظلومس بےکس انسانس

الہٰ قدرت چھلہِ چھلہِ گژھہِ عالم ییلہِ وُزِ ملہِ ینہٕ شینٛچھ باونے

یمن شارن اندر چھےٚ جذباتی ییتھ نظر گژھان۔ نادم اوس تیُتھ انقلاب برپا کرُن یژھان یُتھنہٕ کانہہ تہٕ اکھا امہِ لنٛتہِ مُجھ روزِ ہے۔ تس اوس یقین زِ ییتھے ہیو انقلاب ہیکہِ انسانس بینو گردنوا حکو مُصیبتو منز۔ نبر کڈِتھ۔ نادم چھُ کاشرین قدیم زمانکی بہودانن کارنامہ تہٕ زٔہس یادان یادان انقلابکس جنڈس تل ینکھ باند باندکران رُدمُت۔

نادمُن کلام چھُ واضح اِشارہ کران کاشرین کُن زِ یہ دراس دشمنس خلاف۔ ڈلہِ تھ تہٕ کرومنے اتھ روٹ۔ تُرے چھُ وَنان سہ

جگرس تھوٗن ڈکھ موجھ منز۔ رٹُن دِل یار دِ چھُ مارن یار دِ چھُ مارُن

نادم اوس لولہٕ تہٕ عشقہٕ کھوتہٕ ہمدردی تہٕ فریاد کھوتہٕ بغاوت کرنُک تہٕ کرناونُک
آماد شاعر۔ تِہنز فکر چھےٚ زٕلہٕ پاٹھۍ ووہیدہٕ تہٕ ناووہیدی منز۔ گژھہٕ کھبوان تہٕ ہینیٚہ تس
پلان چھُ سُہ چھُ غزلس امہٕ حالُک اظہار بناوان ؎

وُنہٕ شاہ چھُ کھارُن وُنہٕ دم گذارُن
کرٕ نجلبو کرٕ نجلبو آبا چھُ سارُن

دینانا تھ نادم چھُ کاشرِس غزلس منز۔ تِہنٛدی تجربہٕ کران یِم اَتھ لول تہٕ عشقہٕ کِھو
تنگ دایرو منز۔ کٔڈِتھ زندگی ہٕندِس کُشادہٕ ترٛ دُنیہس منز۔ ترٛاوان چھِ۔ اَتھ منز۔
چھُنہٕ رسول میرن خاص محبوب نظر گژھان بلکہ چھُ اَتھ منز۔ عام اِنسانہٕ سُندہ بنُن گُردُن
تہٕ جاے رٹان۔ نادم چھُ پننہٕ زندگی ستۍ وابستہٕ تجربو ستۍ اَتھ نوٚ زندگی بخشان۔
نادمس آس زُلفہٕ خمن منز۔ بند گژھنہٕ کھوتہٕ مۄرس ستۍ آواز رلاونۍ کل تہٕ توٚے یمہٕ تہٕ غزلہٕ
تمۍ لیچھِ تتھ منز۔ تہٕ چھِیہٕ سوے آواز تہٕ دگ لبنہٕ پوان یوس تِہنزن نظمن منز۔ درینٛٹھۍ گژھان
چھےٚ۔ اما پوز یہٕ وَنُن چھُ درُس زِ بیٚنتو ہمکال شاعر نِسبتھ چھُ نادم غزلس مقابلہٕ نظمہٕ ہنٛدے
شاعر روزان۔ اُہنزن نظمن منز چھُ فری وُرس تہٕ تہٕ بلینک وٚرس تہٕ پوان۔ یہ چھُ اکہےٚ
نظمہٕ منز۔ اکہ کھوتہٕ زیاد تجربہٕ ورتاوان یُس ٹارِ کھسُن لایق آسان چھُ۔ یِمن نظمن ہُنٛد
حُسن چھُ تشبیہہ سازی تہٕ تشبیہہ کاری ستۍ نوٚن ینٛر تھوکن نِش داد حاصل کران یتھۍ پاٹھۍ
چھِ اُہنز۔ استعارسازی تہٕ کاشرِ شاعری منز۔ اکہ دریٛم حیثیت حاصل کران۔ امہٕ لحاظہٕ
چھُ نادم کاشرِ شاعری منز۔ یِمن اکھ الگ جۍ گژھ دار دُنیا بساوان ؎

بجلی بہِ اَندی اَندی مٔہی جوراہ　　　　ویگِس بیٹھ مہرٔنز مہرازاہ

ہُتھ کُلی شہلِس تَل ٹیکہٕ بٹنیا　　　　وُنی وزٕرامہٕ ووٚبی کِنز چوکہِ ہوتھ

کستانی ساٲلی وُڈتہٕ اَندری گمہٕ ڈٲلی　　　　سوٚمبُل تُشکن ڈری حسِن دکہِ دیت

منز گامی چھ پھولمُت زِندَن کُل　　　　نٔلِس پرٕدِس وزٕتھ تھتھرائے

یوٚتام زَن نادمنہِ شاعری ہُند تعلق چھُ اَمی چھنے سیٹھاہ کم غزلہٕ لیچھمژٕ۔ یِمن منز پچھنے زیچھہِ تہٕ زھوچہ بحر وَرتاونہٕ آمژٕ۔ اوہ ہُند ورتاونہٕ آمُت ڈِکشن چھ یِمن غزلن باتے شاعرن نشہِ واضح پاٹھی بیوٚن کڈان۔ نادم چھُ کتھن یِتھہ اَنِتھ یِمن وڈناونُک سلیقہ بخشان۔ مثالے نقابس پیٹھ آسن کاتٕر شاعرَن منز شُمارٕ روس شارٕ وَنہٕ آمٕتی۔ مگر یِیلہِ نادمن نقاب لفظ شارس منز انان چھُ پرن وٲلِس چھُ اکھ نوٚو دُنیا اَچھن تَل یوان ۔

دارٕ اَڈ وَزٕتھ گیہِ نقابَس

کونکلن خم کیا دَ نے

نظرٕ آدم چھُ رٕتی ہیہ چیزِس لگان۔ وُچھتو کیُتھ خوبصورت تہٕ علامت دار شار چھُ نادمَ اَتھ موضوعس پیٹھ پیش کران ۔

یینے ڈٕتھ زٕھینی زٕھینی گولابَس

نظر آدم کیا وَنے

پُرزی پاٹھی چھ نادمَ لفظو ستی آبس خم کھالان تہٕ لگہِ ہارٕ رٕناوان۔ کانہہ حقیقت پیش کرتہٕ وِزِ چھُ نادمَ نہٕ صرف اکھ فنکار روزان بلکہ چھُ پانَس ستی اِنسانہٕ ستد

جلاوچ تازٕ بشارت تہٕ پیش کران ۔ پتمہٕ صدی کُر سائینس کِس دنیہس منز تہٕ حارت
انگیز ترقی یتھ منز شُنیہٕ تہٕ فتح سپُد ۔ اَتھ پرٕ رس وُچھتو کمہٕ خوبصورت آیہٕ چھُ نادم
اَکس شارس منز پیش کران تہٕ یہٕ ٹھوس حقیقت چھِ فنی زاوی جارٕ سان سیٹھاہ جان
اندازس منز پیش کرنہٕ آمژ ۔

نظر دو تلے پہ گوّد گوو آسمانس
زمینگ فتنہٕ ہترٕ ن پیوو زمانس

باضے چھُ لفظن ہُند معمولی ہیر پھیر کرنہٕ ستی تہہ داری تہٕ معنے داری تُہٕ تیران تہٕ
انسان چھُ اَمہٕ زاوی جارٕ نشہٕ بے پناہ لُطف حاصل کران ۔

گِہے اَسہٕ کُن پھرُن ہُتھ گِہہ پھرُن بُتھ
تفاوت کرِتھ وچھ وہمس گُمانس

نادم یوّدوے تُہٕ مَنہٕ غزل بکھنچ کوشش کران چھُ مگر اَہنز غزلہ چھِ
برونہہ یکتھ اظہار کرٕ رادِ تہٕ ہونز زیٹھتھ نظمہٕ ہنز ہیئت رٹان ۔ تَس چھُ اَمہٕ کتھ
ہُند بارٕ احساس گرٹھان زِ سہ چھُنہٕ پرن واَلس تَسند ماکہ غزل پیش ہکان کرِتھ ۔
اَمیک اظہار چھُ سُہ یتھ کنی کران ۔

نادمہٕ ییتہٕ رود غزلس مال
کتھ چانہٕ تہٕ آسہٕ یوشے تُل

برٕ زچھُ یہٕ زٕ دیناناتھ نادم چھُ ترقی پسند تہٕ جدیدیتُک تیوت آدر ومت

زِتَس پھِنے غزٕل رٕژھ کھاپنٕچ کُل کم تہٕ نظمہٕ ہٕنزٕ رِوانی ہٕنز۔ فکر زیادٕ۔ نادمٕ چھُ غزلس منز کُنہِ سایہٕ تنگ یِتھ شکایت تہٕ کران مگر اَتھ عملہٕ منز۔ تہٕ چھِ فنس گوڈٕ انوارِ درِ یہٕ آم ہنہ

گُتُل مےٚ کر چوو شراب بایو

مےٚ وارِ کر پھوٚلی گولاب بایو

ییٚمِس چھُ زہر ہلال ژھاران

ہُمِس چھُ وَتہٕ بیٚٹھ صلیب[۱۸] اران

بوٚ تےٚ توہی ہیوٚ جدید بَنہٕ ہا

مگر یِوان چھُم نہٕ تاب بایو

الغرض پھِنے نادمنہٕ غزلہِ تہٕ ترٕشہ منفرد تہٕ خوبصورت یِژھ تِسنز نظمہٕ پھِنے۔ سیاستَس، سماجس، اَدہِ کِنِ سنٛبِن ووٚگنین پیٚٹھ نظر تہٕ لوٗکَن ہُند دود تہٕ دگ چھُ تِسنز ن غزلن منز۔ تہِ تِمی انکاہ درٛیٹھِ گرژھان یِتھ کُنی تِسنز ن نظمن منز۔ نمایاں چھُ۔

# بےتوفیق شہرس منز .....

مجروح رشید

مشرقس تہٕ مغربس منز چھِ شاعرن پنُن وِنیُد باونہٕ تہٕ پنُن فن رَتھ کھارنہٕ موکھ مختلف ہیٚتہٕ تہٕ اسلوب بدلس رٲوِدی مٕتۍ۔ مشرقس منز (میون مطلب چھُ مشرقُک سُہ حصہٕ یتہِ فارسی اردوٗ تہٕ کاشُر ہِشہِ زبانہٕ بولنہٕ چھےٚ یوان) غزل تہٕ مثنوی ہِشہِ صِنفہٕ بارسس روزمژ تہٕ مغربس منز چھےٚ نظم اکھ مقبولِ عام صنفہٕ زنگی پرٛیتھمِژ۔ یہ کتھ چھےٚ قابلِ ذکر زِ اظہارکی یم مذکورٕ اسلوبہٕ ہیٚژ چھِ پننین پننین مخصوص تمدنی، اخلاقی تہٕ فکری میلانن تہٕ رُجحانن ہندی پٲداوار۔

شاعری ہندِ یژ نہٕ پاٹھۍ مطالعہٕ تھاون والۍ چھِ یتھ کتھہِ واقف زِ نظمہِ ہندِ واقعاتی کردار اکہ طرفہٕ تراوِتھ چھےٚ نظم موٲلہِ کنہِ انفرادی تجربک منفرد اظہار کانچھان یِیلہِ زن غزل ہر ہمیشہ مخصوص تجربکہِ انفرادی اظہارہٕ بجایہِ اجتماعی تجربک اظہار منگان چھُ۔ یہ چھےٚ الگ کتھ زِ کامیاب غزل گو شاعر چھُ اتھۍ کرِتھ پابندی منزے بنیہِ انفرادی صلاحیژ ہندِ مظاہر کران۔

مشرقس تہٕ مغربس درمیان چھُنہٕ وونی زیادہ "دوٗرہ" بلکہ چھِ یم وونی اکھ اَکِس سٟتھا

نزدیک آسہِ تام چھنے یہ کتھ پننہِ جایہ مسلم زِ منشر قس منز۔ چھُ فرد سیٹھاہ حدس تام منفرد شخصیت
تھاوَنہ باوجود تہ ازتہ سماجس منز۔ شعوری نے تہ لاشعوری طور ضم تہ سُہ چھُ ازتہ تیز یاگی ٹھ پننین
مخصوص انفرادی تہ منفرد تجربن زیو دِنہ وِز تجربہ چِہ اجتماعی تہ عمومی صورت گری لول
بران۔ مطلب یہ زِ غزل لیکھنہ وِز چھُ شاعرس پننہِ انفرادیتھ بجایہ کلُہم اجتماعی زندگی زیر نظر
روزان۔ یہوے چھُ وجہ زِ فارسی، اردو تہ کاشر زبانہِ ہُندکنہِ دورک غزل پرِتھ چھُ تمہِ
دورچین مختلف النوع تبدیلین ہُند پے لگان۔ اَسہِ چھنے یہ کتھ تہ فکر تران زِ مذکورہ زبانن
ہُند پرِتھ دورک غزلیہ ادب چھُ مضامینو تہ موضوعو کنہِ ہوے۔ یُتے یوت نہ بلکہ
یمن مضامینن تہ موضوعن ہنز۔ نوعیت تام چھنے یکسان۔

راہی سُند منفرد تخلیقی ولوہار تہ زبانہِ نسبت تمہِ سُند کلُہم وطیر چھُ راہی ہندِس
غزلس اتھ جایہ عمومی تہ Dated بننہ نشہِ بچاوان۔ تمہِ سُند غزل ہیکہِ موضوع تہ تھیم زِ نگی کاشرِ سیتی
رلتھ مگر تمہِ سُند اظہار چھُ الگ تہ منفرد دیوِوے راہی ہنز۔ نظمہ جدید کاشر شاعر بہ مندآرو
چھنے تاہم چھُ تمہِ سُندن غزلن منز۔ تہ تمہِ سندن نظمن ہنز فکر انگیزی تہ فنی پوختگی ٹاکارہ۔ تمہِ سُند
منفرد لب لہجہ، ذہنی کشادگی تہ عصری آگہی چھنے تمہِ سندس غزلس اکھ سرتاز آہنگ عطا کران۔
تس چھُ پانس تہِ یتھ کتھ پیٹھ یقین زِ شاعری منز۔ گرتھ سوانحی عنصر تہ آسُن تہ یہ گرتھ بیکرن
تہ مصرعن ہند ذریعہ ورگہ باوتھ لبن، تمہِ سندن غزلن ہندی شعر چھ بار بار یہ باس
دوان زِ سُہ تشبیہہ کار تکیا زِ تمہِ سندی اکثر شعر چھِ پانس و حسوم منز۔ ضرور اکس نتہ بیٹِس
حسس رنز ناوان۔ سُہ چھُ پننین تجربن چاہے تم شعوری آسن یا لاشعوری ترتیتھ تہ

سرٕتھ پیش کران تہٕ پنٕنین ذہنی وارٕداتن تہٕ رُجحانن سٕتھ تہنٛز حقیقت محسوس کران
تہٕ اَتھ حقیقتس پیٚھ دِتھ تہٕ لیہ اَنتھ چھُ پنٕنین تخلیقی صلاحیتن برُوے کار انان ۔

پیٚھ دُیت مےٚ کیٚنژن وارٕداتن لفظ کیہ تہٕ رنٛگ وِم
یِم شعر تمہ زلےٚ مےٚ نہٕ سا یا پہٕ بتاوِم

راہی چھُ لیکھان :-

" شاعر چھُنہٕ پانے یوت حقیقتس سام ہیوان تہٕ تۄہنٛ
حقیقتن ہنٛد خاب وُچھان بلکہ چھُ بیٚنہٕ فنک سحر
دُزناوِتھ بیٚنین تہٕ یہ طلسمات زِندٕ کرِتھ ہاوان "

راہی چھُ بیٚنہٕ زمانچہٕ حقیقتہٕ سام ہیوان تہٕ تۄہنٛ سرٕ دن ہنٛدی خاب تہٕ وُچھان ۔
بیٚنہٕ فنی پوختگی ہِتی چھُ سُہ پرٕن وارٕس تہٕ پنٕنین طلسماتی تجربن منٛز شریک کران ، تمی سندس غزلس
منٛز چھُ لعبضے ماضی ، حال تہٕ مستقبل یِتھ پاٹھۍ اکھ اَکس منٛز مدغم گژھان زِ اکھ نۆوی تخیلی دنیا
چھُ آباد سپدان ۔ ییٚتہِ اکہِ طرفہٕ یتھ کالچہٕ ماری منٛز زندگی ہنٛدی نقش چھِ وۄزلان تہٕ بیٚیہِ طرفہٕ
چھُ ازکالہٕ کین پُرآشوب حالاتن پیٹھ طنٛز ۔ شدٕ ژسان بارسس یوان تہٕ ستی چھُ مستقبل
تہٕ شاعر سندٕ خاطر خوف تہٕ حارتھ ہیٚنتھ برونہہ کُن یوان ۔

راہی چھُ زندگی ہنزن کرٛیچن حقیقتن ہنز ۔ باوتھ تمہ اندازٕ کران زِ پرن
وول چھُنہٕ ہمتھ تہٕ حوصلہ تراوان بلکہ چھُ یَدِس حقیقتہٕ ہنٛد مقابلہ کرنہٕ خاطر جور تہٕ
طاقت تہٕ حاصل کران ۔ تہٕ کرِتھ تہٕ چھِ یِمین شعرن ہنٛد جھیکرٕ سی حاصل کرِتھ تہٕ تلخی ۔

کرِ لیشہٕ ہے اماپرے کانہہ ٹوٹھہ ہے عذابے کانہہ

کاش یتھ سیٚکلی وقتس پرٚ زہے سرابے کانہہ

دِلجہ یتھ بے پرٚتھ لُبتیہٕ باگہٕ کُس گٹا شُت آو

لۄس یُس وۄسے تارُکھ کھوٗت نہٕ آفتابے کانہہ

یم شعر چھ تارٕ ترین انسانی صوٗرتہٕ حالٕچ، انسانی ضمیرچ تہٕ دربیش پُر آشوب حالاتن منز ہیٚنہٕ آمتس شاعر سُند تخلیقی ردعمل ۔ اتھ غزلس منز ووتلن وول کردار چھُنہٕ پرانہٕ غزلکس کردارسٕندی پاٹھی ہجرچ تہٕ فراقچ دگ لکہٕ ناوان بلکہ چھُ وجوٗدی کربُک کریچھ وہراوان ۔ یہ کردار چھُنہٕ کُنہٕ چیزس ستی پنُن پان یا جذبہٕ وابستہٕ ہکان کرِتھ بلکہ چھُ حالاتن پیٹھ طنز کرِتھ پرانہٕ زندگی ہندین خابن یتھ راوان ۔ شاعرس چھُ باسان زِ اَز چہٕ تاریک زندگی ہیکہٕ نہٕ کانہہ رلوٲیتی فلسفہٕ گاشراوِتھ تکیا زِ رلوٲیتی فلسفہٕ چھِ ووٚنی رٔنمتی ۔ شاعرس چھُ پنُن پان تتھ صوٗرتِ حالس منز گرفتار باسان یتھ منز تس کُنہٕ چیزچ صحیح پہچان سپدِتھ ہیکہٕ نہٕ ۔ موٚخصر پاٹھی ہیکو وٕنتھ زِ اتھ غزلس منز چھُ شاعر ہنز یتھ کال پرستی تہٕ ازکالس ستی تمی سنز برہم گی شدتہٕ سان باوتہٕ آمٕژ ۔

مگر امیُک مطلب چھُنہٕ ہرگز یہ زِ شاعر کیا چھُ یتھ کال پرستی ہُند موت بنتھ ازکالس منٛزراوان بلکہ چھُے حقیقت یہ زِ سُہ چھُ ازکالکین تقاضن تہٕ واقف ۔ تس بیتہٕ یتھ کال خوش فکر مندین چھُ باسان تتہٕ چھِ ازکالچ بدگمان راتھ تمی سنز نیندر حرام کران ۔ کائناتس متعلق ووتھن والین مختلف سوالن ہُند چھُنہٕ تس جوابے پھوران ۔

پرٛژھلی ضمیر چھُس یم سوال بار بار پرٛژھان ۔ سُہ چھُ پنٕنہِ کنہِ یمن سوالن لیوٗب تھوٚب کران مگر یم چھس اَمہِ پتہٕ ہتہ تشنےٚ روزان ۔ پرٲنس زمانس منز ییلہِ عاشق معشوق عشقہٕ نس زالس منز۔ وَلنہٕ یوان اَسی تمن ستۍ ستۍ اوس تہٕند اوند پوٚک تہٕ ماحول تہِ یمن ستۍ آور نہٕ یوان ۔ عاشقس اوس جکھن یوان تہٕ معشوقس اوس موٗل ہران ۔ اَز نہٕ چھُ مجنوٗنس کانہہ کنہِ وَرشُن کران تہٕ نہٕ چھُ لالہِ پنٕنۍ قبیلہٕ اُندۍ یکھی نمہٕ دِتھ راَچھ کران اَز چھُ حالات بالکل برعکس ۔

نہٕ مُتی کرکن کنہِ ورشُن نہٕ نمہٕ رٲچھ نٕتہ رہہ
بسأوی خانہٕ بدو وشوسو کلی موکلی شہر آخر

مُتیا یتھ بےٚ توفیق شہرس لوٗگتھ کوٚت
اگر وُنہٕ تہِ کانہہ رٕکھ اَتھس چھےٚ مِٹاوے

دپان راتھ کیٛت پٕھری تمس رُوٗدٕ موکل
وودِنی بییند ر دوس اَس ووٚنی کیاہ بہ ہاکے

راتھ اَسی زانٕج زبو گُلریز
اَز لج تاپس کٕج کوٚہہ تال

یتھ ژُوِیہٕ شہرس منز۔ بوزِکُس ووٚن عشقس آہ

نہٕ تھٲراں ووٚن گراوے کانہہ نہٕ گراں جوابے کانہہ

اَزیُک انسان چھُ ژٕماں ژٕماں پانس تام محدٗود سپدمُت۔ تٔمۍ سندِس دادِس، دگہٕ

ہتہٕ تٔمۍ سندِن دٔدیمِن تجربن منز۔ چھُنہٕ کانہہ شریک ہمکان سپدِتھ، راہی چھُ یہِ سورُے

وُچھان ژٕرژٕران نہٕ ژیٖیان۔ یتہٕ زندگی ہندِس معنیس تہٕ مطلبس اَزبی منز۔ بے گرتہٕ ہینچ کوشش

کران۔ سُہ چھُ زندگی محبت کران تہٕ زندگی ہنز۔ تلخی وُچھتھ تہٕ زندہ رٔزِتھ ہان روزن مگر موتک

خوف چھُس پرٕتھ وِزِ سایہٕ ہٕنتھ ستۍ ستۍ روزان۔

نظر ہیٚرِکھ تہٕ وُچھکھ پانہٕ سوتہٕ واو تُند یومُت

ژیُہا پھوجوکھ زہرِ خندہٕ پیٚیے ہٕرتھ ہٕژٕر اَخر

موٗسمے تیٚتھ زِ تاپھ رۆد پیٚنۍ

شیٖنہٕ گنج یٚتھ وَنۍ ژٕساں ہوی اَسی

موتُک یہِ اَزھبن خوف چھُ شاعرس بعضے بےمعنوتیُس کُن تہِ نوان تہٕ سُہ چھُ اکہٕ

کریٚتھِ وجوٗدی کرٕبک اظہار کران۔

وَنہٕ یَدِس بیٚٹھ وَنہٕ لوٚدا بیٚٹھ دَنہٕ یَدِس

مُنزٕ لِمتہٕ! اَسہِ ستۍ ما ہکٕٹا کرٕکھ

یہِ زٕن گوڈے دَنہٕ آو زِ شاعر (راہی) چھُ پننس پرژھلی ضمیرس لیوٗب تھوٚب

کرٕنہٕ زندگی گزارٕنۍ یژھان ۔ سُہ چھُ زندگی ہنٛز ووٚرسہٕ گرِیکہِ منز ۔ وسیتھ اندی نِکھی ماحولچہِ
پابندی یہِ تہٕ قبول کران تہٕ بنِنہٕ کلاسیکی م ۔ ازٕک مظاہر کران ۔

راہی ووٚوتھ دفترگوٚے ژیر

وَرتہٕ شیر کھ ووٚنی کیتھ خطوخال

دفترس تام واتنٕ واجنٕ یہٕ وَتھ چھےٚ نہٕ شاعرس سٕند خاطرٕ ہموار ثابت سپدان ۔ تمِس
چھُ قدمس قدمس بیٹھ ووٚرسہٕ گرِیکہِ منز ۔ لتہٕ کرِہم گرٕ ڈھنگ خوف تہٕ یِنُن وجود راوِنٕک
خطر دربیش ۔ یہٕ کیفیتھ چھےٚ شاعرس داخلیت پسندی کُن نوان تہٕ یتھن جذبن چھےٚ
باوتھ میلان ۔

پھیر بازری تہٕ سمکھِ میٚے صحرا

بیٚہم خلوکھ تہٕ کھوٚکھی ژٕراں میٚے کیتہٕ

بےٚ نیب قافلہٕ گرداوٕلن اندر سرگرم

خموش ژٕانٛگی گوٚپھن منز بیہِتھ ہیٚن چھِ سنان

موجودٕ زمانس منز ۔ یمہٕ طریقہٕ انسان ہندی حیوانی صفت برونٛہہ کُن آیہِ تہٕ یمہٕ نیوو
زِ انسان چھُ بنِنہٕ بستی ہندین لمحن منز ۔ جبلتٕن ہند غلام بنان ۔ تمیُک اظہار تہٕ چھُ راہی
ہندین غزلن منز ۔ جایہ جایہ درینٛھی یوان ۔ سُہ چھُ انسان ہندس ظاہرس تہٕ باطنس درمیان
فرق بدکڈتھ ہاوِتھ دِوان زِ انسان چھُ تہذیب یافتہ آستھ تہٕ ژٕکہِ حیوانی صفتن ہُند حامل ۔

اَیہٕ زُن کانٛہ ژھارٕ نے ہاوی کیاہ کرٕکھ　　پانہٕ مأرِس واتناوی کیاہ کرٕکھ
رٔتھ وۄتھر پراٹن تہٕ ووٗٹھ کمچار کرٕ　　نحقہٕ ہے کاہہٕ پرٕ زناوی کیاہ کرٕکھ

سیٖنٛچھ کھیٹنک وٕرتہٕ ستر باوٕ کتھٕنی
لوٗ ہٕتیا ! یا گوو نِنس تاپس دٕرٕکھ

راہی چھ یہ صورتِ حال ژینیتھ زندگی ہنٛزِ دوران تہٕ سُہ چھ یتھین لمحن منٛز بعضے
زندگی متعلق منفی رٔوی یہ پانہٕ ناوان ـ تمِس چھ ژۄ وا یاری اَیہٕ گوٚٹے اَیہٕ گوٚٹ باسان
تہٕ زندگی منور کرنہٕ خاطر چھس پنُن پان مجبوٗر محکوٗم تہٕ بےبس باسان۔
نی ہیتھ یتھی بالس ڈوٗکھ دیت تتھی آب سٕپُد
وبہہٕ کھیتھ یتھی سوٚدرس ووٗٹھ ژھنی نایاب سٕپُد

چھوکل یہ ژیٖہہٕ یہٕ بیے یرٕژھ وَن تہٕ واوٕ سر یہہٕ تہٕ وٕڑن کرٕو
اَنہوا چھو چھ مےٚ ہرنس شبس کرُن سحر آخر

ژھیوٚیے ژانگیہ اُتھن ہندی کنٛھن تہٕ کوتر موٚدی
سیاہ رٔدٕ ہجرن منٛز۔ گوسا نہٕ کوٚت بیہِتھ دژا کھ

پَنٕنہٕ مجبوٗری، محکوٗمی تہٕ بے بسی ہُند یہِ گوٚن تہٕ سوٚن احساس چھُ شاعرس زندگی طنز برٛژھ
نظرِ وُچھنس پیٹھ مایِل کران۔ طنز چھُ شاعرس پَنٕنی دجوٗدی ڈگ ہوٚمراوٕنہٕ خاطرٕ اکھ ناگزیر
ہَتھیار باسان۔

سَتھ زمین کیاہ نوٗ آسمان میٚے کِتہٕ
اَوسایہِ برہم تہٕ یم گُمان میٚے کِتہٕ

اَسی شبنمی گلالہٕ ژٕہی تایٖن
روٗدی کٔنڈی تہِ چھِ یِم رنگان میٚے کِتہٕ

کینٛژن نقادن چھُ یہِ کتھِ پیٹھ اعتراض زِ راہی سٕندن تازٕ غزلن منٛز چھُ وجدانہٕ
کھوتہٕ ہوشمندی زیادٕ دخل۔ یِمَن ناقدن چھُ باسان زِ راہیُن چھِ شعرگری مِتہٕ تہٕ
پانہٕ چھِنہٕ وُزے مِتہٕ۔ یِمَن نقادن کیاہ تصور چھُ تخلیقی عملِ متعلق تَتھ نسبت بحث کرُن چھُنہٕ
وُنی کیس ممکن تاہم چھِ کیتھ کیٚنہہ کَتھ ڈنی لازمی۔
یُس رچھُ یہِ اَزیُک شاعر چھُ وجدانہٕ کھوتہٕ تجربَس ژٕر اہمیت دِوان۔ مطلب
یہِ زِ اَزی چہِ شاعری منٛز چھُ وجدانہٕ کھوتہٕ فکرِ زیادٕ دخل، دوٚیِم یہِ زِ شاعرس چھِنہٕ خیالاتھ آسمانہٕ
وَسان بلکہ چھُ شاعر فکرِ سخن کرِتھ لفظن ہٕندِ ذریعہِ خیالن اکھ تخلیقی شکل دِوان، یَتھ روٗد
سوال راہی ہِتھ ہوشمندی ہُند۔ اَتھ چھُنہٕ کانہہ شک زِ سُہ چھُ اکھ ہوشمند شاعر۔

شاعری چھےٚ محض خیال تہٕ اَمیُک تُوٚر بلکہ جذبُک تہٕ خیالُک کُن سپدُن۔ خیالس جذبہٕ
بناوُن چھےٚ سہل کتھاہ تہٕ اَمہِ خاطرٕ چھےٚ شاعرانہٕ ہوٗنرمندی لازمی کتھاہ۔
راہی سٕندی غزل پرٕتھ چھ محسوٗس سپدان زِ سُہ چھ پننین تخلیقی تجربن باوتھ کرنہٕ خاطرٕ
معروٗضی تمثیلن مختلف توٲریخی کیو نیم توٲریخی کردارن تہٕ رنگارنگ پیکرن تہٕ علامژن ہُند تلاش کران تہٕ تلاش
کرِتھ یمن پننہٕ باوژ ہُند اکھ نٔو طریقہٕ کارٕ رٔنگی ورتاوان۔ اُمی ستہٕ چھ اکثر غزلن منز چھ
لفظ تاثُر وہٕ تلاوتہٕ خاطرٕ صحیح تہٕ مُناسب پاٹھی ورتاونہٕ آمتی۔ عام شعروٗل ہیمیک راہی
ورتاو چھُ کران چھےٚ تمہِ سٕنز۔ پیکر تراشی۔ یہ پٔتھ کانہہ شعر چھُ اکھ پیکر ہیتھ برونہہ کُن یِوان۔
گوڈٕ چھ پیکرُک ماری منز۔ ریرن وأرس پانس کُن کوٗشش کران تہٕ اَمہِ پتہٕ چھُ سُہ اتھ استعارٲتی
معنہٕ ژھانڈنُک تلاش کران۔ پیکرن ہندٕ گنر چھُ راہی سند جدید غزلچ پرزنتھ تہٕ تمہِ سٕنز باوتھ چھےٚ تغزلہٕ کہ پرٕزنہ چھاپہٕ تھ
غار واقعاتی اسیتھ تہٕ اکھ منظم صورتھ رٹان۔

یاوُن گریکہ منز۔ مٔنے تہٕ لوٗلُک شہنامہ پیٖھو
تِتھ تہٕ پیتوٗ سے رُستم تے سوٗہراب سپُد

گژھ کُٹھو لچھ تاوی ہٕندی ارمان ہاری
وانہٕ پینڈٕ نے جاے تراوی کیاہ کرِ کھ

لاکہٕ شیہلاد سوٗرِ میأچھ تہٕ وُہتھ گوو مجلوٗن
لفظ ہے بنگ زٕ وُزلو جود خیالس اللہ

سبزٕ سوٗن ہارِ زُوی آلو دِوان اَسِس
سُہ نُیو سائس پٔری زالِو بہٕ کیا وَنہَس

پیکر تراشی ہُند عمل چھُ راہیَس اکھ نوٗ زبان گرناوان یوسہٕ وٕنیٖز اَسہِ رِوٲیَتی قٲری سٕندِ خاطرٕ وۄپرہش پھِچھے باسان۔ راہی ہٕندِس شعرس مٲلیس پٔتہٕ تخلیقی عمل ازس اَنزِ نٔو گرٕھتھ چھُ قٲری اکھ نوٕ زبٲنی واقف سٔپدان تہٕ سُہ چھُ یِہ ماننس پیٹھ مجبوٗر گژھان زِ راہیٖن کوٚر وارِیاہس حدس تام کٲشُر غزل رِوٲیَتی لکہٕ لٔیہٕ نِشہٕ آزاد تہٕ اَتھ کوٗرُن فِکری تہٕ فنی اعتبار گوٚبُر عطا۔ تِمی بناو کٲشرِ غزلِچ زبان مجازی تعلقہٕ انسٲنی ذہنہٕ کِس سنجیدٕ جذبن تہٕ تجربن ہنٛز زبان۔

---

ملہ رحمن راہی، نوروزِ صبا (سرینگر ۱۹۵۸ء) صفہ نمبر ۲۔

# اَمین کأمِل

تہٕ

# کأشُر غزل

شفیع شوق

دُنیکین بیلہِ غزل کأشرِ شاعری ہِنز سارِوے کھوتہٕ مقبول شعرِ صنف
چھُ تہٕ کأشرس منز چھِ ساسہٕ بدی غزل گو، یِمن منز اکھ ہتھ بیٹھی ریڈیو کشمیر کہِ تہٕ دوردرشنکہِ
باقاعدہ مہمان چھِ تہٕ یِمن منز کہنتی نٔے تہٕ اکھ درجن مُنفرد انداز تھاوَن والی غزل گو چھِ، یہِ
انداز کرُن چھُ عام قاری ہند خاطرِ نہایت مشکل زِ از بروتھہ مسا مسا شیٹھ وری کیاہ
اوس کأشرِ غزلک صورتِ حال تہٕ اتھ کتھ پاٹھی میج یہِ نوحیأتی۔ "لوٚ تہٕ پزوٗ چھیہ
١٩٦٥ ءیس منز تہٕ اُتھی ستی گییہِ کأشرِ غزلچہِ نوحیأتی ہنز عمل شروٗع۔ اوتام واتان
اوس کأشرِ غزل مہجورنہِ مأری منز پرمنز تہٕ آزادنہِ تفکرٕ منز نیرتھ ژھوکیومُت تہٕ کینژن
روایتی تہٕ تیار بہٕ تیار اظہارن، ترکیبن، گہنہ آیہ نالی تشبیہن تہٕ خیالی گیون والی ہنز لیہِ
مئیل کرِتھ، بروٚنھِمے تزارتہٕ آمتہٕ قافیہِ، ردیف تہٕ وزنس تابع روٗزِتھ قبولِ عام

حاصل کرنہٕ کرِ غرضہٕ ڈوچرٕ دوچرٕ دِوان ۔ اَتھ منز ہیٚ کانہہ کانہہ شعر جان آسہٕ ہیٚ نہٕ سُہ اوس مرزا غالب یا علامہ اقبال نین شعرن ہُند کامیاب ترجمہٕ آسان ۔ ترقی پسند تحریکہٕ ستیٚ وابستہٕ ساری باشعور شاعر آسۍ تژُونٕز اہ کرِ سیاسی وُبوٗدرِ بتہٕ بہٕ ساز ندر انقلابی نِمیتی یم جشنِ کشمیر کین مشاعرن، ریڈیو پروگرامن تہٕ دِلہ ہٕندین قومی مُشاعرن پٮ۪ٹھ شاعرن ہٕند اصل مُدعا تہٕ مقصد بناوٕنس کُن لگیہتی آسۍ ۔ اُمِن کامِل تہٕ تمۍ ہندی باقی "رژور رستم" تہٕ آسۍ نہٕ امہٕ نسبتہٕ بچھ بلکہ آسۍ سارِنے پرونٕھ تہٕ شاید آسۍ توٚے سانٛی رُستم۔ وُنۍ کین پھٕے کتھ کامِل صابنین غزلن ہنز۔ امہٕ وقتک امین کامِل چھ پٮ۪ٹھ گوڈنچہ شعرِ سومبرنہٕ مس بُلرٕ منز نظر گژھان:

عُشاہ چھ کرِتھ سازاہ مستانہٕ اماراہ کرٕ
وو٘تھ لاگ دِلچ بازیاہ وو٘تھ لولہٕ شکاراہ کرٕ
بے سوز چھ پٮ۪ٹھ مُشکل طےٚ زِیوٕکھ کرُن منزل
مینتہٕ یادٕ خماراہ کور ژٕ تہٕ یادٕ خماراہ کرٕ
چھینہٕ صوف سیاست کانہہ از تام پھیٖمٕژ زانہہ
تنَ دار دوکھن دادٕن مسکین مداراہ کرٕ
وو٘تھ سونتہٕ اوٚبرٕ لاگِتھ باراہ نہٕ حیاتک بٕن
یُس پوشہٕ گلستانس تیٚتھ پوشہٕ بہاراہ ین

نوَس مٕنٛے وُچھِم کأبِل لوٗبے چھِ جواب آسان
سُہ تہٕ اورٕ کری ناداہ ژٕ تہٕ یورٕ اشاراہ کر
(کونگ پوش: مے، ۱۹۶۰ء، صفحہٕ: ۳۱)

یہ اوس پایہٕ کأمِل باقی شاعرن ہنٛز چھیٚنہٕ کٔھتے۔ امین کأملس اُس پانٕنے ییٚنہٕ گوڑٕمنٛز ییٚرنچ باتھ کڈٕنی۔ مگر سُہ آو پانژٕہ اُٹھس منٛز "لوٗ تہٕ پرٛوٗ" کتابہٕ منٛز اچانک کوٚہن ہٕنِتھ تہٕ کأشرٕ غزلچ آویہمژٕ تہٕ لوٗسیدٕ لٕرٕ نیٚن تاپہ تانہٕ کڈِتھ۔

اَچھرٕن ہُنٛد زربف نایاب
نیتھ نٔو معنے گأمت صنایہ
ہتہٕ سأ بتہٕ کینہٕ لولُک سرٛیہہ
ہتہٕ سأ بتہٕ چھُس تہنٛزی تڑایہ
اَمہِ کتھِ کرِٕ نٕم وأنجہِ گدٕی
کیا سأ نظرے دِزِ ہے تور
بُلبُل باشو گُہلان مَن
کاو چھِ وقتکی موسیقار

اَتھ نوٚس طرٛس یوٗدوٚے تقلید کارن ہنٛدِ ڈٕسی تیزٕ مسچہٕ صورت گیہِ زٕ وہٕ نٕ چھُ امہِ طرحکہٕ نوٗرُک احساس تہٕ مشکل، مگر یہٕ طرح اوس یٕزٕبی سرتازٕ تہٕ غزلس ژٕکی پھیر کرنس برابر۔ چونکہ پرتھ کانہہ شعری خصوصیت چھے اَمہِ کِہ ملزوم ضد سیتی پرتٕہنا وِنہٕ یوان،

کاشرِ غزٕلہِ چھِ یہِ 'کاملیت' تہٕ ہیکہٕ تمہٕ دورکین غزلن مدِمقابل رٔٹِتھے زانہٕ یتھ۔
بے تکلف لہجہٕ کیُس کامل نمونہ غزلن منز بروٚنٹھ کُن آو، سہٕ اوس وقتُک سارِوے
کھوتہٕ بوڑ تقاضہٕ۔ یہِ اوس دراصل لاگتھ جذباتیت تہٕ داستانوی عشقہٕ بازی پھِراونس
کُن گوڈنیُک قدم۔ دور اوس بدلیومُت، ادب اوس زبانی رِوایژ منزٕ نیرِتھ تحریری
نِصابہٕ چہ صوٗرژ منز تسلیم ہوان یِدُن، لہٰذا اوس امہِ منز قاعدہٕ بند اظہار، تکرار،
لاگتھ سازُت، تہٕ ترتیب تبر کڑُن تہٕ شاعر سٕندِ لمحاتی احساسن تہٕ جذبن تہٕ خیالن
ہٕندِ خاطرٕ موزوٗن اظہار ضروٗری۔ یہِ اوس امہِ کُے نتیجہٕ زِ کاشر شاعری آیہٕ نیٚنس زمانس
نکھہٕ یتھ منز۔ شاعرس ستِۍ تمہٕ سٕندی باقی ہمعصر لکھ بسان چھِ تہٕ یم باقی کتھو علاوٕ بٔنہٕ
گُفتارکہِ اندازہٕ تہٕ عادہٕ ستِۍ تہٕ پرزناوہٕ چھِ یِوان۔ چونکہ پریتھ کانہہ شعر چھُ زبانہٕ
ہٕندِ بوٚ بے پناہ امکانو منز محض اکھ امکان آسان یُس معین سپدان چھُ تمہٕ رِشتہٕ ستِۍ یُس
شاعرس تہٕ نیٚنس بوزن والس کُنہِ وقتہٕ تہٕ جایہِ ہٕندِ حوالہٕ پادٕ گومُت آسان چھُ، شعر
گرٛتھہٕ یہِ سورُے حوالہٕ رِشتہٕ ہیتھ جذبس ستِۍ وۄتلُن تہٕ بیٚنہٕ جایہِ تہٕ وقتہٕ کہِ نوِرک باس
دِیُن زیرن وول کرِتھ تتھ محسوس تہٕ زانہٕ زِ یہِ چھُ اکھ صوٗرتحال۔ کانہہ تہٕ صوٗرتحال
چھُنہٕ بیٚیہِ کُنہِ صوٗرتحالُک ہوبہو نقل آسان، لہٰذا گرٛتھہٕ تہٕ شعر تہٕ بیٚیہِ کُنہِ شعرُک نقل آسُن۔
غزلس منز چھُ یہِ سیٹھاہ مُشکل تکیازِ عام پاٹھۍ چھُ قافیُک تہٕ ردیفُک غلبہٕ واقعی صوٗرتحالس
وۄتلنس منز۔ ٹھونٹھ انان تہٕ تمہٕ جایہِ چھُ تتھ صوٗرتحالس بیٹھ شاعر سُند بیان بروٚنٹھ
کُن یِوان۔ تہٕ کرِتھہٕ چھُ کامل نمونہ وارہین شعرن منز۔ پانہٕ نیارُک بے تکلف

لہجہٕ نوٚین نوٚین صوٗرتحالَن تہٕ ادٕ کرٲن تہٕ باسان چھُ زٕ شعر وٕنَن خاطرٕ چھُنہٕ کانٛہہ بروٗنٹھے مُقرر زبان۔ کامِلنہٕ غزلیچ یہ خصوٗصیت کاشُراہ اہم چھےٚ تمِک احساس چھُ اَز کرُن سیٚٹھاہ مشکل تِکیازِ وونی چھُ تمِس ورٲے تقریباً سارِنے غزل گوین ہندین غزلَن منز نظر گژھان۔ کاشرِس غزلس منز امِیُک دریافت تہٕ اَمیُک تازگی ہیٚکہِ تمہٕ دورکین غزلن مستقابلس منز نے محسوٗس سپدِتھ :

ٲنی یہ سِر سٲے فضا، کوچہِ اَنہِر جایہ گنٛبر
لۄس اَکھاہ تاوسہ تووٗن ڈراونہٕ ییتھ شہرس منز
ہے تنی! ییٚتھ دِلس لولہٕ مُتھل شوق گنی
یمٕ وہشٕ کاڈ تہٕ پٲراونہٕ ییتھ شہرس منز

اَکی جلَن نصف راتھ کوٗ ڈیکھ واش
زوٗن زردیہِ تھانتھ نےٚ یاداش
ییٚتہِ چھُ سورُے فضا کرامُت ہَند
ییٚتہِ چھنے پرتھ محکمس جلاوان لاش

لویُم یانئے یانَس آو
رودُم منز واُرانَس آو

پننس پننس آو پننس منز۔

پننس پننس پانس آلو

غزل فطری زبانہ ہندس اژھین و ویزاورس نکھ دُبارا اننس سیتۍ چھ کامل نہ فنکی باقی اظہار جورتھ یمن منز۔ پرڈی ہُند ورتاو خاصکر تھ قابل ذکر چھ۔ غزل یتھ خارجی تہ لاگتھ سنجیدگیہ منز۔ واریاہ کالہ پیٹھ گرفتاراوس گومُت تہ یتھ جدیدین سختی کرنکۍ نوۍ نوی سامانہ کرۍ تمہ منز۔ اوس غزل آزاد کرُن۔ یہ اوس نہ صرف اوکنز ضرورژ کامِلس اوس یی کرُن تگان، بلکہ اوس یہ سانہ وقتک یوڈ تقاضہ۔ یہ اوس تمہ پیس جدیدیتک لامحال نتیجہ یوسہ سانہ زندگیہ ہندس پرتھ رنگس منز۔ نظرِ پیٹھ گژھان، مگر یتھ پنہ وُنہ تہ ساڈی ادرژشود قبول چھ کران۔ پرزر، عشق، ذات تہ دُنیاہس متعلق مابعدالطبعیاتی تصور سورہ پیٹھ قدرن ہندس مسمارس پیٹھ جدیدیتک ماتم، تنہائی ہند خوف قدیم اسطورن منز۔ پناہ ژھارنک پزم، تہ زبانہ ہند داستان سازی ہند قوت ختم گژھنہ کنۍ اتھ منز۔ نوۍ اندازِ اسطورسازی یاد کرنہ باپتھ جدید شاعرن ہنز۔ کوشش آسہ پتمہ صدی ہندین شیٹھن منزے ناکام ہوان سپدرہ تہ کینژن نظمن، تہ کینژن افسانن منز۔ اوس پیس جدید صورتحالک پرتو پیوان ہیوتمت۔ غزل ہشہ روایت پرور صنفہ منز۔ امہ قسمک اظہار اوس سیٹھاہ بوڈ شعری واقعہ۔

شالی تار کھ چھ آسمانکی اُسی
ہولی ہانگے چھ یمہ زمانکی اُسی

ٹکٕہ لاگِتھ تہٕ بنٛد لفافَن منٛز
بے پَتا خط چھِ ڈاکخانہٕکی اُسی
پانہٕ وانی گَنٛداں چھِ اُسی گتکس
پانٕنہٕ رُستم چھِ داستانہٕکی اُسی

مَنٛز مٔتۍ شِکمَن وُلۍ مٔتۍ لُوکھ
مُفتک مَس چیٚنتھ ڈُلۍ مٔتۍ لُوکھ
کوستام رحمت گاہ تہٕ عام
بِہے ترٛاوِتھ ژُلۍ مٔتۍ لُوکھ

ٲکِس یم لاکھِ کھیٚتھ کھور بانہٕ وُسی پیٚن
چھِ تِم پازار اُسی سوٗمبراں مُبارک
چھِ ترٛاواں ووٹ کِتاں موہر شانَن
چھِ نابدی نٹٕ کراں کِتاں مُبارک

دُنیا وُنی یا گنٛز راوٕو
باقی سورُے مُشراوٕو

وولہٕ ہتھ باپس تالہِ کھسِتھ
بون وَسیٚتھ کیتھ ڈُلہٕ ترٛاوِو
یکھ از سرٕکَن مینٛوَ راد
وولہٕ دونوے رُخصت تھاوِو

واوٕ طوٗفان سوٗدُرٕ منداں کیٚہ تاں
ساہ باہکی کوکر نٔژاں خالی
لفظن تٔرے ہیوٗتے معنی نہٕ باپُن
واٲنٛرے جوانی، دُرہٕ چھکھ وُچھانی
زاہ کانٛسی گنہٕ ہی کُل میانہِ محلہِ
أسی تے چھہِ آخر کیٚہ تاں بسانی

اَمہِ قسمچ پیرڈی چھنہٕ روایتی ظرافت یا طنز۔ بلکہ چھُ یہ غزلس منٛز زمینی پیٚزرن ہنٛز جلوہ گری۔ اَمہِ قسمچ پیرڈی یِیِ چھنہٕ محض تفریح خاطرٕ کیٚنہہ مشہوٗر تخلیقہٕ پیٹھ طربیہ تقلید بلکہ خود غزلہِ چہ روایتی سنجید گیہِ منٛز تبدیلی تھاوتھ منٛز۔ باوژ ہندس بیار ضروٗرت پیاد کرٕنی۔ فرضی عشق، حلقہٕ بند سیرت، سطحی فکرتہٕ بیان بازی اُس ہتہٕ یدلوٗری پیٹھ غزلس لوٗگ لون بیٚیمِ نہٕ امہِ منٛز تژن اوس ناممکن باسان۔ اُردوہس منٛز اوس یمے دوہن "اینٹی غزل" مقبوٗل ہیوان سپدُن، کاشرِس منٛز تُل امین کامن

گوڈنکہ پھر قدم۔

شعرس منز لمحہ گرفتار کرنہٕ کنہٕ چھُ کامل یمین شبیہن تہٕ تمہٕ دأنسۍ گچھنہٕ تہٕ سر ساوان منز کڈان یمیچ جدیدیت وکالت کران آس تہٕ یوسہٕ اُزی کیٛن بیشتر غزل گوشاعرن ہندِ ڈسا اکھ وبأیی ہنج بینمہٕ تہٕ پھٔنے۔ کامل چھُ اندی کنہِ ویدہٕ ییدن منزٕ غیر معمولی قوت دریافت کرنس کُن توجہ دِوان تہٕ نتیجہٕ چھُ نیران احساسچ شدت تہٕ درٛینٹھۍ اکھ نوٚبر۔ قاضی غلام محمد نین غزلن منز وأتہٕ یہِ ہنج کمالس، مگر اَمکی اولین تہٕ پُرکمال شعر چھِ اہین کامل ہٕنن غزلن منزٕ نظرِ گژھان:

ٹِکٹہٕ لأگتھ تہٕ بند لفافن منز
بے پتا خط چھِ ڈاکخانکۍ اُسی

اُکی جلن نصف راتٕ کوٚڈ یکھِ واش
زٕدن زرد یِہِ تھانتھ یے یاداش

یہ نار کینٛتھ چھُ الاہی شہر شہر چھُ دزان
عقل گمژ تہٕ چھُنے دِہے دہ اگر مگر چھِ دزان

یتھ سمسارس اسمان اوس
اَپرِنُے مینزِ کیاہ تاں اوس
پرٛ تہٕ گرٛ ھتھ اوس واتان کنُ
گرِتہٕ یِنٛ ڈٕنی راوان اوس
بازرس منز نظرٕ اکہ ٹھہر ووٚنُس
کانہہ بالنَ ٹھین پھرنوونُس
شہرو کیتھ کونٕ چھکھ تزایان
وَن ساٲ کینہہ فرماوُن چھُے ساٲ
اٲد ساساہ کلٕبو بیٹھن ڈسے ییوٚ
خاموشی دِتر سو راتھ ییح۔ تو یا
روٗد آدم نبرٕ نبرٕ ازتاں
برٕ یتھ احاطس اندر اندرٲ سیتھ
ڈہیٛ یہٕ سرسٲے فضا، کوچہ اَنِہ جایہ گنبرٕ
ییٚس اکھاہ تزاوسہٕ تونٛ دراو نہٕ یتھ شہرس منز

کامل چھُ شعرس منز تشبیہہ چہ آزادی ہندِ شاعر۔ اَمہٕ بایتھ چھُ سُہ غزلس رسمی اظہارو منز آزاد کرِتھ ورتاوچہ زبانہٕ ہندس لہجس نکھہ انان، نوٚن موڈن ہندِ خاطرٕ نوی آہنگ ووٚتلاوان، تہٕ اتھ سیتی تشبیہن زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ واضح، ٹھوس تہٕ مجمل بناوان۔ مگر

یِم بہنِن اکثر شعرن تقابلس کام ہیتھ راوَن تیوٗل تہٕ افسردگی سٕطحس
تہٕ کرٕتھ تہٕ چھُ سہٕ
بیپھٹ انان یمہٕ کِنۍ تخیلُ علمہٕ کہٕ غلبہٕ تلہٕ موکلِتھ چھُنہٕ ہیکان۔ ردیفن ہُند تمۍ سُند انتخاب چھُ امہٕ
اعتبارٕ قابلِ توجہ: واوو، آلو، ہیے، آکھ ہا، اے کاش، باقی، یارو، باضے، توبا، پھرٹاوو
تارکھ بیترٕ چھِ شاعرٕ سُندِس تخیلس نوِس تہٕ پرٕانس منز موجوٗد تفاوُتُک ظوٗن پھران تہٕ
ڈیشنس تہٕ سوچنس میٖل کران۔ ڈیشُن تہٕ سوچُن چھُنہٕ اَسہٕ مخالف سمتَن کُن نوان بلکہٕ چھِ
یِم زٕ عملہٕ اکھاکس مکمل کران تہٕ شعر چھُ تشبیہہ ذریعہٕ خیال بنان۔
غزل چھُ کاملس نِش اکھ تجربہٕ گاہ۔ سُہ چھُ بنہٕ مرضیہ اتھ "نوین سرحدن ہنز تریش
جاوان"۔ روایتی لفظہٕ بجایہ ورتاوِچہ زبانہٕ ہُند وہٕ پراو، روایتی سنجیدگی بجایہ
گُفتارُک بےٚ پھریک لہجہٕ، قافیَن تہٕ ردیفن ہُند نوٚیر تہٕ نوٚ بحر تہٕ نوٚی زحاف تہٕ لکہٕ
شاعریہ ہنزن منشرادِ تہٕ آمیزشَن ہِیِن ہنز بازیابی چھےٚ کاملن غزلن پژانہٕ کیوٚنو شاعریہ
نشہٕ اکھ منفرد تہٕ بدٕون رنگ دِوان۔ مگر یِموے خصوصیژ وکِنہٕ کاشرِس غزلس منز کینہہ
غلط نہجہٕ تہٕ شرٕوع تہٕ یِمن غلط نہجن ہُند کینہہ اولین نموٗنہٕ چھِ کاملن غزلن منز
نظرِ گژھان۔ اکھ یہ زِ کاملنس تقلیدس منز لگی ساَنی واریاہ ہتی غزل گو عجیب
ردیفن بیپھٹ غزلک سوٗرے فن قربان کرنہٕ۔ اکہ خوبصورت ردیفہٕ باپتھ چھُ دراصل غزلُک
اکوے شعر آسان تہٕ باقی شعر چھِ جبراً لاگنہٕ یِوان۔ دوٚیم یہ زِ واریاہ غزل گو لگی غزلس محض غیر ضروری عروضی
تجربن ہنز مشقہٕ پٹ بناونہٕ۔ تریم یہ زِ کاملنین کینژن شعرن ہندِس اثرس تل یتھ لگی کینہہ شاعر بےٚ معنی
داہیاتس شاعری بناونہٕ شاید یہ بزم ہیتھ زِ شاعری چھےٚ طلسمات۔ یِمن غلط نہجن

رۄدسون تنقید ڈۄکھ رٹِھتھ پتہٕ نتیجہٕ دراوزِ غ۔ لٔک فنٔ گوو بیٚیہِ کینژٕن فریبن منٛز گرفتار ییٚمہِ منٛز۔ یہِ ہنبرٕ کڈنٕک اَشد ضروٗرت چھُ۔

شفیع شوقؔ

# اکھ غزل

پروفیسر رحمٰن راہی

شوق صاب چھِ کاشرِ ن شاعرن ہنٛز تَتھ جمارژ ستۍ گنڈنہٕ یوان یوسہٕ موجودٕ صدی ہِنٛدِ یوٚہے اوٚڈٕ مِ نوٚو مِ ڈٕہلِ یورکُن یورکُن دیدمان پاٹھۍ نۍ دراہ۔ اَتھ دٔرِس منٛز شامِل شاعر چھِ جدید کاشُر غزلٕکین ترٚن موٚمتاز رُجحانن ہِنٛدی ترجمان تہٕ پھانٛچھلاوَن واجِ باسان۔ زبٲنۍ ہِنٛد ورتاوُ حسابہٕ مانوٚن اکھ رُجحان دوہ دِہٕ نِچہٕ زبٲنۍ ہِنٛدِس بے تکلُف لہجس ستۍ وابستہٕ رُجحان یتھ تحت زندگیہِ ہِنٛدۍ بظاہر بروٚنٛہہ کنۍ حقایِق یا تجربہٕ بظاہر کنہِ ہوٚ زمنداہٕ تہٕ نگری درأے بیان سپدان چھِ۔ اَتھ رُجحانس تحت چھُ معاملن متعلق رُویہِ مُنکرانہٕ سنجیدگیہِ بجایہِ گنڈدأے شوخ یا طنزی باسان۔ مثلن امین کاملُن نُمایندٕ غزل۔ بیاکھ رُجحان چھُ زندگیہِ ہِنٛدۍ بظاہر معموٗلی یا اوٚدٕ وٚلۍ وٚنِس منٛز یِنہٕ واجِ تخیُلی تجربہٕ، ترٛھِ نِم رُوٗمٲنی تہٕ نِم کلاسکل زبٲنۍ منٛز بیش کرنُک رُجحان یِمہٕ کِنۍ فکری سٔنٛز یا لوتوأے شوخیہ تہٕ طنز کھوتہٕ زیادٕ اسرار آمیز۔ طلسماتُک حارتہٕ بوٗرُت احساس ووٚہ پدان باسان چھُ۔ مثالے قاضی غلام محمدُن تہٕ رفیق رازُن غزل۔ تہٕ یِمن دوٚن

رُجحانن روبرو چھُ تریٚمُ اکھ موٗتاز رُجحان یتھ تحت روزمرٕ زبٲنۍ کھوتہٕ زیادٕ ادبی زبانۍ
اندر اوٚسہٕ برگوٚبرٕ زندگیہ متعلق تفکرک لہجہ ہاپھلاوان باسان چھُ مثلن شفیع شوقنہٕ زیرِ تبصرٕ غزلہٕ

کاشرِ غزلِ ہٕکی یم تریٚنشوے رُجحان چھِ ژرٕ کٔنیتھ منز۔ بالیدٕ سیٚدن واجنہٕ تمہ کُلی وحاظہ
تبدیلیہِ ہنٛدی نتیجہ یتھ اصطلاحہ پاٹھۍ جدید یتھ وَنان چھِ تہٕ یوسہٕ کاشرِس غزلس اکہ یابیٚیہ
لحاظہٕ موضوعی کُشادگی یا سٕنرٕ بخشان باسیہ، تہٕ امہٕ کِس احساسی دُنیہس تازگی عطا کران
باسیہ، تہٕ کاشرِ زبٲنۍ ہنٛد باوژِ بلِیدِ کڈان باسیہ۔

شوق صابُن زیرِ تبصرٕ غزل چھُ یمہِ لحاظہ اکھ معیٲری غزل زٕ امیک پرتھ اکھ
شار چھُ پننہِ پننہِ جایہ مکمل تہٕ منفرد۔ ترٛن گوٚو کامنہٕ تہٕ اکھ شعر چھُ تیتھ زِ یُس سمجنہٕ باپتھ بیٚیہ
کنہِ شعرس مدد ہینک ضرورت لابدی باسہ۔ تاہم چھُ غزلہِ کین اکثر شعرن ہُند مولی موضوع
کُنہٕ یُس سٲری بے غزلس پیٹھ حاوی باسان چھُ۔ اتھ حاوی موضوعس وَنوٚ شوق صابنۍ لفظ
ورتاوِتھ انسانہٕ سُند "لبشرُت" تہٕ "تمیک اندرٕ رمزٕ"۔ یُس تنس ہمیشہٕ تہٕ پرتھ حالہ کھور تلیٚ
کھوس زمین بے لُطف باسناوِتھ بدرس نہ ییٚنہٕ والین خیالی اسمانن منز۔ وُچھِنچ بے قرٲری تہٕ
عذاب پُشران چھُ:

قدم قدم چھُ سفر بوٚن، مگر نظر ہیوٚرکُن
موژ یوٚو کاشہِ زژاہ شولہٕ وُن شہر ہیوٚرکُن

شعرس منز چھِٔے اکِس تھسں سفرٕ دژاو انسانہٕ ہنٛز شبیہہ ووتلان یُس وُمرٕ وُمران نبس
پیٹھ نابہ وِنن نارکُن تہٕ زوٗرِ ہنٛد کاشہِ شہر واتنہٕ باپتھ ہمسوسہٕ بُرزٕ ژنگہ دوٚکران روزان
چھُ، مگر یُسند سفرِ عملن قدمہٕ قدمہٕ بوٚن گٹس کُن جٲری روزان چھُ، خوشحال زندگیہ

ہُند نپہٕ نپہٕ کرٕوُن تصوُر ژھاران روزُن تہٕ تی کران کران چھیکرس موتہٕ کس اَنہٕ گٹہٕ کھوڈس
منز غاب گژھن، انسانی تقدیرچ ہیہے ایرٔنی (IRONY) چھےٚ موضوعہٕ لحاظہٕ زیرِ تبصر غزلچ
گوٚج ۔ اَسہِ کوٚر لفظِ ایرٔنی استعمال ۔ یہٕ چھُ اکھ انگریزی لفظ تہٕ موٗلی معنے چھُس
یتھ اُسی عارفانہٕ تجوٗہل ڈیتھ ہیکو، یعنے زانِتھ ووٗل اُستھ نہ زانی آسنُک باس دیُن ۔ معاملچ
اَصلیتھ زانِتھ تھِتھ متعلق مختلف رائے باوُن ۔ ادبی اصطلاحہٕ حسابہٕ چھِ ایرٔنی تتھ ادبی ٹیکنیکہٕ
ونان ییمہٕ ڈسی مثلن کُنہٕ کردارس یا صوٗرتِ حالس تتھ پاٹھی ورتاو سپدان چھُ زِ بظاہر س
تہٕ دراصلس درمیان، یا پٔرشھنس تہٕ اَندٕنس درمیان موجوٗد نا ربطی چھےٚ نٔنہِ راوہٕ پوان ۔
کردارس یا صوٗرتِ حالس متعلق کیاہ چھُ ایرٔنی ہنز ٹیکنیک ورتاون والِس لِکھاری سُند
ذٲتی نوقطہٕ نظر آسان سُہ چھُ پرٕن والِس یقینن ژٲرُن تگان مگر لیکھن والی چھُنہٕ پنُن سُہ نوقطہٕ
نظر واشگاف پاٹھی بووُنت آسان ۔

شوق صابنہٕ زیرِ بحث غزلُک تقریبن پرتھ اکھ شعر چھُ بدل بدل استعارہٕ
ورتاوِتھ اَمی ایرٔنی دار صوٗرتِ حالُک بےٚسوکھ کرٕوُن نیب ۔ نیب چھُنہٕ یِرٕ زندگیہ
ہُند انجام چھُ موت بلکہ چھےٚ ایرٔنی یِہ زِ زندگیہ ہنز سرگرمی چھےٚ بذاتِ خود موتہٕ کِہ
شِشٹھی نیارک سبب! شولہٕ وٗن شہر ژھارن ووٗل ژھاران پانہٕ بےٚ شونکہ
پاٹھی بس اکھ سور ہُنی کاشِہ زٕ ژ موژان تہٕ ژھوان ۔ یہٕ زانہِ کاشُر شاعر یہٕ منز چھُ زندگیہ
ہنز بےٚ وسأیی ہُند مضموٗن سیٹھاہ عام، مگر مذکور IRONIC ژوُی یہ چھُ جدید کاشُر
شاعر یہٕ ہُند امتیاز، تہٕ تورے کِتھ بیوٗ زیرِ تبصر غزل جدید شاعریہ ہُند اکھ نموٗنہٕ ماننٕ ۔

غزلک دوٚیم شعر چھُ۔

چھُ ملکہ ملکہ پھِتھی کوچہ، بیٚر ہٹی بازر
اکاے زوٚن نیاں منز نبس، مگر ہیوٚر کنُ

یہ شعر چھُ ژینہ وُن دِوان زِ انسانٕی بشر تیٚک تہٕ اندری مشترک مذکور صورتِ حال
چھُنہٕ کانٕسہ اکس نفرس یا کُنہ اکس ملکس ستی مخصوص، بلکہ چھُ معاملہ پرتھ تہٕ پرتھ شخصہ
ستِ حقہ یوٚہے۔ اورِ زوین ہنز زوٚن چھےٚ کُنہٕ تہٕ کیوٚل یوسہ پرتھ کانٕسہ انسانس
ہیوٚر پانس کُن مدائے گنڈتھ تھاوان تہٕ ایہ ناوان چھےٚ، تہٕ پرتھ اندگ پرتھ انسان
چھُ پننِ ساپرے زندگی یژھایہ ہندِس وُتھس تہٕ پیلس نبس منز۔ وُڈو کرنہ بجایہ عملن
رِتھِتھین تنگ کوچن تہٕ بیٚر ہٹین بازرن منز گذاران یمو منزہ ٹیکہ ٹیکہ تہٕ ہیوٚر نبس کُن نظر
تُلنچ زانہہ مہلے یوان چھےٚ۔ یہٕ تین چھُ یہ وُنُن ضروری باسان زِ جدید شاعری یمہٕ
جدید حسّاسکھی یہ ہنز منگ کران چھےٚ تتھ ماباسہ تہٕ امہ آیہ نہ زوٚنہ ہند استعارہ ورتاوُن
مناسب، ہکیاز زوٚنہ تام نہ واتُن اوس پیتھ کالک تجربہ تہٕ پیتھ کالہ کے ہمسوس۔

غزلک ترییم شعر

یہ سر چھُ آب ہٹین درمیان سرٕوٚن تہٕ بوٚرت
زُکس کرِدن چھےٚ تُلی، ییٹھی ملر ملر ہیوٚر کُن

امہ شعرُک موضوٗع اگرچہ غزلہ کین گوڈنہ کین شعرن ستی بلکل ہم آہنگ چھُ، مگر چھُ ہتا
مختلف، تہٕ اتھ منز ورتاونہ آمُت استعارہ چھُ بلکل موزوٗن باسان۔ اوٚتامتھ اَکس
کُتھ بیٚر ہٹین بازرن منز زندگی گذارن وٲلی ہنز تہٕ ہیوٚراسمانچ زوٚنہ پلو کرنکہ بے حاصل

ہمسوٚپچ ووٚنی چھےٚ تمہِ بدلہٕ کتھ اکہِ تتھ آبہٕ ڈٟریٚپس منٛز یان پٮ۪ٹھ نمن ژوٚپارۍ بٔھٹین منٛز باگ
نہٕ صرف محفوٗظ باسان چھُ بلکہ چھُس یتہِ سنہٕ رٕک تہٕ برزٕرگ بااعتماد حِس تہٕ۔ امابوٚز
جیلہٕ وِتہٕ یاں سرٕک یہِ پننۍ وجوٗد محفوٗظ محسوٗس کرُن تہٕ یتہِ سنزٕرک تہٕ برزٕرگ اوٚن ہوٚند
یہِ اعتماد چھُ دراصل موٗلی حقیقتس پٮ۪ٹھ نظر نہٕ آسنک حاصِل۔ سَہ چھُ پننۍ مضبوٗط بنھِ وِچھِتھ
مُطمین تہٕ پننِ سنٛزِ تہٕ برزٕر ڈیشِتھ خوش، توَے تہٕ چھُ لہرِ لہرِ وُچھنۍ کوٚشِش کران۔ امابوٚز
پننہِ ژوٗک تلُک چھُس نہٕ پیٚی۔ ہرگاہ یتہِ نَس ژکس نظر پٮ۪ہس پلاتے تگِ ہیس بوزُن زِ
نظر نہٕ ینہٕ والیوٚ کا تھوٚشِ گافوٗمنٛزۍ چھُس آب کرٕدان، یعنے نہ باسہٕ ووٚنی پاٹھی بیری تیری
ژلان تہٕ راوان۔ انسانہٕ سٕنز بے پٔرٕتھ زندگیہِ، تہٕندِ ژھوٚژن موٚلَن تہٕ تبتر
محدوٗد زانٛی ہندا کھ معنہِ سوٚو تہٕ قابلِ قدر استعارہٕ۔ حضرت شیخ العالمؒ فرماوان:

تَہ چھُے ژُنٛیس تے پٮ۪ٹھ چھُکھ ژٔژان

وَنتہٕ مالہِ ووٚند کیتھ پٔژان چھُے۔ وغارٕ

اَتھ شیخہٕ شعرکس تہٕ شوق صابنس زیرِ بحث شعرس چھےٚ فرق۔ شعرکس منٛز چھُ زٕبس
پٮ۪ٹھ رقص کرن والی سنٛز تباہ کار بے خبری پٮ۪ٹھ افسوسہٕ ہوٚت تعجُب باوتہٕ آمُت
یٮ۪لہِ زن شوق صابنس شعرس منٛز ٹلی ٹلی کرٕدن وأنس آبہٕ سٕنزکس لہرِ لہرِ ہیوٗر لمِتس
پٮ۪ٹھ یہِ ڈیٚپزِ تہٕ گوٚنزٕرتھ ٹلی اُمن ترٛاوِتھ آمُت باسان چھُ۔

یہِ سَہ چھُ آب بٕھٹین درمیان سرٕ ون تہٕ لوٚرت

ژکس کرٕدَن چھےٚ ٹلی پٮ۪ٹھی مَلہٕ مَلہٕ ہیوٗر کُن

دوتی بوزو اَتھی ستۍ زٕلہٕ وُن غزلُک یہ ژُوٗریُم شعر

دوہ دُرژہان وٕری واد کیوٗم کھوڈس اَندر

زِہرد روچھ بٔنتھ بس پچھا سفر ہیوٗر کُن

اَتھ منز چھےٚ تشبیہہ کھوڈکیمی سٕتۍ۔ یہ تھٕ پزٕ کرٕ چھُ اکھ سائینسی معلوٗمات کار فرما معلوٗمات یزٕ ہرد کالہٕ یمس دَچھ پوپرِ سُند بولبوش اَسہِ گوشن گژھان چھُ سُہ چھُ دراصل آدنٕ اکھ کھوڈکیوٗم آسان یُس زمینہٕ منز۔ وٕری واد گُذارِتھ پتولاکان دَچھ پوپُر بٔنتھ (یا "ہرد روچھ" ناو برآوِتھ) وُپھان تہٕ کلٕپن لور روٗزِتھ گیوٗیہ بہان چھُ، تتھ پاٹھۍ زِ تسند شروٗتی دار آوازِ منز چھِ ہیرِ لوہٕ سورے بوڈِتھ ژن گژھان۔ کشیر منز چھُ یہ کھوڈ کیوٗم کہیں نےٚ یہٕ ڈاین وٕرِ ین زمینہٕ تل دوہ درس بٹھ گُذارکران، یہ پزٕ پیلہِ دَچھ پوپُر بنان چھُ وُنس چھس مسا دَہ پنداہ دوہ آسان۔ شعر بوزِ مو بیٚیہِ اکِہ لٹہِ۔

دوہ دُرژہان وٕری واد کیوٗم کھوڈس اندر

زِہرد روچھ بٔنتھ بس پچھا سفر ہیوٗر کُن

ڈاین وٕرِ ین اَنہٕ گوٹ وِتران تہٕ دوہ دُرژہان ــ کوٚ بایتھ؟ محض یمہِ عجیب شوقہٕ زِ ممکن چھُ ہردِ روچھ بنہٕ تہٕ ہیوٗر سفر بنِم ممکن! ــــ ینہٕ جیسے زِ وڈِنخ تہٕ گیونچ سوہ قلیل فُرصتھ ماچھنہٕ اَتھ لایق زِ تمہِ بایتھ روزِ کانہہ وٕری وادن ہُندِ رس اَنہٕ گٹس منز بے رس دوہ دُرژہان۔ گویا یہ شعر تہٕ ییتھ دُنیہس منز۔ انسانی صوٗرتِ حالک اکھ توجہ طلب اَیژنی دار استعارہ تہٕ کاشُر شاعری ہِ اکھ مُہر۔ اَمہِ قسمکی استعارہ چھِ واقعی

حقیقژ ہندی نادیدٕ روٗخ بدٕ کڈاں دراصل نوٚوی پٲنژ تخلیق کران۔ یژ شاعرٕ ہنٛز مُنفرد عمل تہٕ زندگیہٕ باپتھ ژیمہٕ لگہٕ ہاری پھتے اتھی تخلیق کارِ یہٕ منٛز۔ کیٚنٛچھ آسان۔ یہٕ تخلیق وُچھان وُچھان چھ وُچھن وول کُنہٕ عملی اِقدامُک یا کُنہٕ عملی ردِ عملُک وُتشاو زیٹھہٕ بجایہ اَمیُک معنوی حُسن وُچھتس منٛز۔ محوٚ سپدان تہٕ بزبانِ حال وَنان زِ ع

قرار کرِ زِ مٔتیو! دِلنوازٕ چھے منظر!

غزلُک یوٗنٛزِم شعر چھ بدل اِستعارٕ وَرتاوِتھ تہٕ تھٔنی بشری مٔنٛزِ رس واش کڈنچ کوٗشِش یتھ کُن اکِ دوٚیہ پھِر اشارٕ سپدُ —— ہیٚر کھلہٕ ڈُلہٕ، اوٚبرٕ موکُل تہٕ کل کڈن نیٚول اَسمان تہٕ لوٚنہٕ زمیٖنہٕ منٛز۔ یاے بندپھرٕ بس تہٕ تُسند یٹنوٗنژم نوزُک تھجبو وُلمنٛز کھسنُک لاحاصل مٔنٛزر۔ اما اَمہٕ اَندرِم مٔنٛزرٕچ حقیقت کیاہ سِتا؟ تہٕ کَس چھے خبرٕ تہٕ شاعر تہٕ چھ مُبہم اِستفہامس پیٹھ ختم کران "چھ پھِر لبستہٕ تھجہِ لمان کس مٔنٛزرٕ سوٚرکٔن؟"

اصل کتھ تہٕ اصل سوال چھ یوٚہے زِ سُہ کُس وُتشاو، کوسہٕ زیرٕ چھے یوسہٕ انسانس بدس حقیقت بے رنگ، بے لُطف محسوٗس کرناوِتھ دوٗر رس تہٕ ایڈیل یعنے حصوٗلہٕ مُشکل مطلوٗب حاصل کرنہٕ باپتھ بے سوکھ تھاوان چھ؟

بتَل بنٛنہٕ چھے یتو درگُذر کراں سوٚرٕ

وُچھُن فضوٗل، زٔژن یلہٕ دربدر ہیوٚر کُن

امہِ شعرُک گوڈنیُک مِصرٕ یُوتاہ برجستہٕ تہٕ یاوِتھ کار چھ تیوٗتے چھ اَمیُک دوٚیِم مِصرٕ بیانہٕ کنہِ جذبہٕ روٚس، تہٕ توٗوِ تہٕ کنہِ لیوٚٗژ۔ "بتَل بنٛنہٕ چھے یتو درگُذر کراں سوٚرٕ"۔

اَمہِ مصرٕک لفظ لفظ چھُ توجہ طلب بیٚترٕ اَتھ لفظک زٕھوٗر "بیٚتَل" ورتاوُن چھُ پانٕ نیار ک
تہٕ پیار طلبی ہُند باس دِوان تہٕ اَتھ پیٚٹھ بیٚتَل وَننک انداز چھُ تیتھے ہیوٗ باسان یُتھ
مشلن کانٛسہِ پیٚٹھ موج وٕنۍ زِ، ہنکیارِ موجی چھےٚ پَتہٕ سورُے درگُزر کران ۔ اَولاد کران
غلط، خلافِ توقع، نازیبا، ناکارگی، اَمر/تہٕ موجی یاتہٕ چھےٚ سو کُنہٕ زٕ کی درتہٕ خطاپوش
یوسہٕ وَق گُذرِتھ تہٕ اَولادِ ہتہٕ۔ پرتھ کانہہ ناشایستگی معاف کران تہٕ مشران چھےٚ۔
یتھےَ پاٹھۍ چھےٚ زمینہٕ سو واَحد وجوٗد یوسہٕ پَتہٕ لاکن پرتھ کانٛسہٕ بلا امتیاز درگُذر کران
تہٕ پرٛدہٕ پوٚشی کران چھےٚ ۔ اَتھ مصرس چھےٚ کلاسکل سادگی تہٕ متانت باگہٕ آمٕژ۔ مگر
دوٚیمس مصرس منٛز چھِ زٕ لفظ زَتہٕ زٕھارتہٕ تہٕ لبہٕ بجایہٕ محض ٹھیپہٕ ٹھوسہٕ اَتہٕ آمتۍ،
"فضوٗل" تہٕ "بلی"، یِمو دوٚیو لفظو سیٚتۍ چھُ شعر تمہِ ایرانک تاثر نِشہٕ تہٕ محروم پیوٚمُت
یُس تقریبن ساری سے غزلس مُتحرِک تھاوان چھُ۔ اِنسانہٕ ہتہٕ۔ بالاپنٛدی یہٕ سپدُوے
فضوٗل تہٕ بلی وَنُن گوو انسانہٕ سُند خلقی قصوٗر نظرانداز کرُن یُس زیرِ تبصرٕ غزلس نوکہٕ
سنٛگ بناوان چھُ ۔ چنانچہِ غزلُک سیٚتیم شعر چھُ تمی عجب آدمی بشر یِژ ہُند ہنا زیادے
نٕہ وانہٕ ظوٗن پاوان:

چھےٚ بوٚزی پتھر تہٕ کھوٚرن تَل چھُ کیٚہنہٕ، ٹھکانہٕ چھُ کانہہ
وُچھان تو تہٕ دوہے آرکوٚت بشر ہیوٚر کُن

ٹھوٗس نہٕ پدس حقیقت بےٚ موٗل محسوٗس کرِتھ نظرانداز کرٕنی تہٕ تمہِ بدلہٕ اَتھس
منٛز نیٚنہٕ والہِ خیالی تہٕ خابی تصوٗر پابتھ آرکاتی کرِتھ، تی گوو آدمہٕ سُند بشرت ۔

یوٗہے بشرٕت چھُ انسانس بلایَن بُتھِ دِوان۔ وُچھوٗ ہے تہٕ اَمِس پھِچھنے کھوٗرٕ ن تَل اکھ
ٹھوٗس زمین یتھ بیٹھ سُہ بنٛنہٕ کھور ٹھیکراوِتھ ہیکہِ تہٕ تتھ پٮ۪ٹھ ٹھکانہٕ ڈٔنتھ ہیکہِ، مگر اَہندس
ایڈیل پسند بشرتس کیاہ وٕنی زٕ یِمہٕ کیٚنہٕ سُہ موج ہش لایق اعتبار زٕ نٕبَل نظر انداز کرٕتھ
دوہے آرکاژ و چشموٗ ہیوٚرا کاین اسمانی فٖضہس مُدٕ عے گنٕڈِتھ روزان چھُ۔ یہ آرکٔژر
چھُ انسانہٕ ہنٛز خلقی بےبسی، تہٕندِ صوٗرت حالہٕ چہ رحم انگیز۔ یہ تہٕ تہٕنٛز بشری حالژ ہنٛز
پۄشیدہ، ایرٔنی ہُند گٔیتھ اِشارہٕ ـــــ اَتھی سٟتۍ رٔلِوٗن چھُ اَمہٕ یٔتیم سُند شعر

حسن دیتے تہٕ رنٛز ن کیہنہٕ ہوٗس سوٗ تیٚے یِتھے
دِوان نہٕ سوکھ نہٕ قرارے ہیٚتھے سکھر ہیوٚر کنٔ

منشس چھِ اَز قدرت مختلف حس عطا کٔرِ متی، یِمن صلاحیژن کام ہیتھ
سُہ مثالے پوشن ہُند رنگ موٗلوِتھ ہیکہِ، زُلفن ہنٛز خوشبوے محسوس کٔرِتھ ہیکہِ، کھنڈک
میچھر تہٕ سرکک ژاشر زانِتھ ہیکہِ، ریشمٕچ نرمی تہٕ واوچ ٹھٔہراے ژیٚنِتھ ہیکہِ تہٕ پۄشنولہٕ
سُند آلو تہٕ بالہٕ کولہٕ ہُند کل کل بوٗزِتھ ہیکہِ۔ تِمن صلاحیژن کام ہیٚنہٕ باپتھ چھِ انسانس
قدرتہٕ کی طرفہٕ ہاوس عطا کٔرِ متی۔ مگر انسانہٕ سُند اَیرانک صوٗرت حال
وُچھوٗ سہ چھُ یِمن صلاحیژن وٕسی یا یہ زانِتھ یِتھنہٕ ہاوسن نام اُدتھاوان تہٕ محض کمہٕ تام
اندری مرتہٕ رٕسبہٕ کو سہ تام نا معلوم خیالی خوشی حاصل کرنہٕ باپتھ بے سوکھ تیار رِین
تہٕ بےقرار سکھرن سٟتۍ ہیٚتھے آوٕر روزان۔ حسن تہٕ رنٛز دِوان، ہاوسن سوٗژراوان
تہٕ حاصل ہٕ بس اکھ عذاب کرٕوٗنی مسلسل سکھر، سکھرے یاژ، پلوٗ یا وٕ اتنیار تہٕ

کُنۍ۔ زِندگیہِ متعلق یِہ مخصوص اپیروچ، یِہ مخصوص واتن وَتھ تہٕ رٕوی یِہ، یِم دۄشوے
چھ تِمو واتَن وَتَو تہٕ رٕوی یوٗ نِشہٕ بلکُل مختلف، بلکہ تِمَن ستۍ مُجادلہٕ کرٕونۍ یِم سارٕ صوٗفی
شاعرٕ یا ترقی پسند شاعرٕ یہ منز نظرِ گژھان چھِ۔ اَوے وۄن اَسہِ گوڈے زٕ اَزیک
کاشُر غزٕل چھُ جدید حسا گہٕ ہٕنٛد ترجمان، تہٕ اَمہٕ کِہ توٗ وَتہٕ تہٕ مارٕ منزٕ رچ کہر وٹ
تہٕ روز جھیکرس فنی سۄتھرس پیٹھ اَرٕ اطمینان بخشی۔

غزٕلک لکھت چھُ:

زمانہٕ آسہِ ییتھے کُنۍ یران وُراٹھ وَتو
یِہ شوق آسہِ ییتھے کُنۍ لِکھاں نَہ ہیوٚرکُن

لفظِ شوق" چھُ دُماتھٕ باسان۔ اکھ گوو غزٕل وَنَن وول شفیع شوق تہٕ بیاکھ
گوٚو سُہ شوق ییٚتھ اَندرٕ کم تہٕ رٕونی رٕ، اَکِہ طرفہٕ گاٹھ تہٕ بٹ منزٕل ناوِ ہندی یاٹھ
وُراٹھ طرفاتو ییرن وول زمانہٕ، تہٕ تَمِہ مقابلہٕ شوقس ہیوٚس بستر سٕنٛد اَندرٕ دمٕ تہٕ رٕ
زَنتہٕ آبہٕ ترٛتہٕ نَہ، مگر نَہ سو یوٚسہٕ وَسہٕ تہٕ ونیو سَہل وَتو دورٕ تہٕ بجایہ تھٕرٕن واتنہٕ کہٕ
خیالہٕ پننہِ پان لٚمی لٚمی لِکھان تہٕ کھوکھ شاوان چھے۔ زمانہٕ ماٚنی توٚن کُلہم کایناتی وجود
تہٕ شوق انسانی زندگی۔ ییٚتھ تہٕ پننہِ اطوار تہٕ ییٚتھ تہٕ پننہِ دُرتِش۔ دۄشوے
پننہِ پننہِ خلقی تقاضہٕ پوٗرٕ کران۔ حیاتُک کایناتُک یہ لیلا چھِنہٕ کانہہ یوٗچ یا اَزٕچ
وقتہٕ بند کھیل۔ یہ لیلا اُس تہٕ جاری، چھے تہٕ جاری تہٕ روزِ تہٕ جاری۔ ییٚتھ دٕہِس
منز انسانہٕ سٕنٛد ایرانک صوٗرتِ حال — لابدی، لاعلاج، لازوال —

یہ چھُ اکھ مختلف تہٕ تازٕ وِچھنہٕ، اکھ نوٗ دیداگہی یُس موجوٗدٕ دورکین وارہٕ ہِین غزلن مَنز موٗل تہٕ مٕژ چھُ:



قدم قدم چھُ سفر بوٗن مگر نظر ہیوٗرکُن
موژ یوٗو گاشہٕ ژٕژاہ شولہٕ وُن شہر ہیوٗرکُن

چھُ ملکہٕ ملکہٕ یتھی کوچہٕ بیبر ہتی بازر
اَکالے زٕ وُن نیاں منز نبس مگر ہیوٗرکُن

یہ سر چھُ آب بٹھین درمیان سرٕوُن تہٕ یوٗرتہٕ
ژٕکس کرِدن چھنے تلی ییٹھی ملر ملر ہیوٗرکُن

دوٕ دُر ژہان وُری واد کیوٗم کھوٗڈس اَندر
زٕہر دِ روچھ بنتھ بس یچھا سفر ہیوٗرکُن

کُشادہ نیوٗل موکل آسماں ییارٕ ہیارٕ ی
چھُ پھر بیستہٕ تیتھے لماں کُس اندرِ دم ژٕ ہیوٗرکُن

مُبل پنی چھنے پتو دُر گزرکراں سوٕرے
وُچھِن فضوٗل ژٕژن بلی یہ دربدر ہیوٗرکُن

چھنے بوٗنی ابتھرانہٕ کھورٕ تل چھُ کینہہ ٹھکانہٕ کانہہ چھُ
وُچھان تو تہٕ دوٕ ہے آر کوٗت بشر ہیوٗرکُن

جلسن دیتے نہٕ ژٕن ژٕن کینہہ ہوٗس سو تیپے یتھے
دِواں نہ سوکھ نہ قرارے ہتھے سکھ ہیوٗرکُن

زمانہٕ آسہِ یتھے کُنہ یران وُراٹھ وتو
یہ شوٗق آسہِ یتھے کُنہ لکھاں نہ ہیوٗرکُن



# پرٕھنۍ ؤرِین

## ہُند کاشُر غزل

شاد رمضان

غزل چھُ اکھ مشرقی شاعرانہٕ صنف تہٕ مشرقی ادبس منز رٕود غزل پننہِ ابتداء کالہٕ پیٹھٕ از تام موضوعی اعتبار پٔٹھ دور کین بدلوونین تقاضن سٟتۍ ہم آہنگ سپدِتھ رنگا رنگ اظہار پراوان۔ کینژن اہم مشرقی زبانن منز پرٛوون باقے شاعرانہٕ صنفن مقابلہٕ قبوولِ عام ییمن منز کاشُر زبان تہِ شامِل چھےٚ۔ اگرچہ یہِ یاد یاونک ضروٗرت چھےٚ زِ غزل اوٚن اَسہِ فارسی پیٹھٕ منگتھ تاہم چھُ یہِ پزر عیان زِ باقے منگتھ صنفن مقابلہٕ لوٚب کاشرس منز غزلن جہار۔ خاصکرِتھ موجود دورس منز ییٚتہِ باقے سارِنےٚ شاعرانہٕ صنفن مقابلہٕ غزل پننِس عروٗجس پیٹھ ووت۔ فاخرتہٕ محمود گامی سُند غزل چھُ کاشرِ غزلکۍ ابتدائی اظہار تہٕ رسُل میرُن غزل چھُ کاشرِ غزلک گوڈنیک اہم پڑاو یُس فارسی آہنگ تہٕ آکارہٕ باوجوٗد غزلس کاشرس مزاجس نکھ انان چھُ۔ کاشرۍ صوٗفی شاعرو منز تہٕ ہرگاہ یہِ پٔژھ کانسہِ اتھ صنفہِ منز قلم ازماوٕنچ کوٗشش کرٕ مگر واز محمود چھُ واحد صوٗفی شاعر یُس شعوٗری طور غزل بحیثیت اکھ ہیتی صنف ورتاوِتھ کینہہ کامیاب غزل لیکھان چھُ۔ مہجوٗر چھُ یہِ سلسلہٕ برونٹھ پکناوان تہٕ نوٚوِ زمانکۍ نوٚوۍ تقاضہٕ پیٹھ

کاشرِس غزلس نوٚو آہنگ ، نوٚو مزاز تہٕ نوٚو زبان دِتھ نوٚ کاشر غزلُک ڈسلابہ کران ۔
آزاد ، رسا جاودانی ، مرزا عارف تہٕ فاضل کشمیری ییٚس ہوی شاعر تہٕ چھِ اَتھ کاروانس ستی
شامل ۔ از ییتھ اَسی ہمکال غزل وَنان چھِ تِتھ گوڈٕرن والین منز چھٕکے ترٕنے آواز اہم ۔
یعنے نادم ، کامل تہٕ راہی ۔ نادم ہرگاہ نظمہٕ ہُند شاعر چھُ تہٕ کرتھ تہٕ چھُ تَس غزلَن منفرد
آواز ییتھ کینژَو خصوصیژو کِنۍ قابلِ توجہ ۔ موضوعی اعتبار چھُ نادم سُند غزل ترقی پسند
رجحانُک ترجمان ییمہ کِنۍ اُہندس غزلس منز سماجی تہٕ سیاسی معاملات اہمیت پراوان
چھِ تہٕ شاید اوس امہ کے اکھ بٔڈ شونکی نتیجہ نادم ہند غزلُک سیدٕ سیوٚد تہٕ جذبہ وو تلاون
وول لہجہ ۔ ووٚن گوو کینژن جاین چھُ نادم ترقی پسندی ہندِ دایرِ منز ۔ ییرتھ انسانی جذبن
تہٕ احساسن نکھہ پیوان ۔

یہ ما از لول بییہ سن دِ تہٕ چھُ دزامُت
دِلس اُندی نکھی منٛے پکنُک ہیوٚ صدا گوو

○

رگن رگن سرہہ رُمن رُمن تہہ رتج نظر ہیتھ حسین ییمہ زل
یہ میون شوٚد بوٚد بچور بوٚمبر کرہے تہٕ کوتاہ نکار کرہے

موضوعی اعتبار چھُ نادم سُند غزل فارسی رِوایژ کم آویزہ روزان بلکہ کاشرِن علم
لوکن ہنز دوہ دِن چہ زندگی تہٕ تہندس مخصوص سیاسی حال اَو حالس نکھہ پیوان ۔ نادم
چھُ شاید گوڈنیک شاعر ییمی غزل صنفس منز اکھ نوٚو تجربہ کوٚر یعنے تمی کوٚر غزلُک کلہم مزاز

برقرار تھوِتھ عروضہٕ لحاظ اَتھ منز۔ وزن نمی آیہ ورناونہٕ کوشش ییمہِ آیہ کاشرِس منز۔ وژنُک وزن ورتاونہٕ یوان چھُ

ییمی وُچھ تمی وُچھ رنگ گُلہٕ لالس
کمی وُچھ تِہندس حالس کُن
صُبحہٕ چہ پرٛوِ گرٛتھ اَتھ شرٛ شاید
اَتھ نیوٗن ٹوٗرِن نالس کُن

نادم سُندِ یہ تجربہٕ چھُ تتھ ہمکال بحث و مباحثس بیٚیہِ نظرہ نازیادے اہم بنان یُس پتہٕ میوکینز و وٚرییُو بیٹھ کاشرِ شاعری ہندِس ضمنس منز۔ کلاسکی فارسی عروض کس لگہار یا نالگہار آسنس متعلق سیدان آمت چھُ۔

نادمس پتہٕ ینہٕ والس دورس منز۔ بھانچلیہٕ کاشرِس غزلس منز۔ زہ رحجان۔ زبٲنی ہندِ ورناوہٕ حسابہٕ ماںہٕ موٚن اکھ دوہ دِنچہ زبٲنی ہندِس بے تکلف لہجس سٟتۍ وابستہٕ رحجان یتھ تحت زندگی ہندی رنگا برنگ اَہار کرنہٕ تنگگری ورائے شار تجربہٕ بتھ باوتھ پرٛاوان چھِ۔ امہِ برجستہٕ تہٕ بے تکلف شوخ لہجک حُسن چھُ امیک طنزیہ اظہار۔ امہِ رحجانک بانی تہٕ سارِوے کھوتہٕ ممتاز شاعر چھُ امین کامل۔ کامل سُند غزل چھُنہٕ کُنہٕ خاص مکتبِ خیالک ترجمان بلکہ انسان ہندِن ذٲتی تہٕ تسنز۔ دوہ دِنچہِ زندگی ہندِن عصری مسلن ہندِ بے بیچھر یک اظہار۔ کامل چھُ ژکہِ غزلُک شاعر تہٕ غزل چھُ اَمِہندس شارمنز ازس بلکل نکھ۔ اَہندِ غزلہٕ منفرد خصوصیت چھے اکھ یہ زِ اَتھ منز چھِ زندگی

ہندی بظاہر بروٚنٛھ کنی حقائق تہٕ دوہ دٕہکی حالات واقعات شاعرانہٕ سطحس پیٹھ باوتھ پراوان تہٕ بیاکھ یہِ زِ یہِ چھُ رِوٲیتی غزلُک کلاسکی ادبہٕ گوبر مُشتھ مذکورٕ معاملن، واقعاتن تہٕ حالاتن نہٕ صرف عام دوہ دِبن چہِ زبانی منز پیش کران بلکہ چھُ لہجہٕ ہوٚ نرمندانہٕ اَستھ تہٕ بے ساختگی ہُند باس دِوان ۔ اَمہِ غزلُک اِمتیاز ہیکہٕ تمہِ ورٕہنا زیادٕ محسوٗس سیدتھ ہرگہہ اَمیک مطالعہٕ محموٗد گامی سندِ بپیٹھ کامِلس تام پھانچھلیمتس کاشُرِ غزلکس پوٚت منظرس منز کرنہٕ ییہِ ۔ اَتھ غزلَس منز چھِ تمہِ قبیلکی استعار، علامژ، ترکیبہٕ تہٕ تلمیح بیتر خالے نظرِ گژھان یم کامِلس تام کاشرِ غزلکی ییٚنٛز وونن آے ۔ اَتہِ نہٕ چھِنے لال تہٕ نہٕ مجنوٗن تہٕ نہٕ تہندِ لوٚلکی تمہِ پرٲنی آداب ۔ کامِلُن عاشق چھُنہٕ کلاسکی غزلکس عاشقہٕ ہندی پأٹھی پننٛز ذات تہٕ خُدی مُشتھ محبوٗبس پتہٕ حالِ حارٲن بلکہ چھُ تس پننہٕ بجایہِ ہُند پوٗر پوٗر احساس تہٕ اَتھ احساسَس چھُ قدرتہِ رُجحان ۔ اَتھ غأر رِوٲیتی رُویس چھُ اَمہٕ ہُند طنزیہِ لہجہٕ بنیہ مَن شاعرانہٕ دُبراے بختستان ۔

اَمہِ کیتھ کرٕی تمہِ وٲنجہِ گرٕی
کیا سٲ نظرٕ دِزٕہے تور



کُمی دوٚپ ییٚتہِ چھُنہٕ آدمی بوے
یم کیا! اَدِ چھا سارٕنیٚے ژھایہِ



یکھ اَز سَرٕکَن میٚنٛو راد

وولہٕ دٕونوے رۄخصت تھاوٕ



ٹِکرٕہ لاگِتھ تہٕ بَند لِفافن منٛز

بے پتاہ خط چھ ڈاکخانکۍ اَسی

موجوٗدٕ دورس منٛز پھانپھلیو وکُلہم کاشرِس اَدبَس منٛز اکھ اہم رۄجحان یُس عام پأٹھۍ جدیدیت کہٕ ناوٕ زانہٕ یِوان چھُ۔ کامل صأبُن غزل چھُ امہٕ رۄجحانُک پوٗرٕ پأٹھۍ تہٕ تازٕ ورٕ حسابہٕ پاس دِوان۔ امہٕ قسمہٕ کێن تجربن منٛز چھُ ذاتُک کرب، تنہأیی تہٕ مولوی ہندی جذبہٕ تہٕ احساس اُکِس ہشار دِل شاعرٕ سندی پأٹھۍ باوتھ پراوان۔ ہمکال غزلکس تواریخس منٛز چھُ کامل امہٕ اعتبارٕ اکھ اہم تہٕ بدٕون آواز۔

بے سبب ٹارۍ ڈٕرم خاب وُچھان راتھ گیٚم

تارکَن ناو تھوان زوٗنہٕ رَٹان راتھ گیٚم

زاہنہٕ تہٕ رَتھ باندِ اَتھن ہێیہ ہے زمانے متے خبر

ظلمتس مانڈِ اَنان سری یہ تھران راتھ گیٚم



اُلی ساسا کلپو بیٚٹھن وُسی بیوٚد

خامشی دِنہٕ سو راتھ چِکھ توبہ



یُس وُسے فتوٕ بدس خاک بسر چاک جگر

کوٗسہ کمُس باگہِ چھےٚ اندیاوٕ نہٕ تِتھ شہرس منز

جدید کاشرِس غزلس متعلق چھُ وَننہٕ آمُت زِ جدید کاشرِ غزل چھُنہٕ پرانہٕ کاشرِ شاعری مقابلہٕ گاکِی لحاظہٕ کانہہ رُت نموٗنہٕ ۔ یہ تاثر چھُ میانی کنہِ یِیمہِ اعتبارٕ دُتاولی ہُند نتیجہ زِ شاعری ہنز پرتھ کانہہ صنف چھِنہٕ گاکی ہٕندِ اعتبارٕ اکی قسمٕچ ۔ دوٚیم یہ زِ گاکی ہُند تصور چھُنہٕ چھکرِ ہنزِ گاکی تامے محدوٗد ۔ کلہم جدید کاشرِ غزل چھُ یِیمہِ حسابہٕ توجہ طلب زِ یہ چھُ گَبوٗنہٕ کھوتہٕ زیادٕ باہمی کتھ باتھِ نکھ تہٕ لہر ترٛاوٕنہٕ بجایہ تحتُ لفظٕ پرنُک جیرٕ تہٕ ترٛ یِیم قابلِ توجہ نوکتہٕ یہ زِ جدید کاشرِس غزلس یوٗسہٕ گاکی پرٛنہٕ پاٹھۍ وَرِ یہ سوٗ پھانپھلاوٕنہٕ باپتھ کِتیاہ موسیقی ترتیب دِنہٕ والۍ COMPOSER کرِ ی اَسہٕ یادٕ یِم اَسی نورجہاں ، مہدی حسن ، محمد علی تہٕ جگجیت سِنگھ ہوٗن گلوکارن تہٕ تِہندین کمپوزرن COMPOSER لرِ لوٗر تھاوِتھ ہیکو کھ ۔ سون جدید ہمکال غزل یِتہِ نوٚین حساس پرِن والین نادلایان چھُ تِتہِ چھُ نوٚین موسیقارن ہُند تقاضہٕ تہٕ کران ۔

موجوٗدٕ دورس منز پھانپھلن وول بیا کھ ممتاز روحجان وَنو تھٕ یُس روزمہٕ زبٲنی کھوتہٕ زیادٕ ادبی زبٲنی ہُند اوبر گوبر زٹھر نتھ کلہم انسٲنی صوٗرتِ حالُک فکر انگیز لہجہ پھانپھلاوان باسان چھُ ۔ اَمہِ قبیلُک سارِوے کھوتہٕ ممتاز شاعر چھُ رحمٰن راہی ۔ اَتھ روحجانس تہٕ چھُ ژوٗک تل سُے نظریہ ردی یہ کارفرما یتھ اَسہٕ جدیدیت ناد کور ۔ اَمیُک امتیاز چھُ دوہ دِہن کِہن عام واقاتن ، حالاتن تہٕ تجربن ہندِ بیانہٕ کھوتہٕ زیادٕ تھٕ بُنیادی

صوٗرتحالس کُن توجہ پھِرن یِتھ ذاتی تہٕ انفرادی زندگی وَنن۔ بجایہِ انسان بحیثیت انسانہٕ سُند صوٗرتِ حال وُنُن پزِ۔ یہِ انسان چھُنہٕ مقامی حالاتن منز زندگی بسر کرن وول کانہہ اکھ یا بیا کانہہ مخصوص فرد بلکہ پریتھ کانہہ سُہ انسان یُس حساس نٔنِتھ کائناتس منز ینِس صوٗرتحالس سام ہیٚنہٕ بہان چھُ۔ جدیدیت کِس اکہ پوٚت منظرس تحت سپُد صدِین ہندِن تصورن تہٕ قدرن شکست وریخت تہٕ ظاہر چھُ زِ امہِ صوٗرتِ حالُن دیُت اَکِس نوٚس تفکرس توٚس رُوی یُس تہٕ رَدِ عمل زِ نمہ یِیمیک نُمایاں اظہار، مایوسی، تنہاَیی، تنہائی ہُند احساس تہٕ زندگی ہندِ بے معنہٕ آسنُک خوف چھُ۔ اتھی صوٗرتِ حالس چھُ رحمن راہی اکھ نوٚ، ساد روارِ تہٕ منفرد زبان دِتھ پننِن تخلیقی تجربن منز باوتھ دِوان۔ یوٚدوَے راہی ہندِن غزلن ہنز زبان عام قارِیس ربوائیتی شارِ زبانی ہنتہٕ وہ پرٕ باسان چھےٚ مگر راہی سندِس کلامُک شارِ منز ازس اُنزِ منز۔ ی گرٛ شھتھ تہٕ شارِ تجربس نِکھ یتھ چھُ قاری بہر حال اَتھ نوِ زبانی واقف سپدان تہٕ واقف سپدان چھُنہٕ تِس یہِ مانِنس چارے روزان زِ راہی چھُنہٕ کانہہ اجنبی زبان وَرتاوان بلکہ عموماً من معمولچہِ زبانی ہندی توی خدوحال نٔنِ کڈان۔ جدید روحجانس تحت پھانپھلن وول راہی سُند غزل چھُ کلامُک کاشرس غزلس منز۔ اکھ نوٚ تہٕ بدُون آواز۔

ژھیوے ژانگیٚ اَکھ ہندی کتھن تہٕ کوتر مودی
سیاہ رُود جرن منز۔ گوسانہِ کوٚت بیٹھ دژاکھ

سہ ظون زِ روڑہ گرِ ھان چھُ کلُی تھرِ وُ چھِتھ ہوا
ہو کھان زُ وِن چھِ سمندر گوبان کو ہَن چھِ صدا



بے نیب قافلہ گرداولبن اندر سَر گرم
خموش ژانگی گو ھِن سِیاہ لبَن چھِ سَنان



اگر یہِ میون صدا گُنبدَن تہِ ژہ دِتھ یِوّو
یہ اِنتظار نہ محشر نہ کربلا باسی



بوٗمہ ژھتی بالہِ پو کھر شو تہِ شکھسِتھ
دَو گکو جورِ تُج تہ زاو اَسُن
سَر بھِہِ پوٗزا کرِنی تہٰ رتھ دوژہِ یِوّن
زوٗنہِ گاشس اماوسی آب متدُن

یمَن دون اہم رحجانَن تحت گوو کاشُر غزل پھانپھلان ٹیمیک پے موجودِ
دور کین وارِ یہِن شاعرَن نشہِ لگان چھُ۔ یوّ دے اَتھ کاروانس منز غلام نبی فراق ،
حامدی کاشمیری ، مظفر عازم ، رشید نازکی ، غلام نبی خیال ہوی شاعر شامل چھ ریم ینہ

بَینہٕ مزاز تہٕ معیارٕ مطابق ییٚن الگ الگ رنگ و وفہ نلاوتس منز۔ کامیاب گۓ اماپوز۔ غلام
نبی فراقؔ چھُ اَمہٕ کاروانُک اکھ سر کردٕہ غزل گو شاعر۔ اٰہندِ غزلہ پرزنہٕ تھ چھِنے یہ زِ سُہ چھُ
انسانی وجوٗدکی فکر انگیز۔ موضوٗعات مُتقابلتن براہِ راست تہٕ سیوٚد ساد زبانی منز۔ ورتاوان
گویا سُہ چھُ کامل ہندِس بے تکلف لہجس تہٕ راہی ہندِس سنجیدٕہ لہجس درمیان اکھ منز۔ی وَتھ
کڈنچ کوشش کران۔ فراقؔ چھُ باضے کُلہم انسانی صوٗرتِ حالس باضے عصری زندگی مندٕ ین
مسلن تہٕ باضے ہجر وصل کین لولہ ویدٕ اکھن بیتنن غزل شارن منز۔ زلوٗ دِوان۔ اٰہندِس
غزلس منز۔ چھُ باضے اکھ دِلکش مکالماتی انداز و وتلان تہٕ مختلف شارتجربن منز۔ بینہٕ شاعرانہٕ
صلاحیژہٕ ہُند باس دِوان۔ فراقؔ نین شارن ہنز۔ زبان، زبانی ہند ورتاو تہٕ ورتاوس
منز۔ پھانیچھلن وول مزاز چھُ تس ییٚن تہٕ بدوٗن۔

ژھِنبا کرِٕن تہٕ خبر وٗن ییا زانہہ تہٕ ییارِ ی
بہٕ نیرِی تھے چھِ دِیان بار بار آمُت اوس

یہ لرِ یہ جنگلہٕ یہ چھجل کُل ہوا نوا گُم گۓ
سُہ اکھ صدا ہٕ تہٕ سمندر تھدیاو شہارس تام

دوٗیُکھ یہ جذبہ چھُ سرکش تہٕ زٲلیوٗن زندے
یُس وُچھِنہٕ کوچہ گلین بیٹھ شہار آمُت اوس

نہ اوس یارِ ونس منز۔ مو کل زِ دل پھولہِ ہے
نہ اوس نا بہ وڈ ر بیٹھ ژھبدن قدم تھاویا

○

ہرگاہ نہ یم آہنگ تہٕ اَچھر زور کرِ ہکھ سوِ
بیٚیہِ کُس اکھاہ نتہٕ اوس یس وہنا بہ دِ ہکی سیر

○

مظفر عازم چھُ اکھ رُت غزل گو شاعر۔ ہرگہہ عازم حسنٕک عشقہٕ موٚت شاعر چھُ امابوٚز تٔسندِ ن غزل شارن منز۔ چھُ پُر آشوب عصری زندگی ہندی کرب ناکھ اظہار تہٕ اَکس کامیاب شاعر سندی پاٹھی باوتھ پراوان۔ تٔہندی استعارہ چھ جاندار تہٕ تٔسندی پیکر مارِمٔندی۔ تٔسنز زبان چھےٚ شاعرانہ تہٕ تٔسند لہجہ رومٲنی تہٕ تٔسند اظہار برجستہٕ۔

راتھ ژُنہٕ گاش ووٚڈم اَدی سُہ تاپس ترووُم
وا تعبیر پرٕژھان دراس تہٕ خابے رووُم

○

اکھ دمادم ہیوٚتُم تہٕ لٔتہٕ مو نجہ گوس
رٔنجہِ وقتُک ژلان چھُ تیز قَدَم

○

ژٕرٕٹھ ترِیوان اَس زرٕتھ شیٚٹھے رَگن منز
اکھ پرٲنی چیٚٹھیا چانی یِیتن دارِ مٕرم راتھ

حامدی کاشمیری چھُ کاشرِ پاٹھی جدید دورُک بیاکھ اہم غزل گو شاعر۔ موضوعی اعتبارٕ چھُ حامدی جدید حسساگی ہندِ شاعر تہٕ سُہ چھُ اکثر پاٹھی پننین تجربَن منز۔ باوژٕہندی نۆو امکان تلاش کران۔ حامدی چھُنہٕ کُنہِ مخصوص مکتب خیالُک قٲیِل بلکہ چھُ انسٲنی زندگی ہندین مسلن سُنان تہٕ موجوٗد انسان ہسترِ۔ پُر آشوب زندگی چھُ سنجیدگی سان ژرژران تہٕ پیمنے چھو کل احساسن باوتھ دِوان۔

اَسی بوزان ٹُلان نہٕ وُٹھ پیٚٹھ وُٹھ
وارٕہے اَسی ژٕری تہٕ کٔلی ما آسی

خوٗتہٕ مہرازَن کڈان تارکو گنڈی متی چھِ ڈٔری
کوچہِ بازرو چھ ژٕٹان وُچھنہِ دژامتی دارِ بٔری

غلام نبی خیال ہرگاہ نظمہِ مقابلہٕ غزلس کمے پٲٹھن مازان چھُ اما پوٚز تمی چھِ غزلس منز تہٕ کامیاب تجربہٕ کٔری متی۔ خیال چھُ ژکہِ رومٲنی مزازٕ دول شاعر اما پوٚز کُنہِ کُنہٕ چھُ انسان ہندین ازلی مسلن ستی مرتی عصری زندگی ہندین وارٕی داتن زلوانان۔

خیال ہِندِ غزلُک اہم خصوصیت چھےٚ زِ تِہندِ بن غزلن منٛز چھُ موضوعس موافق موسیقار
آہنگ محفوظ کران۔ تِمَن کوٗشش چھےٚ زِ تِمَندِ اظہار گوٚژھ لۆیت وتہٕ معروف زبٲنی
منٛزٕ باوتھ پرٛزاوُن تہٕ سُہ گوٚژھ نہٕ کٲشرِ شاعری ہِندِس کلاسکی مزازس خلاف آسُن۔
اَتھ باوتھ کٲری منٛز چھُ تَس پَنُن اسلوب۔

گَژھ بَرٛ بوٚ گمتِس رُمس رُمس نَمہٕ زُ رتہٕ موکھ ہیٚلہٕ متِ کرٕ نَم راتھ
سوٚ رتہٕ ہتہٕ بندرِ تہٕ رُو یہٕ ہندی تار کھُوٚن یِتھ بدنس خرٕ نم راتھ

شہرَن پَیرِ دِن کُس راہ کھالو اُسے ہے پانس پانے پھِری
اَسہٕ دیُت پانے شہرٕ رَگہٕ کھش اَسہِ پَنُنے ہوٗٹ ژٕ وٹہٕ یا اللہ

بُرزہ پیشَن تہٕ پھلہٕ نہٕ گولابے
یِنہٕ یِتھ لَرِ منٛز۔ ژاو خبر کُس

رشید نازکی سُند غزل چھُ روٗمانی تخیُل کِس پوٚت منظرس تل پھانپھلتھ تہٕ عصری آگہی
ہندی اظہار دیدمان اَنان۔ نازکی چھُ ہُشیار دِل شاعریُس شعوری طور پَنُن منفرد لہجہٕ
تہٕ مزاز وۄتلاونٕچ سنجید کوشش کران چھُ۔ سُہ نہٕ چھُ رلوٲتی زبٲنی تابع تہٕ نہٕ چھُ
مشکل پسندی یِنہٕ اظہارُک وسیلہٕ بناوان۔ تِمَندِ شارِ تجربن منٛز چھُ جذبس تہٕ
اظہارس مێل سید تھاکھ خوبصورت تجربہٕ باوتھ پرٛزاوان تہٕ اَتھ باوژ چھےٚ تِمَندِ پھیٚر

لہجہِ اکھ منفرد اظہار بخشان ۔

اُمی لولہٕ نیا یکِ آوِلنِہ یِرِ وأجنٕس گِتھہٕ لأجنٕس
رِشنہٕ مأنی ہیٚنہٕ ہیٚنہٕ گأجنٕس پدمان ویس مدِ وأجنٕس

دأغ گوو نوٗرانہٕ سحرُک شام بیوٚو اَسمانہٕ وٚسی
روِیہٕ نازس بیٚیٹھ گنٛدان بیٚیلہِ کوٗ کلے بیمان وون

وَتہٕ بیٚیٹھ یِر زٕھنَم بیٚیتہٕ تمی مٔتی
بیٚتہٕ بیٚیٹھ دُنیا کوتاہ دۄر

مرغوب بانہالی سُندِ غزل چھُ موضوعی اعتبار رلوائیٚژ تیٚتہٕ ہیٚناٚ ڈلِتھ اکھ الگ اظہار پرٛاوان۔ تِمَن نہ چھُ ییٚژ پاٚکھی عشق تہٕ لول پھِران تہٕ نہ چھُس جدیدیت ناو ر ودجان مۄلہِ ڈیٚتھ ہِ نوان۔ بلکہ چھُ مذہبی عقیدتہٕ انسانی قدرن زٕژہران عصری زندگی ہندِن بے تھٕجنہٕ تہٕ دِکھتین اظہارن موضوع بنأوِتھ انسأنی فطرت کِہن گیٚنٛتھن گوٗشن پرٛدِ تُلان۔ مرغوبس چھِ بیٚژ وَیدی استعارن تہٕ علامژ یِہند ورتاو مختلف انداز پرٛاوِتھ پیدان چھُ۔ طنز چھُ اَہندِن شارن بلضے حُسن تہٕ معنوی تہٕدأری بخشان۔

خابن ناٚمتھ نٔن رٔتہٕ داٗوی
تہٕ چھہٕ تہذیبس زیٚٹھان تَم

ییٚنہٕ ساٚنین قبرن کھاٗتو پرٚنگ
ییٚنہٕ اَسہٕ تہٕ کرٚد نیلام پگاہ

پنجرس منٛز پکھہٕ وایان پاٗز
قفصس منٛز کاوَن ییٚتہٕ وول

داٚنسہٕ لحاظہٕ مذکورٕ شاعرن مقابلہٕ ہناکینٛژن ہمکال غزل گو شاعرن ہُنٛد چھُ اکھ بوڈ کاروان رواں دَواں یمَن منٛز ناجی مُنور، فاروق نازکی، عبدالرحمٰن آزاد، مشعل سُلطانپوری غلام نبی ناظر، نشاط انصاری، شاہدؔ بڈگامی، محمد ایوب بیتاب، محمد احسن احسن، رسول پوٚمپُر، غلام نبی گوہرس ہِوی شاعر اِمتیاز پرٛاوان چھِ۔ اگرچہ یمَن منٛز کاٚنسہِ تہٕ اَکِس الگ باٚتھی کانٛہہ روجحان ساز وَنُن مبالغہٕ باسہِ مگر یَتھ کتھہِ ہیٚکِہ نہٕ کانٛہہ انکار کٔرِتھ یموٚ منٛز چھِ ساٚری پَنٕنہِ پَنٕنہِ مزاجہٕ تہٕ معیارٕ مطابق بیون بیوٚن تجربن زٕلوٚانان تہٕ اِظہارو بیانکی تازٕ بتازٕ طرح ہاوان۔ یِژھ اکھ چھُ رِوٲیتی باوٕتھ طرزس منٛز۔ نوٚو پاٚد کٔرِتھ تہٕ اٚزی کہِ زمانُک رُخ محسوس کٔرِتھ نوٚین نوٚین موضوعَن باوَتھ دِوان۔ کیٚہن چھِ پرٛانہِ عقیدتی تہٕ لولہٕ شاعری تازگی

بخشنہٕ نوٚو اظہار دِنچ کوٗشش کران تہٕ کیٛنہہ عصری زندگی ہندِ ہن پیچیدہٕ تہٕ گٔہری دار مسلن باوتھ دِوان ۔ اَتہٕ چھ عشقہٕ باوژ ہند انداز تہٕ نوٚو تہٕ عصری مسلن ہند اظہار تہٕ وُکھ ۔

ناجی منور سند غزل بیٚیہٕ عصری دور کہ بےٚ سوکھ صوٗرتِ حالک بےٚ شوٗنکہ اظہار چھُ تہٕ چھ عام انسان سٕندِ ن بُنیادی جبلژن ، تجربن تہٕ تٔمسٕندِ ن دوہ دِ ہن کٮ۪ن معاملاتن تہٕ حالاتن ہُند ورگہ باوتھ تہٕ ۔ جذبک سنبر تہٕ زبأنی ہند شوٗزر چھ اٲہندِ غزلُک خصوٗصیتھ ۔ ناجی چھُنہٕ غزل شارن منز باوتھ آمتین تجربن زبان پٔترٲن بلکہ چھُ تٔمسندی تجربہٕ پٔنٕنۍ زبان پلنے ژاران ۔

الف لالہٕ لنجن چھ آمت کھُر ۔ موج تاں آلوے متے کرتم

داستانا مُلے ژٕنو کانژھا ۔ خاہ کترن چھُسے گنداں نامتھ

مشعل سلطانپوری چھُ انسأنی واراگ محسوٗس کرِتھ جدید حساگی ہُندِ ہِن منفرد اسلوٗب تھاوَن وول شاعر ۔ سُہ چھُ انسأنی زندگی نٮ۪تھ گرٛژھتھ زرژان تہٕ تٔمسندِ ن خوفن تہٕ وہمن ہٮ۪نِنن غزل شارن منز باوتھ دِتھ کأشرس غزلس موجوٗد تقاضن ستۍ ہم آہنگ کران ۔ نشاط انصاری سند غزل چھ انسان سٕندِ ذأتی تہٕ سماجی زندگی موضوٗع بناوِتھ موسیقی تہٕ مدمأتی لہجک میٚل ۔ محمد ایوب بیتاب سُند غزل چھُ حسنہٕ کٮ۪ن تہٕ عشقہٕ کٮ۪ن رنگا رنگ اظہارن ہند منفرد شاعرانہٕ اظہار ۔ رسول پونپر سُند غزل چھ انسأنی زندگی ہُند گُذرن داستان ۔ محمد احسن سُند غزل چھُ نوِ زمانہٕ کٮ۪ن نوٚین موضوٗعن ہٕنز باوتھ تہٕ طنزیہ تہٕ غار رسمی لہجہٕ چھُ اٲہندِ غزلُک حُسن ۔ عبدالرحمٰن

آزادٕ غزل چھ ربوایتی آستھ تہٕ نوِ غزلکی نوی اِمکانٕ تلاش کران ۔ غلام نبی ناظرٕ چھ موجود زمانٕکین بدلوٚنین اِہارن ہُند آلو زِینِتھ پَنُن مخصوص لہجہِ برقرار تھوٚوِتھ ۔ تِہُندین غزل شارن منز وۄتلاونہٕ آمتہٕ شبیہہ کاری تہٕ پیکر تراشی چھےٚ اُہندِ غزلہٕ نٕو پرزنتھ ۔

بسر چھ برمت اکھ آدم

اُسِ پھِر تن کس کس شہلاوکھ

اوس کتینِک کیاہ اوُس ناو

یوٚزُم ہُتہٕ نس کُتام موٗد

وۄلہٕ چشمن منز بہناوتھ

ییٚتہٕ چھی ساری آدم کھاو

مشعل سُلطانپوری

سفر تا پرٕ جنوں جنگل غمکی اِہار کینہٕ تھاہ تُل

ہم زی کنڈی دِچھہٕ ہوا الماس جگر کٕ نار کینہٕ تھاہ تُل

نشاط انصاری

رٕوُدن تھوو کرٕتھ ناوِتھ تابھ
تھاوِونا وٕہراُ دِتھ تابھ

دِل بیٚیہِ سیدیوو باغی ہیوٗ
کمیٚ تُجٕ زُلفکِ زاہ کتھ



ایوب بیتاب

چانہِ ریٛچ پچہِ بُلبلو پھوٚل غونچہِ گُل
بیٚنچہِ دِتھ بیوٚو لبنچہِ للوٗن زیر و بم

بیٚیہِ سوٚد رٕہرُ کسِ تل مےٚ شمع زول تہٕ چھیے یاد
مےٚ وعدہ چراگان کرٕتھ پول تہٕ چھیے یاد

ناظم کولگامی

فاروق نازکی سندِ غزل چھُ اَزیکِس انسان سندِن ذاتی دوکھن تہٕ دادِن ہُند ترجمان۔ باضے چھُس محبوب سندِ لول تہٕ مُشرٕنلان تہٕ باضے چھُ سماجی مسلن تہٕ صورتِ حالن تہٕ زٕلو دِوان۔ شاعرانہٕ ہوشمندی ستیٚ سٕتیٚ چھُس تخلیقی زبان ورتاونُک ادراک تہٕ وَل — شاہد بڈگامی سُند غزل چھُ خیالک تہٕ اظہارُک حسین میُل پراوِتھ تازٕ بتازٕ تہٕ نوبنہٕ عشقہ باوژ ہُند تخلیقی اظہار۔ شاہد بڈگامی سندِ غزلُک بُنیادی موضوع

چھُ لوں مگر اُہندی یم تجربہ چھِ قدیم آسِتھ تہٕ جدید اظہار تہٕ انہار پرٛاوان۔ سُہ چھُ انسانی جذبن تہٕ تجربن تِتھ کٕنہِ زلوٗ انان زِ یِمن دول چھُ وہ لسنس یوان۔ اُہندی غزل شارچھِ شاعُر سٕندِ شاعرانہٕ مزاژک تہٕ اہنز تخلیقی موژمندی ہُند تیب دِوان۔

بالہٕ ہٕھو نگین گیے وونُم حال یِنن تِموا وسُم
ناگہٕ جو یوٚ دِلاسہٕ دِیت پانہٕ مگر وُداں وُدان

شبَس بیوٚ ٹھُس تہٕ پرارِوس زوٗن کھسنَس
مے گوو تَس ازِ سٕٹھاہ ژیرٕ کال وُچھِنَس

وآتنہٕ لحاظ اُتھی کاروانَس سیتۍ شامِل اکھ اہم شاعر چھُ قاضی غلام محمد تٕسٕند غزل چھُ موضوع کیوٗ ہِرٕ اعتبار کٕلہم کاشرِس منز بیوٚن تہٕ بڈوٗن آلو باسان۔ قاضی غلام محمد چھُ ژِکرِ اکھ روٗمانی شاعر یُس موجوٗد ہٕٹوس زندگی نِشہٕ یہٕ ڈیپہٕ ژِ زنہٕ مولیوس تہٕ خوف زدہ گژھتھ پرانین افسانوی طِلسماتی دُنیہن منز پھیرتھ بٕنین یادُن ہُند دُنیا بساوان چھُ۔ اُہندِس یادٕ وترِس منز چھےٚ کُنہٕ معصوم شری تہٕ کُنہٕ بالغ انسان سُند دُنیا دیدمان یوان۔ قاضی چھُ اَتھ صورتِ حالَس اکِس بالغ نظرٕ تہٕ جسہٕ مشار

شاعر سٕندی پاٹھی باوتھ دِوان۔

شہرُک سہ اکھ مکانہٕ چھُ تو بُرک ژگرٕ تھٕ وُچھ
یتھ بُرٕ ژ دِتھ پشس تہٕ کھٹِھن منز بسان چھ خاب



چانہٕ اِنہار میون شار وٕنُن
لوٗر تَل تایہٕ ٹیوک ژٹھ نھاوُن

یہندی قبیلُک جوان سال شاعر چھُ رفیق راز۔ دوشونی شاعرن ہندِس عزٕلس منز چھُ اکھ طِلسماتی کیفیت وۄتلان۔ یتہٕ قاضی سٕندس عزٕلس منز خوشوٗنٕ شری لازِ یتھ کانٛکی طِلسماتی منظر دیدمان چھ تتہٕ چھ رفیق رازٕنس عزٕلس منز زندگی ہندی طرحدار مگر پُر اسرار اِنہار تہٕ صوٗفیانہٕ چالہٕ تصورات تہٕ محسوٗس سپدان۔ جوان سال شاعرن منز چھے رفیق رازٕنی آواز سارِنٕے سرس۔ راز چھُ فکر انگیز۔ موضوعن سٕتی سٕتی لوکٕٹ لوکٕٹ احساسی تجربہٕ اُکس پوخت کار شاعر سٕندی پاٹھی اکِ منفرد انداز پیش کران۔ یتھ پاٹھۍ ژ توجہ گیر صورتِحال چھُ دیدمان یوان۔ تمۍ سُند آہنگ تہٕ لفظٕ ورتاو چھُ تازٕ تہٕ منفرد۔ یمۍ داریاہ کاشُری نوجوان شاعر مُتاثر کری۔

آسُن چھُ میون زیوٗٹھ سیاہ غم تہٕ آسُنگ
بادام چشمہ والہٕ مۍ کُن تیۍ وُچھکھ تہٕ کیا

بُرگ بُرگ شہجار بہ سۆمبراوِتھ تھاوے
ہر گہہ منز ربتہٕ کالہِ قداور بو بہٕ ہرن

کُلِ گو ڈس تل مے پُرژھن ازیٖتہٕ چھوازۆل کران
لنجہِ بیٖٹھ اوس ہیتھ واو مے وۆنُس بہٕ کھٕنی

یِتیٚن چھُ یِتھ کتھِ کُن توجہ پھِرن ضروٗری زِ رفیق راز چھ شاعری منز بشِکِہ عروضی پابندی ہُند رودار ۔ یوٚت زِ سُہ چھُنہٕ شارس منز کاشرِ لفظن اُخرس پیٹھ یِنہٕ واجبن مُتحرک آوازن ہُندِس ضمنس منز ۔ کُنہِ قسمچہِ نرمی جایز زانان بلکہ چھ وَنان زِ "امہِ قسمچہِ نرمی ہند وکالت کرِ نی گو وِعجزِ کلام" ۔ مگر اتھ کیا کرِ یہ زِ زباٗنی ہُند مزاز چھُ شاعرس چاروناچار پانس پتہٕ پتہٕ پکناوان ۔ وُچھتو راز صاٚبنی یہ شار ۔

یِیٖتہٕ اوس یُو شہید گومُت بیاکھ نوجوان
سِنہٕ ہی ترٚے کُس نہٕ ہوش کُمس اوس بایہ راتھ

دوٚیم یہ زِ راز صاٚب چھُ (شارت نہٕ سانی کاشر شاعری شیراز ۔ ۱۹۹۷ء) ترکیب سازی ہنز مُتی یاز بیٹھ کُلہم کاشر شاعری منز ۔ فقط شیٚن بُزرگ کیو نوجوان شاعرن نظر کھاریٖنج حاران کُن کوشش کران ۔ ہر گہہ تس غلام محمد غمگین ، فیاض تلہ گامی ، علی شیدا ، بشیر اطہر ، عزیز حاجنی ، برج ناتھ بیتاب ہتہٕ نسیمہ شفایی ہوی شاعر ویٚدی اسی نہٕ اما پوٚز دنیا ناتھ

نادِم، امین کامل، رحمن راہی، غلام نبی فراق، مرغوب بانہالی تہٕ غلام نبی خیال سُند ناو تہٕ پیوس نار ہتس۔

یِمن مختلف آوازن درمیان ییتھ منفرد آواز وجودس اَنن ووٚل بیاکھ شاعر چھُ شفیع شوق۔ موضوعی اعتبارٕ چھُ شوق تِتھی قبیلس سٟتۍ وابستہٕ یِمیک ذکر جدید کس فکری ردِ عملس تحت سپُد۔ چنانچہ شوق چھُ رِوٲیتی قدرن ہنز مکمل مسمٲری ہُند پوٚت منظر قایم کرِتھ زندگی متعلق ییٚنہِ بے پرٛژھی تہٕ بے تسلاہی ہُند باس دِوان تہٕ زندگی ہنزِ اکھ اکھ رُم وَنہِ کڈِتھ تمی رُمہِ منز بہ نظر تراوُن کوشش کران تہٕ نظریہ تہٕ وٲرِس صوٗرتِ حالس احساس کِس سوتھرس پیٹھ پیش کران۔ تسُند غزل پرِتھ چھُ باس لگان زِ سُہ چھُ کاشرِس غزلس منز اکھ رِوایت شکن طرزِ اظہارس گوڈ بران۔ یہ طرزِ اظہار چھُ شوقس ییٚنہِ تہٕ خاصکر ییٚنہِ ییتہِ تجربہ تہٕ نوی چھ تہٕ زبان و بیان تہٕ نوو چھُ۔

اکھ کُل مکایہ کشیر تہٕ ژھاوج تہٕ بہ یکُن
بازٲری بیر گیپر ہکُن بے شرم کٲشیر
سُے لم تہٕ ویر، ژھینیہ پہر مال دبد نہٕ کانہہ
سُے ووگہ زٕ ذٕنہ گاش پچ تیو نگلہ رذس جیجر
نہ پوٚشن زٕ آیہ گرِ شہمِ سوی پکھش نہ مازٕ ہلس
وٕ ڈھوٚے اُس وٕتھے اچھ کرِتھ قرار یہ کیا

گُلشن مجید، م۔ح ظفر، اقبال فہیم، غلام محمد غمگین، بشیر اطہر تہٕ غلام رسول جوش چھ

موضوع تہٕ طرزِ بیانہٕ رنگی نوٗ وَتہٕ ژھارنٕچ کوٗشش کران۔ گلشن مجید چھُ زندگی متعلق فکر آمیز۔ تصورات پیش کران تہٕ ترتھ مُرژگران یم غارِ واضح آستھ تہٕ احساسی معنہٕ ودتھلاوان چھِ۔

اخبار لیکھان مردِ خدا اکھ چھُ وُنان غاب
تتھ بند قلاے منز چھے پری قاد جوان غاب



اَتھ آہ لبہٕ منز یانہٕ آخر جوٗگی سَیدُ بند
وَنہٕ یارِ پتوواو پننِ یار ترٕاں اوس

غمگین تہٕ جوش چھُ نوٚن موضوعن تلاش کرِتھ نوٗ زبان ورتناونٕچ کوٗشش کران۔ غمگین چھُ نوٚن موضوعن نوٗ صورت حال ہتھ توٗ زبانی منز پیش کران۔ تِہندین شارتحرن منز چھِ انسانی دوکھ، مولوٗسی تہٕ بےبسی باوتھ پرٛاوان تس چھے پننہٕ مخصوص زبان تہٕ زبانی ہُند ورتاو چھُ تسنز۔ شاعرانہٕ ہونر متدی مُندیے دِوان۔

ذاتھ پرکھاوِنی چھے یتھ شہرس اندر بلکل منع
راتھ بلی گرٕنھہِ دربدر ہے دوستو وایس پکو



یہِ داستان لیکھن وِزن اتھے رِہتھ چھِ کاتہن
قلم چھُ حارتن بچور کادن اچھر بچھان — غمگین

جوشؔ چھ نوِ حیساگھی ہُند شاعر تہٕ تسُند غزل چھُ کاشرِس غزلس منز اکھ ساد درواز آواز
یِتھ منز تجربہٕ تہِ سادروار چھ تہٕ زبان تہِ سادروار چھے۔

منز ی مرگہِ ژٕژان تنہِ واہ ننگے اکھ واو رنگا
دیلواہ لٹوتلی پان ژٕژان جنیات بہٕ چھُس

خبر نمِ شوقہٕ متہِ جاناہ کوت گے
وورس واژوو یکھ ژلوان دی دی

(جوشؔ)

م ، ح ، ظفرؔ تہٕ اقبال فہیمؔ سُند غزل چھُ فکری تہٕ آری ہند باس دِنہٕ بٕنہٕ نوی سرحد تلاش
کران ۔ ظفرس چھے پننی مخصوص زبان تہٕ زبانی ہند ورتاوس تسُند منفرد اسلوب قایم
کرنچ اکھ سنجیدٕ کوشش چھے ۔ بشیر اطہرؔ سُند غزل چھُ زمانہٕ کین حالاتن واقعاتن زبود تھ
اُزی کِس انسانس ستی بیش یِنہٕ والین معاملاتن ہُند ترجمان۔

موجودٕ صدی ہندِس نوی مِس دٔہلس منز چھُ کاشر غزٕلک اکھ نوو تہٕ قابلِ توجہ
دور بارسس یوان ۔ اہم اوکی زبلاتی شاعر صنفن مُقابلہٕ بھانچلیوو غزل مقدار
لحاظہ تہِ تہٕ معیارٕ اعتبارٕ تہِ ۔ توجہ طلب اوٚ موکھ زِ غزل صنفہِ ہندی موجودٕ تقاضہ
ژٕھر تھ چھُ کاشر غزل یِنہٕ گاشدار مُستقبلکی نوی امکان تلاش کران ۔ اَمہِ نوِ دورچ
خصوصیت چھے یہِ زاکھ منز ، باوتھ پڑاوس وول غزل چھنہٕ کُنہِ مخصوص تحریکہِ یا

روحانٕس آویزٕ تہٕ نہ چھُ قدیم تہٕ جدید کاشُر غزٕل کُنہِ چیز بہٕ۔ یہٕ چھُ تخلیقی سوٗتھرس بیٚیہ باوژٕ طرزِ حسابہٕ تہٕ اکھ بیوٚن تہٕ بدٕون اظہار۔ امہِ قبیلکین امتیاز بڑادن والین جوان سال شاعرن منز چھ شاد رمضان، فاروق فیاض، فیاض تلہٕ گامی، مجروح رشید، عزیز حاجنی، علی شیدا، برج ناتھ بےتاب تہٕ اکھ نسوانی آواز نسیمہ شفائی شامِل یِم اکی سے قبیلس منز۔ روزِتھ باوجود بیوٚن بیوٚن اظہارٕ بیانکی انہار پراوِتھ بیوٚن بیوٚن تجربن تہٕ احساسن زیو انان چھِ۔ اگرچہ یِہند مطالعہ وُنہِ کیہہ سیُدمُت چھُ تکیازِ یِہند اکثر کلامہ چھُ وُنہِ شارہ سوٗمبرنَن ہنز صوٗرت پراونے۔ تاہم چھےٚ یہٕ کتھ عیان زِ یِم ساری چھِ باقے شارٕ صنفن مقابلہٕ غزٕل لیکھان تہٕ ازتام یِہند چھاپ سیُدمُت غزٕل چھُ اُچھوتہٕ کھور یونُوِ حساگی ہُند باس دِوان۔ سو حساگی یوسہٕ نہ صرف نۄوی نۄوی موضوع تہٕ اچھوی تجربہٕ پراوان چھےٚ بلکہ تِمن تجربن باوتھ دِنہٕ باپتھ ورتاونہٕ آمٕژ زبان تہٕ سادٕر وار لہجہ پانہٕ ناوان چھےٚ۔

شاد رمضان چھُ مذکورٕ جوان سال شاعرن منز یِمہِ اعتبارٕ ممتاز زِ سُہ چھُ یِنہٕ تخیُل وو سِتس اُذی تھےٚ یِنٕز تجربہٕ تخلیق کران تہٕ تِتھ تخلیقس دوران اچھرن، لفظن کیو جملن تِتھ پاٹھی موضوعٕچ ترجمانی کرناوان زِ تُسند طرزِ بیان چھُ زِنہٕ لامحال باسان۔ سُہ چھُ پرسبھ کانہہ خیال، تجربہٕ یا احساس یہٕ ذٕیدِ زِ تہٕ عامٕ تہٕ غامٕ صوٗرژ منز پیش کران۔ شاد رمضان چھُ مٕ ازٕن روٗمانی شاعر مگر سُہ نہ چھُ قاضی غلام محمد سندی پاٹھی فرار کران تہٕ نہ چھُ رفیق رازنی پاٹھی صوٗفیانہٕ باس دِوان۔ تس چھ باضنے کلُم بےسوکھ انسانی صوٗرتحال

تہٕ کُنہٕ ذاتی زندگی ہُند کرب داوس لاگان۔ تَس چھےٚ پننی الگ زبان تہٕ سوزبان ورتاونک
ول بدس۔ تَسُند جذبہٕ ہٕنز اظہار چھُ اکثر شارٕ تجربن منز۔ تخلیقی وٕ پٕڈاو پٕراوان یُس چھُ موزون
تشبیہن، استعارن، علامژن تہٕ ترکیبن کام ہیتھ ماری مُندی پیکر تہٕ شبیہہ وٕتلاوان۔

ژٕ ما ووٚل تاپلیو رٕہنز تہٕ ساٹہٕ دار تل سمان
یہٕ وُچھ رٕنہے زکوٚت کال گو ومےٚ برٲنتی آہ واں



خبر چھُ کُس یہٕ سونچہٕ موٚت ڈٕنگاں تہٕ پوتجہٕ ٹھلیو ڈُس
نہٕ جہم مےٚ آوُن دِس نہٕ جھس بہٕ داٚرن سناں



وُچھاں کوٗری کوٗری جھکھ ژٕ آہ بانبر وٕ وُٹھس
مےٚ نش یہٕ آفتاب تاں اوس داغدار ہیو
جولہٕ پرستاں برٕتھ شوقہٕ وٕ وُٹھکھ شہر کینہٕ
کشفہٕ کرامات کرن والہٕ ژےٚ ما سٲنی خبر

فاروق فیاض چھُ غزلک شاعر تہٕ تمو چھیر سیٹھاہ کم وقتس منز۔ لوٚکن ہُند توجہ پانس کُن۔
فاروق فیاض چھُ عصری آگہی ہُند ظون بیدار کرِتھ انسانی زندگی ہندی وکھتہٕ تہٕ کرب لکھ
ژِہی محسوس کرِتھ اکس موثر مند شاعرس ہند باس دِوان۔ تَسندین شارٕ تجربن منز چھُ
فرد سُند صورتِ حال ا اجتماعی انسانی صورتِ حالک آہ ٹینتھ اُزی کس انسان سُند

ذاتی خوف تہٕ موئوسی ہندی اَہار وفہ تلان ۔ شارَن منٛز چھ باضنے ڈرامٲیی عنصر وفہ تلان یِیتہٕ باضنے کرِدارتہٕ کرِدارَن ہُند اوٚند پوٚکھ تہٕ پھاںٛپھلاں چھ ۔ باسان چھ تس چھ یِنٛن اوٚند پوٚکھ ویوٚد بیٚیتہٕ سہٕ باضنے عقیدتی تہٕ سماجی تصوراتَن ہندِس پوٚت منظرس منٛز پَنِنِن تجربَن احساسی سوٚتھرس بیٚٹھ اَمان چھ ۔ باسان چھ زِ تَس چھ زبانٕی ہندِ منٛز اِز تہٕ اَمیک محاوراتی نظام تہٕ معلوٗم ۔

زوٗل تمہٕ گامہٕ سیٹھاہ اوس دوٚد پچھ از چھے دوٚے

زاگ زھوراوِ پتو داو زھٹل بروٚنٹھ پوٚکُس



گامی گامَن دیان چھ ہیوٚتمُت سوگ

نارٕ موکل چھ یہر در شہرس



تتھ بَرِ مَجہٕ کُلِس اَز تہٕ پھولاں ما چھِ سیاہ پوش

یتھ بَرِ مَجہٕ کُلِس جود ہران راتھ لَنجَن اوس

مجروح رشید یوٚدوے نظمہٕ تہٕ لیکھان چھ امہ پوٚز غزل چھ تَسٕند منٛز ازُک ترجمان ۔ سہٕ چھ دُہمہٕ صدی ہندِس فکری نظامس تحت بیٚیتہٕ غزلک یِنٛنی ووٚنُن شیران امہ پوٚز تہٕ کرِتھ تہٕ چھُنہٕ سہٕ کُنہٕ مخصوص فلسفک یا نظریہک آویز روزان بلکہ ذاتی

زندگی ہندِس آسنس منز۔ کلہم انسانی صورتِ حال ژرژان۔ مجروح رشید چھِنہٕ سیدِ سیوٗد کانہہ خیال باوان بلکہ چھُ تسُند پاٹھی خیال بدلہٕ شبیہہ ووتلاوان تہٕ سو شبیہہ چھےٚ پانی پانے تحلیلس وُزناوان تہٕ معنہٕ تخلیق کران۔ سُہ چھُنہٕ گوڈے خیال ذہنس منز تھاوِتھ تمہٕ لفظہٕ جامہٕ وَلان بلکہ چھِ لفظہٕ تمہٕ کنہِ صورت پراوان زِ تجربہٕ چھ تھُنہٕ بوان۔ مجروح چھُ باوژِ منز۔ اختصارُک قائل تہٕ بوزَن والیس یا پرن والیس پیٹھ اعتماد کرِتھ چھُ شارُک مفہوم سمجھُن تمنے پیٹھ ترٛاوان۔

اَنس سمیہٕ رہیہ تہٕ لبن ژون وزیوو واو
مانوس شکلہٕ اوس مگر خاب کیتھ سُہ دژاو



جہارہ ہژ ی ژہنز کُجی پھلے منے چھاونک ہوس
خبر منے کیاز خوف ہیو ژماتیو نگل تیہ نگل وُہکھ

عزیز حاجنی چھُ پننہٕ مزاجہ تہٕ معیار مطابق غزلس پاراو کران تہٕ اکھ الگ رنگ ووتلاونچ سنجیدہ کوشش کران۔ تس چھُ غزلُک مزاج براہ راست یمہٕ کنہِ سہ پنن خیال یا تجربہ غزل شارن منز۔ کامیابی سان وَرتاوان چھُ سُہ چھُ کُنہٕ کُنہٕ تمی خوبصورت شار تخلیق کران زِ جذبُک تہٕ باوژِ ہُند میل چھُ تخلیقی ووتلاو براوِتھ اَکس جبہ ہُند شار شاعرُسند باس دِوان تہٕ شار بوزِتھ چھُ پرِتھ حساس قاری سندِ اَسہ واہ بیھران۔

تِم ژُکھ چھ پرٛزی آفتابکی اَڈٕ تہٕ سیٹھاہ میٹھی

تِم ژُکھ چھ مگر سیدی تہٕ شرٕمدار ژکن کتھ

حاجنی یس چھےٚ پنٕنی عصری زندگی وٕ آراگ ژُلان تہٕ اتھ منز ہیٚبتہٕ آمُت وجود چھُس موئوسی تہٕ خوفُک شکار گرٛدھتھ پرٕزھیوٚن باسان۔ یِمنٕہٕ قدرشکنی ہنز تلخی دِترٛاوِتھ چھُ درپردٕ پرانِمن میچھن قدرن ناد لایان۔ تس چھُ راونُک احساس خوف بنِتھ بار بار وٕ ژلان تہٕ یہ راون تیوٚل چھ تہنٛدِ ین شار تجربن منز۔ انسانی زندگی ہُند کرب بنِتھ باوتھ پرٛاوان تہٕنز۔ عام فہم زبان چھےٚ شاعرانہٕ اظہارچ پابند۔

ہے بابہٕ میانہٕ منگ سری یہ کنٛز زتہٕ فی الحال

سرسٲوی سیاہی چھےٚ ژوٕ وٲپٲری وٕلِتھ نال

ہتہٕ راز اکھ ژٕزھراوِہا کاتہٕ جلے چھِنہٕ محفوظ

پوٚت یارِ ون منز۔ تہٕ وونی یرن ہٕ زٕلرٕ ژال

کن کناں گرٛزھ یہ چھُم مےٚ لون مگر

ٲنچھ روٚستےٚ تہٕ بےٚ حساب مہٕ کن

فیاّمن تلہٕ گامی چھُ غزلس منز۔ ییٚمنٕ شاعرانہٕ صلاحیژن ہُند باس دِتھ اکھ فنی ارتقاء پرٛاوان۔ تہٕندی تجربہ چھ بظاہر عامیانہٕ تہٕ مگر ویدی۔ یِمنٕہٕ تخلیقی ہوشمندی تہٕ باوژنہٕ طرزِ ستی چھُ شاعرٕ تمن تجربن ہندی نوٚی تہٕ معنہٕ سٲوی اہار بدٕ کڈان۔ برج ناتھ بیتاب

چھُ عصری آگہی ہُند نیب دِتھ پٔنٕہ منفرد آواز ہس منز۔ ژ بینہٕ وَن دِوان۔ علی شیدا چھُ اکس نوِس تہٕ پُرمغز شاعرٕ سندی پاٹھی پننین تجربن باوتھ دِوان۔ کٲشِر ہس منز سماجی زندگی منز روزن ہتہٕ بدین ؤرِ دٕین زنانہٕ کاتھہ اہمیت شاید چھُسے وجہ زِ ش دیدٕ تہٕ حبہ خوتوٗنہٕ پتہٕ چھُ کاشرِس منز زنانہٕ شاعرن ہُند تعداد نہٕ آسنس برابر۔ اُتھ پوٚت منظرس منز چھِ نسیم شفائی ہنز آواز کنہٕ گرٕ شہان چھِنے، دِل چھُ ووکھ کڈان۔ نسیم شفائیٔ چھِنے نظم تہٕ غزل لیکھان تہٕ اُہندِ غزلس منز چھِنے کأشرِ زنانہٕ ہنز نرم تہٕ نوٗزُک حِساگہی محسوٗس سپدان تہٕ اُہندِس اظہارس منز چھِنے کأشرِ لکہٕ شاعری ہنز گنگرٲے کنہٕ گرٕ شہان۔

تُس چھُ اچھرن ہُند خزانے روومُت

کاکدس کیتھ سوٗزی نمُ شہمار راتھ

شاعرن ہنز اکھ نوٚیُ چھِنے کأشرِس غزلس سگناوان۔ یِہند غزل پرٕتھ چھُ باسان زِ یِہند شاعرانہٕ ارتقا بنہٕ یِہُند شاعرانہٕ وجوٗد چ پرزنتھ یمن منز۔ گلشن بدرنی، شہزادہ رفیق، شبنم گلزار، علی الیاس، نثار گلزار، عنایت گُل، حسرت حسین تہٕ شہناز رشید قابلِ توجہ چھِ۔

## نۆو کاشُر غزل

# لِسانی تہٕ معنوی تہہ داری

ڈاکٹر فاروق فیاض

کاشرِ ادبی صِنفن ہنٛدِس تواریخی پوٚت منظرس زول دِنہٕ پتہٕ ووتُس بہ یتھ نتیجس پیٹھ زِ یمن منز چھےٚ رِوایت پرستی ہنز۔ مثالہٕ وارِیاہ دریٚنٛھی گرتھان تہٕ رِوایت شِکنی ہنز دلیلہٕ چھےٚ سٹھاہ کم بروٚنٛہہ کُن یِوان۔ ہیٚتی تہٕ لِسانی سوٚتھرس پیٹھ یِلہٕ کُلہم غزل صنفِ ہنٛدِس اساسس پیٹھ تجزیہ کرنہٕ اوس یِوان، نقادن ہنز اکھ بڈ جماعت آس یتھ کتھِ ستی اتفاق تھاوان زِ غزل بحیثیتِ اکھ خود مختار۔ اکھ منفرد ادبی صنف ہیکہٕ نہٕ بغاوتک تہٕ انحرافک کُنہہ تہٕ کُڈر یا بار برداشت کرِتھ۔ غزلس متعلق نقادن ہنز یہ رائے رُوز وارِیہس حدس تام مُقرر تِکیازِ اکہ پتہٕ متس دوٚرس رُود کاشُر غزل کُنہٕ بجہ تبدیلی یا انحرافہٕ نِش وارِیہس حدس تام خٲلی۔ اَتھ پوٚت منظرس منز چھُ نۆو کاشُر غزل۔ غزل گوٚیی ہنٛدِس تواریخس منز۔ اکھ اہم انحرافی عملہٕ تہٕ تبدیلی ہنز۔ نمایندگی کران۔ اگرچہ مہجور تہٕ آزادن غزل تہٕ اوس اکِ طورٕ تہٕ خوشبوونہٕ تبدیلی ہُند زیٚنہٕ وَن دِوان مگر یِہنٛد انحراف رُود صرف یِہنٛدین غزلن تام محدود تہٕ یہ ہیوٚکہٕ اکہ نوٚو رِوایژ ہُند صورت اختیار کرِتھ۔ اَتھ بر عکس اُنی نوی غزلن تواریخ کُس اکُس خاص

موڈس بیٹھ زاینٛ بین واجبہٕ فکری، تمدنی تہٕ نفسیاتی رجحان تمی آیہٕ تخلیقی سوتھرس بیٹھ برونہہ کنٛ زٕ لفظن آو نو معنہٕ مفہوم عطا کرنہٕ ۔ زندگی ہندی زٕ تقاضہٕ گیہٕ تبدیل تہٕ نوو سماجی نفسیات آو بارسس ۔ امی نوی نفسیاتن تہٕ لحاتی زبنہٕ قطرن کیتھ پاٹھی زٕ وو سائنس کاشرس غزلس پیٹھ اثر تہٕ لسانی تہٕ معنوی تہہ داری کیتھ چھُ نوس کاشرس غزلس منز تخلیقی سوتھرس پیٹھ نوین شعری امکانن تہٕ فکری جہاتن ہند انکشاف کران ، میانہٕ یمہٕ مقالک منٛ نہٕ مقصد چھُ تی بہٕ کھُر کرُن ۔ بہٕ کیتھ حدس تام چھس اتھ کوشش منز کامیاب گومُت امیک فاصلہٕ چھُس تعظیماہ ادبا بہٕ توہہ پیٹھ تراوان ۔

لسانی تہٕ معنوی اعتبار پیٹھ باوٕزہن تہہ داری آیہٕ کاشرس غزلس گوڈنکہٕ لٹہٕ بیتمہٕ صدی ہند شیتمہٕ ڈہلیہٕ تہٕ نادم ، کامل ، راہی تہٕ فراق نی ذی اشتراکی فلسفہ کہ حوالہٕ یُس فارمولائی ادب تخلیق آو کرنہٕ یا یم غزلہٕ تخلیق آیہٕ کرنہٕ تمہٕ منز ۔ اوس یسلہ پاٹھی موضوع یکرنگی تہٕ لفظن ہند گربر اوس دلہٕ کھوتہٕ دماغس زیادٕ متاثر کران یُس شاعری ہندس بنیادی رٔوحس برخلاف چھُ ۔ یمو زٕ یوٛن سٹھاہ جلد فکری تہٕ فلسفیانہٕ تہہ داری ہینکہٕ نہٕ ذاتی محسوساتن کامیاب شعری تجربن منز تبدیل کرتھ ۔ یمو کر تمہٕ نفسی پیچیدگی تہٕ تہہ داری ہنز کتھ یوٛ زن عصری انسان سند بنیادی مسئلہ اوس ـــــــــــــــــــــــــــ

ـــــــــــ تمی زٕ وو شیتہٕ پتہٕ کس کاشرس غزلس منز اکھ نوو تہٕ ماری موند طرح ۔ شاعرن ہنز اکھ ترٛتھ چھو کھ آیہٕ کاشرس غزلس باگہٕ یمو زبان ، لہجہ TREATMENT تجربہ حسیات

تہٕ شعری توٗ ژکِس سوٚتھرِس پیٹھ کاشُرِس غزلس منز۔ انقلابی نوعیتچ تبدیلی آیہٕ۔ انفرادی سطحس پیٹھ ژینچہٕ عملہٕ دوران ییمہٕ ہیجان خیزی منز۔ کاشرِ غزل گوشاعرس گُذرُن چھُ پیوان تِمیک معنوی پوٚت منظر تہٕ اظہارُک پیش منظر دوشوے چھِ منفرد، ذاتی بدوٗن تہٕ سٮ۪ر ساوی۔ یوٚہے وجہ چھُ ز نوٚس کاشرِس غزلس منز چھِ گٔہے وُٹھ پھسراے تہٕ گٔہے عود کلامی ہُند لہجہِ نمایاں سپدِتھ برونہہ کُن یِوان تہٕ کیٛنہہ چھُ سوالیہ اندازِ نوٚ کاشرِ غزلہٕ ہُند امتیازی ژینہ طرزبیان۔

کیٛنہہ مثالہٕ وُچھتوٚ ــــ

اَز یِلہٕ لٲوِ تیوٚ نگل ژاپان پیوٚو شاروٗن
ٹلی ہیتھ شٹہٕ تھوٚوکھ یلہٕ اوٗم ازماوان دِل

راہی

ییٚلہٕ وُٹیٚلہٕ روٗز دوٚہ پرژھایہٕ دِلس رایہٕ گناں
نظرِ زانہہ پان پنُن آو نہٕ یُتھ شہرس منز

امین کامل

بختہٕ بوٚڑ چھکھہٕ ژ شہر ترٲوِتھ آکھ
گام ووٚتھ تہٕ راو بوتنِن نَل

قاضی غلام محمد

شُہُل کتھِن کرٕ کھ شاد تٕرٛزٕ چھُ ناپٕ رٛزٕہن
طُفانٕکی داو تہٕ وِچ پٕھٹے سایبانس تَل

پریم ناتھ شاد

سینہٕ دِمہٕ کھتہٕ کھتہٕ دِولابس ماژ کرِیِ
شاپٕہ وَرٕشُن یُس تہٕ یُون بے چھُ بس

رسُول پوٚمپُر

خوابن تامُہ تَن رٕتہٕ داوی
تہٕ چھِ تہذیبس زیٹھان نَم

مرغوب بانہالی

زانہٕ دٕے یِم جانور آیِن چھِ زٕ امی کیازٕ دُنی
سانی کِنِ پوشُت چھُ اکھ سرتاز لشکر بنیہٕ تہٕ کیہہ

نذیر آزاد

خبر چھُ کُس یہٕ سونچِہ مُت ڈٕنگان تہٕ پوتہٕ پھِلِ ڈس
تہٕ چھِم مٕے آولن دِلس نہٕ چھُس بہٕ دامن سنان

شاد رمضان

شخصیژ ہندِ جھڑل عکاسی ہندِ وجہ چھُ نوِس غزلس منز جِسی اِمکانات ہُند اکھ وسیع تہٕ خاموش سمندر دیدن تِل یوان۔ واقعات تہٕ دارٕی داتن ہندِ شیرِ ل باوُژ بدلہٕ چھُ تونزانن ہندِس ہیجان خیزی پیٹھ زور یوان دِنہٕ۔ یہ باوتھ پھیٹے بتنہٕ جایہ بذاتِ خود استعارٲتی امکانات ہُند حاصل تہٕ توے چھُ امہِ قسمکس اکِس اکِس شعرس منز مرکب استعارن ہنز اکھ لطیف کیفیت تہٕ خوشبوے لبنہٕ یوان۔

سونزلہِ پھِر کَس منز کُنی تجہِ کلایہٕ ژیر وُہن
شینہٕ شرط ہوی سوختہٕ موسم چھاوان دِل

راہی

خیالہٕ گامہ کنِ اگر مےٚ سایہ مابہِ ہُند سمکھ
پُژرھس ژونہٕ راورِتھ تھُنتھ کیتھ امار کر

نسیم شفائی

نیسنہٕ بھمس بیٹھ اوُبرٕ کی پش دِتھ پژھتھ اکھ لُر
یَتھ بستی کُنیتھ نوو موسُم ازماوان چھُس

رتن تلاشی

راتھ سیاہ بیہ سیمیجہِ سرو نگرِ منز۔ وُچھونی گر
مُعلق وُزِتھ اکھ اکھ ژُرن گنز۔ راوان چھُس

رتن تلاشی

ژٕے اوسٕے گاشہِ بل وسنگ سبزہاوس وُہاں اندری

تمسی پتھ ماگہ شہرس منز یہ چھُنہٕ شوباں ژٕے مابوٗزتھ

مجروح رشید

سونہ لِہ پھر کھ، کتہ جہ کلام خیالہ گام شبنہٕ تھم اوبر پش سمیہ سرونگ، ماگہ شہر، گاشہِ بل، سبز ہاوس بیتر پرتھے ہشہ یم ترکیب توٗس کاشرس غزلس منز دریٹھی چھ گژھان چھنہ کنہ تہ ESTABLISHED لسانی نظامکی یا تہذیبی علاقکی دین باسان بلکہ چھِ یمہ ترکیبہ زمانی لحاظ حالہ چہ کوچھ منز. لمحہ یہ لمحہ زائین لبان تہ یمن پتہ کنہ فقط شاعرُ سند تخلیقی ذاتک بحران ڈکھس چھ. پھر وے بیکروتے شعرن منز یُس حسی دُنیا تعمیر چھ کرنہ آمت سُہ زانہٕ خاطرٕ چھُنہٕ گُدرِ یمنہٕ وقتک ڈوکھ حاصل کرُن بلکہ چھ چھورِ چھورکرِ وُنہ حالچہ دگہ ہند عرفان حاصل کرُن ضروری. حسی ترکیبن ہند استعمال چھ نوِ کاشرغزلک اکھ ماری موٗنداہارامہ ستی سیُد کاشرس غزلس سہ فضاموییر ییمہ ستی اکھ پرن وول یمن معنوی جہاتن دریافت کرنس بیٹھ مجبور چھ گژھان یُس زن ازی کہ ذہنی انتشار تہ بےیقینی ستی پادہ چھ گومُت. نوِ غزلک یہ شخصی تہ غار رسمی لہجہ چھ شاعرن نوِ حسیتہٕ ہند ترجمانی کران تمی سُند منفرد طرزِ احساس تہ نوِ انداز نظر چھ ژینہ وُن دوان.

ذہ زری تن وجودک یہ نیحر ذہ زری تن

زہر دژا و خوابکی سُرف نالی ترٛاو و

رفیق راز

میانِس منظر نامس پیٹھ زٕ رے منظر
اکھ بر ہٕمتہٕ گوٚلانچ زھلے ہے خاموشی

رفیق راز

گرُ کیتیوٚ روٗ وے کموٚ رنز ناوِتے
چھے ہٕری حاضر اٰنی واوَن تلمِتھ
تارِ کوٗٹس چھ اشتہار مرٕتھ
پرنہٕ بروٚنٹھے ژٕ کیا زیوکھ ہٕرتھ

رُسل پوٚنپر

سوٗر ہٕ ڈیرک تیوٗ نگل وُہاں رٕوٗدُس
دوٗر زھاین بہٕ مِتی کراں رٕوٗدُس

شاہد بڈگامی

محفلِ اذکار اَس طیس پیٹھ پانہٕ خُدا اوس صدر نشین
اٰتھی منز بڈِ یوڈ نجاوارا ژاو ہٕ زٕھ ی جنہ بٕری نم راتھ

غلام نبی خیال

دُچھوس تونہِ منز اکھ موخہٕ ہوتر رٕ
سُہ جانا ور وُڈِتھ گوٚو آسمانی

مشعل سلطانپوری

لسانی سوٗتھرِس پیٹھ اَسی یِلہٕ نوٚس کاشُر غزلہٕ کِس جمالیاتی ساختس سُنان چھِ، یہِ چھُ نفی ہُک پوٚت منظر، یتھ اثباتہٕ کِہن گُیتھ گوشن ہُندیہٕ بہٕ دِوان بلکہ استعاراتی طور قاری سُند ظوٗن پھرناونچ کوٗشش کران AFFIRMATION چھِ توٚس کاشرِس غزلس منز NEGATIONS منز تبدیل گژھان۔ یہِ چھےٚ تیٚلی ممکن یِلہِ سوچس تہٕ احساس درمیان اکھ سرٕ نۍ کھےٚ ہیکہِ اَستھ۔ نفسی تفاوتن تہٕ داخلی بوحرانکہِ یِمہٕ کربلا منٛزی نوٚس شاعرس گذرُن چھُ پیوان، سُہ چھُ پزتھ ESTABLISHED پزرن پیٹھ کُنھ کرتہٕ وِزرُن تہٕ راوان تہٕ شاعر سُندیہٕ راوُن چھُ تمس NEGATION کِہن اَنہٕ گٔژ جزیرن ہُند سار کرناوان۔

وُچھتو یِمہٕ کینہہ مثالہٕ۔

نہٕ کانہہ اِشارٕ دِلس تھَف تہٕ کانہہ اداقابِل
ژٕ وُتہٕ کینہہ تہٕ منےٚ ناچھُم مٹی وسان اوٚند پوٚک

فراق

نےٚ یوٚنٛ اَچھن ژھایہٕ نہٕ پھیر اے وُٹھن پیٹھ
سمکھو تہِ اگر کانہہ تہٕ لوٚہے گڈہٕ نہٕ گُڈا ہیوٚ

راہی

اگر کُنہِ جایہِ زانہہ الغایہٕ سمکھکھ
منٛےٚ نے پرزنکھ قدم ییٚنہٕ تیز تراوکھ

شاہد

آسی ترٲوِتھ کٔلی گوڑن تَل بیٹھی جانا ور سٔمبھ
بابرِ تھ چھینہٕ نٔبری تہٕ ماجِن وچھ ژٕہن لکھ کیا وٕنَن

شاد رمضان

شہر زگِ تھوٗ نس رہیہِ لیکھتھ
صُبحکِ واوِ تہٕ چھینہٕ شیہلان

نسیم شفائی

راتی راتس ووتھ ٲچھن اندر سمندر ریٖیہِ نہٕ کیہنہٕ
گزلہٕ وقتن لس بھرن اکھ رۆد ژرادر ریٖیہِ نہٕ کیہنہٕ

ندیر آزاد

اَزکی کأشر غزل لیکھن والی شاعر چھ نوین تخلیقی تصوراتن تہٕ معیارن نش حأرت انگیز حدس تام باخبر۔ تم چھ عمومی تجربس انفرادی تفکرٕ تہٕ تونر بخشتھ معنے کہن تونیہ جہتن کُن پرن وألس ظون پھراوان تی چھ وُچھان زِ نؤس کأشرس غزلس منز چھینہٕ علامتن ییہٕ کنہٕ کانہہ تہٕ اصطلاحی پُرت منظر بلکہ چھُ یِتھ علامت نوین شعری کیفیتن تہٕ تجربن ستی پنُن معنہٕ بدلاوان روزان۔ نؤس کأشرس غزلس منز۔ یوسہٕ ارضیت دریٹھی چھیے گرتھان تمہٕ خأطر چھ سون نوٚ غزل گو شاعر تمنے علامتن ہند استعمال کران یم تمن اندی پکھس منز دیدن تَل چھ۔ تہٕ یم تمی میٚنز ہندی پادا وارچھ۔ یمہٕ میٚنز ہند پادا واو یا نہٕ شاعر چھ زونگ مشاکی، جوگی، برجہٕ کُل جانا ور، بُرز پیٚنی، وگوی، ٲبہٕ، زبروٚن شنشر کاٹھ، آستان، جنگل، دریاو، شہر بیتر

درجہ واد لفظ چھ علامتی رنگس منز۔ نو نو آیہ یتھ پاٹھی ورتاوان استعمالس منز۔ اَتہٕ زِ شعرن منز چھ یُتھ تیُتھ ابہام پادٕ گژھان ییُس پرن وٲلِس بیٚیہِ تہٕ بیٚیہِ شعر پرنہٕ، پرکھاوٕنہٕ تہٕ شعرُک جمٲلی تہٕ جلال سر کرنہٕ خاطرٕ اُکساوان چھُ۔

مقامیت چھےٚ نوِ کاشُر غزلہٕ ہنز۔ بیاکھ اکھ معنوی جہت مگر ییٚتہٕ نِس چھےٚ یہ کتھ یاد تھاونی لایق زِ نوِس کاشرِس غزلس منز چھےٚنہٕ یہ مقامیت Landscape beauty ووتلاوِتھ پادٕ سپدان بلکہ چھِ نوی غزل لیکھن وٲلی شاعر یہ مقامیت تُلوٕ علامتو استعارو تہٕ اشارو سٍتی پادٕ کران تہٕ یتھ کنی چھِ لفظن ہُند یہ علامتی ورتاو ورگہ پاٹھی اکھ خاص جغرافیٲئی اکائی تہٕ اکھ تہذیبی علاقہ دیدن برونٹھ کنہ انان ، دٕچھتو مین شعرن منز۔ کمہِ آیہ چھےٚ سانی زمینہ چٕن علامتن ورتاوِتھ مقامی شناخژ ہُند شعوری تو ژُوقلاوِنہٕ آمُت۔

گوٹ شُشرِی راژن ہُند بناں سنگلاخ
یان زالان چھُس ستارن سٍتی

حامدی کاشمیری

بٕخنہٕ یوٚڑ شہر تراوِتھ آکھ
گام ووٚتھ تہٕ راو بونُن تَل

قاضی غلام محمدؔ

مونُم: وشال وولرٕ تھس یتھ درکھ ژٕ گاش
مانِنہٕ: وُجارِ خواب اَچھن منز سرکھ تہٕ راو

مجروح رشید

تاشہ وَنُک شروٗز تہٕ صدا پیوم سُرن چانہٕ موکھے
بر مجہٕ کلین تَل تہٕ دوٗپُھ سرژ فقط میون کُنُے

شاد رمضان

نوٗر گاژِ مَشالہِ ژھیٚو کائے
راتی راتس چھُ ناگہٕ رادِ وَ دُن

مجروح رشید

کُس کرِ جرُت لاگہِ سبیل
کَتہٕ لوٗی نوٗٹ کرِتام پھُچاو

رُسُل پوٚنپُر

بوٗنی یوٚسہٕ سانہِ شاعری منز اوترِ اوترِ تام عظمژ بجرِچ تہٕ بختاوری ہندِ علامتہٕ ژنگو استعمال اُس یوان کرنہٕ نوٗس عزلس منز پھٹے بوٚنہٕ ہند ثقافتی معنے تبدیل گژھتھ اَمہٕ کہ ہمہٕ جہتی معنے یَس منز۔ وَرتاونہٕ یوان۔ یہِ چھُ تاریخی تسلسل کس زِنگس منز۔ فراق تہٕ ہجرت کہ دگہٕ ہندس تصورس منز۔ جغرافیائی تبدیلی ہند یوٚت منظرس منز۔ identity crises تہٕ بطور زمانی بُحران کہ علامتہٕ ژنگی یوان نوٚس کاشرس عزلس منز استعمال کرنہٕ۔

کم بوٚنہٕ شہلی ہے نرِ یانہٕ دِوان تالس
کُنہٕ ژھایہٕ بچھِ چھا کانہہ روزان تہٕ نادٕ وے

ناظر کولگامی

بختہ بوڑڑ شہر ترأوِتھ آکھ
گام وۄتھ تہٕ راو بونِن تَل

قاضی غلام محمد

راہ مُسافرن دۄد بیِٚلیے ڈزن شناخت بۄنی ڈز
ڈل وولُر دۄدٕ وبتھ، وشو ڈز کوہ تہٕ وَن

رُسل پوٚمپُر

سُہ کُلی فقیر جشنہٕ گاٹی گام بوٚنہ تَل ژُ سِتھ
لوکٹ سو کورِہن تھتر، لمان مٔنے اُس دامنٕ

شاد رمضان

سو بوٚنی ناگہ راد بینڈ جانور تہٕ بولیوش
وۄدنی کھنگری کنلی یہ کوہِ میتو ژہٕ نا کھشتھ ہکھ

مجروح رشید

ییڈ بوٚنی سرکِہ راتھ ژہٕ ہاں اُس کلمہ وَچھ
چوکس اندر وۄنُتھ مٔنے پکان اورے ژھۆپ ڈوزر

فاروق فیاض

نۄس کاشرس غزلس منز چھ زبأنی ہُند اکھ نبرل تہٕ تۄ و ورتاو درینٹھی گژھان۔
لفظ چھنہٕ مانوس کلچرل ایریاہ۔ منز ژارتہٕ یوان بلکہ چھ تلازمت کین علامتن ستی یوان منسوب
کرتہٕ نقطن ہُند یہ نۄو تعبیر چھ پرن والی سندس احساس پیٹھ، مٔنتھ پاٹھی اثر تراوان۔

تس چھُ سوُرے شعر فضا ویود تہٕ پننٕ باسان ۔ شاعر یوس زبان حِسی تجربہ کہ اظہار خاطر استعمال چھُ کران سُہ چھُ بیٚہ تکلف لسانی پانہٕ نیار کہ مانز ۔ ولیتھ ۔ تیمہ رنگیٖنی تہٕ نزاکت تمیک ووشلن تہٕ تمہ شیہلتھ تہٕ چھُ پرن وول تیتھے پاٹھی سران یتھ پاٹھی پانہٕ شاعرن سوٚر مُت چھُ آسان ۔ امہ ستیٖ درایہٕ کاشر غزل دلیوانہٕ خانہٕ کھوآرایشی زدنہٕ ڈلو منز نبر ر تہٕ اکھ میوٚل تاشہٕ وانک نزر تہٕ گامہ وٚرتہٕ ہتر ۔ گردیہٕ بشہری وٚتن ہتر منز ۔ اکھ منز ۔ چھُنہٕ کانہہ شک زِ کاشرس غزلس منز اوٚن consumer label تہٕ نوٚو لہجہ گوڈنکہٕ لٹہٕ کامل صابن مگر ووٚنی چھِ سانی نوجوان لکھارِ اکھ منز تیٖچ ماہر بنیمٕتی زِ یہ چھُ سانہٕ نوٚ غزلہٕ ہند اکھ خوبصورت اظہار بنیومُت ۔ مگر اکھ کتھ بیٚیہ یاد تھاوٕنی زنوٚد کاشر غزل گو شاعر چھُنہٕ رلبواییتی غزل گون ہندی پاٹھی لُکہ محاورن ہند استعمال کران ۔ سُہ چھُ باجر زامہٕ ستیٖ چھُ شعری تجربہ اکھ لُکہ تجربہٕ بنان یُس داخلی شعری وجود خاطر سم قاتل چھُ مانہٕ لیوان ۔

ہوٚنی، آرمیٖنی کلم کدل، تیو نگل، لفافہٕ، توٚنت، وٚگوی، وان کُلی فقیر بیتر لفظیم زٕ ن رلبواییتی غزلہٕ زبانی خاطر اچھوت آسی لیوان گنٹرہٕ تہٕ چھِ ووٚنی نوین معنین منز استعمال لیوان کرنہٕ تہٕ شعرن منز باوتہٕ آمتی تجربہ چھِ اکھ نوٚو رنگ رٹان ۔

سونتہٕ سُل کھُٹھ کوٚش شیٖنہٕ ژھُٹھ
کاٹھ ژٕنہٕ کانگرِ مٕے برنا وم تہٕ دراس

مازہ ہاکُس پوٚز میٖن پھر اٹل دوٚسن
ہوٚنی وٚوٚنہٕ ہم براند تھ پاول چھٕے از

فاروق فیاض

اُسی کُڈِکھ بازر ٹھوکھ وانَ کیتنز
پڑتھ خریدارس وڈنکھ تڑے وَن نرخ

شاد رمضان

نہ تیر کَش چُھ سلامت نہ بے خطا گو و تیر
تسکاریارِ کُلِس تَل وُچھان غلام فضول

گُلشن مجید

# نظمہٕ تہٕ غزلُک امتیاز

اُردوٗ پؠٹھ ترجمہ:

شمس الرحمٰن فاروقی — ڈاکٹر جی ایم آزاد

بہٕ ہرگہہ کمتی ہٹھ تہٕ شٹھ گی اختیار کرٕنی یٔژھ بہٕ ہیکہٕ وٗنِتھ زِ چونکہِ نظم
چھےٚ اکھ باگہٕ برٕژ اِصطلاح، یِمہٕ کنہِ پریٚتھ کُنہِ قسمکِس شعری کلامس نثرٕ نِشہٕ فرق
کرنہٕ کہ غرضہٕ نظم وٗنِتھ ہیکوَ (جب سے دیکھی ابوالکلام کی نثر، نظم حسرت میں
بھی مزا نہ رہا؛ داغن چھِ عاشقانہٕ معاملات رٕتی پاٹھۍ نظماوی مۍ بیترِ) لہذا
چھُ غزل تہٕ اکہِ طریقہٕ نظمے۔ اَمہِ منطقکہِ زاوی جارٕ کنہِ چھُ غزلُک اصطلاح
بے معنہٕ بنان تہٕ یہِ ہیکہِ وَنہٕ یِتھ زِ غزلس تہٕ نظمہِ منز چھنہٕ کانہہ فرق۔ مگر تفریح
خاطرٕ گفتگو اوٗک طرف ترٛاوِتھ اُردوٗ فارسی شاعری ہنٛز رِوایژ ہندِس
پوت منظرس منز ہرگہہ اَتھ مسلس سٔنِنہٕ یِیہِ، کتھ ہیکہِ سپدِتھ بحید، بنتھ
تہٕ چھیکرس ہیکہِ یہِ نتیجہِ تہٕ کڈنہٕ یِتھ زِ غزل تہٕ چھُ اکہِ طریقہٕ نظمے آسان۔

اَمہ کتھِ نِش اَچھ ڈُوتھ زِ یہِ نتیجہِ ہیکیاہ اَسہِ مُطمین کرِتھ کینہِ نہٕ۔ بحث ہیکہِ ہنا یتھہٕ پاٹھۍ کرِتھ یتھ :

۱۔ غزلس چھُ مطلع تہٕ مقطع آسان۔ نظمہِ تہٕ ہیکہِ مطلع تہٕ مقطع آستھ۔ ضروری تہٕ چھینہٕ یتھہٕ پاٹھۍ زِ یر بتھ کُنہِ غزلس آسہِ مطلع تہٕ مقطع تہِ۔ ظفر اقبال تہٕ زیب غوری ہندِ اوکُن سنہٕ باوجود چھ ازٕ (تہٕ از برونہہ تہِ) تتھۍ غزل گو موجود، یمَن ہندن غزلن منز یوٚدوَے مطلع تہٕ مقطع دوٚنوَے چھینہٕ آسان مگر مطلع چھینہٕ یقینَن آسانی۔ خلیل الرحمٰن اعظمی سنز چھےٚ برونہہ کنہٕ مثال، یُس نہٕ مقطع زٕ نہینےٕ تہٕ تھوان اوس۔ غالبس بیٹھ چھےٚ تہٕ مشہور الزام، ڈوڈ شعر تیےٚ آسان اوس مطلع تہٕ مقطع غالب تہٕ ہتہٕ برٕ نظمہٕ چھےٚ ترٛٹھ، یمَن منز مطلع تہٕ مقطع دوٚنوَے موجود چھ۔

۲ غزلس چھُ ردیف قافیہ آسان۔ نظمہِ تہٕ ہیکہِ ردیف قافیہ آستھ تہٕ آسان چھُ۔ اَتھ سلسلس منز چھینہٕ مثالہٕ دِنچ شاید ضرورت۔ ازٕ تہٕ چھےٚ پابند یا مُقفّیٰ تہٕ مُردف نظمہٕ وَنتہٕ یِوان تہٕ جدید شاعر تہٕ چھِ وَنان، مُنیر نیازی، ساقی فاروقی، شہریار سُند ناو چھُ فورَن ذہنس منز یِوان۔

۳۔ نظمہِ منز چھُ مربوط خیال آسان۔ غزل چھُ یوٚن یوٚن شارَن ہُند مجموعہ آسان۔ مگر غزل تہِ ہیکہِ مسلسل آستھ تہٕ آسان تہِ چھُ۔ برٛانیو شاعرو چھِ مُسلسل غزل تہِ وُنی مٕتی۔ سانِس وقتس منز ہیکہِ جمیل الدین

عالی ، ابن انشاء ، ظفر اقبال تہٕ عادل منصوری سُند ناو ہیٚنہٕ یِتھ ۔ مگر بیاکھ

کتھ چھےٚ زِ یِہ چھا ضروری زِ نظمِ منٛز آسہِ مربوط خیال ؟ ۔ اکثر نظمہٕ (خاص کٔرِتھ

جدید نظمہٕ) چھےٚ منطقی اعتبارٕ بے ربط ، یوٚدوے داخلی ، تخیلی یا جذباتی

منطقہٕ لحاظٕ بار ربط آسان چھےٚ ۔ جدید نظمن منٛز چھےٚ اکثر ترِتھ نظمہٕ یِمن منٛز

صرف آہنگُک ربط چھُ ۔ غزلس منٛز تہٕ چھُ اکثر اکھ داخلی ربط لبنہٕ یوان

تہٕ آہنگُک ربط چھُ آسانی ۔

۴ غزلہِ کین شارن ہُند تعداد چھُ گنُڈتھ ۔ نظمِ منٛز چھُنہٕ مصرن یا

شعرن ہندِ تعدادُک کانہہ گنَڈ ۔ یِہ تہٕ چھُنہٕ صحیح کینہہ ۔ غالبن کوٚر دعویٰ زِ

اَہہ ہند غزل چھُنہٕ نوٚو شارو ہُریماہ آسان مگر سُہ ہیوٚک مشکلے یِہ بناوِتھ ۔

دُغزلہٕ ، ترے غزلہٕ ، ژغزلہٕ رلوایتہٕ بیٚٹھ ترٲوِ و صرف نظر ، توتہٕ چھُ میرٕ

ہُند بیٚٹھہٕ فراقس تہٕ مومن تلخس تام اکِہ کھوتہٕ اکھ زیوٹھ غزل موجود ۔

۵ نظم ہیکہِ ژھوٚٹہِ کھوتہٕ ژھوٚٹ آسِتھ ، مگر غزلک اکھ شعر چھُ ممکن ، اکِہ

شعرُک غزل چھُنہٕ ممکن ۔ یِہ دلیل چھےٚ غارٕ علمی ۔ نظم ہیکہِ ژھوٚٹہِ کھوتہٕ

ژھوٚٹ آسِتھ مگر کِتہٕ ژھوٚٹ ؟ کیاہ اکِہ لفظِچ نظم ہیکیاہ آسِتھ ؟ مغربی

شاعرو کٔر کُنہ کُنہ یِژھ کوشش زِ اکی بے لفظس یِیہِ نظم بناونہٕ ۔ مگر تِہ

تِہ آو لفظ بنِنہٕ اصلی صورژ منٛز ۔ رٕ ورتاوِتھ یِہ تِتھہٕ کنٛی لیکھنہٕ زِ

ہش ہیٔیت چھےٚ بنان ۔ اپولینر PICTOGRAM سُندی

CALLIGRAMME یا کانکریٹ شاعری ہندی IDEOGRAMME تہٕ
پیٚٹھ اَمہِ قبیلچ کوشِش۔ مثلَن (نظمہِ ہُند قدر و قیمت اوٚک پاسہِ تھٔوِتھ)
چھےٚ اکھ نظم یتھٕ پاٹھۍ:

J:U:N:G:L:E

یہِ چھُ نوٚن زِ لفظ چھُ اکوے یعنے JUNGLE مگر یہ تہٕ لفظ CAPITAL
لیکھتھ تہٕ ہرتھ دوٚن لفظن منز۔ باگ زٕ پھیرِتھ تراوِتھ چھُ اکھ تصویرِ ہُند
ہیوٗ فضا قایم کرنہٕ آمُت، ییٚمہِ کہ وجہ نظم فلمہِ ہنز واہ واہ پھولوٕ ریلہِ ہُند
تصوٗر یادِ پیٚٹھ کران۔ امہِ علاوٕ چھُ پھیرن ہندِ وجہ کنہٕ کُنہِ گرزِک احساس یادِ
گرزِ مٲن، یُس جنگلُک خاصہ چھُ۔ ہرگاہ تہٕ یہِ لفظ کیپٹلن منز لیکھنہٕ یہِ ہاوٕ اَتھ
منز آسہِ ہاوٕ دوٚن دوٚن پھیرن ہُند خیال تھٲونہٕ آمُت، تیٚلہِ اوس نہٕ نظمہِ ہُند دعویٰ
امہِ خاطرٕ ممکن۔ لہٰذا ہیکیہٕ نہٕ نظم چھُ اکھ لفظِ ستۍ نظم بنتھ۔ اچھا اکھ مصرٕ ستۍ تہٕ ہیکیا
نظم بنتھ؟۔ ممکن چھُ زِ مصرٕ یہِ اوٚڑ اوٚڑ کٔرِتھ ترٕن سطرن منز لیکھنہٕ۔ یا یہِ یتھے
کنۍ تھٲونہٕ۔ مگر تتھ ہیکوٕ نظم وٕ نتھ، چھُ صحیح۔ یتھ کنۍ سیُٚدکھ زِ نظمہِ ہنز بُنیادی
اِکٲیی چھُ اکھ مصرٕ۔ لہٰذا چھُ سوٚن یہِ دعویٰ تہٕ صحیح زِ اکھ مصرٕ نظم بیٚٹھ ممکن۔ مگر
اکھ شارٕک غزل چھُہٕ ممکن۔ ہتہٕ سوال چھُ یہِ زِ کیاہ زِ چھُہٕ ممکن؟ منطقی اعتبارٕ
چھُہٕ اکھ شارٕکس غزلس منز۔ کانہہ قباحتھ نظرِ یوان۔ برونٹھمس زمانس منز۔

اُس مطلع تہٕ مقطعٕچ بُندِش۔ سو موکلاو وتو ہہٕ۔ خیالی سہی مگر شارن ہُند تعداد اوس مُقرر۔ اَمیک تھوٚو وٕ نہٕ تو ہہٕ لحاظ۔ ووٚنی کیاہ ضروری چھُ زِ ترٚے شار یا زۆر شعر آسن، ادٕ ییٚہ غزلُک وجوٗد تسلیم کرٕ نہٕ؟ بٔنیس کتھِ کُن ہے وُچھوا کہٕ مِصرٕ نظم تہٕ چھِنہٕ تہٕ ہُندے وریچ دیُت۔ نہٕ اگر حالیس تہٕ آزادس اکھ مِصرٕ لیکھتھ ہاو نہٕ ییٚہ ہا تہٕ ونہٕ ییٚہ ہا زِ جناب یہ نظمٕ متعلق دِیوہٕ پنٕنز راے، تم دِہن شاعرس ڈاکٹرس نِشِ گرٕ ٹھنگ مشوٗرٕ۔

مگر یا اکھ کتھ تہٕ چھےٚ غور طلب۔ مثلن مِصرٕ:

کاغذی ہے پیرہن ہر پیکرِ تصویر کا

لیکھو تو ووٚنی یتھٕ کٕنہٕ:

کاغذی

ہے پیرہن

ہر

پیکرِ تصویر

کا

نہٕ دیتوس بدل کانہہ شکل، مایا کاففکی ہندِس نقلس منز۔ لیکھو تو یتھٕ کٕنہٕ:

کاغذی ہے

پیرہن

ہر

پیکر

تصویر

کا

یا اپولینر ہنزٕ پیروی منز ییہِ یہِ ییتھ کٔنہٕ تہٕ لیکھنہٕ زِ تصویر ہش بنہٕ :

کاغذی

ہے

پیرہن ہر پیکر تصو

یر کا

بیترِ۔ وونی تہٕ وُنی وےتھؠ اکھ نظم۔ یہِ شار وُچھتو وونی :

اُلٹی ہوگئیں سب تدبیریں کچُھ نہ دوا نے کام کیا

دیکھا اِس بیماریٔ دل نے آخر کام تمام کیا

یہِ تہٕ ماوٕ نو نہٕ تھؠ غزل کیہنہ۔ مگر ہر گہ یہِ ییتھ پاٹھؠ لیکھنہٕ آمُت آسہا :

اُلٹی ہوگئیں سب تدبیریں کچھ نہ دوا نے کام کیا

دیکھا اس بیماریٔ دل نے آخر کام تمام کیا

وول کُس جواز ہیکو تھؠ یمن زِ شار منٛنس خلاف پیش کٔرِتھ۔ موُن زِ یمن

دون شارن منز۔ چھنہٕ الگ الگ یا یکہٕ وٹہٕ رلاوِتھ تہٕ سُہ زور، یُس اکس

شعرس منز اوس، مگر بہرحال چھ یم زشار۔ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ ہیکہ یہِ وَنِنہٕ یِتھ زمین شعرن ہند دوٚیم دوٚیم مصرٕ چھ گوڈنکین مصرن تش ہنا لوکٕٹ۔ مگر یہِ چھنے امِچ بحرٕ ہنز خصوصیت۔ میر ہندی ہتہ بدی شعر چھ یتھی یمن منز مصرٕ پانہٕ وٲنی برابر چھنہٕ۔ "باتیں ہماری یاد رہیں پھر باتیں ہماری نہ سُننے گا" چھ امیک نوٚن ثبوت یُس پرتھ کانسہِ معلوم چھ۔ امہِ علاوٕ چھ یہِ ممکن زِ کُنہِ تہٕ شعرس ین زٕ شعر بناونہٕ یتہٕ منز نہٕ وزنٕچ یہِ فرق آسہِ۔ مثلن رجز مطوی مجنوٗنس منز نیتون کا ہنہ ترٕ غزل:

دل ہی تو ہے نہ سنگ و خشت درد سے بھر نہ آئے کیوں
روئیں گے ہم ہزار بار کوئی ہمیں ستائے کیوں

تہٕ وٕنو یتھ کُنہِ مصرٕ ژٕڈ ژٕڈ کٕمی چھ غزل ووٚنمٕت۔ جواب چھ یہِ زِ اوٚل تہٕ چھ یتھی غزل سیٹھاہ تعدادس منز موجود۔ مگر بہ فرضِ محال ہرگاہ تہٕ چھنہٕ تہٕ وونی ہیکہ اُستھ۔

٦ غزلکی مضموٗن چھ مخصوٗص۔ نظمہِ ہندی چھنہٕ۔ یہِ تہٕ چھنہٕ صحیح کینہہ۔ غزلکہ شاعر ہند بیٹھہٕ یونیورسٹی ووستادس تام۔ ساری چھ یی ونان زِ غزلکی موضوع چھ لامحدود۔ ووٚنی چھنے یہِ کتھ یِنہٕ امانہٕ زانہٕ آم نزر اتھ منز۔ چھنہٕ کینہہ گنجایش۔ ٹکھ تہٕ غزل سلسلہِ موجود گیہ منز ہیکوٕ یہِ وٕنتھ زِ غزل چھ کُنہِ واقعہٕ کہِ بیان کرنہٕ یعنے NARRATION مرتہٕ یادٕ گرتھان۔

٧ غزلکی ساری مصرٕ چھ برابر آسان۔ نظمہِ ہندی مصرٕ ہیکن ژھوٚٹی تہٕ زیٹھی

اٰسِتھ، یہِ دلیل تہِ چھےٚ ناکٲفی۔ میرٕ سٕندِن غزلَن ہٕنز۔ مثال چھےٚ پیش کرنہٕ آمٕژ۔
سائنس وقتس منز۔ کرٕ مظہر امامن غزلکی مصرٕ ژھوٚٹ زیٹھی تھونٛچ کوشش۔ تِہُند
ہینکو وٕنِتھ زِ یہِ کوشش سپٕز نہٕ زیادٕ کامیاب کیہنہٕ۔ مگر ممکن چھُ زِ غالبس
ہیوٚہے کانہہ شاعر یِتھ جُرأتھ کرِ ہا تہٕ کامیاب تہِ گژھِ ہا۔

۸۔ نظمِ چھُ عنوان آسان، غزل چھُ عنوانہٕ ورأے آسان۔ یہ تہٕ چھُنہٕ ضروری۔
ازکل چھےٚ پرتھ رسالس تہٕ سومبرنہٕ منز۔ درجنہٕ واد نظمہٕ صرف "نظم" یا "اکھ نظم"
عنوانہٕ چھپان۔ اَمہِ علاوٕ چھِ پرانو شاعرو غزلَن تہٕ عنوان تھٲوِمتی۔ مثلن
"یگانہٕ آرٹ" "جذبات نادر"، "پی گیا" بیتر۔ کرٕ کیٛہ چھِ غزلُک اکھ مصرٕ
عنوان قائِم کٔرتھ غزل شایع کرنہٕ آمُت۔ یہِ دلیل تہٕ چھُنہٕ زوردار کیہنہٕ۔

۹۔ نظم ہیکہِ مثنوی یہِ ہنز شکلِ منز آسِتھ۔ غزل چھُنہٕ مثنوی یہِ ہنز شکلِ منز
آسان۔ یہ تہِ چھُ غلط۔ یِتھ کُنہ تہٕ پرتھ کانہہ نظم مثنوی یہِ ہنز شکلِ منز۔ چھےٚ
آسان، تِتھے کُنہ ہیکن کیہنہٕ غزل (مِثلیٚ ہیٚنہ ہندس حدس تام) مثنوی یہِ
ہنز شکلِ منز آسِتھ۔ ہرگاہ غزل مسلسل تہٕ مطلع وول آسہِ، اَتھ تہٕ مثنوی یہِ
منز کیا فرق چھےٚ۔ روٗزِ یہِ کتھ زِ سیٹھاہ کم غزل چھِ مسلسل تہٕ مطلع
دٲلی آسان، یِتھے کُنہ چھےٚ تیلہِ سیٹھاہ کم نظمہٕ تہٕ مثنوی یہِ ہنز شکلِ منز آسان۔
معاملہٕ سپُد برابر۔ اصل سوال چھُ اِمکانُک۔ ہرگہ نہٕ تِہٕ یہِ چھو وٕنِتھ ہیکان
زِ مثنوی یہِ ہنز شکلِ منز غزل آسُن چھُنہٕ ممکن تیلہِ چھےٚ کتھ اَتی تھے ختم

گژھان۔ عادتن کٔمِہ سہی یا نہٕ سہی مگر عقلن چھُ مثنوی یہِ ہِنٛز شکلہِ منٛز غزل
ممکن۔ پَس ساری دلائِل چھِ پھُٹان۔
۱۰ نظمہِ ہِنٛز واراہ صوٗرژ چھےٚ یِتھہٕ یِمہ غزلہٕ نِش مختلف چھےٚ۔ مثلن مُسدس
مُخمَس، مسمط بیترِ۔ اَتھ دلیلہِ چھِنہٕ کانٛہہ تۄژھہ۔ تہٕ کیازِ نظمہِ ہِندی واراہ اَنہار
چھِنہٕ غزلہِ نِشہِ مختلف۔ صرف چھِ تِمے کینہہ اَنہار مختلف، یِمن ہُنٛد ذکر
بیِیہ ڈکہِ آمُت چھُ۔ یعنے مُسدس، مخمس، مسمط مثلن بیترِ۔ (بیترِ اوٚ ہو موجوب
زِ یِمن اَنہارن منٛز چھِنہٕ مصرن ہِنٛز گرینٛز ہِنٛز کانٛہہ بندِش۔ ژۄن مصرن
بناوِو تو زِ شار مُسدس، دۄن بناوِو تو اَکھ مُثلث، شِن بناوِو تو اکھ تہٕ مسبع
بیترِ) مگر یِم ساری اَنہار چھِ نظمہ ہِندِ اکہِ سیٹھاہے محدوٗد روٗتبک احاطہٕ کران تہٕ
نہٕ صرف یہِ زِ اصلن چھِ یِم غزلکی اَنہار، بلکہ یِتہٕ زِ یِم چھِنہٕ نظمہِ ہِندی اصلی اَنہار۔
تہٕ کیازِ سیٹھاہ کم نظمہِ (تہٕ سیٹھاہے کم ریژ نظمہِ) چھےٚ یِتھہٕ یِمہ یِمن اَنہارن منٛز
وَنہٕ آمٕژ چھےٚ۔ سائنس عہدس منٛز میلہِ نہٕ ووٚن دِنہٕ ستۍ تہٕ شاید اکھ تہٕ جدید
نظم یوسہٕ مسدس یا مسمط بیترِ ہیٚژ منٛز آسہِ۔ اگر اُسی یِمہ ہیٚژ نظمہ تہٕ غزلکی
حدِ فاصل قرار دِمو، ما نی تو زن ژھینی گوژ تراوتھ تہٕ کنجہ دِژ تھٕکھ۔ تہٕ کیازِ
آزاد نظم، معری نظم، آزاد تہٕ معریٰ نظمن منٛز باگ ساسہ بٔڈ ریژ نظمہ، یِمو
ساروے لِنشہِ بیٚیہ اَسہِ اَتھ چھٕلن۔ بیٚیہ ڈکہٕ چھُ اَسہِ ثابت کوٗرمُت زِ مصرن
ہُنٛد ژھوحرزِ چھُ چھِنہٕ تِتھ کانٛہہ سدِ سکندری یُتھ زِ غزلس تہٕ نظمہِ منٛز باگ

زٕٹھ زٕٹھ کانٛہہ حد فاصل ثابت سپدِ۔ لہذا موجوٗدٕ دلیل قبوٗل کرٕ ہیتہٕ بێیہ
اَسہِ فیضؔ، میراجیؔ، راشدؔ، سردارؔ، اختر الایمانؔ، مُنیر نیازیؔ بلراج کومَلؔ، شہریارؔ
عادل منصوریؔ، ساقی فاروقیؔ، قاضی سلیمؔ تہٕ یِمَن ہِی درجہٕ واد شاعرن ہٕنزٕ ن
نظمن غٲر لُک درجہ دیُن۔ تہٕ سائنس اَتھَس منٛز روزن صرف مہذب
لکھنوی ہٕنزٕ ن مرثیَن ہنٛدِ قبیلکی چیز۔

۱۱۔ موٗن زِ غزلکی مصرتہٕ ہیکَن ژھوٚٹ زیٚٹھ اَستھ مگر نظمہٕ منٛز چھِ یِیرٕ اوسیع تہٕ
کھُلہٕ ڈُلہٕ آزادی شاعرس حاصل آسان پتھٕ زِ سُہ یِتھ کٕنہٕ تہٕ پیٚتس کانٛسہ
یِیرٕ ژھ مصرن ہنٛدِس زیٚچھرس تہٕ اختصارس پتھٕ روزِ زیادتی کران۔ تہٕ
یوٚدوے یِیرٕ ژھ اَکس نظمہٕ کیا بلکہ اَکہِ نظمہٕ ہنٛدِس اَکس پیراگرافس یا بنٛدس
منٛز کرِ اکھ ہوتہٕ زیادٕ بحر استعمال۔ یہ سوٗرُے کتہٕ چھُ غزلہِ کس شاعرس
نصیب۔؟ چلو موٗن۔ اَمہِ تعریفہِ کس گاشَس منٛز ین فیضؔ، میراجیؔ،
راشدؔ بیترِ ہٕنزٕ نظمہٕ تہٕ نظمہٕ مانٕنہٕ مگر یوٚکین بڈِ ین شاعرن اقبالؔ، جوشؔ،
فراقؔ بیترِ ہٕنزٕ ن نظمن نِشہٕ بێیہ اَتھہٕ چھلُن۔ تہٕ کیازِ یِہنٛزٕ ن سٲٹھن نظمن
منٛز چھِنہٕ وزیخ تہٕ بحرٕ ہٕنزٕ سو آزادی یوٚسہٕ راشدؔس تہٕ میراجیس چھُ مخصوص
چھِنہٕ تہٕ یِمہِ کس بنا ہس پیٚٹھ آسہِ یِہنٛزٕ ن نظمن نظمہٕ وَنان چھِ۔ اَسہِ چھِ
راشدؔ، فیضؔ، میراجیؔ تہٕ عزیزٕ تہٕ اقبالؔ، جوشؔ تہٕ فراقؔ تہٕ۔ مگر یِہ
چھُ رٕزاکھ چھیٚن رٹان تہٕ باکھ چھُ اَتھ منٛز نیرکھ ژٕلان۔ تیتھ

معیار اکھ پأٹھۍ گژھہِ مشخص زِ سیکھ تہٕ بچہِ تہٕ کباب تہٕ دزنہٕ ؟

یہِ بحثے چھُ بلکل فضوٗل۔ یہٕ ورتہٕ بیٹھ چھِنے یہِ کتھ ماننہٕ آمٕژ زِ غزل تہٕ ۱۲

غار غزل چھِ بیوٚن بیوٚن اصنافِ سوخن۔ لوسہٕ کتھ عامَن کھر آسہِ گامٕژ،

سوٗ دلیلہِ ذریعہٕ ثابتھ کرٕنی کیاہ ضروٗری؟ امیُک جواب چھُ یہِ زِ ضروٗری

چھُنہٕ لوسہٕ کتھ پرانہِ وقتہٕ بیٹھ دٔرتھ آسہِ، تتھ پیٹھ کیاہ بیہِ نہٕ ازٕ شکھ کرٕنہٕ۔

(ویسے پرانہِ وقتہٕ تہِ آس نہٕ یہِ کتھ تیژا مسلم، یتھ زِ بہٕ اکھ مثالہِ دٕسی واضح

کرٕ) دوم یہِ زِ از کل چھِنے یہِ رائے سیٹھاہ عام سیدان زِ جدید غزل چھُ

نظمہِ سیٹھاہ نکھہ آمت۔ یہِ چھِنے اکھ تنقیدی رائے تہٕ جدید شاعر یہٕ ہنز قدر

مقرر کرنُک تہٕ تنقیدُک پیٹھ تہٕ سوال ووتھ، اتھ پیٹھ آسہِ تنقیدی نظر لازمی۔

کیاہ پزی چھا جدید غزل نظمہِ نکھہ آمُت؟ امہِ سوالُک جواب آسی تٔن آنکارس

منز یا انکارس منز، مگر دوشوٕنی صورتَن منز نظمہِ تہٕ غزلُک امتیاز قایم کرُن

آسہِ جوابُک گوڈنیُک شرط۔ تہٕ کیا زِ یٚیلہِ نہٕ یی آسہِ طے زِ غزلس تہٕ نظمہِ منز کیاہ

فرق چھِنے تہٕ یہِ کتھ کٔنی گژھہِ طے زِ جدید غزل تہٕ جدید نظم کتھہٕ پأٹھۍ چھِ اکھ اکس

لِشہٕ متاثر؟۔

بحث ووٚنی یتھ منز لس بیٹھ واتھ روٚزہٕ گووٚ، سُے چھُ امیُک

آخری منزل تہِ باسان، بشرطیکہ اسی کرٕو بوزنہٕ کنہٕ ترٕ ییوٚ نتیجو منز۔ اکھ قبول:

۱۔ نظمہِ تہٕ غزلس منز باگ چھِنہٕ ترِتھ کانہہ فرق، یہِ سہٕ موروٗضی طریقہٕ زانہہ

یا بیان کرنہٕ ہیکہٕ یِتھ۔

۲ نظمہٕ تہٕ غزلس منز باگ چھےٚ بڑ واضح فرق۔ مگر یہٕ محسوس کرٕنی چھےٚ وجدانچ کام۔

۳ ممکن چھُ زِ نظمہٕ تہٕ غزلس منز آسہٕ نہٕ عقلہٕ لحاظہٕ کانہہ فرق۔ مگر عادتن یعنے عملی طور چھےٚ یقینن فرق۔ تکیازِ یمن نظمن غزلن ہیٚتھ سانی نظر پیوان چھےٚ تمن منز فرق کرٕنی چھُنہٕ سانہِ خاطرٕ کانہہ مشکل آسان۔ نظمہٕ ہند فضا چھُ غزلہِ نشہٕ یوتاہ نوٚن اختلافہٕ بوٗرتُ آسان زِ نظمہٕ ہیٚتھ غزلک تہٕ غزلس ہیٚتھ نظمہٕ ہندُ بُلُچک چھُنہٕ گژھان۔

نتیجہ نمبر اکھ چھُ بلکُل ناقابلِ قبوٗل، تکیازِ یہٕ تسلیم کرنُک نتیجہ نیر یہ زِ اُسی چھِ لو تنقیدکہِ اکہِ سیٚٹھے اکاربکار لگونہٕ معیارٕ نِش اتھ۔ یہٕ معیار سیٚٹھاہ وقتس تام پوشہٕ وُن تہٕ قطعی نہٕ سہی مگر شاعرن ہندِس تنقیدس منز چھُ انتہائی مشکل دوٗر کرن والہِ قسمُک رول ادا کران۔ ہرگاہ اُسی یہ اعلان کرو زِ غزل تہٕ نظم چھےٚ اکی چیز کی زِ ناد تیلہٕ سپد تمن شاعرن ہیٚتھ تنقید ناممکن یم صرف غزل گو یا صرف نظم گو چھِ۔ تمن شاعرن ہیٚتھ تہٕ یم غزل نظم دوشوے چھِ وَنان۔ تنقید تہٕ گژھی مشکل تکیازِ ییلہٕ غزلس تہٕ نظمہٕ ہیٚتھ بلکُل مُشترکہ معیارن ہند اطلاق سپد تہٕ اکھ نتہٕ اکھ پہلو روزِ نہٕ صرف تنقید خاطرٕ کریشوٗن بلکہ اتھ ہیٚتھ ییٚس تہٕ تنقید سپدِ سُہ آسہٕ بلکل مسخ گومُت

تہٕ کُنہٕ تہٕ آیہ رٔوس۔

نتیجہٕ نمبر ۲ چھُ گوڈنکہِ کھوتہٕ زیادٕ اطمینان دِنہٕ وول صوٗرت حال پیش کران۔ مگر یتہِ چھُنہٕ قابلِ اعتبار کینہہ۔ تہٕ کیازِ سون وجدان، یُس اَسہِ نظمہٕ تہٕ غزلَس منز اِمتیاز کرُن ہیٚچھناوان چھُ، چھُ اکثر و بیشتر سانہِ تعلیمی تہٕ سماجی پوٚت منظرٕ نِشہِ مُتاثر روزان۔ چوٗنکہ اَسہِ چھُ بچپنہٕ پیٹھٕ ہیٚچھناونہٕ آمُت زِ غزل تہٕ نظم چھِ بیوٚن بیوٚن چیز تہٕ یِمہ غزل تہٕ نظمہٕ اَسی عام طور بُجِھ وُچھان چھِ تِمہٕ چھِ کینژَن مخصوص گنڈِتھ بیرن ہنز پابند آسان، لہٰذا چھُنہٕ سانہِ وجدانی عملہِ کانہہ مشکل پیوان۔ مگر یِمہ وِزِ یہ توٗوزُن اور یور ڈٔول، سون وجدان تہٕ گژھِ حسہٕ ڈٔلِتھ۔ قرۃ العین طاہرہ ہندی اکثر غزل، منوچہری تہٕ قاآنی ہندی واریاہ قصیدٕ، اقبالنہٕ سیٹھاہ نظمہٕ چھےٚ صرف یِمی وجہ کِنہٕ پرٕزناونہٕ پیوان زِ سانِس وجدانَس چھُ تعلیم، رِواج تہٕ ہیداینک ڈوٚکھ پرٕ تہٕ کِنہٕ حاصل، تہٕ اگر یِمہ کانسہِ تِتھس شخصس برونہہ کُنہٕ تراوو یِمس نظمہِ تہٕ غزلچ اکھ بنیس نِش بوزنہٕ کِنہٕ واقفیت آسہِ تہٕ یُس اَسہِ قسمہٕ قسمچن نظمن تہٕ غزلَن پیٹھ مسلسل EXPOSE آسہِ نہٕ کوٚرمُت، بلکہ زبانی بجھو مُت زِ غزلَس تہٕ نظمہِ منز کیا فرق چھےٚ تہٕ تِمس گژھِ تعین کرنس منز سیٹھاہ دُشواری۔

ترٛیم نتیجہٕ یُس عام عقلہٕ تہٕ عادتَس پیٹھ مبنی چھُ، چھُ سارِوے کھوتہٕ زیادٕ دُرُس۔ مگر امیک دُرُس آسُن تہٕ چھُ کینژہ نے حقیقی بُنیادن پیٹھ

قایم۔ مثلن یہ تہٕ چھُ دُرُس زِ یم چیز نظم یا غزل کہ عنوانہٕ ساننِ نظرِ کنی گُذران چھِ
تم چھِ کنیٚرن مخصوص گنڈِتھ حاطن ہندی پابند آسان، لہذا یم پرزناوُنی چھیٚنہٕ مشکل
آسان۔ مگر ییٚمہِ وِزِ یم مخصوص گنڈِتھ حاطہ ترک ین کرنہٕ، اَسہِ سپدِ دقتھ پادٕ۔
یا ترکے کیازِ ین کرنہٕ، فرض کرِو یا نثرٕ مخصوص حاطہ چھِ۔ جدید نظمن منٛز پابند
روزان پیٚھٕ، اُسی چھِ تمو گنڈِتھ حاطو نِشہٕ واقف، لہذا چھِ اُسی یکدم یم پرزناوِتھ
ہیکان۔ وونی ہرگاہ کانٛسہِ شاعرن کاہہ شیٚیُم اکھ قایم کورٕ، ییٚمہِ نِشہٕ اُسی واقف
چھِ نہٕ اُسی کیٚتھ کنی ہیکو تیٚلہِ یہ پرزناوِتھ؟۔ ییٚتھے کنی موزِن نظمہِ تہٕ غزلہِ کِس
فضاہس منٛز پیٚھٕ اکھ نٔو فرق آسان، ییٚمہِ کنی یمن منٛز امتیاز کرُن سہل چھُ
آسان۔ مگر ہرگاہ کانٛہہ نثرٕ نظم یہِ وَنہٕ ییٚمیک فضا غزلس ہتی بلکل رلہِ وُن
آسہِ، یہ کیٚتھ کٔنی یہ بہٕ تیٚلہِ نظمہِ ہنز شکلہِ منٛز پرزناونہٕ؟۔ یہ تہٕ چھُ یہ سوال تہٕ
بٔتہٕ جایہِ موجوُد زِ لیُس نظمہِ ہندِس فضاہس غزلکِ فضا نِشہٕ یوٚن چھُ کران۔
نظمہِ تہٕ غزلہِ کین امتیازی صفتن پیٚٹھ ہرگاہ تمن لسانی ترکیبن ہندِس
گاشس منٛز غور کرنہٕ ییہِ، یمو تیٚمہِ قایم چھِ تہٕ شاید تیٚرن کینہہ وَتہٕ ترتھ
یمہِ سانہٕ خاطرٕ فایدٕ مند آسن۔ تہٕ ہیٚکہ غزلس متعلق یہ آخری کتھ ونتھ بحث
ختم سپدِتھ زِ غزلس چھُ تغزُل آسان۔ یہ تعریف چھنہٕ صرف اوٚکنی نامناسب
زِ یانہٕ تغزلیچ اصطلاح پیٚھے کینہہ ترتھ ڈلتھ ملتھ زایہِ حدبندی چھیٚنہٕ ممکن،
تہٕ ییٚمہِ موجوب تہٕ زِ تغزُل ییتھ تہٕ وَنہٕ ییہِ، امکی نشانہٕ نظمہِ منٛز تہٕ لبنی چھنہٕ

کانٛہہ مشکل کتھ ۔ غالبَس پٮ۪تہٕ اقبالن ہتہٕ یگانَن کرِ غزلہٕ کیٚن، یِہنٛزَن منٛز ترٛشہٕ پوشہٕ وَنہٕ تبدیلیہِ داخل زِیمَن ہندٚس گاشَس منٛز۔ ہیکہٕ تغزلچ تعریف کانٛسہٕ دۄیمِس غزل وَنَن والٮ۪س ہندِس مثلَن میرنِس تغزلَس متعلق شک یادِ کرناوتھ۔ اگر یہِ وَنہٕ ییہِ زِ غالبس نِش چھُ تغزل ہتہٕ میرس نِش تہٕ، تیٚلہِ ہیکہِ یہِ سوال وُتھتھ زِ یِتھ کانٛہہ چیز چھُ تیٚلہِ تغزل۔ یَڑانہٕ وقیتہٕ آسٮ۪ لۄکھ غالبنہٕ غزلہِ نِشہِ اَچھ ڈۄان ہتہٕ اوٚے تہران (سائنس وقتس منٛز چھٔپٮ۪ے آرٹ لکھنوی ہنٛز۔ ہتہِ مثال پڑھے) زِ اگر تم اَتھ غزل تسلیم کرہَن تیٚلہِ اوس بظاہر میرس ٹاس وَسان۔ تمَن نِش اوسہٕ شاعرِ ہِندٚ کانٛہہ تیٚتھ گژھیمہٕ کِہ مَدہٕ ہتہٕ غالب ہتہٕ میر دۄنوَے غزلکی شاعر تسلیم کرٕنی ممکن بنہٕ ہا۔ مسعود حسن رضوی ادیبن چھُ یِنٛس اَکِس لکھنوی وۄستادٕ سُند ذکر کوٚرمُت، یُس اُردُو فارسی عربیک سٮ۪ٹھاہ بوٚڈ عالِم ہتہٕ غالبُن مُنکر اوس۔ اکہِ لٹہِ بوزنووِ یمو غالبُن شہکار غزل:

کیوں جل گیا نہ تابِ رُخِ یار دیکھ کر
جلتا ہوں اپنی طاقتِ دیدار دیکھ کر

یِنٛہِ اُمِس وۄستادس، پرِتھ شارس پیٹھ رُوٚدُس تھوٚیہٕ کرِتھ۔ مگر یٮ۪لہِ مسعود حسن رضوی مقطعس پیٹھ ووت۔

سر پھوڑنا وہ غالبِ شوریدہ حال کا
یاد آگیا مجھے تری دیوار دیکھ کر

تہٕ اَمہِ دِتہٕ سیٹھاہ بَڈِ کرِتھ " آ ، یتھی شار کو نہٕ چھُ وَنان ، کم بخت ، کیازِ چھُ وَنان "۔
گویا اَمِس نش اَسی مقطعہِ بغار باقے ساری شار تغزُل کہِ دٲیرٕ نبر تہٕ اَڈ گژی مدٕ گژی
ظاہر چھُ زِ اَمیُک وجہ اوس یی زِ مقطعس منز اوس " سر پھوڑنا " تہٕ شوریدہ حالی
ہُند ذکر ییلہِ زن باقے شارن منز جیرٕن تہٕ حقیقتٕن عقلہِ ہنز بجیہ گیہ تہٕ فکرِ
ہندِ تھدِ وُڑٕ ذریعہٕ وُچھنہٕ تہٕ سرٕ کھرٕ کرنہٕ آمتی اَسی ۔ یتھ پاٹھۍ اوس پرانین نش
غزل جذباتن ہندِس صرف اوپ اوٚنگ سطحس زیرٕ دنہٕ واجینہ صنف سوخن ،
یتھ منز حُسن تہٕ عشقکی تم تجربہ باوٕنہٕ یوان اَسی ، یمہٕ تہندِس سائنس دوہ دِہٕ کس
مُشاہدس منز یوان چھِ تہٕ یمن ہُندا اَثر رٹنہٕ خاطرٕ تخیُل ، تفکُر یا عقل متحرک
گرٕہنی غار ضروری بلکہ معیوب[1] چھُ ۔

اَمہِ کُلیُک سارِوے کھوتہٕ اصل امتحان ہیکہِ غزلہِ زبانی منز ۔ سیدِ تھ یا پنے
بروٕ نہہ پچھنے سینتس لایق کتھ یہ زِ ساری سے اُردوٗ غزلس منز ۔ (انشا تہٕ ظفر اقبال
بیتر ہندا بنیٔ غزلہِ علاوٕ ) چھنے نہٕ تمہ ساریے آواز ہٕ نسبتس قبول بیتر مگر یمہ اصل
ہندی چھنے ۔ یا عربی نشہٕ مختلف چھنے ۔ غالب اوس اتھ معاملس منز خاصے
موحتاط ۔ مگر تم غزل گو تہٕ وُچھی توکھ یمن ہنز زبان دوہ دِہٕ کس بول چالس
سیٹھاہ نکھ اَسی ۔ یعنے میر ، جرأت ، انشا ، حسرت ، فراق بیتر ۔ تہٕ انداز ہٕ سیدِو

---

[1] وُچھو کاشف الحقائق از امداد امام

زِ دال ہٖندی (ڈ)، رے ہٖندی (ڑ)، دال تہٕ رے ہٖندی (ڈڑ) تہٕ ہے دُچشم (ھ)
تاے ہٖندی ٹ تہٕ ہے، دال ہٖندی (ڈ) تہٕ نون (ن) بیٚتر آوازن ہٕنشہِ کوتاہ پرٕ ہیٚر چھُ کرنہٕ
آمُت تہٕ اَز تہِ چھُ کرنہٕ یِوان۔ ناصر کاظمی، خلیل الرحمن اعظمی تہٕ ابن انشاء
بیٚتر تھاوی توکھ الگ زِ یمو چھُ میرس ہٕنشہِ تہٕ استفادٕ کوٚرمُت۔ مگر بغارِ میرس ہٕنشہِ
دوٚہ زُم ہینہٕ والیو جدید شاعرو تہِ چھُ ڈال، ڑ، ٹھ، ڑھ، ڈال تہٕ نون بیٚتر ہٕنشہِ مُسلسل
گریز کوٚرمُت۔ یہ چھُنہٕ زِ اُردُوس منز چھِہ تِھٕین لفظن ہُند تعداد سیٹھاہ کم۔ یہ چھُ
صحیح زِ اُردُوس منز چھےٚ اکثریت تِھٕین لفظن ہنز۔ یمن منز نہٕ یمہٕ آوازٕ استعمال
سپنٕ منز پتہٕ چھےٚ مگر یمن ہنٛد استعمالک توٚسُب چھُ ڈال، ڑ بیٚتر والین لفظن ہنٛد
استعمالکہِ توسبہٕ ہٕنشہِ کنہٕ کور ہُر یومُت۔ واریاہ لفظ تہٕ ترکیبہٕ چھےٚ تِتھہٕ، یمن ہٕندی
فارسی یا عربی ہم معنی لفظ کتھ تہٕ منز استعمال سپدی متی چھِہ مگر اصل ہٖندی لفظ چھِنہٕ
کُنی مِثلن عصاے پیری، وسیع رہ گذار، دشوار وادی، مشت خاک، رہزن، مُرغ
تہِ چھِہ سیٹھاہ نظر گژھان مگر بڑھاپے کی لکڑی، چوڑی سڑک، کٹھن گھاٹی، مٹّی بھر مٹّی
ڈاکو، چڑیا چھِنہٕ کُنہٕ اَتھی یوان۔ ہرگاہ یہ ونہٕ ییہِ زِ چونکہِ اردو غزلک مزانے
چھُ فارسیہِ ہٕنشہِ دوہ زُم، لہٰذا کیاہ تعجُب چھُ زِ اگر اصل فارسی تہٕ عربی لفظ اختیار
کرنہٕ آمتی چھِہ تہٕ اصل ہٖندی لفظ ترٛاونہٕ آمتی چھِہ تہٕ اَمیُک آسان جواب چھُ یہِ زِ
قصیدک تہٕ مزاز تیٚے فارسیہِ ہٕنشہِ دوہ زُم اوس، اَتہٕ کیازِ چھِہ اصل ہٖندی لفظ
تہٕ یمنے ڈال، ڑے، ڑھ والین لفظن ہنز بیٚترا اکثرت؟ قصیدن اوس

ایرانی تہذیب یتھ کُنہٕ تُہمت زِ یِلہِ یہِ تہذیب ختم گوو ہٕتہٕ قصیدِ تہٕ گوو ختم۔ مگر غزل چھُ وُنہِ تہٕ زِندِ تہٕ ازِ تہٕ چھُ یتھن لفظن تِتہٕ دامن لوٚب رٹان۔ دوٚیُم سوال چھُ یہِ زِ ہرگاہ غزلکِ مزاژ یِتھے غار ہندُستانی اوس تہٕ یتھ کیازِ آیہِ تیٚلہِ ہَتہٕ بدی عربی فارسی لفظ ترٲوِتھ یمن ہندی ہِندی ہم معنے اختیار کرنہٕ، یا اگر غار ہندُستانی ہم معنے لفظ پوٚر پاٹھی ترک کرنہٕ آیہِ نہٕ تیٚلہِ کیازِ سِیُد یمن ہند استعمال ہندُستانی لفظو مقابلہٕ کم۔ مثلن راست بازِ تہٕ راست گو بدلہٕ سیدھا تہٕ سچا، سوزش بدلہٕ جلن، خانہٕ بدلہٕ گھر، کوچہِ بدلہٕ گلی، ثمر یا فاکہہ یا بَر بدلہٕ پھل، برگ بدلہٕ پتی یا پتہٕ، حجر یا سنگ بدلہٕ پتھر بیترِ۔ لہٰذا چھے یہِ دلیل ناکافی زِ اُردو غزلن دِژ پرٛتھ جایہِ غار ہندُستانی لفظس پیٹھ فضیلتھ۔ ہندُستانی لفظ آو یَرِ مُلکہِ کِس لفظس برابر تہٕ تھوٚنہٕ تہٕ اَتھ آیہِ یَرِ مُلکہِ کِس لفظس پیٹھ فوقیت تہٕ دِنہٕ۔ اصل وجہ چھُ یِ زِ گوب ترکیبہِ آواز تھوٚن وٲلی لفظ (یمن منز اکثر یتھ اصل ہِندی گھ، ڈھ، کھ، ڑھ ڈال، ٹ، ڈ بیترِ آوازن ہُنز پچھے) کرِ اُردو غزلن کھوٚژی استعمال.

یوٚہے حال چھُ تِمن لفظن تہٕ ترکیبن ہُند یِم عربی تِتہٕ مختلف چھِ عربکی ہَتہٕ بدی اسم، فاعل تہٕ مفعول تہٕ مصدر یِم اُردوس منز ٹھیک پاٹھی مشتر پھ گامتی چھِ، چھِ غزلس منز خالے نظر گژھان۔ زِ مثالہِ دِژہ منے پیٹھ کنہٕ، یتھے ہَتہٕ بزٕ مثالہِ آسن توہہ تِتش تہٕ۔ مگر یمو تِتش تہٕ گژِ ھتھ چھِ عربکی قبول نہٕ سِیدی متی دُزِ بی لفظ (تنوینی) تہٕ اِضافہٕ۔ مغلوب الغضب، ضروری الاظہار، قریب المختم

طویل القامت، عظیم الجثہ، ذکی الحس شدید القوت، غالباً، یقیناً، ظاہراً، باطناً لفظاً، معناً بیتر تیتھی ہیتہ بُدی لفظ، یمہ غزلہ کین دیوانن منز کینہ اکہ دوہ یہ آے تہ آے مگر امہ کھوتہ زیادہ پھر یمن ہند وجود چھُ شاید قصیدس منز ممکن۔ یمتین تہ چھُ معاملہ سُے۔ امہ قبیلہ کین لفظن ہندی صوتی معنے اَسی نہ اُردو غزلس راس۔ پیٹھ کینہ کرِ بحثہ تکہ یہ نتیجہ کڈُن آسہ نہ مشکل زِ اُردو غزلس منز تغزلک گوڈنیک شرط اوس یہ تہ وُرنہ تہ چھُ زِ تتھو تمام لفظو نِشہ پرہیز کرنہ، یمن ہندس معنیس منز صوتی سطحس پیٹھ سو مخصوص کیفیتھ آسہ یتھ گو برک ناو (ثقالت) دِنہ ہیکہ یتھ۔ مگر نظمِ نہ غزلہ چین بیہ ہاوی خصوصیتن ہند حیثیتہ چھنہ یہ اصول اَسہ زیادہ دوُر نوان۔ امہ ستی چھُ یی نتان زِ شروع پیٹھ ازتام کیا چھے اُردو غزلچ صوتی کیفیتھ روزمہ تہ سو کتھ کُنی چھے نظمہ نش مختلف۔ مگر یہ چھُنہ ثابتھ یدان زِ یہ صوتیاتی صفت چھُنہ نظمہ منز ممکن۔ یہ چھُ عان ممکن زِ ترشہ نظمہ آسن ازتہ موجود یا برونہہ کُن ین ونہ، یمن منز سوے صوتی کیفیتھ لبنہ ییہ، یُوسہ اَسی غزلس ستی مخصوص کران آمتی چھ۔ یُودوے زن اکھ صورتس منز تہ سانین نیتین ہنز۔ توتہ کم گرتھ نہ، تکیازِ اَسی ہیکو ہمیشہ یہ وُنتھ زِ یتھ نظمہ منز چھُ غزلک صفت لبنہ یوان۔ تہ چونکہ یہ مخصوص صوتی نظام چھُ سارِوے برونہہ تہ سارِوے کھوتہ زیادہ غزلسے منز میلان، لہذا چھے یہ غزلچی پرزنتھ۔ امہ جوابہ کس دُرس آسنس منز چھُنہ کانہہ شک، مگر کیا غزل تہ نظمہ ہنز فرق

بیان کرنہٕ خاطرٕ ہیکوٚ اسۍ صرف امی اکہِ دلیلہِ ہُند سہارٕ نِتھ یوسہٕ بہر حال اکھ مشینی دلیل چھےٚ تہٕ اگرچہ یہِ زیادٕ آفاقی چھےٚ مگر پننہِ نوعیتکہِ اعتبارٕ چھےٚ تمہِ قسمہٕ کین دُلیلن منز۔ یوان یمن ہند ذکرِ مےٚ شروعس منز کوٚر۔

غزلُک بُنیادی تقاضہٕ کیاہ چھُ؟۔ امہِ سوالُک جواب دِنہٕ موکھہٕ ہیکن کینہہ سوال بنیتھ یِم پرٛژھنہِ یتھ: انوری تہٕ خاقانین کیازِ لیکھ بغداد تہٕ ایرانچہِ تباہیہِ پیٹھ قصیدٕ۔ غزل کوٚنہٕ کوٚرُکھ اختیار؟۔ میرن تہٕ سوداہن کیازِ لیکھ دلہِ پیٹھ شہر آشوب۔ کیاہ دلہ ہنز۔ تباہیہِ ہُند پرتوٚ چھُنا یہندن غزلن ہندن متفرق شعرن منز۔ موجوٗد۔ ہجو یا مدحیہ شاعری کوٚنہٕ ہیکہِ غزلس منز آسِتھ؟۔ غالبن کیازِ ووٚن یہِ شعر ؎

بقدرِ شوق نہیں ظرفِ تنگنائے غزل

کچھ اور چاہیے وسعت مرے بیاں کے لئے

اقبالن یِم اسلوٗب شمع اور شاعر، گورستان شاہی، ذوق وشوق تہٕ مسجد قرطبہس منز۔ اختیار کرٕ، یِم چھےٚ غزلس ستی سیٹھاہ رلان میلان، مگر امہِ باوجوٗد کیازِ دژ تمو ینہِ خیالن نظمہِ ہنز شکل؟ توہہٕ اگر ویت نام یا ایٹم بم یا جدید نوجوانن ہندِس جارحیتس تہٕ تشدد کوٚشی پیٹھ شعر ونہٕ، خاطرٕ ونہٕ یِیہ تہٕ تُہی ونِو غزل کنہٕ نظم؟۔

یمن سوالن چھُ کُنے جواب: غزل چھُ بُنیادی طور بالواسطہ اظہارچ تہٕ غارٕ روایتہٕ ہنز۔ شاعری تہٕ دوہہ دشہِ چہ عملی زندگیہِ ہندی تجربہٕ ہیکہِ تمی وزٕ قبول

کرِتھ یِلہِ یِم استعارس منز بَیان یِن کرنہٕ۔ غزل ہیٚکہِ تِمن تمام تجربن بلکل تِتھے پاٹھۍ
قبوٗل کٔرِتھ یِمن شاعر اَکِس اَندر وۄن دِنہٕ واُلِس اِنسانہٕ ہُند حیثیتہٕ
کُن زۄن ہیٚنہٕ آمُت آسان چھُ۔ مثلن عشقکی تجربہٕ، مگر تِم تجربہٕ یِمن منز شاعرٕ کٔنۍ
زۄن ہیٚنہٕ آمُت آسان چھُ بلکہ چھُ یا تہٕ تجریدی سطحس پیٹھ بطورِ اکھ مُفکرانہٕ ذہن
دُچار آسان (ییٚتھ کٔنۍ اقبال) یا تِم تجربہٕ یِم شاعرس کُنہِ معاشرکہِ فرد ہُند حیثیتہٕ پیش
یوان چھِ (شہر آشوب، مدح، ہجو، سیٲسی تہٕ سماجی زندگی ہِندی مسلہٕ تہٕ ووٗلاب)
چھِ غزلہِ موجھ منز۔ تمی وِز یوان یِلہِ یِمن بالواسطہٕ، غار واقعی تہٕ استعارٲتی اسلوٗب
دِنہٕ یِیہ۔ چنانچہِ دوہ دِش تہٕ عملی زندگیہِ ہندِن تجربن یا مُفکرانہٕ تصورن ہُند اظہار
ہیٚکہِ نظمی منز نیِیدِتھ۔ غزلہِ گوڈنیچ تہٕ آخری پریزنتھ چھےٚ اَمِچ داخلیت، غار واقیت
تہٕ بالواسطگی۔ غالبس آسی تفصل حسین خان ہندی تعریف کرٕنۍ، لہٰذا اوۄن تِمۍ زِ
”کچھ اور چاہیے وسعت“ غزل ہیٚکہِ نہٕ مدح (یعنے بلاواسطہ بیانک) یہِ بار
ژٲلِتھ۔

یہِ صوٗرتِ حال ہیٚکہِ تِمن جدید نظمن منز بیٚیٹھاہ ہٕتی پاٹھۍ وُچھنہٕ یِتھ، یِمہ
بذاتِ خود مُبہم، استعارٲتی بیانہٕ کنۍ گوبہِ تہٕ داخلیژہ ستی بٔرِتھ چھےٚ۔ مثلن عباس
اطہر، افتخار جالب، انیس ناگی، عادل منصوری یا کانہہ تہٕ بیٚیتھ شاعر نیٚیتون، یِمۍ سُند
اسلوٗب عامہٕ نش بیٚیٹھاہ زیادٕہ مُبہم چھُ۔ یِمن شاعرن نِش چھُ سماجی تجربن ہُند گنجار
یِنہٕ ہِنہ منز۔ شاعری چھےٚ دراصل تِمس فردٕہ ستہٕ۔ شاعری یُس تِمن مسلن ستی

جُچھہِ ہلہٕ ناوِتھ چھُیم نہ چھرا تھنہٕ۔ مِلکیت چھےٚ بلکہ پٔتھ چھےٚ پوٚرٕ معاشرٕچ مِلکیت۔ عباس اطہر سٕنز نظم "مگر ہارن بجانے کی اجازت نہیں" چھےٚ اَتھ کلٕیس اصل پأٹھی واضح کران۔ جدید نظمہِ اگرچہ استعمال غزلہِ کی پأٹھی کران چھےٚ، مگر یمن ہُند اسلوٗب چھُ واقعی پٔزر تتھےٚ کٔنۍ تھوٚنی یتھ کنۍ تم آسان چھِ ستی قایم۔ غزلس منز چھےٚ یمے کٕتھ واقعی پزر یتھ کُن تراوِتھ دِنہٕ یوان، لہذا چھُ اَتھ منز عموٗمیتُک فِضا پأدٕ گژھان، ییٚمہ کِنہِ آسان چھِ ڈلی ڈلی فِکرِ ترنگ برٕم پأدٕ چھُ کران۔

چوٚنکہ پرٛانہِ نظمہِ آسہ منتشر استعارن پیٚٹھ گُذارٕ کران لہذا اوس تہٕ یمہ سمجنس منز کانہہ مشکل یوان۔ وونی چھِ چوٚنکہ جدید شاعر واقعأتی بیانس لرٕ لوٚر استعارٕ تتھ کنۍ استعمال کران زِ پوٚرٕ نظم چھےٚ استعارُک مدٕ رٹان تہٕ واقعأتی بیان چھُ دوہ لابس منز تراوان۔

اے ہوا

طائروں کی توتلی آواز کو

اپنے کاندھوں پر اُٹھائے پھر رہی ہے تو کہاں

دیکھ

چٹانیں زمین کے گوشے گوشے میں اُبھرتی آرہی ہیں

اور کالے پتھروں کے جسم سے

ہونٹ، آنکھیں، ہاتھ پیدا ہو رہے ہیں

(شہریار : ایک اور التجا)

مگر میں کس قدر بدبخت ہوں

صدیوں سے صید آئینہ ہوں ـــــ کاش میں بھی

عکس ہوتا، دشمن پرکار، خنجر، خون کا رسیا

وہ میرے روبہ رو رہتا، جو میرا عکس ٹھہرا ہے

میں روز و شب جنون قتل سے حرف جواں ہوتا

میں روز و شب لہو کے ساحلوں پر بے اماں ہوتا

(بلراج کومل : آئینہ)

شہریارس نِش چھُ واقعی صوٗرت حالکہٕ اظہارٕ خاطرٕ جسمہٕ کیٛن اَنگن ہُند ذکر۔ یہٕ نظم چھےٚ شاعرٕ سٕنز تمہٕ خوفچ باوَتھ کران، یُس تَس اَکِس غارٕ ہمدرد، لاتعلق تہٕ دُشمندارانہٕ جذبُو سٟتۍ بَرِتھ معاشرس منز محسوٗس سپدان چھُ۔ بلراج کومل سٕنز نظم چھےٚ شخصِ سٕنز ناکامیہٕ ہُند استعارٕ، یَتھ خاطرٕ بدبخت، دشمن پرکار، خنجر، خوٗن کا رسیا، عکس بیترٕ لفظ واقعاتی حوالہٕ کأم کران چھِ۔ یتھی پٲٹھی سٟتۍ رٕلہٕ وِنی تجربہٕ بیٚلہٕ غزلس منز یوان چھِ تہٕ واقعاتی حوالہٕ غارٕ موجوٗدگی چھےٚ اکھ بلکل مختلف تہٕ غارٕ واقعی تنوظر پأدٕ کران۔ یِیٚتھ کَنہٕ کیٛن بندن یِو نہٕ کَنہٕ تھاوِتھ توکھ یم شعر

گھرا ہوں اپنی ہی پرچھائیوں میں چار طرف
پڑا ہے اب کے عجب دشمنوں سے رن میرا

(زیب غوری)

ہر گھڑی غم فرومایہ کی قیمت مانگے
مجھ سے آئینہ مرا میری ہی صورت مانگے

(خلیل الرحمن اعظمی)

یِتھ کُنہِ چھنے فورَن کھُٹھ یِران زِ واقعاتی بیان (یعنے حقیقی چیزَن ہٕنٛد واقعاتَن ہُنٛد تیُتھ بیان یِتھ منٛز یِم پرٛزناونی ممکن آسہِ) چھُنہٕ غزلک انداز۔ غزل ہیٚکہِ ویت نامہٕ کِہو واقعاتو سٟتۍ مُتاثر سپدِتھ وَنہٕ یِتھ، مگر اَتھ منٛز آسہِ نہٕ گولہٕ بورُدُک ذکر۔ غزلچہِ اَمی بالواسطگی ہُنٛد فائدٕ تُلِتھ دیُت احتشام صابن تِمنٛس عشقیہ حزنیہ غزلس "بیادِ ویت نام" ہیٚک عنوان۔ کینٛژَن جدید شاعرَن مِثلن مُنیر نیازی سٕندَن کینٛژَن نظمَن منٛز واقعاتی حوالہٕ کُنے نہٕ آسُن چھُنہٕ یہِ ثابت کران زِ غزل چھِ نظمہِ نِکھ یوان، بلکہ چھُ صرف یہِ ثابت کران زِ جدید نظم چھے جدید غزلہِ نِشہِ مُتاثر۔ ممکن چھُ زِ اکھ وقت یِیہِ تیُتھ یِتہِ (اگرچہ نظمہِ ہٕنٛدِس مزاجس تقاضہٕ وُچھِتھ یہِ ممکن چھُنہٕ باسان) زِ نظم کرِ واقعیت بلکل ترک تہٕ صرف کرِ استعارس پیٹھ قناعت۔ ہرگاہ تہٕ سپدِ تیِلہِ بنِہ نظمِ تہٕ غزلک تفریق بے معنے یا امہِ وقتہٕ گژھِ غزل صرف ژھوٗژھی تہٕ رلوایتی مضمونَن خاطر مخصوٗص رۄزِتھ تہٕ رٕژ شاعرِ یہِ ہٕنٛدِس تخلیس پیٹھ رۄزِ صرف نظمہِ ہُنٛد راج۔

# پیٔرون بحث نوٚو بھیٚر

شاد رمضان

خوشیوٚن نَنہٕ بون وینسیے میون دِلبر آو نے
تھر تھر چھم مَر شاید شرمے جگرس دزاو نے

وعدٕ کوٚر مُت یاد چھُے ناسا دِکرٕ زانی تھس
آدنے اُدٕکو نہٕ تھاویو تھ میون دِل تنبلاو نے

یارٕ اکھ ارمان روٗدُم عشقہٕ بیچانس پرٕ زھوم
بوٗزی تھے رٕز پان کھولُن آد زَن اکساد نے

زھایہٕ روٗزِتھ صنایہٕ کرِتھس کوٚ ژے مُٹھیو مایہ سیائی
نیلہٕ ژے بیری نامے ونم تیٚلہٕ مے میٚنز تَل ساو نے

گُل وُچھتھ بُلبُل چھ توشان اکھ اَکس رٲژِتھ وَنان
میانہ یارو چانہ باغک رٔد مےٚ گلزار چھا وَنے

سُے مےٚ رٔژھم اَش یمیٚ سٕنز بٕنتھ مےٚ آسم یتھ دِلس
وٕنہ رُسلیو کس تٕر رٔژھکھ وونی کمو مَنناوِنے

کُلیاتِ رسول میر صفحہ ۲۷

مےٚ چھ ریڈیو کشمیر سرینگر پیٹھ نشر سپدمُت "سنگرمال" ناوِ ادبی پروگرامُک سُہ مخصوص شُمار ازتہٕ تہٕ ژھنس یتھ منز رسول میر سُند مشہور غزل "خوشیوٗن ٹُند بون ویسیے میون دلبر آوتے"، زیرِ بحث اوس۔ شریکِ گُفتگو آسی محمد یوسف ٹینگ، آنجہانی پریم ناتھ کول اَرپن تہٕ اَمہ ادبی پروگرامُک انچارج ادتار کشن رہبر۔ سہٕ اوس گُنوہ شتھ تہٕ اکیشتھ ۱۹۸۱ء۔ بحثُک موضوع اوس زامِہ غزلُک اصلی تخلیق کار کُس چھُ رسول میر کنہ پریم ناتھ کول اَرپن؟ تکیازِ یمنے دوہن اُس آنجہانی ارپن سٕنز "آدن یاد بیوم" ناوِ شعرٕ سۆمبرن بازرآمژ یتھ منز تمیٚ یہ غزل پانس سٟتؠ منسوب کٔرِتھ اُتھ سۆمبرنی منز۔ چھاپ کورمُت اوس۔ یوہے اوس وجہ زِ ارپن صابس اوس پروگرامس منز دعوت دِنہٕ آمُت زِ سُہ کرِ پننس دعواہس دلیل پیش پننس ایڈیٹوریلس منز۔ دۆن رہبر صابن "چونکہ اسہ چھُ پایہ تہٕ تہٕ پننس بُزرگن نش تہٕ یہ غزل رسول میرنی ناوِ بوزمُت۔ دۆیم یہ زِ اتھ غزلس چھےٚ رسول میرنی زبان، زبانٕ ہُند ورتاو تہٕ تٔسند آہنگ تہٕ مزاز۔ تہٕ کٔرِتھ تہٕ چھِ ادبی توارٟخن منز۔ یتھی سوال ژھٔنی تہٕ ووتھان نہٕ روزن" یمِگ

صاٮ۪بن پرٛژھ اَرپن صاٮ۪بس ادبی معاملن تہٕ تحقیقی زاوی جارن ہٕنٛدِس پوٚت منظرس منٛز کیٛنہہ
سوال ۔ اما پوز تِمو ہیوٚک نہٕ کانٛہہ معقوٗل جواب دِتھ ۔ البتہٕ وونٛکھ زِ تِمو چھ یہ غزل ۱۹۴۱ عیسوی
یس منٛز لیوٚکھمٕت تہٕ تہنٛدِس علاقس (تحصیل کولگام) منٛز چھ یہ غزل تہنٛدی ناوٕ گیوٚنہٕ یِوان ۔
اَتھ برعکس ووٚن رہبر صاٮ۪بن تِمن زِ یہ غزل چھ ۱۹۵۱ ہس پیٹھے ریڈیو کشمیر پیٹھ گیوٚنہٕ یِوان
ییلہِ زن تو یہ بحیثیت شاعر کہنٛی زانان اوس نہٕ ۔ تِہنٛز تام کیا زِ لیوٚکھ وُنہٕ تو ہر اَسہِ اَتھ متعلق
کانٛہہ خط یا کنہٕ ادبی رسالس منٛز اعتراضات ۔ بہرحال بحث ووت اَنٛد تہٕ رہبر صاٮ۪بن
دِیُت ادیبن تہٕ قلمکارن دعوت زِ تِم لیٛکھن اَتھ متعلق ضرور پننٕ قلم ۔ اما پوز اَتھ ووتھ
نہٕ سربہ کاو ۔ شاید اوس وجہ یہ زِ اَرپن سنز شاعرانہٕ شودلیوٚد زِ بنیہ گووہ کٲشرِس قلمکارس
گُمانہٕ تہٕ زِ اَتھ غزلس کیا چھے اُمس سٍتۍ کانٛہہ مناسبت یا مماثلت ۔ نوٚوے تہٕ ییٛلہِ محمد یوسف
ٹینگ "کلیات رسول میر" سنہ ۱۹۸۴ عیسوی یس منٛز ترتیب دِوان چھ سُہ چھ اَمیک کانٛہہ
ذکر کرنہٕ روٚس زیر بحث غزلس کُلیاتس منٛز شامل کران ۔ بیاکھ وجہ چھ یہ زِ اَسی کٲشرۍ
چھ یِچھن تحقیق طلب زاوی جارن کُن کمے ہیوٚن نِوان ۔ اَسہِ ہیوٚکہٕ از تام لسانی یا اسلوبیاتی
بُنیادن پیٹھ واکھس تہٕ شعرس درمیان بِنہ اَترار رِتھ عبدالاحد آزادن کوٗر محمود گامی
سُند مشہوٗر باتھ "بالہ ہیور مہ روٗزے، چھم یار چون تمنا" مرزا اکمل الدّین بدخشی یس سٍتۍ اوکنہٕ
منسوب زِ تِہنٛدی عقیدت منٛد چھ تِسنٛدِس مزارس پیٹھ یہ باتھ گیوان حالانکہ آزاد چھ
وَنان ۔ "میرے نزدیک یہ امر قابل غور و تامل ہے" مگر سنہ ۱۹۹۰ عیسوی یس تام گوو نہٕ کانٛسی
مُحققس یا قلمکارس اوکُن ظون زِ بدخشی صاٮ۪بس اَسے نہٕ ماجہ زیو کٲشر۔ پروفیسر عبدالغنی

مدہوش صاؔبن کوٗر کاشُر زباَنی ہُند مقبوٗلِ عام لکہٕ باتھ " ہا فقیرو سانہٕ جنگلس بے چھیوٚ "
پانس کُن منسوٗب تہٕ شعرن ہُند اصلی متن ڈاکٹر کوٗرن " کلامِ مدہوش " ناوی کتابہِ منز چھاپ
کاڈنس نٕ تہٕ وُنہ پیٹھ وُنٹھ۔ نتیجہٕ دراو زٕ بیلہِ ڈاکٹر آفاق عزیز صاؔبن "مقبوٗلِ عام باتھ"
(2000) ناوِ شعر سوٚمبرن ترتیب دِتھ بازر کڈ یتھ منز۔ عوامی سطحس پیٹھ کاشُر زباَنی ہندی
مشہوٗر عام باتھ انتخاب کرِتھ چھاپنہٕ آیہ۔ تہٕ رسول میر سُند زیرِ بحث غزل "خوشیوٗن
نُند بون وِنیمے" آو کانہہ دلیل دِنہٕ روٚس پریم ناتھ کول ارپن سندِس ناوس تحت
چھاپنہٕ۔ آفاق صاَب چھِ لیکھان "پریم ناتھ کول ارپن چھِ لکہٕ ٹوٹھ شاعر۔ تِمن۔ باتھ سوٚمبرن
چھِنے لوکن منز مقبوٗل۔ تاہم چھِ تِمنُند مشہوٗر باتھ عام لوکن زبان زدیٚس ہم رسول میرنس
کھاتس درج چھِ کران۔ لوکن پرنہٕ پرنہٕ تسلیم کرِتھ یہ باتھ پریم ناتھ کول ارپن سندی سے ناوس تحت
گوٚوٗن۔ گوڈنچی کتھ چھےیہ زِ پریم ناتھ کول ارپن چھا لکہٕ ٹوٹھ شاعر، تہٕ چھا اَسی ساری زانان
دوٚیم یہ زِ تِمن۔ شعر سوٚمبرن چھا عوامی سطحس پیٹھ مقبوٗل، یہ چھِنہٕ منے خبر، تریم یہ زِ
سُہ کمِ بُنیادن پیٹھ چھُ اتھ باتس ارپن صاؔبنس کھاتس تراوان تِتھ متعلق چھُن تہٕ
اتھ لفظہٕ لیو کھمُت۔ دراصل چھُنہٕ آفاق صاَبس اور کُن ظونے گومُت زِ تیتھی ہوی
وکانہہ چھِ باتھ زبانہِ ہندی پاٹھی کاشرس منز۔ تہٕ گامتہٕ۔ مثلن کانہہ نو آموز شاعر چھُ
بے شونچی پاٹھی کاڈنس ناماو ارشاعرسند کُنہِ مقبوٗلِ عام باتک گوڈ مصرع یا گوڈ شعر نِتھ تتھی
ردیف قافیس تہٕ بحرِ منز پنُن باتھ لیکھان۔ حالانکہ یہ چھُنہٕ کانہہ اتر یا ممنوع مگر سُہ
ونہٕ اتھ طرحی باتھ۔ یہ چھُ ممکن زِ تس آسہٕ نہٕ یمن کتھن ہنز خبرے تہٕ انزانی کنی چھُ اتھ

پروفیسر مدہوش صابَن باتَن ہنٛدِس کھاتَس نزٛاوان۔ یِہے اَز تانۍ چھے ہنٛدِس لوکچارس منز۔
تہٕ پھِرٕ ہٕرتہٕ شاید پریم ناتھ کول اَرپن صابَس تہٕ۔ مے کوٚر اَرپن صابَس ستۍ "شاید" لفظ
اَوکِنۍ استعمال تِکیازِ مدہوش صابَن چھ اَمہِ مشہوٗر لکہٕ باتُک فقط گوڈٕ مِصرٕ نیوٗمُت تہٕ باتٕکۍ اوٚگرٕ
تھوٚگری باتے شعر چھِن یلہٕ نے تھُری مِتۍ۔ اَتھ برعکس چھُ آنجہانی پریم ناتھ کول رسول میر تہٕ
غزلکۍ شنوٗے شعر ہنٛدِس کھاتَس تراوان تہٕ اُتھی ردیفس قافیَس تہٕ بحرِ منز پنٛنۍ شے شعر اَتھ
غزلَس ستۍ رلاوِتھ ہنٛدِ "آدن یاد پیوم" ناوی شعر سوٚمبرنی منز چھاپ کران۔ حالانکہ اَرپن
سندی یمے شے شعر چھِ تَسندِس دعوَس ٹھوتھ انان۔ تِکیازِ یمَن شین شعرن چھُ رسُول میرَنِس
شعر مزاجس ستۍ کانہہ ہم آہنگی بلکہ چھُ یمَن شین شعرن سُے مزاز تہٕ سُے معیار یُس کلُہم پاٹھۍ اَرپن
ہنٛز "آدن یاد پیوم" ناوِ شعر سوٚمبرن پٕرِتھ بوچھان یاوتلان چھُ۔ دراصل چھے شاعر
ہنٛز پرزنتھ تَسنٛز شعر زبان، زبانِ ہنٛد وَرتاوَن وَل یا وَنو تَسنٛد شعر اسلوٗب۔ اَمہِ اعتبارٕ
چھِ یِم شے شعر دوٚن شاعرن ہنٛد بیوٚن بیوٚن شاعرانہٕ وجوٗد تعمیر کران۔ یِمَن دوٚن
سوخَن وَرن ہنٛد باہمی اسلوٗبی پھیر ہاوَنہٕ باپتھ باسہِ شاید یہِ اکھ مثال کافی زِ۔

بارٕ اکھ ارمان رووٗم عشقٕ بیچانَس پرٕژھام
یۆزی تھے رزِ یان کھولُن آوزَن اَبسا وَنے   رسُول میر

عاشق چھُ بَنہٕ ارمانٕچ یاونو یَنہٕ پوٗرٕ نَہ سپدِ مِتہٕ اورزوِچ ذکر کران۔ سُہ ارمان تہٕ اورزوے
کیا چھُس، تہٕ اگر دِکھنے وِرٕ ژھنے کرِتھ باوان چھُنہٕ مگر حاس پَرَن وٲلِس چھُ یلہٕ نے زانُن
تگان زِ عاشقس چھُ معشوق سُنٛد ملاقات حاصل نہٕ سپدنُک داغ ہلوٗن تہٕ سوے

بے قراری چھُ رُزِبان کھائن وول تہٕ زٕنتہٕ ابساوہٕ ییٚہٕ وول عشقہٕ پیچان بے زبان حرکات وسکنا تو
ہتی باوان ۔ اَمہِ شعرچ مرکزی تشبیہہ تہٕ لفظ ورتاوٕ چھُ فنی باوتھ کران زِ یہ چھُس رسول میرُن، نہٕ زارِن
سُند ۔ ازِین ہنز "آدن یاد بیوم" ناوٕ شعر سوٚمبرن پٔرتھ کرِ یتھ کاہہٕ شعر فہم مےٚ ستی اتفاق زِ شوس منز
یُس اِشارٕ آمیز اسلوب تہٕ ونتے واریاہ کیہہ وننک طرزِ بیان چھُ تمیک چھُنہٕ ازِین ہنز کلام شاعری منز
ییب نشانہٕ تہٕ میلان ۔ ووٚنی وُچھتون یہِ شعر تہٕ یُس اچھو کھور لوٚ ازِین ہندِ مزاجچ باوتھ کران چھُ ۔
تہٕ کرِتھ تہٕ وُچھو زِ پریم ناتھ کول ازِین کیا چھُ ییٚنس دعواہس دلیل دِوان ۔

ژھینہٕ ییٚہٕ گوومے مدنوار ترٕ ونان چھس ولہٕ زار

سکتہٕ ہیٚتہٕ گوومے اظہار ترٕ تَن ہلہٕ ناونے

"زیادٕ ترٕ پٔتھے دوٚن باتن ہنز ۔ وکھتے کرِتی یم زٕن ژورٕچھِ نہٕ آتی ۔
اکھ گوو "خوشیون ہُند یون ولیسیے" ۔ یہِ باتھ چھُ اَکِس بُلند پایہِ شاعر رسول
میرنہٕ ناوٕ چھپاونہٕ آمٕت ۔ اگرچہ یہِ میانی خوش قسمتی پٔتھے زِ تھس تھدٕ پایہِ
کِس شاعرس ستی آو یہِ باتھ منسوب کرنہٕ مگر اکھ دُکھ چھُم زِ باتھ چھُ اڈلیوک
تہٕ غلط ملط لیکھنہٕ تہٕ گوونہٕ آمٕت خاصکر چھُ امیک لیکھٕت عجیب، صرف
روٚسلہِ ییٚرنہٕ یوان حالانکہ رسول میر سندِس کرِ باتس چھُنہٕ صرف رسول
آمٕت لیکھٕٹ دِنہٕ تمیٚ چھُ ہر جایہِ پوٚرٕ رسول میر لیوکھمٕت ۔"

"آدن یاد بیوم"

یُتام زَن بقولِ ارینٛ یہِ غزل ژوٚرِ ننُک سوال چھُ، یہِ ہاژٕ ہیکہٕ ہے خود شاعرس
یعنے رسول میرس لاگنہٕ یِتھ اما پوز سہٕ چھُ ارینٛ صابس بروٚنٹھ الہٕ پلہٕ اکھ ہتھ وری یہِ دُنیا
ترٛاوِتھ ژوٚلمُت آسان ۔ دوٚنی کھالہو غلام محمد نور محمد (تاجران کتب) صابس راہ پیوٚ
کُنوہمہِ صدی ہندِس آخرس تام لیکھنہٕ یاوٕ تہٕ آمتہٕ سارے کاشُر شاعری سوٚمبرتھ پننین کتابچن
منٛز چھاپ کٔرِتھ محفوظ کرٕنۍ تجارتی مقاصِد اوٚکطرف ترٛاوِتھ کاشرس قومس تہٕنٛد اکھ بوٚڈ
بار احسان چھُ تہٕ پننے کتابچن منٛز ۔ کوٚرُکھ مذکور غزل کیتہٕ پھِر رسول میرنہٕ ناوٕ چھاپ ۔ مگر اتھ
دورس منٛز اوس نہٕ ارینٛ صابُن ناو تام کانٛسہِ کاشرس ویوٚد تہٕ تسنٛد غزل عوامی سطحس پیٹھ
مقبوٗل آسنُک چھُنہٕ سوالے ۔ دراصل اوس رسول میرنہٕ زمانہٕ پیٹھے مذکور غزل کشیرِ ہندین
کھلن کھہن، وجن ڈورین تہٕ موسیقی ہنٛزن محفلن مجلسن منٛز گیونہٕ یِوان ۔ میانِس لوکچارس
تام اوس یہِ غزل پرٛیتھ کانٛسہِ کاشرس زیوٚ پیٹھ تہٕ اتھ متعلق اوس عام لوکن ہندوٕنُن زِ یہِ
چھُ رسول میرُن آخری غزل یُس تمۍ مرنہٕ بروٚنٹھ کُنہ تام دوہ وونمُت چھُ تکیا زِ تس سیٚدنہٕ
امہِ وزِ نہٕ پننِس محبوب سٕنٛد ملاقات نصیب ۔ بقولِ محمد یوسف ٹینگ زِ کشیرِ ہٕنٛد وزیر اعظم
بخشی غلام محمد اوس پرٛتھ وری یہِ ڈورشاہ آباد رسول میرنِس مزارس پیٹھ حاضری دِوان ۔
مقبرس پیٹھ اوس پننیو اتھو نہر باگران تہٕ راتی راتس اکس امہِ دوہ موسیقی ہنٛز محفل آراستہٕ
سیدان یتھ منٛز رسول میرُن کلام گیونہٕ یِوان اوس ۔ یرٛی ہی اکس محفلِ منٛز ییلہِ گیون وألۍ
رسول میرنہٕ مذکور غزل لُکھ لیکھت پوٚر ۔

سُے ژٕ وُٹھُم آش ییٚمی سٕتۍ سٕتھ مٕے آسِم ییٚتھ دِلس

وَتہٕ رُسلیو کس ژٕ ر وُٹھکھ وونی کمو مینتہ وۍ

بقولِ ٹینگ صاب یُس پایہٕ تہٕ شریکِ محفل اوس۔

" وزیرا عظمس زَن گیہ ہیرٕ بون دِنۍ۔ سُہ ووتھ تھوٚد۔

اَتھ زٕ ٹلنۍ تہٕ سینس ژُنڈ لگاوان ووٚنُن۔ بہ۔ بہ

— بہ — بہ چھُس منناوتہٕ آمُت "

(کُلیاتِ رسول میر)

غزل اڈلیوک تہٕ غلط ملط چھاپنُک تہٕ گوٚنگ چھُ ارپن صابس نشہِ مطلب زِ تٔمۍ تٔندی تم شعر چھِنہٕ چھاپ کرنہٕ آمتۍ یا چھِنہٕ گوتہٕ لوان یم تمہِ نہٕ " آدن یاد پیوم " ناوہ شعر سومبرٕنی منز۔ رسول میر نہِن شِن شعرن ہِتی چھاپ کرِتھ چھِ اَمہِ کتھہِ ہند سپُد گوڈے ذکر زِ یِم شعر چھ ارپن صابن تہٕ رسول میرنہٕ ناوٕ کیتھ پٔہن چھاپنہٕ یا گوتہٕ۔ رسول میر نہٕ اَمہِ غزلُک کانہہ شعر چھُنہٕ غلط پاٹھۍ چھاپنہٕ یا گوتہٕ آمُت۔ البتہٕ چھُ ارپن صابنہِ یِم شعر لفظن ہنْدِ ہیرپھیر کرِتھ پٔننہِ شعر سومبرٕنی منز چھاپ کرِتھ متۍ یِمہٕ ہِتی شعرن ہند حُسن تہٕ راوان چھُ تہٕ شعر مفہوس تہٕ ٹھوٗنٹھ لوان چھے۔ غزلہٕ مصرن منز۔ ورتاوتہٕ آمتۍ بلکہ وَنو بدلاوتہٕ آمتۍ ترکیبہٕ چھےٚ نہٕ تورتھ تہٕ کم۔ وریم پأنۍ پانے زیب دوان چھے زِ اَصِل گو واصلے تہٕ نقل نقلے۔ رسول میرن ووٚن " عشقہٕ بیچانس برزھوم " تہٕ " سٕتھ مٕے آسِم ییٚتھ دِلس " تہٕ ارپن صابن ڈولُس قلم تہٕ لیوکھُن " عشقہٕ بیچانس وونُم " تہٕ " آش آسِم وأتنہِ منز "۔ یُس غار فطری تہٕ چھُ غار شاعرانہٕ تہٕ یتھے کنۍ

وُچھتوَ "رۄشِتھ" بدلہٕ "روشان" تہٕ "باغُک" بدلہٕ "حُسنُک" لفظ ورتاوِتھ کیتھ کٔنۍ چھُ شعرُک ہوا نوا بدلان۔

گُل وُچھِتھ بُلبُل چھِ توشان اکھ اَکِس رۄشِتھ وَنان
میانہِ یارو چانہِ باغُک رود مےٚ گلزار چھاوِنےٚ

٥

گُل وُچھِتھ بلبل چھِ توشان اکھ اَکِس روشان وَنان
میانہِ یارو چانہِ حُسنُک جھُم مےٚ گلزار چھاوِنےٚ

پریم ناتھ کول ارپن سُندِ وَنُن چھُ زِ رسول میرَن تہٕ شاعری منز چھُنہٕ کُنی جایہِ "رُسُل" یا "رُسلہِ" بکھُت ورتاوُن آمُت بلکہ چھُ سہٕ ییٚنِس پرٛیتھ بٲتس منز ییمن پوٗرٕ ناو رسول میر بطور تکھُت ورتاوان۔ حالانکہ یہ زِ چھُ یہٕ زیٚنِیٚنِ اَرشِتھَن بٲتَن (غزل تہٕ وژن) منز چھُ رسول میرن فقط ارداہن غزلن تہٕ وَژنَن منز۔ رسول میر بطور تکھُت ورتو مُت تہٕ باقے جاین چھُ "رُسُل" یا "رُسلہِ" ورتاوِنہٕ آمُت۔ مثلَن

رُسلہِ یوٗدوے غنچہ لبَن بیٚچھ زٕ چھکھ بدنام
خوش روز عاشق کرِتھ نافرمان دِیان چھی

٥

رُسلی ڈٔنی تازٕ کتاب سوڈٕ نن چانہٕ غمے
آسہِ کس تاب جواب چاوے جامہِ جمے بیترٕ۔

بیاکھ توجہ طلب کتھ چھے زِ رسول میر نہٕ مذکورٕ غزلُک مشہور شعر چھُ ۔

ژھایہ رُوزِتھ صبایہ گرِ ژھس کوٗژ نے مٹھیو مٲے میانی
ییلہِ ژےٚ پھیری نا مےٚ ونتم ییلہِ مےٚ میرِ تَل ساونے

نہٕ ارپن صابَن چھُ یَنہٕ مجبوری کِنۍ امہِ شعرکِس گوڈنکِس مصرس لفظن اور پور کوٗرمُت
اما پوز شعرُک دوٚیم مصرٕ چھُن ہوبہو نقل کوٗرمُت ۔ تِس چھُنہٕ شاید اوکُن ظوٚنے گومُت
زِ معاشرٲتی تقاضو مطابق وَنہے " ییلہِ مےٚ میرِ تَل ساونے " رسول میر نہٕ ارپن ونہے ۔
" ییلہِ مےٚ آور ییٚبل والنۍ " یا " ییلہِ مےٚ آور ییٚنہٕ متہ ۔ ژالنۍ یا یُتھے ہیوٗ بیٚیہ کانہہ معقول
اظہار ۔

پریم ناتھ کول ارپن سُنٛز۔ کُلہم شاعری ہُند مطالعہ کرِتھ چھے اکھ کتھ صٲف ؤرنہٕ کار سیدان
زِ تِمۍ چھُ یَنہٕ بترِ مُطابق رسول میرس نِشہٕ استفادٕ کرنُک کوٗشش کرمُت نہٕ توٗے چھُن کرِ
ترکیبہ نہٕ کیٚنہہ ردیف قافیہ تِس نِشہٕ وٕ وزم نیمتۍ مگر شاعری منٛز چھے موضوع یا وُنو خیال
نہٕ تجربس مقابلہ یتھ کتھِ ژُ راہمیت زِ کانہہ خیال یا تجربہ کتھ کنۍ چھُ شاعرن بوومُت ۔
اُتھی جایہ چھِ عام زبانۍ نہٕ تخلیقی زبانۍ درمیان بٔڈ معلوم سیدان ۔ گویا زبان پیٚ چھے
شاعری ہنٛز ۔ یُژ زِ نتھ نہٕ شاعرس گرٕ ژھن زبانۍ ہندی زاوی جار معلوم آسنۍ نہٕ اُتی ہیٚکہ سُہ
مُناسب لفظن ہُند بر محل استعمال کرِتھ ۔ لفظُک صحیح ورتاو ہیٚکہِ پانس منٛز ۔ معنہٕ مفہوٗمکۍ
سمٕت روٗیِر اوٚتھ نہٕ تجربیٚن فرشہٕ پیٚٹھ عرشس وٲتناوِتھ ۔ رسول میر ہوس حساس دل ،
نوکتہ سنج نہٕ زبان دان شاعر سُنٛز ۔ زبانۍ رِکتھ نیرٕ ہے ـــــ " سکہِ ہُنہٕ ہنہٕ گوو مےٚ اظہار "

یا "کیاژٕ کوٚرتھم داد بیداد"۔ یہ امہِ قسمکی غارشاعراپنہٕ اظہار چھ ارپن ہنٛز۔ آدن یادیوم "ناوچہ شعر سوٚمبرٕنی منٛز۔ جایہِ جایہِ نظرِ گژھان یم تیٚمہِ پٔرہٕ رچ ڈلیل چھ ترٛارِپن صابن چھ رسول میرُن مذکوٗرِ غزل بینتِن شِن شعرن ہِتۍ رلاوِتھ چھوٚمُت۔ یہِ کتھ مدِ نظر تھاوِتھ وُچھتوکھ ارپن ہندۍ بیٚیہِ کینہہ غزل شعرتہِ۔ مثال دِنہٕ وِزِ کرٕمے مقابلتن پٔتمن شعرن ہنٛز۔ژٲر۔

گال کیا چھےٚ بو سوٚند رمال پٔژار وٗنی چھس درعذاب

نارِوس ئۍ خاںہ ہےِ منٛز۔ بال مریو دلبرو

○

وَدِنا سہٕ گومُت آسہِ لیس بےٚ وایہِ زُلِتھ یار

تھدِ پایہِ دِکھِیس گولہٕ مےٚ کُن دولہٕ وُچھن تراو

○

رفیقو دردلو میانو مےٚ اٰخر دل سُتھاہ کرٕی تو

یمَن میانین عزیب دَم پھُٹ امارن ہنٛز کتھا کرٕی توٚ

زبان چھےٚ شاعری ہنٛد بُنیادی وُسیلہٕ یہ پٔرتھ شاعرسنٛدِس زبہٕ وُترِس منٛز چھ اکھ مخصوص لفظِ راش آسان یہ اَتھ لفظِ راشس منٛز۔ چھ کینہہ لفظ تِتھۍ تہٕ آسان یم تسنٛدِس کلامس منٛز۔ باربار ورتاوس یوان چھِ یہ سہٕ ورتاوِ تہٕ چھُ شاعر سُندٕ اکھ پرزناون

نشانہٕ بنان ۔ رسول میرنہٕ مذکور غزلہِ زبان یاوٕنوٗاتھ منز ۔ ورتاوہٕ آمتی لفظ چھِ تمی لفظِ راشکی اژھین حصہٕ ۔ مثلن "ٹھرٹھر"، "ننہ بوٗن" تہٕ "عشقہٕ بیچارن" ہوی لفظ چھِ رسول میرن پننس مخصوص معنیس منز ۔ کیٛتہ بھر ورتاوی متی ۔

وۄنے کیا عشقہٕ بیچارن کنوٗ بوز
چھُنے کیٛہنہ پایہٕ ماٗرس کیاز کھٹیے



ٹھرچھم مٔے ہران آیہ ہرا حُسنہ ٹھرے گل
دل چھُمنہ ہیوان ٹھرٹھرے بال مرا یو ۔ بیتر

تہٕ ارپن ستر کلہم شاعری منز ۔ چھُنہ یمن لفظن ہُند اکس جایہ تہٕ ورتاو سُہ دمُت ۔ رسول میرنین مذکور غزلہ شعرن ہند بیاکھ پرزناون نشانہٕ چھُ شعرن منز ۔ ورتاوہٕ آمُت لفظن تہٕ آوازن ہُند سہ باہمی تکرارٕ رسول میرنہٕ شاعری ہند گہنہٕ چھُ ۔ مثالہ پاٹھی ییتون غزلہٕ لگ گوڈ شعر ییمہِ کہ گوڈنکہِ مصرک ۔ "خوشیوٗن"، "ننہ بوٗن" تہٕ میٛوٗن تہٕ دوٗیمہِ مصرک ۔ "ٹھرٹھر" تہٕ "مر" ہوین لفظن تہٕ آوازن ہنٛد تکرار چھُ رسول میرنس شعر قبیلس ناد لایان تہٕ ارپن سندس شعر قبیلس منز ۔ چھُنہ امیک ییٛب نشانہٕ تہٕ ۔

میٛوٗن مقصد چھُنہ ہرگز تہٕ پریم ناتھ ارپن سُند شاعرانہ قد مینٛن تکیازِ پرتھ شاعرس چھے پنٛنی اکھ منفرد شاعرانہ شخصیت آسان ۔ امہِ اعتبارٕ چھُ آنجہانی ارپن پنٛنی اکھ مخصوص پرزنتھ تھاوان دوٗل شاعریس پننین جذین، احساسن تہٕ تجربن پنٛنہِ مخصوص زبانی

تہٕ مخصوص طرزِ اظہارس منز منظوٗم باو تھ دِوان چھُ ۔ میون مُدعا چھُ فقط یُہ زِ والین ہُند ظون تمِن کینژن تحقیقی اثرن کُن پھِرُن یِم تحقیقی اثر سانِو کینژو جذباتی محققو یِمنہٕ کم علمی بصیرژ کنہٕ یا وُنو جلد بازی منز کرِی متی چھِ ۔ یتھ پزِن واوِ یانہٕ منز سوٗنچھ کانہہ راے قایِم کرن تکیازِ کانہہ تحقیق چھُنہٕ حتمی تہٕ تحقیقکی درواز چھِ ہمیشہٕ وَتھ۔

---

۱۔ وُچھو کاشُر ڈپارٹمنٹُک ۱۹۹۰ ؁ یس منز چھاپ سپُد مُت ''انہار'' یتھ منز ''محمود گامی سُنز اکھ توجہ طلب تخلیق'' ناو مضموٗنس منز۔ اتھ باتس متعلق تفصیلی بحث سپُد مُت چھُ۔

۲۔ یہٕ لکہٕ باتھ چھُ کٲشرِ ن لکہٕ باتھ سوٗمبرن منز چھاپ سپُد مُت ۔ وُچھو ''کٲشرِ ن لکہٕ باتن ہُند انتخاب'' مگر آفاق عزیز صابن چھیہ یہٕ باتھ ''مقبوٗلِ عام باتھ سوٗمبرنہٕ منز پروفیسر مدہوش صابنہٕ ناو چھاپ کوٚرمُت۔

۳۔ وُچھو ''مقبوٗلِ عام باتھ صفہ ۲۵۰ تہٕ ''کٲشرِ ن لکہٕ باتن ہُند انتخاب''

